کتابہ ہُند ناو — موختہ ڈآلۍ

ؤری — 2001

مُصنف — کاشی ناتھ باغوان

مؤل

کِتابت — بی - این - اِبھلاش

سرؤرق — پی - ایل - سُدرشی

چھاپ خانہ

کتاب میلنگ پتہ

۱. ناگراد ادبی سنگم جموں۔

۲. کاشی ناتھ باغوان معرفت آر۔ کے رینہ ایڈوکیٹ ہائی کورٹ جموں۔
متصل چرچ مٹھی جموں۔

# ترتیب

# تعارُف

زبان چھِ کُنہِ قومُچ پرزنٕتھ یوان مانٕنہٕ ۔ سأینسی تجربٕہٕ ۔ روحأنی باوُژ بل ۔
ثقافتی قدرٕ ، معاشرتی ، تمدُنی ، اخلأقی ، تعمیری ، تأیمی مأدانن ہُنٛد ارتقا ، قومُچ
کامیأبی تہٕ ناکأمی ہِنٛز سأرے داستان چھِ زبأنۍ ہٕنٛدِس بارٕ وس تل وٕیپرأوِتھ
آسان ۔ سماجس مِنٛز پیٛتی سُنٛد تہٕ گُنٛد تجربٕہ مارکس مِنٛز چھِ یوان زبانے چھِ تمن سارِنے
عملاً گاشہِ راوان ۔ ترقی یافتہٕ قومن ہِنٛز زبان تہٕ چھِ بختاوار مانٕنہٕ یوان ۔ یونأنی
تہذیب آسِ تن یا چیٖنی تجربٕن ، ہِنٛز کیتھ آسِ تن ۔ زبان چھِ گوڈٕ پرکھاونہٕ یوان ۔
ہندوستأنۍ تہذیب پھانپھلوٚو سنسکرت زبأنۍ ۔ سنسکرت زبان چھِ دُنیہِ ہیچِن

مُہذِب ترقی یافتہ تہٕ بختاوار زبانَن منٛز شُمار یِوان کرنہٕ ۔

کٲشُر زبان تہٕ چھ سنسکرت زبٲنۍ منٛز دراٖمژ ۔ گوڈٕ اُس یہ پراکرٕت کِس رۄپس منٛز وٲلِتھ وادن بولنہٕ یِوان ۔ پتہٕ واٹژ یہ ابر بھرمشہٕ کِس درجس پیٹھ، تہٕ سنسکرِتُک پیٹھ تبدیل شُدہ زبان بنیٚیہِ کٲشُر زبان ۔ مگر یہ زبان چھ لچک دار تہٕ صحت مند ۔ اتھ منٛز چھ سنسکرت زبٲنۍ ہٕندۍ پنٛتراہ فیصدی الفاظ، فارسی ۱۰ فیصدی ہٕندی پانٛژہ فیصدی عربی زٕ فیصدی ۲۳ فیصدی دردی، تبتی، ڈوگری تہٕ عبرٲنی ۔
کینٛہہ محقق چھ وَنان زِ کٲشُر زبان چھ دردی زبٲنۍ ہٕنٛز اپہ بھرمش شکل مگر یہ کتھ چھِنہٕ صحی ۔

کٲشُر زبان چھ سیٹھا ترقی یافتہ زبان ۔ اتھ منٛز چھ آنٛتھ رۄس مُحاورٕ، ڈیپتہٕ ۔ تلمیح ۔ مِثالہٕ تہٕ ضرب المثل مَوجود ۔ یِمن سارِنے لنٛجن پیٹھ چھ گریرسن ہٕندِ وقتہٕ پیٹھٕ ازتام برابر کام چلان ۔ مَوجودہ زمانس منٛز تہٕ گۄر کاشرِن مُحاورن تلمیحاتن تہٕ گرٲیرسن پیٹھ وارہ ادیبو کام ۔ مگر کاشی ناتھ باموان صٲبن یُس یِم ڈیپتین ترتیب وِلوٗت، اتھ چھ پنُن مول ۔ تکیازِ یِمو کوٚر بے شمار محاورٕ ۔ ڈیپتہٕ ۔ یرژھ تہٕ ضرب المثلا پیٹھ مشتمل اکھ خزانہٕ ڈرِی یافت ۔ یہ کوشش چھ یہنٛزوارِیاہن ڈرِین ہنٛدِ محنتُک پھل ۔ یہ کتاب واتِ وونہٕ وارہ وری سوٚرِتھ بازرٕ تہٕ وومیدٕ چھ کرنہٕ یِوان زِ عام لوکھ تہٕ ادیب حضرات دِن اکِس بُزرگ قلمکار ہٕندِس محنتس داد ۔

راج ترنٛگی چھ سنسکرت زبٲنۍ ہٕنٛز سرِہ آفاق تأریخی داستان تہٕ اتھ منٛز

کلہن ہنٛدی دٕسہ کٲشِر مِثالہٕ استعمال کرٕنۍ چھُ کٲشِر زبٲنۍ ہنٛدِ بیٛنہٕ کالکہ بجرُک داستان بیان کران، تہٕ أمہِ بجرس دٕیت باعوان مٲبن تھٔنزرِ تہٕ یہ کتھ چھِ تارٟیفس لایق۔

خلوص کیش

موہن لال آش

جموں ۔ ۱۵ جولائی ۲۰۰۱ء ۔

# گوڈکتھ

اِنسانس تہٕ حیوانن منٛز چھِ اکھ فرق نُمایاں زِ اِنسان چھُ زبانٕ ہِندِ ذریعہ پننؠ معانی الضمیر بیٲنِس تام واتنہٕ ناواں بیٚیلِہ تہٕ حیوانن منٛز یہ گوٚن چھُ۔ دُنیاہس منٛز چھِ ساسہٕ بدٕ زبانہٕ۔ اکھِ زبانٕ چھِ تحریری گوٚن ہیٚتھ تہٕ اکھِ زبانٕ چھِ صرف بولِہ یمن نہ تحریری لوٗتٕھ چھِ۔

دُنیہِ ہِچھ پٔرتھ کانٛہہ زبان چھِ ارتقائی عملہ منٛز بروہہ پکان تہٕ یہ عمل چھِ برابر چلہ وِنی روزان۔

کٲشر زبان تِہ چھِ واراہ ارتقائی منٛزِل کڈِتھ اسہِ لِتھ واتٕنٕ ہتہٕ تہٕ اتھ پیٹھ تِہ چھُ مختلف زبانہٕ ہُنٛد اثر پیوٚمُت۔

یوتانٛہ زن کشیرِ ہِندِ تاریخک توٗلُق چھُ یہ کتھ چھِ واضح سیدان زِ سانہِ بُترآژِ ہِندی ابتدائی باشندٕ آسی ناگ۔ دویمِس دورس منٛز آیہ یور پشاچ۔ یِہُند وطن

اۆس درِدستان ۔ نیلہ مت پۄرانس منز چھِ اسہ ساسہ واد حوالہ پِشاچ تہٕ یہٕندِس عظیم دِوتا "نِکُمبھ" ہٕندی میلان ۔

یمن آس یہنٛز بۄلی یتھ پِشاچی چھُ وننہٕ آمت ۔ گریرسن چھُ مانان زِ کأشر زبان چھِ اصلی پِشاچی زبانٕہ منز درامٕژ ۔ سہ چھُ برونٛہہ کُن لیکھان زِ کأشر زبان چھِ اکھ ملہ مِشہ زبان یتھ مختلف لہجہٕ آسہ ۔ یمن منز شناہ ، پوگلی ، سراجی ۔ رام بنی ، کوہستانی ۔ گاروی ۔ توروالی تہٕ مایا بولین ہنٛدی ترکیب تہٕ چھِ ۔ برونٛہہ کُن چھُ گریرسن ونان زِ پِشاچی زبانٕہ ہنٛز مولادار چھِ ژکہٕ سنسکرت زبان ۔ یتھ اُسی واکھن سنو ۔ "پد" ۔ "شُرکی" "وُڈن" پرو ۔ اسہ چھُ سنسکرت زبأنۍ ہنٛد اکھ لفظ نبڑار نظرِ گژھان ۔

آریہن ہنٛدِ کشیرِ منز واتنہٕ پتہٕ تا سیٹھا دیوِلس حکومتس تام روٗز سنسکرت زبان ترٛژن ساسن وری ین کشیرِ ہنٛدن عالمن تہٕ عام لُکن ہنٛد ورن وتھرُن ۔

سنسکرت زبأنۍ منز کرِ کشیرِ بارِ عالم پأدٕ یمن منز بہلہ پایہ تنقید نگار تہٕ شاعر چھِ یوان ۔ تنقید نگارن منز چھُ نند ریوش سیٹھا برون ادسمت یمی "رس کاویہ" کتاب لیچھ ۔ امہٕ علاوٕ چھِ ساسہ واد ادیب شاعر تنقید نگار شأمِل ۔ یمن منز دروپی ۔ برہم دت ۔ نند سوامی ۔ تہٕ ڈنڈک ریوش ناو ہیتہٕ لایق چھِ ۔ امہٕ علاوٕ چھِ ابھنوگپت ۔ ممٹ آچاریہ ۔ کھمندر ۔ بٹ کلٹ ہیو بارِ عالم پأدٕ گأمتی یمو شعو فلسفہ شأعری تہٕ تنقید آکاشس پیٹھ واتنہٕ لوٗو ۔

النکار شاستر زانن واْلی بھرت منی ۔ بہاما ریوش ۔ حرف نحو زانن وول عظیم قلمکار پانٕنی ۔ جیا پیڈ منز وزیر وامن تہٕ اُدھ بٹ ۔ رُودرٹ تہٕ آنند وردھن تہٕ کنتک وناٹارنتہٕ راز ہرش ہنٛدی وزیر زادن ہِمِس کلہن چھُ ناو لیپھی گوڑنیچ تاریخ یتھ راج ترنگنی ناو چھُ ۔ اُتھی وقتس منز آیہ نیلہ مت پوران تہٕ برنگیش سمھایہ ہندی 46 کہاتم تحریر کرنہٕ ۔ یِمو بارٕ عالمو کرٕ سنسکرت زبان مالامال تہٕ کأشر زبأنی پیٹھ امیک اثر پیون اوس لازمی ۔ چنانچہ آیہ ہنتہٕ واد لفظ سنسکرت پیٹھ کأشرس منز منتقل کرنہٕ ۔ مثلاً کیہنہٕ مختصر مثالہ چھہ یتھ پأٹھی ۔

| سنسکرت | کأشُر |
|---|---|
| تارُک | تارُکھ |
| رکت | رتھ |
| تکشا | بوچھ |
| چندرا | ژٔنڈر |
| گرام | گام |
| سمدُر | سمندر یا سٔدر |
| نام | ناو |
| جیھوا | زیو |

| سنسکرت | کأشُر |
|---|---|
| کھنڈسا | کھنڈٕ |
| اوش | ووش |
| ہنفا | اتھہٕ |
| پُوتر | پوٗتھرُ |
| مامکا | مِیأنۍ |
| کیم | کیا |

کأشرِ لوگو پننِہ مزاجہٕ مُطابق سیٹھاہن سنسکرت لفظن ہندِس تلفظس منز تبدیلی تہٕ ورتاوِکھ کأشرِس منز۔ مثالے سنسکرت زبأنۍ ہنٛد بنیو "ز"۔ راجا بنیو راز، جن بنیو زوٗن۔ جاماترا بنیو زامُتر جیوا بنیو زیو، ماس بنیو ماز بیتر۔

شہمیری دورس منز بدلیوو ادبُک، فلسفُک تہٕ سمأجی زندگی ہنٛد آہنگ سنسکرت زبأنۍ پیٹھ آو دُلتہٕ تہٕ وارِ وارِ آو فارسی زبأنۍ پیٹھ ہنگہٕ طومار کھارنہٕ۔ بڈشاہ سندِس دورس منز آو فارسی زبأنۍ سیتۍ سیتۍ مُقامی زبان کأشرِس تہٕ سنسکرتس تہٕ جایز مقام دنہٕ۔ ویدہٕ تہٕ اُپنیشد آیہٕ فارسی زبأنۍ منز ترجمہ کرنہٕ۔ تہٕ موغُل دورس منز آیہٕ فارسی زبأنۍ ہنٛدۍ بارہٕ عالم تہٕ شایر کشیرِ منز عُرفی، طالبؔ، کلیم، سلیم ظفر خان احسن وغارٕ اہم مخلیہ دربارس سیتۍ والبسطہٕ وزیر شأمل آسۍ۔ یمو دیت فارسی زبأنۍ وو تھبو تہٕ حضرت شیخ یعقوب صرفی۔ غنی کشمیری۔ خواجہ حبیب اللہ نوشہری

جٕی ، مرزا داراب بیگ جویا وغیرہ شاعر گیہ پٲدٕ یمو فارسی زبانہِ منٛز آفاقی ادب پٲدٕ کوٚر۔

کٲشِر زبانہِ پیٹھ پیوٚو فارسی زبانہِ ہُنٛد اثر۔ کٲشِر زبانہِ ہُنٛد سماجی صفت چھُ یِمہٕ تلہٕ نکرِ تراوِن زِ یوسہٕ کانٛہہ زبان اتھ بُتھہِ آیہ، اَمی وہٕ پراوی امِکی لفظ پننہٕ لِس بارٕ وس تل۔ کانٛہہ زبان پراوِنہٕ تو تام نفرز یو تام سُہ تہذیبکی مول تہٕ سماجی تغیرو تبدیلی پانس منٛز شرپراوِتھ ہیکہِ۔ کٲشِر زبانہِ پانہٕ ناوی سنسکرت تہٕ فارسی لفظ لوگلی، کوہستانی، کشتواڑی تہٕ مایا زبانن ہنٛدی مولہٕ آگر کڈِنی وِنہِ، تہٕ لوٚلہٕ مِنہٕ لاے کوٚر نکھ۔ امِے وجہِ کِنہِ روٗد کٲشِر تہذیبُک تسلسل برقرار۔ تکیازِ کٲشِر زبانہِ مِلہٕ ناوی باقی زبانین ہنٛدی کرِی یِتھہ کِنہِ زِیم باسیہِ امِے زبانہِ منٛز زٕمس آمتی۔

اتھ وقتس منٛز ٲسی عربی تہٕ سیٹھا فارسی وادی منٛز۔ سرکٲری زبان ٲس فارسی۔ کٲشرِ لو نہٕ صرف پانہٕ لوٚو فارسی بلکہ پوٚرکھ لیوکھ فارسی جان پاٹھی تہٕ گرِ کھ فارسی زبانہِ ہنٛدی بارٕ عالِم تہٕ شاعر پٲدٕ۔ فارسی زبانہِ ہنٛدی بے شمار لفظ پانہٕ ناوی کٲشرِ زبانہِ زن تہٕ یِم ہینہٕ نی زِیوِ لِشہ نفینہٕ آسی پیمتی۔ یِمن لفظن ہنٛز کیٛنہہ مثالہٕ چھے یِتھہِ پاٹھی۔

زندگانی ۔ دوست پرٕ لِتھ دوس ۔ نال ۔ پیشانی ۔ خم ۔ پسند ۔ آسمان ۔ باغ ۔ جوے ۔ جام ۔ چمن ۔ ساقے ۔ آسائش ۔ آرام ۔ آب ۔ آفتاب ۔ بام ۔ گُل ۔ پیرہین ۔ غریب ۔ شب ۔ شاہ ۔ گُلزار ۔ صبح ۔ دامن ۔ سُلطان ۔ ابر ۔ شبنم ۔ مادان ۔ افراز بیتر۔

امہ علاوٕ چھ کاشرِ زبانۍ منز تقریباً پانژھ ہتھ عبرانۍ بنیاد ہیتھ لفظ موجود ۔ کشیرِ منز اسلام واتنہٕ سیتۍ گیہ کاشر زبان دُنی یہکس وسیع ثقافتی تہٕ تہذیبی سمارس سیتۍ متعارف تہٕ وارہٕ وارہٕ گوٚو لوٚین تم لفظو سیتۍ کاشرِ زبانۍ ہُند دامن وسیع۔ جے۔ اے گریرسن چھُ پننہِ کتابہِ منز لیکھان زِ فارسی تہٕ عربی لفظ بیٚلہِ کاشرِ زبانۍ پانس منز شرو ورآوی تہٕ اتھ زبانۍ گیہ زن تہٕ نٔو حصہٕ۔ ہیٚندی کاشر تہٕ مُسلم کاشر۔ ہیٚندی آسہ کران زیادٕ سنسکرت لفظ اِستمال تہٕ مسلمان آسہ کران فارسی تہٕ عربی۔ کیٚنہہ مثالہٕ چھہ یتھہٕ پٲٹھۍ۔

| مُسلم کاشُر | ہیٚندی کاشُر |
|---|---|
| آب | زل یا پوٚنۍ |
| آسمان | آکاش |
| تکبُر | اہنکار |
| یزتھ | مان - آدر |
| رُوح | پران - آتما |
| عبادتھ | پوٗزا |
| دوس | میتر |
| وُمہر | آے |
| آفتاب | سیریہ |
| مہتاب | ژنڈرمہ |

امہِ پتہٕ آو ڈوگرن ہُند دور تہٕ اتھ منز رُود انگریزی زبانٕ ہُندے کافی اثر سرکٲری زبان رُوز اُردو ہس ستی ستی انگریزی تہٕ ۔ لوکھ لگی شُرین انگریزی تالیم باضابطہٕ دِنہٕ ۔ گرن منز ژاو انگریزی باضابطہٕ پاٹھی ۔

چونکہ کٲشُر زبان چھِ لچکدار تہٕ اتھ چھِ بیین زبانَن ہندی لفظ پانہٕ ناوِنچ کافی صلاحیتھ ۔ امہِ شرو پرآوی سیٹھا انگریزی لفظ تہٕ یِتھہٕ پاٹھی پانس منز زن تہٕ یم آسی امِس پانہٕ سے تھپہٕ بیہمتی ۔ مثالہِ پاٹھی چھِ یم کیٚنہہ لفظ ۔ ٹایم ۔ لیٹ ۔ آفِس ۔ افسر ۔ بُوٹ ۔ بٹن ۔ ممی ۔ ڈیڈی ۔ کِچن ۔ باتھ رُوم ۔ لابی ۔ ہسپتال ۔ ڈاکٹر ۔ انجکشن ۔ آپریشن ۔ کوٚرس ۔ جامٹری بوکس ۔ فٹ بال ۔ ہاکی ۔ بیٹ ۔ گیم ۔ فرنڈ ۔ کالیج ۔ پروفیسر بیتر ۔

کشیرِ چھِ ترٛے بٲگہٕ ۔ مراز ۔ کمراز تہٕ مرکز ۔ یِمن منز چھِ کٲشُر زبانٕ لوان ہنا فرق لبنہٕ ۔ مرازس منز چھِ پنہٕ لوان فیلس ستی اُلِفک اِستمال لوان کرنہٕ ۔ مرکزس منز چھِ الِف ستی لوان لگاونہٕ ۔ کیٚنہہ مثالہ چھِ یتھہٕ پاٹھی ۔

| مراز | مرکز |
|---|---|
| کرن | کران |
| ودن | ودان |
| کھیوٚن | کھیوان |
| چیوٚن | چیوان |

بیتر ۔

مرازس منز چھُ بیشتر فیلن تہٕ اِسمن ہِندِ (ڑ) نہٕ مرکزس منز چھُ امہٕ بدلہٕ (ر) لوان اِستعمال کرنہٕ۔ کینٛہہ مثالہٕ چھہ یتھہٕ پأٹھۍ۔

| مراز | مرکز |
| --- | --- |
| پڑُن | پرُن |
| دوڑُن | دورُن |
| وُڑُن | وُرُن |

مرازس منز چھُ تلفُظ ہنا بیوٚن۔ تتہٕ چھہ کینٛژن چیزن ہنٛدۍ ناو بیوٚن تہٕ یم تھوٚوی یم بیٚن عٕمن منز وہدچھ۔

مرکزٕچ زبان چھےٚ معیأری لوان مانٛنہٕ نہٕ سوے چھہ قومی زبأنین منز شأمِل گٔامژ۔ ریڈیو۔ ٹی۔وی۔ اخبارن تہٕ رِسالن منز تہٕ چھےٚ یہے زبان لوان ورتاونہٕ۔

نہٕ صرف بیٚن زبأنین ہنٛدۍ لفظے یوت بلکہ محاورٕ۔ ضرب المثل بیترِ تہٕ چھہ ہنابتھ بدلأوِتھ یا نہٕ ناو دِتہٕ کأشُر زبأنۍ۔ بیٚن زبأنین ہنٛدۍ کینٛہہ محاورٕ ترجمہٕ کرِتھ کٔرِکھ کأشُر زبأنۍ منز شأمِل۔کینٛہہ مثالہٕ چھےٚ یتھہٕ پأٹھۍ۔

(ا) زن زمین زر۔ (ب) ڈلشِتھ ڈلان شیرٕزر۔ (ب) مدعی سُست گواہ چُست۔

(ج) اتہکارس چھُ ناش بیترِ۔ ترٛجٕچ مثال چھہ یتھہٕ پأٹھۍ۔

One who digs a pit for others falls himself into it

لُس کھنہٕ بیٚیس گنگ تُمس گرِتھہٕ بینہٕ زنگ۔

کأشِر زَبانۍ چھِ بے شُمار مُحاورٕ ضربُ المثلو دِتھیو سیٖتھٕے پٔرِتھ۔ گاٹلیو چھُ
وِزِ وِزِ اتھ ہٕرہ بَرُر کوٚرمُت۔ ییمو منٛزٕ کێنٛہہ سومبراوٕنچ تہٕ لوٚتہٕ تام
واتناوٕنچ کوٚشِش۔ یہ کرلس منٛز یِتھ میٚ تِرٛے مُدا۔
اکھ یہ زِیم کأشِر یِرہان چھِ بٔرِن تہٕ ہیٚچھِن یِمَن کرِ یہ کتاب وآفیٖتس منٛز
ہسناہُرِیر۔ دوئیم یہ زِ یہ سون موٚل سرمایہ گوٚژھ موٚجود روٗزُن۔ ترٛیم یہ زِ
کأشِر زبأنۍ ہُنٛد پوچھر۔ ییچھر تہٕ تھزر گوٚژھ پٔرِتھ کاہنہٕ بٔرزناوُن۔
بہٕ کیٛتھ حدس تام چھُس کامیاب گوٚمُت تہِ وُچھِن چھِ تِہنٛزٕ کام۔

بہٕ چھُس جناب موہن لال آتش صأبٕنۍ مشکور ییمو بہٕ کتاب اندر واتناونس
تام میٚ پٔرِتھ وِزِ حوصلہ افزائی کٔر۔

جناب جے۔ این ساگر صأبٕنۍ چھُس بہٕ شُکر گزار ییمو کتابہِ ہنٛدِس رسم
الخطس نظرثانی کرِتھ میٚ اتھہٕ روٚٹ کوٚر۔

جناب پی۔ ایل سُدرگیٖتی صأبٕنۍ چھُس بہٕ ممنون ییمو لولہٕ سان یمہِ کتابہِ ہنٛد
سرورق بناوِتھ اتھ شوٗب دِژ۔

جناب بی۔ این ابھلاش صأبٕنۍ چھُس مشکور ییمو سٮ۪ٹھاہ میٚحنتہٕ تہٕ لولہٕ
سان امیچ کتابت کٔر۔

بہٕ چھُس یِمَن سارِنے دوستَن تہٕ شاگردن ہُنٛد شُکر گزار ییمو یمہِ کتابہِ ہُنٛد مواد
سومبراونس منٛز میٚ اتھہٕ روٚٹ کوٚر۔

آخرس پیٹھ چھُس بہ پننہِ گرواجنہِ شریمتی سوماوتی ہُنٛد مشکور یوسہِ کینژہ کینژہ منٛز کاہنٛہ نتہٕ کاہٕنٛہ محاورٕ ورتاؤنہٕ چھے یمن کلام منٛز بناوان۔ تمس لَس محاورٕ بیتر بوزنہٕ اوسُس بہ پننہِ سومبرنہِ منٛز برتھ دوہ شامل کران۔

کاشی ناتھ باغوان

# ا

## (۱)

### اکھا گوٗمت ہرِ ورِ منگن ٹشنگ :-

ٹشنگ دیہٕ ٹشنگہِ کُل تہٕ وہر دیہٕ پن۔ کاہہٕ چھُ بیقلِتھ ویرِ کلُس نِش تہٕ ٹشنگ تلاش کران۔ یہٕ کتھ چھِ تمِس اِنسانس مُتلق یوان ونہٕ تہٕ یُس کأنِسہٕ شخصس نِش تمِہ چیزٕچ منگ آسِہ کران یُس نہٕ سُہ ہیکِہس دِتھٕے یا تمِس نِش آسی نہٕ۔

## (۲)

### آونہٕ اوٗرٕ تہٕ گوٗدہہ ڈوڈٕ :-

امیُک مطلب چھُ زِ کُنہٕ کامِہ گوڈہہ وُنہٕ کاہہٕ وقتے شوٗرُو کرِمتِس نیتیجِہ کیا ژھانڈُو۔

(۳)

## اِنس مُش ھاوِنؠ نہ گوناہ نہ ثواب ۔

اِنس زن ھاوو مُش سۭتۍ بچور کیا وُچھ ۔ ھاون وٲلِس نہ کھوت گوناہ تہٕ نہ
زِیُونُن ثواب ۔ تِتہٕ گو یمِس ہٕنٛز کانہہ کتھ فِکرِ ترٛنگ ھیس ہوش آسہٕ تمِس گاٹہٕ
جارونہٕ نک چھُنہٕ کانٛہہ فأیدٕ ۔

(۴)

## اپزِس پتہٕ گوڑٕ کتہٕ ۔

اپزُ چھُ اٮ۪خر چھُٹان ۔ تتھ چھُنہٕ آسان بنیادے یتھ پیٹھٕ سُہ اِستاد روزِ ۔

(۵)

## اٮ۪کی کھسو بتہٕ تے ژٕکی ہوو پان ۔ دِہٕ وول مند چھو کھینہٕ وٲلِس
## سان ۔

بتہٕ اوس لیچہِ منٛز کمیے۔ اَکی کھوتہ موکلیو۔ دِیہٕ وول ہٕ کھینہ دول دوشوے گٔییہ شرمندٕ

(۶)

اوٚن کیا زانہٕ پژوٚن بتہٕ۔

اُلس چھُنہ گاش یُتھ سُہ وُچھہے بتہٕ چھا پژوٚن کِنہٕ زگ۔ یِتھے پاٹھی کاہنٛہ کم عقل اِنسان چھُنہٕ ہیکان زانِتھ زِ یوس کتھ تمِس ولو سوٚ چھا تس کیٛتہٕ جان کِنہٕ ناکارٕ۔

(۷)

از موٗدِ مُت گو پوٗژ مُت۔

لُس اکہِ لٹہِ از ماوٗتھ کمزور باسوسُہ بتہٕ پاوُن چھُنہٕ کاہنٛہ مشکل۔

۸

## اوٕر کنہٕ آو تہٕ یور کُن گوٚ ۔

ییٚلہِ کانٛہہ جلدی منٛز یِتھ سیٹھا جلدی منٛز واپس نیٖرِ لس مُتلق چھ یہِ کتھ یِوان ونٛنہٕ یا کُنہ وِزِ اچانک کُنہِ طرفہٕ ییٚیہِ پانٛٹشہ تہٕ سیٚتی گژھِہ خرچ تہٕ تیٚلہِ تہِ چھُ یہ محاورِ استعمال سپدان ۔

۹

## اَنہِ رٕھٹہٕ تہٕ کانہِ پلو ۔

اَلِس کتہِ ییٚیہِ بوزنہٕ مےٚ کیا چھُ رٹُن ۔ کوٚن چھُ یِوان چالاک مانٛہٕ نہٕ نزِ چھا خبر سُہ کیا دِلیس ۔ تہٕ بِچارِس الِس ماگژھِ ہنگہٕ منگہٕ گاٹہٕ ۔ ییٚمہِ وِزِ کانٛہہ چالاک اِنسان کانٛسہِ سیدِس سادس دھوکھ دِنٛچ کوٗشِش کرِتمہِ وِزِ چھِ یہِ کتھ یِوان ونٛنہٕ ۔

۱۰

## اَنٛدرٕ دزُن پانٛہٕ نیٚبر زالنہٕ لُکھ ۔

کانٛہہ اِنسان چھُ آسان اَنٛدری کِنہِ پننہٕ ہنو مُشکِلاتو کِنہِ پریشان مگر لُوکن چھُ آسُن نہٕ فراغتھ باسہٕ ناوان ۔ تِمن چھُنہٕ اَمیُک اَسُن تہٕ فراغتھ خوش یِوان

تہٕ تم چھہ انڈری دزان۔

(۱۱)

## اِنہٕ ہُشُر لورِ گُٹھن۔

اِنس چھِ لورِ بوڈ سہارٕ نمہٕ کہٕ مددٕ نہٕ ہستی چھُ سہ برُونٹھ کُن پکان۔ اکِس بے سہارٕ زنانہِ چھُ ہیٚنہٕ کُن ینچو تیتھےٚ اہم باسان ییٚتھ اُنِس لورُ چھِ باسان۔ تہٕ سو چھِ تمِس اِنہٕ ہُشُر لورِ گُٹھن ونان۔

(۱۲)

## اکھ تہٕ اکھ گوٚ کاہ۔

اکھ تہٕ اکھ گوٚ زٕ مگر اگر اکھ تہٕ اکھ یکجا لیکھو سہ چھُ کاہ بنان۔ مطلب چھُ یہٕ زِ اگر زٕ اکھ واس کرن تِمن منز گژھِ کاہن ہُشُر طاقت پآدٕ۔

(۱۳)

## آویرُو تہٕ گوٚ گاسُو۔

اگر مجازٕ ییٚٹھ والِس بیہِ تہٕ تیمتھ کُھسِس یپرکہٕ ہیو۔ اگر توری تِرِ تہٕ گاسکُ ہیو مول تہٕ روزِلیس نہٕ۔

(۱۴)

## از چھُ میوٚن پگاہ کُمیٚ ڈیوٗنٹھ ۔

از کرو عیش آرام پگہہ فکرِ کرٕنۍ چھہ فضول یِہ چھُ تس ژھوچہِ نظرِ وٲلس
اِنسانس مُتلق یِوان وننہٕ یُس از عیش آرام کرنہٕ وِزِ پگہُک کینٛہہ سوچِہ نہٕ۔

(۱۵)

## اکھ کھوٚت ہسی تس بیاکھ کھسیا دوٚسہِ ۔

اگر کانٛسہِ قودرتن ہوٚس کھسنہٕ باپتھ دِیت ۔ بیا کھانہٕ آسن وول کیا کرِ
دوسہِ ماکھسہِ ۔ کھسہ زن تہِ سوٚ ما پکہس مطلب چھُ زِ بینیٚہ شُدا آسُن وُچھِتھ
گزٛھِہ نہٕ نہٕ آسن وول تمبلُن تہٕ ہتیہِ بدلہ دوسہِ کھسُن ۔ یانے اپز مان
مان چھِ بے وقوفی ۔

(۱۶)

## اَسس منٛز ہوٚن ہیوٚن ۔

یُس سٕہٹھاہ بے ہودِ کتھہ کرِ تس مُتلق چھِ یِہ کتھ یِوان وننہٕ ۔

١٧

## أکھ ہشُرقے تہٕ بیٚیہ سُنٛد غذا ۔

اکِس باوٕ زلوٕ نہٕ کاہہ چیز تہٕ ژھُنٛن تراوِتھ بیِیس اوس تِمک
حاجت تمی لوٚب نہٕ کوٗرن استِمال ۔

١٨

## اُتینہِ بلاٰیہ تُنت تہٕ بلہٕ ہشُرِ بلاٰیہ رُت ۔

اکہ کوٚر گوناہ تہٕ بیِیس میوٚل سزا ۔ اکہ ہشُرِ بلایہ لوٚگ بیاکھ ۔ خراب اِنسان
کوٚر گوناہ تہٕ جان اِنسانس لوگ سزا ۔

١٩

## أچھ منٛز کیٚٹرُ آسُن

أچھ منٛز اگر کیٚسرِ فوٚل بہٕ گژھِ سیٹھا ناقابلہٕ برداشت چھُ گژھان تہٕ أچھ منٛز
چھُ یکدم دوٗر کرنٕچ کوشِش سپدان ییمہِ وِزِ کانٛسہِ انسانس بیاکھ کانٛہہ
کھران چھُ تہٕ سُہ چھُ تمِس لِنٛشہ دوٗر روزنٕچ سیٹھا کوشِش کران تمہِ وِزِ چھ
یہِ کتھ یوان وننہٕ ۔

۱۹

۲۰

## اُچھ وڑھے نۂ گاشہِ رڑھے -

اُچھ آسِنۂ تہِ چھُٹۂ ہیکان کیشہ وُچھِنۂ یہ کہنۂ چِھ اکِس ناخاندس مُتلق وہنۂ یوان لیُس اُچھن گاش آسِنۂ تہِ کیشہ چھُٹۂ ہیکان ہُرِنۂ -

۲۱

## آلرٔھبو ناٹۂ کیڑھو آمے میچھ

آلرٔھِس پیرڑھکھ زِ ناٹۂ کِہنۂ پاٹھٔ رلو سُہ مایڑھِ ہے کام کرِنۂ ، تِتھی وونکھ زِ رنۂ نے چھُ ماز زیادٕ میوٹھ آسان - لیہاذا کیا چھُ رنۂ نک ضوٗرورتھ -

۲۲

## اِسہٕ بابہٕ گنٛڈِ چھےٚ لٲر ثۄاب چھےٚ دوٚہر کھنا۔

یہِ چھِ آلرٕثہ شِنزٕ بیاکھ مِثال۔ تِمُس ٲس پلوس گنٛڈِ لٲرِتھ کھُنٛہ تام دوٚلُنس زِ پلوس چھےٚ گنٛڈ لٲرِتھ تمۍ دوٚلُنس لۄزِ زِ ثۄاب چھےٚ ژٕیہِ کرِتھ صاف۔

۲۳

## اَکہِ ژٕٹ سُم تہٕ ساس گووٚ کوٚلہِ۔

اَکہِ اِنسانن ژوٚٹ سوٚوِتھ تہٕ ساسہٕ بٔڑ گیہ کوٚلہِ مطلب اکھ اِنسان چھُ غلطی کران تہٕ سیٹھاہ اِنسانن چھُ تمہِ کِنہِ تکلیف واتان۔

۲۴

## ٲٹھ وُہرِس بأبس چھِ شیٹھ وُرِش بینہِ پتہ۔

بوٚے ٲسِتھ لوکٕٹ تہٕ بینہِ ٲسِتھ لَس سیٹھا زِیٹھ مگر تِمَس چھِ بینہِ توٚتہٕ مٔٹِہ آسان۔

۲۵

## اَکِس دزان دٲر بیاکھ وُشناوان اَتھہٕ۔

اگِس ییٚلِہ دارِ، ہیٚژن رِیہٕ تٔمچہِ گرمی ہٕتی ھیوٚت بیہٕ ژٕنی پٔنٕ اَتھٕ وُشناوُن ۔ یہٕ گو اکھِنٛدِس مصیبتس چھُ ییا کھ زوٗن یژھان پٔنٕنۍ فایدٕہ تُلُن ۔

(۲۶)

## آسُن چھُ، ہیچھناوان نٕہ نہ آسُن منٛدٕ چھاوان ۔

دولت منٛدس چھُ پانٕنے ترٛان فِکرِ ز کِتھٕ پٲٹھۍ گژھن رسم و رواج پوٗرٕ کرٕنۍ نٕہ کِتھٕ پٲٹھۍ گژھِ سماجس منٛز پنٕنۍ قدٕر ہُرراوُن ۔ یہٕ وٕتھٕ چھِ تٔمِس پنٕنۍ آسُن ہیچھناوان غریب چھُنہٕ نہ آسنہٕ موٗجوٗب رسم و رواج پوٗرٕ ہیکان گٔژھتھ نٕہ چھُ بجورِ لوان منٛدٕ چھاوِنٕہ ۔

(۲۷)

## اتھٕ ھاوُن گو اتھٕ کھیاوُن ۔

اتھٕ ھاوُن گو پٔننی ہونرٕ بیٚس ھاوِنۍ ییٚلِہ ییا کھ ہیچھٕ سُہ چھُ اتھ پانٕہ نٲوِتھ ہاوُن وٲلِس نقصان وانٕہ ناوان تٔمِس چھِ گژھان کٲم کم نٕہ زٕنِ چھس اتھٕ ژھینان ۔



۲۸

## ازر وِلس نظر بند ۔

یُس نہ بیبیہِ سُشد جان ہیںکہِ وُچھتھ تُمی ہشدِ خاطر بچھُ اُچھن ہشد گاش سورتےُ جان ۔

۲۹

## اَکھ نکھس بینیہِ یل یل ۔

آرِ بیتھ کھورِ کمی تام کسُ تام نکھس ۔ نکھ پیپھڑ دِتِس تمی تینیھی یل زِ تلنُ وأئِس اوس گرٹھان وارا غذاب ۔ یہ گوو مطلب زِ کأئِسہ کرو مدد یا تمی شنز ذِمہ وأری ہیمو پانس پیپھڑ سُہ کرِ تورے تقاضہ تہٕ تُنخرِ ۔

۳۰

## اَن مناکرِ فنا رچھُن چھےُ بوڈ گوناہ ۔

سبھٕا انُن سورُے خرچ کرُن تہٕ پگاہ کیُت تہٕ پیتھ کُن کینہہ تھوُن ۔ یہ چھُ تمِس فضول خرچس مُتلق یوان وننہٕ ییُس زِیو تمُت چھُ سورُے خرچ کران تہٕ پیتھ کُن چھُنہٕ کینہہ تہٕ بچاوان ۔

○

(۳۱)

## اکِس اُچھ سورمہٕ تہٕ بییِس نیلہٕ ٹھوٹھ۔

اُچھ چھ دوشوے ہشے ۔ دوشونی پترِ ہیوے لول برُن ۔ اکِس اُچھ لاگِہ کاہٕ سورمہٕ تہٕ بییِس زہر (نیلہٕ ٹھوٹھ) تہٕ بیۆن بیۆن سلوٗک چھُ ناجایز۔ اگر مول یا مٲج پننین اولادن بیۆن بیۆن سلوٗک کرِ تہٕ یہ محاورٕ چھُ تمہِ وِزِ یوان وننہٕ۔

(۳۲)

## الن ہشِہ دھرمہٕ وانگنن تہٕ سگ۔

ال چھ بُڈٕ تہٕ وانگن لوکٹ ببری ۔ الہ چھُ زیادٕ سگک ضرورتھ تنہٕ یلہِ سگ دِوان چھ ییم تتھ نزدیک وانگن گُلی چھِ آسان تِمن تِہ چھُ سگ میلان بُڈِس ہِہنوِس ییٚنہِ آرام چھُ یوان دِنہٕ تمِس تہٕ ستی چھُ لوکٹِس ہِہنوِس تِہ آرام واتان۔

(۳۳)

## افسرِس تہٕ برٛونٹھی تہٕ گرِس تہٕ پتی۔

افسرس گرٛتھِ تہٕ برٛونٹھ کُن گرٛتھُن ۔ گرٛتھوس اگر تہٕ خبر کتھ بے گارِ لاگِہ ۔

گرُس اگر پێتی کِنز گرٛھو خبر لٕہ ما لایہ ۔

(۳۴)

## اُلِس ڈٕلی مُشکِل پێنٛز ۔

اوٚپ گو سُہ یمِس پرٛہتھ کانٛہہ چیز ھٮ۪کہٕ نکُ عادت آسہِ ۔ اگر اُلِس کو کرٕ ڈٕلی بتس پیٹھ آیہ سُہ لگہِ سارِنٕے ناوٕ نہِ تہٕ بتہٕ کھیوٚن گرٛھس مشہِ ۔

(۳۵)

## اور آو ییرن ییتہِ بنہو تیر انداز ۔

ییٚلہِ اورِ ییہِ کانٛہہ بُزدِل تہٕ کمزور نہٕ یوٚت وآتھ بنہِ بہوُدرُ تہٕ طاقتور تیٚلہِ چھُ تس مُتلق یہ کتھ یوان ونہٕ ۔

(۳۶)

## آمنکُ لوٚٹ لاگُن ۔

جنوبی کشیر منٛز چھُ آمن ناوٕک اکھ گام ۔ دیان تتہِ اوس اکھ چالاک گراہ اکھ ۔ تمِس کھتہِ کرٕنہٕ خاطرٕ ییٚلہِ کانٛہہ تس سوار اوس گرٛھان تہٕ گراوس

بے وایہ پاٗٹھی اکِس خندکس کُن نیز دوران ۔ سوار اوس کھوژان یہ ما نژاوِ کھندکس ووھٹ تہٕ دوشوے گرٛھو مارٕ ۔ سُہ اوس گرٕ پیٹھٕ ووھٹ ژھٔنان تہٕ گرُ تہِ اوس والیس پھیران ۔ بی کرٕھ اوس گرُ پالنس کأم کرنہٕ لِٔشہِ بچاوان ییٚلہِ کانٛہہ انسان کانٛہہ لٕشہِ بچنہٕ خاطرٕ بیھتھ ہٹابہ لاگہِ تہٕ اُسی چھِ ونان زِ اُمی چھُ اُمنیک لوٹ (دگر) لوگہٕ مت ۔

(۳۷)

## آسن وأنسِ چھِ آسنچ تیٚہہ نہ آسن والیو ہورکُن بیٚہہ ۔

دولت مندس چھُ دولتک لٕشہِ آسان تہٕ سأرِے یزتھ کران ۔ بچأرِس غریبس چھِ بے یزتھ کرِتھ اندکُن بیہہ ناوان ۔

(۳۸)

## اٗنگے چھِس ترٛنگہ پٔشیان ۔

اٗنگ گو جسمُک کانٛہہ حصہ ۔ ترٛنگہ پٔشیُن گو ترٛے رنگ پٔشپنی ۔ ییٚلہِ کانٛہہ پنُن بجر تھکہِ تہٕ بیہِس کھنہٕ فکرِ سُہ چھُ ہنزلہٕ پاٗٹھی ونان زِ اٗنگے چھِس ترٛنگہ پٔشیان ۔

(۳۹)

## آسہٕ کنِہ آم کھاژنہ۔

اَنٛدرمن منز پھیبہٕ وٕنِس کیمِس چھِ آم وَنان۔ یہ گوو کاٚلِتہٕ بیُٛتھ عذاب کرُن زِ بیُٛتھ اَنٛدرمن ہٕشدی آم کھنس تہٕ نیرلس آسہٕ کنِہ۔

(۴۰)

## اوٛنگلس پیٹھ بوٛنگلہٕ لدُن۔

اوٛنگل گو اکِس اوٛنگہ سمُہ جاے، مطلب چھُ کم زمینس پیٹھ ٲڈ اماریتھ لدٕنی

(۴۱)

## آوہٕنس لگُن۔

اُولُن چھِ وَنان یتہٕ لس دریاوُک پونٛی گول چکر مارِتھ ژٕرکِس کُن وسِہ، لِیُس چیز تتھ پیٹھ آسِہ تتھ تہٕ چھُ بوٚن کُن لمان مطلب سہٕ ڈا مصیبتس منٛز ولنہٕ یُن۔

(  )

۴۲

## اُٹھن وُری ین پیٹھ کوٗل تہٕ شیٹھن وُری ین پتھ لاو۔

اگر کمہِ کالس کُنہِ طرفہٕ کوٗل پکہِ تمیک نِشانہٕ چھُ شیٹھن وُری ین روزان۔
مطلب اگر کمہِ کالس یا یہٕ وٲتی ماے محبت یا لوٗتُق روزِ تمیک اثر چھُ سیٹھا
ہس کالس روزان۔

۴۳

## اوٗغُن ماب ژاٹھ ژولے اکھ فِل موکلیو۔

اوٗغُن گوو وستاد تہٕ ژاٹھ گو شاگِرد۔ پڑھتھ کٲلِتھ شاگرد ہِنز چھِ وستادس
پریشٲنی آسان۔ ییٚلہِ اکھ ژاٹھ ژولُس تہٕ تمِنز پریشٲنی گٔیس ختم۔ ییٚلہِ
پاٹھی چھِ مٲلِس شُرین ہنز پریشٲنی روزان۔ اگر اکھ ژُلیس یا بیوٚن ینِہ لیس تُہ چھُ
ونان زِ تمِنزِ دگ گیم کم۔

۴۴

## اَکی شُد نہٕ دزان تیل تہٕ بیٚیہٕ شُد دزان آب۔

اَکھ اِنسان چھُ ہمدردی سان یُز کتھ ونان مگر تس نہٕ کران پڑھ کانْہہ۔ بیاکھ

چھُ بے بُنیاد اپٕز کتھ وَنان تس پیٹھ چھُ یوان یتبار کرنہٕ۔ اَکی ہٕشِرِ نہٕ ماے
مُجرا بییہٕ شُدحدہ تہٕ خوش یُن ۔

(۴۵)

## اِنسہٕ نِچھِ چھِ مچھِ لاران ۔

بیٚلِہ والنس اِنسہٕ آسہِ لور تہٕ تیٚلی یِن تتھ چھِ لاران بیٚلِہ کاٚلِشہٕ دولتھ
آسہِ تیٚلی چھِ تس لِش لوٚکھ دوران دیوٕ اسہِ تہٕ لارِ کیٚشہٕ ۔

(۴۶)

## اِتھہٕ پیٹھ زِ برآری کھٹو ۔

یمِیُھ کاہشہٕ اِنسان اِتھہٕ منزٕ کاہشہٕ چیز نراوِ تہٕ بیاکھ دِلیس یکدم تھپھ تہٕ
گرِلیس قبضہٕ تیٚلِہ چھِ یہِ کتھ یوان وَننہٕ ۔

(۴۷)

## اُلِس گاش انُن ۔

ناخانٕدِ چھِ یوان اوٚن ماننہٕ۔ ناخانٕدِ خانٕدِ نباوُن تہٕ ان پڑھ پرناوُن

گوُ اُلِٹیس گاش اَنُ ۔

(۴۸)

## اُچھن کچھ ژھنُن ۔

تِیٚیمُن کیٚشہِ کرُن یِمہِ سۭتی نہٕ کانٛہہ اصلیت ہیٚکہِ وُچھتھ ۔

(۴۹)

## آسس کوٗٹا ژاُیِوو آسی پاٹھا دژوٗلو ۔

بیٚیلِہ کانٛہہ کھیاوُن چاوُن نہٕ تیٚیلی کرُسہ آہی یا تیٚیلِہ کرِسہ سانٛنی کام ۔

(۵۰)

## آس پھوٗلُن ۔

وارِیاہ کیٛنٛہہ کرِتھ تہِ نہٕ مطلب نیٚرُن تہٕ نہٕ کانٛہہ فایدٕ یُن ۔

(۵۱)

## آب اژِنۍ نہٕ گنجایِش آسٕنۍ ۔

پوٗرٕ پاٹھۍ مکمل آسُن ۔ یتھ نہٕ کُنہِ اِضافیچ یا کمی کرنۍچ گنجایِش آسِہ ۔

(۵۲)

أندرمن منٛزٕ پیٛرُن ۔

بٛیاکھ نہٕ بِلکُل فِکرِ کھٕسُن تہٕ پننہِ کھوتہٕ سیٹھا کمزور باسُن ۔

(۵۳)

آسس آب یِٛنُ ۔

کانٛہہ چیٖز ژٲرِ کھٲسِتھ سُہ کھینٛکُ لالِچ گژھُن ۔

(۵۴)

آلبس منٛز گٲژھٕ آسنی ۔

مُناسِب گُذارٕ نہٕ پرٲتِھ آسنی ۔

(۵۵)

اتھٕ رٔوٹ کرُن ۔

اتھس تھپھ کٔرِتھ مدد کرُن ۔ کُنہِ رٔنگہٕ مدد کرُن ۔

( )

۵۶

أچھن بوچھ آسنٕ ۔

کینٛہہ کھینہٕ چیز وُچھتھ کھینُک شوق گژھُن مگر بوچھ نہ آسنہٕ کِنہِ کھیتھ نہٕ ہیکُن ۔

۵۷

آبہٕ پیٹھٕ چھُس پکن تو تہٕ چھم نہٕ پژن ۔

آبہ پیٹھی پکُن گو سُوٗنچ سُوٗنچ قدم تژاوُن گو سہٹا سُوٗنچھتھ ٹِکی ٹِکر تہٕ چھم نہ ایتبار کرُن ۔

۵۸

اتھہٕ دِتم نہٕ برونٛہہٕ ییتم ۔

بیٚیلہٕ کانٛسہ یور مدد کوٚر تیٚیلہٕ بیٚیہ سہ توٚرٕ مدد کرِنہٕ ۔

۵۹

اسمانٕ ووٚتہٕ تژاونہٕ ۔

اسمانٕ ووٚتہٕ تژاونہٕ ستی چھُ نہٕ زنٛگہ ٹھنُک احتمال ۔ یٚیلہٕ کانٛہہ انسان

تشرِھ کاٗم کرِ یمیکُ نتیجِہ خطرناک آسِہ تیٚلِہ چھُ تمِس مُتلق یہ کتھ یوان ونہٕ۔

(۶۰)

## اُچھ منٛزنہٕ اوٚنٛگج بوزنہٕ یِیٚ۔

یہ گو تیٚژانِ گژھ آسنۍ زِ اگر اُچھ منٛزنہٕ اوٚنٛگج گژھ سوٚ تہٕ یِیہٕ نہٕ بوزنہٕ

(۶۱)

## ازِچ کتھ گیہٕ اُزی۔

ازِچ کتھ گژھِ اُزی یِنہٕ کرنہٕ تہٕ خبر چھا ز پگاہ کیٚتھ آسِہ

(۶۲)

## اتہٕ ہیرِ بٕن ارمان تہٕ گرِمتۍ پشیمان۔

یس نہٕ کھانٛدرٕ سپدیوٚ سہٕ چھُ امِہ باپتھ خاہِش مند۔ مگر یمِس کھانٛدرٕ چھُ کورمُت سہٕ چھُ پشیمان۔ یمِس نہٕ کانٛہہ چیز حاصل سپدیوٚ تمِس چھُ تمیُک ارمان تہٕ یمِس حاصل چھُ سپدیومُت سہٕ چھُ تمِکی وجہہ کنِ پریشان۔

(    )

۶۳

## أنٛدرِ گنڈٕ آسٕنۍ -

أنٛدرٕ کاہٕنٛہ راز آسُن لیُس نہٕ کاہٕنٛہ نوٚن ییٚرِھ کرٕن -

۶۴

## اندرٕ پھُل پیٚیٚز -

کاہٕنٛہ بدخبر بوزِتھ أنٛدرٕ دِلس سبٹھا دُوکھ سپدُن

۶۵

## استانا بوٚڈ تہٕ قودرتھا نہٕ کیٚنٛہہ -

یہ چھُ تمِس اِنسانس مُتلق یوان ونہٕ نہٕ لیُس سبٹھا بُڈِس عُہدس پیٹھ آسِہ یا سبٹھا امیر اسِہ مگر کانٛسہِ آسِہ نہٕ کُنہِ قسمُک اتھ روٚٹ کراں -

۶۶

## آہ چھُ کرن پچاہ -

غریبہٕ سُنٛد آہ کرُن چھُ ظالمس کھوڑس دِوان دأرِتھ -

۶۷

## اَچھ کڈٕ اَچھ روزُن۔

کانٛسہِ ناخوش یِنہٕ باوجود پٔرٛتھ وِزِلُس برٛونٛہہ کِنہ روزُن۔

۶۸

## اَچھ ٹارِ کھسُن۔

کانٛہہ چیز اَچھن خوش یُن تہٕ لیٚشہِ کھسُن۔

۶۹

## اوٚپ ژوٚپ کرُن۔

دودِ شرُس بیٚنِہ گوڈٕ رنٛجہ لِٹہ ٹھوس غذا چھُ یوان کھیاونہٕ تتھ پٔتھ اوٚپ ژوٚپ کرُن وَنان۔ بیٚنِہ کانٛہہ اِنسان تہٕ چیز کھیاوون یِنہٕ تِمی زاہ کھیومُت آسہِ یا سُہ چیز دِموس لیُس تہٕ تِمی زاہ روٚٹمُت آسہِ تنیٚلہِ چھُ تمِس متعلق یہِ یوان وَننہٕ۔

○

(۷۰)

اکِہ دوہہ ہھۂ بیئہِ دوٗہہ ہٕ سۭھۂ
اکِہ دوہہ لچھ بیئہِ دوہہ ہٕ کچھ

یہ کتھ چھِ اکِس دوکاندارس مُتلق یوان وَنہٕ ۔ زِ سہ چھُ کُنہِ دوہہ سۭھا زیٖنان تہٕ کُنہِ دوہہ نہٕ کہینٛہ ۔

(۷۱)

اسنہٕ استہٕ چھِ ساری نےٚ لنتہ تُھہٕنان
وارٕ وارٕ چھُ سارِنٕے کُنہ نتہٕ کُنہِ وِزِ شرمندٕ ہیٚوان گژھُن

(۷۲)

اڈٕ درٕ رلنٕ موڈٕرٕ کھیمو گرس کرِو ڈوہ تہٕ ڈاہ ۔
اڈٕرِس توٚملس چھُ بتہٕ کم ووتھان تہٕ ہوکھِس زیادٕ ۔ اوڈٕرٕ لتوٚمُل رلنٕ تہٕ خرچ گژھِ زیادٕ تہٕ گرٕ گژھِ تباہ ۔

(۷۳)

اکھ خوجس ہستی بتہٕ کھیوٚن تہٕ بییا ناڑِ پھلِس اتھ لاگُن ۔

ژٕامہِ پیٹھ خوجس سٕتۍ بہونُے پچھُ بوڈ یزنحقہ تہٕ ثاٹہِ پھلسِ اتھہٕ لاگُن گژھِ بے ادبی تہٕ زیادتی ۔

(۷۴)

## اتھس منٛزٕ چھا اوٚنگجہ پانٛژھ ہشی ۔

ییٚمہِ وِزِ أسی یژھو ونُن زِ دُنیاہس منٛزٕ چھِنہٕ سارٕے اِنسان ہیوٗے اُمہِ وِزِ چھُ یہ محاورٕ لِوان وَنہٕ ۔

(۷۵)

## أنٛدری زُرٕرٕ اژُن ۔

أنٛدرٕ چھُ کانٛہہ اِنسان دوکھو تہٕ غموٚ سٕتۍ زَن تہٕ سبزی ہنٛدری یأٹھی زُرُرٕلوٚمُت یا تہٕ لیدرٕیوٚمُت زَن تِہ بے جان گوٚمُت مگر نیٚبرِ کنِہ چھُ جان محت مند باسان ۔

(۷۶)

## اتھہٕ ناوان گژھن ۔

دپان ییٚلہِ سکندر اعظمس مرُن اوس تمی دۍُت وزیرن ہدایت زِ میانِس
جنازس برٛونہہ برونہہ پکہٕ ناوٕ زِ لوکھ میانی ساری امیر۔ وزیر۔ عالم۔ عامِل
تہٕ حکیم۔ بیہ تھاوِزِ لو ییٚون سورُے خزانہٕ تہِ۔ پتہٕ تھوٚزِ لوٚ مےٚ کفنہٕ منٛزٕ اتھٕ
نیٚبر کرِتھ۔ تاکہ لُکھ وچھن زِ مےٚ ما ہیوٚکیٚہہ ہیٚتھ تہٕ بہٕ ما ہیوٚکُس حکیمو
عالِمو تہٕ امی خزانن بچاوِتھ۔ ییٚلہِ کانٛہہ اِنسان پننٕ سوروُے کیٚنٛہہ کنہِ جایہ
نٕراوِتھ گژھِ تمہِ وِزِ چھِ یہ کتھ لوان ورتاونہٕ۔

(۷۷)

## اَسی پُن۔

مطلب گوٚو اَسی تنگ پُن۔ ییٚلہِ کانٛہہ اِنسانس اَکی قسمُک غذا سٕتھاہس
کالس ییٚیہِ کھیوٚن سہٕ چھُ ونان زِ مےٚ آو اَسی۔

(۷۸)

## اِنم سوے ژوم سوے نِجم سوے پانسے۔

سوے چھُ اکھ گاسہٕ یُسہِ کیٚن یٔترن گنڈن چھِ آسان یہٕ اگر جسمس کُن لگہِ
تہٕ پانس چھِ دگ ووتھان تہٕ لبتہٕ کھسان۔ اگر کانٛہہ جان اِنسان کانٛسہِ
بدخصلت اِنسانس پانس نش اَنہِ رٹھس تہٕ بُڑراویس تہٕ پتہٕ بجاے

راحت دِیس سُہ یِرانہٕ تمہِ وِزِ چھُ یہ محاورٕ استعمال سپدان۔

(۷۹)

## اوٚم بییِلہِ پکہِ زوٗرن کتھ کیٚت۔

اگر اوٚمبے دۆد پکہِ تییِلہِ کیا چھُ ضوٗرٕ رس زورٕ راونٛگ۔ مطلب اگر کانٛہہ کام سیوٚدُے ییٚرِ تییِلہِ کیا چھُ بدل کیٚنٛہہ سوٗ پنیچنیٚح ضوٗرٕ رتھ۔

(۸۰)

## آکھے نہٕ اوٚنٛتھ کیاہ ییٚمیٚ نہٕ دِہم کیاہ۔

یہ کتھ چھِ اکِس خود غرض اِنسانس مُتعلق ایوان ونٕنہٕ۔ سُہ چھُ ونان زِ اگر تَس نِش گژھو نہٕ کیٚنٛہہ ڈاٹی ہیتھ چھُ گژھن۔ اگر سُہ اسہِ نِش ییٚیہِ نہٕ تس چھِ کیٚنٛہہ ڈاٹی بوٗرٕ دِینہٕ۔

(۸۱)

## اُدرٕ زُٹ آسنہٕ۔

اودرٕ پلو چھُ نہٕ بدنہٕ پیٹھ جلِ جل وسان ییٚیلِہ نہٕ کانٛہہ پنُن مطلب حاصل کرنہٕ باپتھ کانٛسہِ انسانس نفیس تلِہِ۔ تییٚلہِ چھُ تمِس یہ ناویوان ونٕنہٕ۔

۸۲

# أچھن منز آب پہ روزُن

بینیلِہ پہ کاآلشہِ اِلسانس پٹرآنی ماسے یا لیحاظہ روزِ تنیلِہ چھُ تس مُتلق یہ یوان ونہنہ۔

۸۳

# آلی ناش گژھُن۔

اوَل پھِ بناوان جالوِز۔ اِلسان سُند اوُل گوو تمی منز لُر جاے۔ ناش گژھُن گوو تباہ گژھُن۔ ینیلِہ کاآلشہِ لُر جاے راوِ یا تباہ گژھِ تیلِہ چھِ ونان زِ آلی ناش گوس۔

۸۴

# آس وڈُن۔

آس بند کرُن۔ ژھوپہ گژنی۔

۸۵

# اوَل واٹگن نوَن کرُن۔

کأشِہ ہٕشِدٕ سارے راز نٮ۪ن٘ہِ کرٕنۍ۔

(۸۶)

## اُچھن پیچہِ پھٮ۪رٕ گژھُن۔

بیٚیِہ ہٕنٛز کأشِہ پرانیٚن سأتھیٚن ہٕنٛز ماے محبتھ روزِتھ اکھ حدس تام زِ پرٛزناوِتھ تہِ کرِ اِنکار تیٚیِہ چھُ تس متعلق یہ محاوٕرٕ یوان اِستعمال کرنہٕ۔

(۸۷)

## آلوَ پِلو کرُن۔

آلو کرُن چھُ مطلب خبراتھ پرٛزٕ ھنی۔ پِلو چھُ گہ وزٕ مکانہٕ پانہٕ وأنۍ ملناونۍ آلو پِلو کرُن گو ہمسالیس سیتۍ رُت مِلہٕ ژار کرُن۔

(۸۸)

## آلِہ مٕنٛز رٕونگ نیرُن۔

اُلِہ مٕنٛز نیرِ اُلِہ دانہٕ رٕونگ کتہِ نیرِیَس بیٚیِہ کُنہِ وِزِ عام خاندانہٕ مٕنٛز کانٛہہ اکھا سیٹھا تھزٕ پرٛاوِ نہٕ موشور گژھ تیٚیِہ چھُ یِوان وَنہٕ نہٕ زِ اُلِہ یانے

عام گرِ منز ڈرٲو ژونگ یانے خاص اِنسان ۔

(۸۹)

## آولُن یُن

آولُن چھُ یِوان ڈریاوس منز پانس ۔ کُنہِ جایہِ چھُ پونۍ گول گول چکر لگاوِتھ بۄن کُن وسان سہ گوٚ آولُن ۔ کلس گیور یا چکر یِنہٕ وزِ چھُ یِوان وننہٕ زِ آولُن آم ۔

(۹۰)

## افتابس ژونگ ھاوُن ۔

افتاب چھُ دِوان عالمس گاش ۔ اُمِس کیتھ چھُ گاش ہاونک ضوٗرُوٚرتھ سہ گاش تہِ ژٲنگِ سیتی ہاوُن گاژاہ بے وقوفی چھُ ۔ ییٚیلہِ کاہہ کم عقل اِنسان کانٛسہِ بُڈِس عالمس تہٕ عاقلس ہیچھ ناوُنچ کوٚشِش کرِ تیٚیلہِ چھُ سہ زن آفتابس ژونگ ھاوُنچ کوٚشِش کران ۔

(۹۱)

## ارمیہِ تلہٕ کرُن ۔

گھو دندو مٔنز واپس کرُن۔ کمٲلنہٕ ہُنٛد کانٛہہ چیز آسہِ بیٚیہِ کٲلنہٕ قبضس مٔنز کوٚرمت زن تہٕ دندن تل رٕٹیتھ ننیگلاوٕنس تیار اوٚسمُت اگر سُہ چیز تس لٕنٛشہ واپس پیٚیہ انٛہنہٕ نہٕ دلپو زِ ارمہِ یانٕے دندو مٔنز کرٕٹس واپس۔

(۹۲)

## آنہٕ راسے تہٕ بانہٕ ٹھاسے ٹلُن۔

سہٹھا کرکہِ نادٕ ٹلن۔ سہٹھا شور ٹلُن تہٕ بانہٕ ٹھاسنے۔

(۹۳)

## اَسہٕ مٔنز وٕسی پیٚیوٕن۔

اگر کٲنٛسہ اِنسانن کانٛہہ چیز ہینہِ لِس قبضس مٔنز کرِتھ زوٕنُن زِ یہ چھُ وٕنی ہمیشہ باپتھ میوٕن۔ اگر تمِس سُہ چیز واپس پیٚیہِ ہیٚنہٕ سُہ زانٛی تہٕ زن تمِس آسہٕ مٔنز پیو وٕسِتھ۔

(۹۴)

## اُچھو دوٗر گو دلہٕ دوٗر۔

اُچھو لٕنٛشہِ بیٚیلہِ کانٛہہ دوٗر روزِ سُہ چھُ وارٕ وارٕ دِلس تہٕ مشان یہ مہاوٕرٕ چھُ

چھُ اسِہ شایِد فارسی زبانٕ ہُنٛد دپِت ۔ فارسی لیس منٛز چھِ وَنان ۔ از دیدہ دور از دِل دوٗر ۔ انگریزی لیس منٛز تہِ چھ وَنان ۔

OUT OF SIGHT IS OUT OF MIND.

(۹۵)

## اُڈٕ اُڈٕ کرٕنۍ ۔

بروٚنٛہہ کالہِ آسی پھیر وأنۍ اُڈٕ اُڈٕ یا اُٹس لِدھِتھ گٕنٛتہٕ یا پیٹھ کانٛہہ چیز بِھایہٕ جایہٕ پھِرناوان تہٕ لُکھن ھاوان ۔ انسان اُڈٕ اُڈٕ کرٕنۍ گو وِتمس اُتمنٛز خامی وَنہٕ وَنہٕ لُکن وُنِھتھ سہ بدنام کرٕنۍ ۔

(۹۶)

## آسمانہٕ پیوٚن تہٕ زمینس دب لگُن ۔

کانٛہہ اِنسان آسہٕ گنہٕ بٔڑِس عہدس پیٹھ یا آسہٕ سیٹھا دولت مند ۔ سُہ بیٚیہِ اچانک تمہِ عہدٕ لِنٛتہٕ والنہٕ یا تس گرٕھہِ یکدم دولتس ناش اسی وَلوزِ آسمانہٕ پیوٚ تہٕ زمینس لُگُس دب ۔



(۹۷)

## اَچھ ییٹھ نہٕ پچھ زٕرناوُن

یہ گوو حدٕ کھوتہٕ زیادٕ کاُلِشہِ حِفاظت کرٕنۍ ییتھ زِ پچھ نہٕ ییکہِ نہٕ تَلس کُن.

(۹۸)

## اتھہٕ چھوٚن آسُن -

چھوٚن گوو مطلب خاٗلی اتھہٕ خاٗلی آسُن - گوو اتھس منٛزٕ نہٕ کانٛہہ روپیہ پاُنسہٕ آسُن -

(۹۹)

## آسمانس تھوکہٕ لایُنہٕ

سیٹھا نیک نہٕ حیانٛ اِنسانس مُتلق کانٛہہ ناکارٕ کتھ وَننۍ -

(۱۰۰)

## اڑٕ ژوٹ گژھُن -

پوشٕ آسہِ اوٚڑُے پھوٚلُت ییٚلہِ ژٕٹنہٕ ییہِ - دوییمہِ لفظن منٛز اُڑے وُمبر گژھِتھ یا جوانی منٛز مرُن - یہ چھہ سخ بددُعا کرنہٕ وِزِ استعمال یوانٛ کرنہٕ -

(۱۰۱)

## ازچھُے غنیمتھ ووتھ تھوٗد کرکرٕ ۔

دوٚہ آسِہ رُت ۔ موسم آسِہ مُناسِب ۔ سُہ دوٚہ بےکأری منٛز ضایہ کرُن
چھُنہٕ گاٹہٕ جار ۔ بیٛتھِ دوٚہ پٮ۪ٹھِ ووٚتھُن تہٕ کأم کرٕنۍ ۔ دوٚہ زانُن غنیمتھ
تہٕ چھا خبر لیگاہ کیٛتھ دوٚہ آسِہ ۔

(۱۰۲)

## أشِس تہٕ بتس کُنے گرٕھُن ۔

بتہٕ کھیوان تبٕہوٗت اوٚش وُسن زِ بتہٕ تہٕ اوٚش رلِہ یکجا ۔ اگر
کأنٛسہِ سیٹھا دوٚکھ گرٕتھِ تہٕ آسِہ سُہ سیٹھا ودان تس مُتلق چھ یہ کتھ لوان
ونہٕنہٕ ۔

(۱۰۳)

## آری کیٚٹنی تأری کٹی اہنٛز ۔

یینٛیلِہ کانٛہہ مأکِ نوکرس کامِہ پیٹھ کامِہ ونِتھ چھُ پریشان کران تمِہ وِزِ
چھ یہ کتھ لوان ونہٕنہٕ ۔

(۱۰۴)

## اَچھ ہِگنی۔

کاٗلِشہِ ہِنٛز خراب نظر ہِگنی۔ یِمہ سٟتی زٕن نُقصان وانٛہِ۔

(۱۰۵)

## آیہ وٲلِنس تہٕ گیٖیہ کانٛڈرِس۔

دیان لل دیدِ مِنٛجے یِہ وٲلِنس چھِیٚن بٕجاے تمی دِژِس تہٕ تہٕ سُہ گیٖیہ کانٛڈرِس تہٕ تمی ٹھُونشدورس مٔنٛز کھُٹِتھ۔ مطلب خوش قِسمتی آیہِ کٔمِس تام تہٕ وٲژ کٔمِس تام۔

(۱۰۶)

## آسمانس رلیسفانہٕ کرُن۔

آسمانس ٹکرٕ کرٕنی۔ گوٚ تیٚنٛز کوٗشِش یا میٚہنتھ کرٕنی یٔمہٕ تہٕ حدے آسہِ۔

(۱۰۷)

## اتھس تسبیح بیٚنیہِ شراکھ۔

ہاوُنہٕ خاطرٕ چھِس اتھس مٔنٛز مال زٕن تہٕ خودایہ سُنٛد ناو سوران اگرٕ اندری

چھُ پلون تل شراکھ ہیتھ مارنس پڑاران۔ نیبر چھُ کھتو کنہٕ دوس مگر اندری
کنہٕ چھُ دُشمن آسان ۔

١٠٨

## ارگہٕ اشُد آسُن ۔

ارگہٕ اشُد گوو اُچھن لاگنک سُہ سورمہٕ یُس نایاب آسہِ تہٕ سیٹھاکم
میقدارس منز حامل سپدِ ۔ ارگہٕ اشُد گوو سیٹھا نایاب تہٕ موٗلُل چیز۔
اشدس چھ چشمن منز جاے یوان دِنہٕ ۔ ییٚلہِ کُنہٕ خاندانس کُنے شُر
آسہِ تس چھ ونان زِ یہ چھُ ارگہِ اشُد تہٕ کیازِ اُمس چھ سارے چشمن
منز جاے گران ۔

١٠٩

## آورِ سوٗس تہٕ پاورِ سوٗس گژھن ۔

آورِ گوو اتھس منز آمت چیز تہٕ پاورِ گیہ بیہن جاے ییٚلہِ سورُے
کیشہہ تباہ گژھہِ تیٚلہِ چھُ یوان ونہٕ زِ اورِ سوس تہٕ پاورِ سوٗس گوو۔

۱۱۰

## از چھُ ماجہ بتہٕ ۔

ماجہ ہُند بتہٕ چھُ آسانی سان حاصل سپدان یہ چھُ بے مینتھ تہٕ آسان تہٕ میوٚکھڑ تہٕ۔ بیٚیلہِ کُنہٕ وقتہٕ آسانی سان۔ بے مینت تہٕ سُفارِشہ تہٕ رشوتہٕ روس ہٕتی چیز حاصل سپدن تیٚلہِ چھُ یوان وننہٕ زِ از چھُ ماجہ بتہٕ۔

۱۱۱

## اکِہ کُنہٕ بوزُن تہٕ بیٚیہ کُنہٕ ژراوُن۔

کانٛہہ کتھ بوزِتھ دِلس منز تھاو جاے نہٕ دِنی ٹلی کِہ ہستے مُشراوِنی۔

۱۱۲

## اتھہٕ شر گرژھُن۔

بگڑن یا پژھنہٕ روٚستے کانٛہہ کام سرزد سپدِنی یمیُک انجام سیٹھا خراب آسہِ یا پننہِ اتھہٕ ستی کانٛہہ غلط کام کرِنی یوسہِ سماجہِ چھین اُچھن منز ناکارٕ آسہِ گوٚو اتھہٕ شر گرژھُن۔

(۱۱۳)

## اَتھہٕ مَنٛز نیرِتھ گژھُن۔

کونہٕ وِزِ چھےٚنہٕ کانٛہہ کٲم یا کانٛہہ چیز باسان زِ اَتھس مَنٛز آو۔ مگر یکدم چھُ تمہِ لۄنٛشہِ کُنہِ وجہ کِنی محروٗم گژھان تہٕ تیٚلِہ چھُ وَنان زِ اَتھہٕ مَنٛز گوو نیرِتھ۔

(۱۱۴)

## اَتھ وَتھ نہٕ یِنۍ۔

کانٛہہ طریقہٕ نہٕ اَتھِ یُن یمہِ سٟتۍ کانٛہہ کٲم پوٗرٕ سپدِ

(۱۱۵)

## اَتھہٕ ژالُن۔

ییٚلہِ نہٕ کٲم کرنس کانٛہہ گرِ گرِ وَتھ دِیہ تیٚلِہ چھُ لوان وَنہٕ زِ اَتھہٕ ژالُنم۔

(۱۱۶)

## آسہٕ کھوٚل آسُن۔

زور کرِتھ دِنہٕ وول آسُن

(۱۱۷)

## اُوری نہٕ پوٗری آسُن۔

پریشان یا بیمار آسُن۔

(۱۱۸)

## اتھ پیٹھ تارُن۔

دوکھ دیُن۔ بیٚیلہِ کانٛہہ ہشٕہ اتھ دھوکھ کھیۍ تیٚیلہِ چھ یہ کتھ یوان
ونہنہٕ۔ نہٕ اتھ پیٹھ تارُن

(۱۱۹)

## آرٕ کرُنٛت گژھُن

ارس منٛز چھ نوٗشکھ کنہ چھٔلی آسان نہٕ چھُ تتھ پانیک شرٕ نہٕ کولہِ ہندِ
شور تہٕ نہٕ کانہہ رفتار۔ بیٚیلہِ اِنسان سیٹھا مایوس گژھِ زنتہٕ ارِ پئن
ہندی پاٹھی نوشک گژھِ تیٚیلہِ چھ یہ کتھ لس متعلق یوان ونہنہٕ۔

۱۲۰

## اوتھم نہٕ مدلو اونھمنے تہٕ اڈلو ۔

اگر اَنِتھ زہینِتھ دِہم نہٕ برَے لول تہٕ مائے اگر تِہٕ کرکھ نہٕ تتھِلہٕ چھُکھ نہٕ میثون کاہنہ ۔ یہ چھُ لتس زنانہٕ مُتلق یوان ونہٕ یوتہٕ خاندارس زی کُل آسنہٕ کِتہٕ لول برانٛ چھےٚ ۔

۱۲۱

## آہِتر کوکرٕ پتی کرٕ ۔

آہِتر کوکرٕ گوو ٹھول دِلس تیار کوکرٕ آسِہ ۔ پتی گرتھنہٕ گوو ٹھول دِنہٕ لِثہ یوٚت ہیوٚن ۔ اگر کاہنہ اِنسان حاجت کرٕلس تیار آسہے مگر کالِثہ ہنٛزِ ونہٕ ستی ہیٚیہ یوٚت ۔ آسی ولو زِ اَمی کُرٕ آہِتر کوکرٕ پتی ۔

۱۲۲

## اتھٕ شہلاوُن ۔

کامہِ منز کالِثہ مدد کرُن ۔۔

( )

(۱۲۳)

## النخناس اژُن ۔

کانٛہہ خراب کاٗم کرنٕچ زبردست خاہِش پاد سپدنۍ ۔

(۱۲۴)

## أنٛدرم تام ژانٛہنۍ ۔

کاٗنٛسہِ مُتلق تمیز جاٗنۍ تہٕ ناکارگی، خوٗبی تہٕ خاٗمی تہٕ أنٛدرِمٕن سیرن ہیٛنز خبر آسنۍ ۔

(۱۲۵)

## أنٛدرٕ ہنٛبر کرُن ؛

أنٛدرٕ بیہتھ ہنٛبر ییٚرُن تہٕ ہنٛبرٕ پیٹھ بیہِتھ أنٛدر اژُن ۔ بیٚیلِہ کانٛہہ اِنسان فکرِ منٛز اُدرٕ لورٕ پھیران روزِ تیٚلِہ چھُ تمِس مُتلق یواں یہ وننہٕ ۔

(۱۲٦)

## اتھِ ھاکس چھُنہٕ پاکھ دِنگ ضوٗروٗرتھ ۔

اتھِ کیتھِ بیہتھ چھُنہٕ بیٚیِہ سوٗنچ دِنگ حاجتھ ۔ اتھ چھُنہٕ کانٛہہ دُرستی کرنٕچ ضوٗروٗرتھ

۱۲۷

اۆنٛگجہِ سٟتۍ ہاوِتھ دیُن ۔

صاف صاف کتھہِ کُن اِشارٕ کرُن ۔

۱۲۸

اۆن کوٚن رضایہ خۄدا نافہم گوٚو قہرِ خۄدا ۔

اۆن یا کوٚن آسنہِ کاہنہٕ سو چھِ خۄدایہٕ سٔنٛز مرضی ۔ مگر بیٚیہِ خۄدا قہر کرِ تہٕ تیٚلہِ چھُ اِنسان نافہم بنان ۔ یاتے عقلہٕ ہٕنٛز کمی چھےٚ خۄدایہٕ سٕندِس قہرس برابر ۔

۱۲۹

اُچھن گاش تہٕ کوٚٹھن ہوش ۔ اوٚر زُو تہٕ دوٚر کوٚٹھ ۔ روزُن ۔

یہ چھُ تمام دُعایُس کأشرٕ قۄدرتس منگان پٔھ زِ اُچھن گوژھ گاش کوٚٹھن طاقت تہٕ جِسم گوژھ تندرُست روزُن ۔

۱۳۰

## اِننی شکل پھرس تہٕ پننی شکل وٲنِس ۔

یوسہٕ خوبصورتی سورمہٕ تہٕ ساز سیتی حاصل ییٚیہِ کرنہٕ سو پوشہِ سیٹھا کمس کالس ۔ مگر یوسہٕ خوبصورتی قدرتن آسہِ دِژمژ سو چھِ ساری زِندگی پوشان ۔

(۱۳۱)

## آدمی قہر چھُ سور بوٚن ووتھن ۔

اگر اِنسان شُد چشمہِ بد سوٗر بٔنِس تہٕ لگِہ سُہ تہٕ گژھہِ غاب ۔

(۱۳۲)

## اَکھ بُڈٕ تہٕ میوٚٹھ بیاکھ بُڈٕ تہٕ کروٗٹھ ۔

کانٛہہ اِنسان چھُ بُڈان تہٕ تس چھِ کلامس منٛز نرمی تہٕ میٹھر پادٕ سپدان ۔ بیاکھ چھُ بُڈٕ گژھان تہٕ تس چھُ کلامس منٛز یٹھر تہٕ مزاجس منٛز کریچھر پادٕ گژھان ۔

(۱۳۳)

## اوٚن داژر راوٕ راوان ساتس داژرس وتھ ۔

ألِس دانٛدس کتہٕ ییٚیہِ وہتھ اتھِ ۔ تمِس ییتہٕ اگر ساس دانٛدٕ لیکان آسن
نہٕ تمن تہِ راوِ وہتھ ۔ اگر اکھ کم عقل رہبر آسیہ تمِس ییتہٕ بکن وآلی تہٕ چھِ
کم عقل بنان ۔ تمن چھِ ہارِ نے وہتھ راوان

(۱۳۴)

## اوکھُن مآینہٕ زردی پھیرنہٕ

ییٚلہِ وستاد نیٚترہ کاہنہٕ غلطی کرِ ییہِ ُستی ژاٹن ییتھ سیٹھا برٕ اثر ییہِ
نہٕ پانہٕ نہِ ئیژ شرمندٕ گژھِ تہٕ سُہ چھُ ہتھِ لیدران ۔ ییٚلہِ کاہنہٕ سخ غلطی
کُرِتھ خجِل چھُ گژھان تمِہ وِزِ چھُ تمِس متلق یہٕ لوان ونہٕ ۔

(۱۳۵)

## اوٚن ولِس پتہٕ کون بٕژلِس کھارُن ۔

اوٚن ہیکہ نہٕ خبگلس کھسِتھ ییتہِ سیٹھا کلُی تہٕ زرنٛڈٕ چھِ آسان کون چھُ
مطلب جسمآنی طور کمزور انسان کتہِ ہیکہِ بٕژلِس ہِوس کلُس کھسِتھ ییٚلہِ
کمزور تہٕ ناقآبِل انسان انھِہ کانہٕ مُشکل کآم ییٚیہِ کرنا ونہٕ تیٚلہِ چھِ یہ کتھ
لوان ونہٕ نہٕ ۔

(۱۳۶)

## أچھ تالوس لگنۍ ۔

سخ پریشانی منز چھُ انسان اندۍ پکھۍ وُچھنہٕ بجائے تالوس کُن وُچھان روزان ۔ تالوس کُن وُچھن چھُ پریشانی ہُنڈ نشانہ ۔ اوے چھِ یوان پریشان اِنسانس متعلق وننہٕ ز أچھ لجس تالوس ۔

(۱۳۷)

## أچھِ نہٕ ھار نہٕ انڈھکار ۔

ھارٕ أسی برونہہ کانہہ پأنسو بدلہٕ ورتاونہٕ یوان وُنہٕ تہٕ چھُ دولت منٛدس ھارٕ وول یوان وننہٕ تمہٕ بنہٕ آیہ اد موجود سِکہ بارسس ۔ اتھس منز بیٛلہٕ نہٕ ھار یانے پأنسہٕ آسن نہٕ تیٛلہٕ چھُ انہٕ گوٹ میلان ۔

(۱۳۸)

## آسہٕ کِنۍ پوٚس کھارُن ۔

زِیادٕ کیٛنہہ کرنہٕ سٕتۍ چھُ أسس پوٚنس کھسان کالنٛہ یُنٛتھ کانٛہہ کیٛنہہ وننہٕ یِمہٕ کِس جوابس منز تمس سیٹھا کیٛنہہ ہیٚن کرنہٕ ۔ تتھ ولو زِ تمس کھوٚت آسہٕ کِنۍ پوٚنس ۔

(١٣٩)

## الاندین تھپہٕ دِز

الوند چیز چھُ کُنہِ سیتی اویزان آسان ۔ تتھ اگر سہارٕ خاطرٕ تھپھ دِمو
سُہ ییٚیہِ ؤسِتھ تہٕ تھپھ کرن وول ییٚیہِ پھتر۔ ییٚیلِہ کانٛہہ بے بروسہٕ
کمزور سہارن تھپھ ژٕھنہِ تیٚیلِہ چھ لس متلق یوان یہٕ ونہٕ ۔

(١٤٠)

## اکھ لوِ لِچھ بیاکھ لوِ نہٕ کِچھ ۔

ساری اِنسان چھِنہٕ ہِوی آسان ۔ پرٛتھ کانٛسہٕ چھ بیٚون بیٚون گاٹھ جار
تہٕ اہمیت مُطابق بنُن مول آسان ۔ اکھ گاٹل لوِ لِچھ بڈی تہٕ بیاکھ بیکل
لوِنہٕ گاسہٕ تُل ۔

(١٤١)

## اُزٕ سارِ وو چھُن ۔

اُلِس ییٚیلِہ کانٛہہ چیز وُچھن آسہِ سُہ چھ اُتھو سیتی ساران تہٕ وُچھان
اَتھ چھُ تمِس یژ کال لگان ۔ ییٚیلِہ کانٛہہ اتھو سیتی سارِتھ کمانٛہہ چیز
صندوقہ یا تھیلِہ منٛز ژھانڈنچ کوٗشِش کران چھُ تیٚیلِہ تہٕ چھ یہٕ کتھ یوان
ورتاونہٕ ۔

(۱۴۲)

## آسہ ساد اژُن :-

ساد اژُن گوو مژ اژُن بیٚلِہ کاہِنہ یژکال ضِیا فُرٛث کھیہ تمس چھُنہ ییتہ ساد یانے عام کھینس مژ لگان تہٕ اَسی چھِ ونان زِ اَمِس چھُ آسہٕ ساد ژامُت -

(۱۴۳)

## اکسے ژنگہِ پیٹھ نشُرن :-

بیوٚن بیوٚن کامہِ کرنہٕ باپتھ لگاتار اورِ یور پکان روزُن -

(۱۴۴)

## آسُن چھُ نیشہِ ناوان تہٕ آسُن چھُ منڑِ چھاوان :-

دولت آسنہٕ سیتی چھُ اِنسان شوہرتھ براوان تہٕ غریبی کِنۍ چھُ شرمندگی تلان -

(۱۴۵)

## اکھا نوکری تہٕ بیبیا نخرٕ :-

ییٚلہِ کانٛہہ نوکری کرٕنۍ ہیٚکہِ ہیٚیہِ تیٚلہِ چھُ تٔمس مالکہٕ سٕنزِ مرضی مُطابق میٚحنتہٕ سان کام کرٕنۍ۔ سُہ ہیٚکہِ نہٕ نخرٕ کٔرِتھ زِ از چھُم نہٕ کام کرنٕکُ موٗڈ یا از چھُس یژھان آرام کرُن بیٚیترِ۔

(۱۴۶)

## اُدرٕ کھل گژھنۍ :-

کھل گوٚو کھٔنٛج ہیٚل یُس تیٚلہٕ گوگلس یا تیٚلس بیٚترِ تیل کٔرِتھ ہیٚتھ کُن روزان چھُ۔ ہوکھ کھٔنٛج ہیٚل چھُ یژ کال تانۍ ٹھیٖک روزان۔ اگر اُدُر گژھِ تتھ چھُ لاوٕ کھسان تہٕ سُہ چھُنہٕ کُنہِ کامہِ ہیٚند روزان۔ کھل چھِ دوان گاوٕن دانٛدٕن بیٚیترِ کھیٚن۔ اُدرٕ کھل چھِ ہوژان نہٕ گاو چھُنہٕ سُہ کھیوان۔ اُدرٕ کھل گژھنۍ گوٚو یوٗرٕ نباہی گژھنۍ۔

(۱۴۷)

## اُچھ ور ہگنی :-

لٹواہِ ورآے کُنہٕ کُن یژ کال مدُرے گنڈنی

(۱۴۸)

## امے امے بہٕ کیا ونے پینی پام لوٚکن دِمے :-

ییٚلہِ کانہہ بینہِ کمی یا ناکارگی ہنٛز پام بییِس دِیہ تیٚلہِ چھ یہ کتھ یوان ونہٕ۔

(۱۴۹)

## آٹہِ کیا ڈراو نہٕ وونٛ نیر چھانہٕ :-

ییٚلہِ نہٕ آٹہِ منٛز کینٛہہ حاصل گژھِ تیٚلہِ کیا گژھِ حاصل خالی پرنہٕ منٛز۔

(۱۵۰)

## اکِس نہٕ تگن ونُن بییِس نہٕ تگن بوزُن :-

اکِس انسانس چھُنہٕ تگان پنُن خیال باوُن تہٕ بییِس چھُنہٕ کتھ ہُند مطلب تران زِکرِ نتیجہِ چھُ گژھان غلط فہمی تہٕ جھگڑٕ۔

(۱۵۱)

## أنڑری گنڈ آسُن :-

أندری کِنِز کاہۂ کھۃ کھُٹیھۃ ہِھُونۍ

(۱۵۲)

## الہِ شہر آسُن :-

الہِ شہر گوڈسہ شہر بیتہِ بے بوج آسہِ لوکھ آسن کندِس تہٕ مُو بہ کُنے مول کران ۔

(۱۵۳)

## أری آیہ سائرے تہٕ اوّل گوُو نہٕ کاہنہ :-

سائرے پچھ دُنیاہس منز أری یا نے ھحت مند پاد سپدان مگر مرنہٕ بروہنہ پچھُ پڑھۃ کائُنہ کُنہ نتہ کُنِہ بیمارِ ہُنز بہانہٕ گرٕھان تہٕ ادِ موکھ یوان ۔

(۱۵۴)

## اتھہ پیٹھ تھوُن :-

کائِنہِ حفاظت کرنٕی ۔ مدد کرُن یا سایہ کرُن

١٥٥

## افرایہ تفری پاآلسہ کرُن :-

ففول خرچی کرِھۃ پاآلشہ فنایہ کرُن -

١٥٦

## آسس ٹپ دِلۂ :-

وُہڑ وُٹپڑ خاموشی کرِنۂ -

١٥٧

## آہڑ تڑکھ شوُنگنُ پۃ کھار وہفُن :-

سبھڑالے فکرِ یاُٹھی شوُنگنُ نۃ آرام کرُن یہقۃ زِن رات ہے اُہڑِ ترکۂ پیہڑ
کھار وزن ہُبریس یہ پچھُ فکرِ روّس زنِدگی مُتلق یوان وِنہنۂ -

١٥٨

## المن کھسُن :-

الم گو بھقوّد جھنڈِ - المن کھسُن گو سبھڑا بحقود کھسُن - زِیادے پیہان
ونُ - سبھڑا شور کرُن -

۱۵۹

## اوٚر یوٚر کیٚنژ ھا کرُن :-

مُشکِل لگُ حل دُچھِنہٕ کھوٚرِ کُنہِ جایہ ژھانڈُن۔

۱۶۰

## اَہنکارس چھُہ ناش :-

یُس تکبُر کھیٚسہ سُہ چھُ تباہ گژھان۔

۱۶۱

## اُچھو کھوٚتہٕ چھُہ کنٛہٕ دوٗر :-

یِنُن گوٚو ییٚنہٕ تہٕ دہ پرگوٚو دہ پرٕے۔ ییٚنہٕ لِس نیٚچھوِس تہٕ بأُے ہٕنٛدِس نیٚچھوِس منٛز کیا فرق چھےٚ دہ شوٚنٛز منٛز چھُہ کُنےٚ خون۔ مگر یِنُن نیٚچھوٗ چھُہ بأُے ہٕنٛدِس نیٚچھوی ہٕنٛدِ خوٚتہٕ نزدیک تہٕ لوٗٹھ باسان۔

۱۶۲

## اَز چھُے بےٚ گاہ وونٛی یِزِ پگاہ :-

وُگرٲے کرِن وٲلِس چھُ ٹالہٕ تہٕ بایِتھ لوان وینہٕ زِ از چھُے نہٕ جان دوہ

وونی گژھِ پگاہ یِن ۔

(١٦٣)

## اوٚٹ چھاۓ آنِتھ پرُن کیٚچہ ۔

اوٚٹ بیٚیلہِ موکلیو چھانِتھ تہٕ پتہٕ چھُنہٕ پرنیک کانٛہہ ضۆرورتھ تتھ چھِ تھوان کٔرِس ۔ بیٚیلہِ کانٛسہِ اِنسانس نِش کام ڈرایہ پتہٕ چھِ نہٕ تمِس کانٛہہ اہمیت دِوان ۔

(١٦٤)

## اُڑ گز ماہنہٕ ڈوڈ گز پۆژ ۔

لوکٹِس قدس چھُس زیٹھ پلو لاگِتھ ۔

(١٦٥)

## أنہِ ہُنٛز کوے خوداۓس حوالہٕ ۔

أنِس بیٚیلہِ تہٕ اُچھن أو بوزنے تہٕ زنانہِ ہُنٛز کیا رأچھ راوھٹ کرِ ۔ تمی ہُنٛز حفاظت چھُ خوداۓ کران ۔

(١٦٦)

اَنِیبن مَنٛز کاٚنٛز سوٗنٛدر :-

کاٚنٛز تہِ چھہِ بدصورتھ۔ مگر اَمِن مُقابلہ چھس تۄتہٕ اکھ اُچھ نہٕ تمہِ کِنہٕ چھےٚ تِمن منٛز سوٗنٛدر لوان مانٛنہٕ یِیٚلہ بیٚیِن مَنٛز کانٛہہ ییِٚم گاٹُھ آسہِ تیٚلہ چھہِ یہِ کتھ لوان وَننہٕ۔

(۱۶۷)

## الہٕ کُلِس تُلہٕ کُل کھاُرن

کاٚنٛسہٕ ہُنٛز موٗلی کتھ تیٚز بڑاوٕنی تہِ سُہ باسہِ قصوٗروار۔

(۱۶۸)

## اَتھہِ وتھ نہٕ بیٚنہِ۔

کانٛہہ کام انجام دِنہٕ خاطرٕ نہٕ کانٛہہ مُناسب طرِیقہ اَتھہِ یُن۔

(۱۶۹)

## اَتھہِ شلکہٕ کھوٚتہٕ گوٚو کَتھہِ شلکھ

اَتھہِ سِتہٕ لایٚنہٕ کھوٚتہٕ چھہُ زیٚوِ سِتہٕ بےٚ عِزتی تہٕ فضیحت زیادٕ تکلیف تہٕ دوٚکھ دِوان۔

(۱۷۰)

## اَنٛزِ مُنٛزِ گرٛھُن ۔

کُنٛہِنج واقفیت حاصل کرٕنۍ ۔ کُنہِ کیٚتھ ہُنٛرزان کاری حاصل کرٕنۍ ۔

(۱۷۱)

## اردا ہِم لگُن ۔

ارداہ وٕہری ہُنٛر ہیکِتھ آسِنہٕ یہ چھُ تس بُڈس مُتلق یوان وننہٕ یُس جوانہٕ
ہِندی پاٹھی کام آسہِ کران ۔

(۱۷۲)

## اقلہِ بکل گرٛھنی ۔

عقل راونہٕ تہٕ بے عقل بُدان بیٹھہ تہٕ کُنہِ کیٚتھ ہیکہِ جواب وُنِتھ ۔

(۱۷۳)

## الہِ روٗن واٗنگُن ۔

بیٚلہِ زنانہٕ قدزلیوٹھ آسہِ تہٕ مردس ژھوٹ تیٚلہِ چھِ یہ کتھ یوان وننہٕ
تکیازِ ال چھِ زیٖٹھ تہٕ واٗنگن چھُ ژھوٹ آسان ۔

(۱۷۴)

## الہٕ تُلُن :-

سپھڑا شوٗر تہٕ کرکہٕ ناد تُلُن -

(۱۷۵)

## اکھ ڈوٗڈ تہٕ بییہِ ماجہِ کیٚت بتہٕ لۄٹ :-

یرژھنہٕ رۄستے بیینہِ تہٕ کھیہِ سال تہٕ بتہٕ ژھانڈِ گرٕ کیٚت تہٕ بتہٕ لۄٹ - یہ چھُ کأنٛسہِ خود غرض تہٕ بے شرم اِنسانس متلق یوان ونہٕ نہٕ -

(۱۷۶)

## آنتہٕ گژھُن :-

تمہِ چیٖزِچ خاہش کرٕنۍ یُس حأصِل کرُن ناممکن آسہِ -

(۱۷۷)

# ب

(۱۷۸)

## ببہٕ نیہتراوٕنہٕ اتھس کیٚتھ ۔

نیٚچو ونہِ مأمِس نیہترکرتم مگر وُنی کرتم ۔ یہ سوٚنچہٕ نہٕ زِ جہارسینی ژھانڈِنس کتھہٕ تُلنس نہٕ ادِ کھاندر مقرر گژھنس چھُ کینٛہہ کال لگان یا کأنٛسہ ولو وُنی کانٛہہ کام کرنٕی بجائےِ کینٛہہ وقت پورٕ کرنس لگِہ تمہِ وِزِ چھُ یہ محاورٕ لوان ورتاونہٕ۔

(۱۷۹)

## بأژن پِزانہٕ پوٚتلین پوٗزا ۔

اِنسانن آسہِ کانٛہہ تکلیف واتناوان تہٕ ہُیأری آسہِ بے جان موٗرژن پوٗش لأگِتھ پوٗزا کران تمہِ وِزِ چھِ یہِ کتھ لوان ونہٕ نہٕ ۔

(۱۸۰)

بانہٕ ھنٛس دِزِ بٹانہٕ ہیتھ آسہِ ھنٛس کیا کرو ۔

ھنٛس بانس منٛز آسہِ کینٛہہ نھو مُت تمہٕ ہیکو ہتھ بٹانہٕ دِتھ مگر ییٚلہِ لوکن نِش
کینہہ آسہِ وآتہٕ منٛز ننہٕ نہٕدرِ اُس کینہہ پأٹھی ہیکو بند تھوٗتھ ۔

(۱۸۱)

بے قل چھا کانٛہہ گرِ پنہٕ کاہ کاہ ۔

اگر اُسی کم عقل ژھانڈو کھ تہٕ بٔرتھ گرس منٛز لبو کھ ۔

(۱۸۲)

بوچھ پھوہر نہٕ نیندرِ ویتھرن ۔

ییٚلہِ کانٛہہ بوچھِ لگِ نہٕ تیٚلہِ چھہ لُس پھوہرِ تہٕ مزدار باسان ییٚلہِ نیندرٕ
کھُیس نہٕ تیٚلہِ چھس پھُوہُر گھاسہٕ ویتھرن تہٕ نرم بِستر باسان ۔ ویتھرن اُسی
دان گھاسس رزہٕ ووٚٹِھتھ کھٕلہٕ بُہوری ہیش بناوان یتھ منٛز دانہِ مکأی بٔترِ
لوان اوس تھوٗنہٕ ۔

(۱۸۳)

بوٚے گوٚگُنز تہٕ ہینہِ گیہِ ہٹھنز۔

بأے ہُشُد دِل گوٚکنہِ ہیوٚ سخ تہٕ ہینہِ ہُشُد دِل چھُ ہتفنہِ ہیوٚ نرم آسان۔

(۱۸۴)

بٲزی گرس بٲزی گرس۔

بٲزی گرس چھُ پننہِ لِتِہ گرس نوٚقصان واتان ییٚمِن دوکھ دِتہٕ وٲلِس چھُ پانہٕ

پٮ۪ے دوکھ لگان۔

(۱۸۵)

بنگہٕ زٲر گرٹھنی۔

خوشی ہٕنزِ مُستی منٛز کانہہ ناخوشگوار واقاہ اچانک سپدُن۔

(۱۸۶)

لبتہٕ ژھٕنتس تہٕ مندچھان تہٕ کھکھرایہ کیا۔

ییٚلہِ نہ کانہہ لبتہٕ ٲنِی ترٲوِنس تہٕ بیچھِ لنس مندچھِ تہٕ لبتہٕ یوٚس کھکھراے

گرٹھان چھے تتھ کیا زِ مندچھِ۔

۱۸۷

## بباکھ گیہ کیٛا تام بینہٕ گاہچ کھُنٛل ۔

بیٚیلہِ بیین گامہٕ کِہن کاٗرِ گرٕن یا کلاکارٕن قدرٕ کرو تہٕ بینہِ گامہٕ کِہن نہٕ کیشہہ تنٛلہِ چھ یہ کتھ یوان وننہٕ ۔

۱۸۸

## بہٕ دیری آلیس ژٕ دیری نیر ۔

دیاں بیٚیلہِ لُوٚ نوش چھِ گرٕ اَنان سو چھِ ہیشہٕ وُچھتھ اَنٛدری وناں زٕ ووٗنی آلیس بہٕ یتھ گرس تہٕ ووٗنی گوو یتہِ میٛون راج ژٕ وتھ تہٕ ووٗنی بینہِ اختیارٕچ فوٗج ۔

۱۸۹

## بے شرمس دِژٕکھ مُج تمی کرٕس کنٛڈٕ مُج ۔

بے شرمس لاپے یکھ شرمندٕ گژھنہٕ باپت مُج تمی ژٹ گوو تمہٕ گرٕلس کنٛڈٕ مُج تہٕ کھیٚین ۔ مطلب چھُ زِ بے شرم چھُنہٕ کُنہِ طرٕقہٕ شرمندٕ گژھان اتھ ہیٚکو یہ نہٕ وُنِتھ بے شرمس بلاے دٔد ودٕ کُنہ زٲلتوس لوٚبر سوٚر ۔

۱۹۰

## بچھ چھا اینمہٕ لآرِتھ ۔

دانہٕ کِس برٛونٛھہ مِس رِھفس چھ بُھٹہِ ونان، تمہٕ پیٹھ چھ دیگ بھوتہٕ بتہٕ لِوان فیاٛرنہٕ ۔ تمہٕ وِزِ چھُ تمہٕ پیٹھٕ کینٛہہ اُنیمہٕ پھیری تہٕ پیوان اگر پرِزٕنوٗن آسہٕ ہے زِیم چھا ھاکھ بتہٕ کھینہٕ واُلِس تیلِہ چھ اُسی ونان زِمین بچھا بچھ اینمہٕ لآرِتھ ۔

۱۹۱

## برٕ کوٚڑ نہٕ دارِ ژاو ۔

اکھِ طرٛیقہ ژھینو گرِ کُڈِتھ مگر بییہ کونہٕ ذٕریہ ژاو سُہ بییہِ والیس ۔

۱۹۲

## بوٚچھہِ گوٚین گدٲمی کھاو ۔

بوٚچھہِ چارٕ ووے چھُ سوے رز کھیوان یمہ سیتی سُہ گنڈِتھ چھُ آسان ۔ بوٚچھہِ وانہٕ وول چھُ وانگُ موٗل لفع ہیتھ کھیوان نہٕ دیوٚول کرٛان ۔

۱۹۳

## بےٖ قل چھا بُڈان زانہٕ ۔

یُس کم عقل اِنسان چھُ آسان سُہ چھُنہٕ دِلس پیٹھ کاہنہٕ تہٕ پریشٲنی ہیوان بُڈِتھ تہٕ چھُ شُری ہندی پأٹھی کتھہِ کران ۔ اَمہِ کِنۍ چھُنہٕ سُہ زانہٕ تہٕ بُڈان ۔

(۱۹۴)

## بُلہِ اُسن گوو خرس کھسُن ۔

یُس بِلا وجہ ہتتگنہِ منگہِ اسہِ لتس چھُ شرمندِ ییوان گرٹھن ۔

(۱۹۵)

## بَروٚٹھ تہٕ ڈان توٚت ۔

ییٚتھ گرس منٛز پوٚزھ ساد سنت یوان آسن تتہٕ چھِ ونان زِ برکتھ چھُس ووتھ۔

ییٚتھ گرس منٛز اکھ بیاکھ کھیاونہٕ چاونہٕ آسہٕ یوان تتہٕ چھِ ونان زِ دان چھُس توٚت ۔

(۱۹۶)

## بَب تہٕ مٲج گوو قٲضی اَکِس بٲزی تہٕ بییِس رٲضی ۔

موٗل نہٕ ماج چھُ شُرِن ہُنٛدِ باپتھ مُنصِف آسان ۔ شُرِن ہٕنٛدی اوصاف
وُچھِتھ چِھ تِم اَکِس پیٚٹھ راضی نہٕ بییس ناراضی روزان ۔

(۱۹۷)

## بیٚیہ ہٕنٛدِ اتھہٕ کانٛگرِ پھیٖر کرُن ۔

کانٛلِشہ بیٚیہ ہٕنٛدِ اتھہٕ فساد تُلہٕ ناوُن ۔ لوٚتِ سرٕ کانٛہہ بھگرٕ تُلہٕ ناوُن نہٕ پانہٕ لوٚب
روزُن زن نہٕ تِمِس اِہبک کانٛہہ علمے چھُ ۔

(۱۹۸)

## بٔتس تل بوٗد گرٕ ہنی ۔

بھیشِم پِتاما اوس سٔہٹھا دھرماتما تہٕ انصاف پسنٛد ۔ کھیوان اوس دریودھن سُنٛد
بتہٕ ۔ ییٚلہِ دروپدی دریودھن دربارس منٛز ننگہٕ کرنہٕ آیہٕ بھیشم پِتاما بیوٗٹھ
ژھوپہٕ کٔرِتھ زن نہٕ کینٛہہ وُچھان اوس ۔ تِمِس آس کوٗرون ہٕنٛدِس
بتس تل بوٗد گامٕژ تہٕ انصافچ کتھ اوس نہٕ ہیکان کٔرِتھ ۔

(۱۹۹)

## بد بدی خود گرفتار ۔

یُس کاہنہٕ خراب اِنسان آسہِ سُہ چھُ پانَے مصیبتن منٛز پھسان ۔ مطلب بیٚیس ناکارٕ کرن وول چھُ پانَے مصیبتس لگان ۔

(۲۰۰)

## بانٛگہِ نیرُن تہٕ ژانٛگہِ اژُن ۔

مشیدِ منٛز چھِ بانٛگ دِوان صُبحٕ ہے تہٕ ژونٛگ چھِ یوان اَنہِ گٹہٕ گرٕ ژھِتھ زالنہٕ یُس گرٕ سبھا سُلہِ نیرِتھ شامن ژیرِ والِس ییٚیہِ تٔسۍ مُتلق چھُ لواتھ بیہ ونہنہٕ ۔

(۲۰۱)

## بجہِ کنہٕ تل چھِ لوکٹ کُنٛز وہپان ۔

بُڈِس کھنوس لِشہٕ چھُ لوکٹ کھنوِ بچِھتھ ہیکان پانے گُذارٕ ہیکان کٔرِتھ ۔

(۲۰۲)

## بآلۍ بآلۍ پھیرُن ۔

اوارٕ گردی کرٕنۍ ۔ فضول سفر کرُن ۔

(۲۰۳)

## بلاین چھا اُچھ۔

نار چھا وُچھان کُس مکانہٕ زالن تہٕ کُس نہٕ۔ نرٛہٕ ڑ چھا وُچھان کتھ مکانس پییمہٕ۔ تہٕ ہنٛیل چھا وُچھان کُس مکانہٕ ثراون ہٕتہٕ کُس نہٕ۔ ساﭐلاب چھا وچھان کتھ کھاہس کھسِہ تہٕ کتھ نہٕ۔ امہِ کِنہٕ چھِ ونان زِ بلاین چھنہٕ اُچھ۔

(۲۰۴)

## بے شور نوٗش مالیُن گیہ تمشدِ خاطر وبزٕھے بیٛیہ۔

اگر نوٗش بے عقل تہٕ آسہِ سو تہٕ چھِ گرٕہستس منز کامہِ اتھہٕ ڑ دِوان۔ اگر سو گرٕ ہنرِ یا مالیُن گرٕتھِ تمشنٕز کمی چھ گرٕ محسوس سپدان۔

(۲۰۵)

## بوے باٗلیس دُشمنانہٕ بوے باٗلیس پُشس پناہ۔

اگر بأے پانہٕ واأنٕ دُشمنت تہٕ کرن مگر مُصیبتہٕ وقتہٕ چھِ اکھ اکِس اتھہٕ روٗٹ کران۔

(۲۰۶)

## بیٛیہ رٕنگہ آسنہٕ۔

بیٛیلِہ کاہنٕہ ژنانہٕ گوبہ کھورٕ آسہِ تیٛلِہ چھ ونان زِ یِہ چھِ بیٛیہ رٕنگہٕ۔

(۲۰۷)

## بوٚے پیام باپوٚتھر زام مالیُن آم لوٗأنی
## باپوٚتھر پیام ھاپُت زام مالیُن آم بُچھأنی

ییٚلِہ بأگس نیٚچُو و زلیوِ تہٕ کوٗر چھِ دیان زِ مالیُن ہُڈلیوم سُہ بچہ تہٕ چھُ اُمس لوٚبہِ زأنِتھ لول بران تہٕ قدٕر کران مگر ییٚلِہ باپوٚترس نیٚچُو چھُ زلیوان تہٕ کورِ ہُشد وسگاہ چھُ مالینِس منٛزٕ کم گژھان سُہ چھُ تِمس لوٚبھِ ناٗنی زانِتھ کو سہٕ تام ونان ۔

(۲۰۸)

## بنگہِ اُنٛدری نژُن ۔

بنگہِ کھینہٕ سیتی چھُ لنٛشہِ کھسان یس یہ لنٛشہِ کھسہٕ نہٕ چھُ سُہ یورُک بوزان تہٕ نہٕ چھُ خبر تِمس زِ بہٕ کیا چھُس ونان ۔ گویا بنٛنہٕ پانہٕ لنٛشہِ بے خبر گژھان ۔ بنگہِ چینٛتھ نژُن چھُ بے مطلب تہٕ فنہٕ رٗوس آسان ییٚلِہ نہٕ کانٛہہ یورچہِ کیتھ ڈیان دِیہ اُسی ولوزِ اُمس گو بنگہِ اُنٛدری نژُن ۔

(۲۰۹)

## بازرس کھل ہُلی کرٕنی ۔

کانٛہہ ینیر بازر ۔ وانہٕ وانہٕ چھکاوِ چیز مگر ہیہٕ کرِ نہٕ کینٛہہ سُہ کرِ حرف بازرس

کھل ٹلی۔ کُنہِ مُجلِس بیہیہ کانژھا بعاًرِ مقصد دٲخل دِنہٕ تہ پچھ ونان زِ سُہ
آو بازرس کھل ٹلی کرنہٕ۔

(۲۱۰)

## بُجہِ بُتھِس کوُجِہ کوٗلشی

بوڈٕ زنانہٕ لاگہِ ذری کوٗلشی کھورن سو کیتہ شوٗبہِ تمِس۔ بوڈٕ زنانہٕ بہیہِ بُتھِس
غازٕ کرنہٕ تہٕ سورمہٕ لاگنہِ تمہِ وِزِ چھُ یہ لوان ونہٕ۔

(۲۱۱)

## براںٔدٕ تلہٕ نیچوٗ تہٕ شاندٕ تلہٕ کوٗر۔

ہیٚیلہِ کانٛہہ مرِتہٕ شاندس بیہٕ ٹھ چھس کوٗر کڑکہ دی دی ودان تہٕ براںٔدٕ پیہٕ ٹھ
چھُس نیچوٗ نکہ دِوان تہٕ شمشان یا قبرِستان وانہٕ ناوان۔

(۲۱۲)

## بٕنیہِ منٛزٕ زیے گژھُن۔

اِنسانس آسہ ناکامی ہُشہ بٕنیہِ یا تے خوف تہٕ تٔمی منٛز گژھس زیے
یانے کامیابی۔ تیٚلہِ چھُ لوان یہ ونہٕ۔

(۲۱۳)

## بایہ میانہ کلندرے یہ نیر تہ نیر کھلہ أنڑرے ۔

یأے ژور انن گرس کتی ژور چیز ٹلی اکھ دپہ میے اون یہ تہ بیاکھ دپہ میے اوٚن یہِ۔ مگر پرزچھ زِ سارِوے کوڑ گرِ منزرے پأنسہ۔ کھل گیہ سو جاے یتہِ بنس دانہِ چھومتہٕ تہٕ چھُ لوان۔ دولبِ تأیدس ہٕترس تہ بیین تالیفہٕ دارن چھُ نتی کھلہ منزرے دانہِ لوان دِہٕ تہٕ گرگ خرچ تہِ چھُ تمی منزٕ نیران۔

(۲۱۴)

## بلاے آیہ وقتس کو کرِ کھڑ تختس ۔

وق گوو بچھ خراب زِ مؤمولی اِنسان بیٹھی حکومت کرنہِ ۔

(۲۱۵)

## بُلی بین لچم کجے بہٕ ڈِجہِ ڈجے کرآیو

اولادٕ ہٕترِ مایہ ستی چھ ماجہِ بین ہٕتر لگان بیلہِ کاہٕنہ کأنشہ ایرِوے لول هاوِ تہٕ نیبرِی کرِیس ایرِوے لولہٕ منہٕ لاے تمہِ وِزِ چھُ لوان یہِ وتہٕنہٕ زأنڈری چھس تہٕ بین سو سراے کیتھہ تہٕ نیبرِ چھ لول هاوان ۔



(۲۱۶)

## بستن منزٕ چھُ سِر ۔

اِنسانہٕ نِے منزٕ چھُ راز کھٹِتھ آسان ۔

(۲۱۷)

## بُلی بیگ آسُن ۔

کاہِشہٕ اِنسان ھاوِ زِ سوُرُے چھُ تُسبِ تام مگر ژرکِہ آسہِس نہٕ کہینہٕ طاقت تس چِھ بُلی بیگ وَنان ۔

(۲۱۸)

## بانہٕ کھارِ پھیُرن کلس پیٹھ ہیٚتھ ۔

بانہٕ ہیٚتھ کلس پیٹھ اکِہ جایہِ پیٹھ بییِس جایہِ گژھُن بنُن ڈیرٕ گرِ گرِ بدلاوُن۔ ٹھِکانہٕ نہٕ آسُن ۔

(۲۱۹)

بینہِ بوِے گوو چینِد یاژرو
موِل ماأج گوو بےٚ لادن

بیٹھِہ بوے پھُ نوٗت تام رشتہٕ داریوٗت تام چندس منٛز پاٹھنہ پھُ۔ مأنِس ماجہِ ہنٛز پھینہٕ شُرِس کاشہٕ تہٕ مِنٹھ کھسان تِم کرِ تن ہنٛدِ خاطرِ کوتاہ کیشہٕ مطلب مول مأج پھُ بے نیاز آسان۔

۲۲۰

## بالہٕ پانس زُرُر اژُن۔

لوکہٕ چارسے منٛز حدِ کھوتہٕ زیادٕ پریشانی پیینہٕ۔

۲۲۱

## بتہٕ بیون گوو رتہٕ بیون۔

ییٚلہِ بیون ہنٛزِ بایِن الگ پوٗلہٕ گژھن تییٚلہِ پھُ تِمن پانہٕ وأنی رنٛزہ شِٹھان

۲۲۲

## بونہِ مُہل تارُن۔

بونہِ ہنٛز لکرِ چھہِ سٹھا دُر آسان کُہل والُن تہٕ پھُ تہٕ مُشکل گژھان۔ مُہل گوو سُہ لکرِ ہنٛد موٹ ڈنٛڈِ یمہِ ہتی کشنٛرس منٛز دانہِ پھُ یوان مُنہٕ سُہ بونہِ تارُن پھُ ناممکن۔ ییٚلہِ کانٛہہ ناممکن کأم کرنہٕ ییِیہِ تمہِ وِزِ پھُ یوان وننہٕ زِ بونہِ مُہل تورُن۔

۲۲۳

## بوس لوٗر راوُن

دِلچ کنھ بییس وُنہِ پنّنہِ دِلک بور کم کرُن

۲۲۴

## بتہٕ لیلِس وُچھان پیٹھ کنے۔

بتہٕ بالس پِٹھ پیٹھ کنے وُچھان زِ چھاوِ چھا آمُت، تو مُل ما چھُ بیتِر۔ یتھے پاٹھۍ چھِ اِنسان روے وو چھِتھ تران فکرِ زِ یہ چھا ینک کِنہٕ بد۔

۲۲۵

## بے کارس ترٛے کار مٹہٕ۔

کانٛہہ آسہِ بے کار تِمس چھِ ہنگہ تہٕ منگہ چِھ یا لوکہٕ ہٕنٛزٕ کامہِ ییوان کرنہٕ۔ توے چھِس ونان زِ تِمس چھِ ترٛے کار مٹہٕ آسان یا بے کارس چھُ کھیوٚن، چیوٚن تہٕ شونگُن مٹہٕ آسان۔

۲۲۶

## براندٕ گٔنز بیٛز آسنہِ۔

براٹھۂ کُنۍ چھِ وناں گرِ چہ گر واجنہِ۔ سیزر آسُن گیہ جان فِطرِچ آسُن گوو گرِچ خانہ دارینۍ جان فِطرِچ آسُن۔

۲۲۷

بلہٖ ویرس گوو بدلیتھ من زوٗر وار گو نس مُغرزن۔

زوراور اِنسانس نہٕ چھُنہٕ زنانہِ ہنٛدِس فخرس برٛونٛہہ کُنہِ کینٛہہ چلان یُمس نہٕ چھُ بنٛن یرادٕ زنانہِ ہنٛزِ مرضی مُطابق بییوان بدلاوُن۔

۲۲۸

بیقل کرِتی یہ گاٹل کرِ مگر بازرس غل بلی کرِتھ۔

بیقل نہِ کرِ سوے کٲم یوسہٕ گاٹل کرِ مگر سُہ کٲم کرنہٕ برونٛہہ کرِ سُہ پانِس نہٕ پریشان تہ لُوکن نہِ۔

۲۲۹

بُتھِس ژھٕنی توس توہ نہٕ نار۔ ڈیکس گژی توس نمسکار۔

بیٛلِہ کانٛہہ بُتھِ آسہٕ سِٹھا بدصورتھ تہ نصیبہٕ آسِس سِٹھا جان تَس مُتلق چھُ یہ یوان ونُنہٕ۔

۲۳۰

## بُجہِ بنیوکھ برزِوُرِ تمہِ بنیومشِیدِ

بُڈِ بیبہِ تہٕ پُوشی کاَلہٕ سو پُوش خوداہِ سہند سے خالس ۔

۲۳۱

## بیمہ سُنٛد بیمہ گوس ناران بھان ۔ یا
## سوٚنی سُنٛد سوٚنی گوو ناران بھان

کاَلہٕ چھُ کانٛہہ دوٗرِ دراز رِشتہٕ دار آسان ۔ بوڑ کھنیو تہٕ سُہ چھُ سارنے
تھیکہٕ ناوان زِ فلاَنی چھُ میوٚن رِشتہٕ دار ۔ تس چھُ طنزن یوان یہ کتھ
دنہٕ تہٕ شاید آسہٕ ہے ناران بھان یتھ کالہِ کانٛہہ بوٚڈ کھنیو اوسُت ۔

۲۳۲

## بیربلن کھٹ گرٕ تھن ۔

دپان بیربلن ہیوٚو اکبر بادشاہس زِ اگر اکِس کٹس سِٹھا جان کھین تہٕ دِمو
تس کیتھ یا تھٕ کھسیہِ تہٕ وزن ۔ سہٕ اوس اکِس کٹس دوہس سِٹھا کھیاوان
چاوان تہٕ شامن اوس شراکھ کرِتھ تمِس زن تہٕ مارنٕ ہیوان ۔ امہِ خوفہِ اوس
تمِس دوہک کھین چین زن تہٕ رائسی گرھان تہٕ وزن بڑیوس نہ کینٛہہ ۔

بیٚلِہ کاہِنہٕ اِنسان دوہس ییٚیہِ جان پأٹھۍ رچھنہٕ تہٕ شامن آسیس لۍ یزتی تہ فضیحت کرنہٕ یا خوف دِہی کرنہٕ یوان سُہ چھُ ونان زِ بیر بلُن کنڈ چھُم گوٗمُت ۔

(۲۳۳)

## بُتھ ژٕٹُن ۔

شرارتہٕ سان بُتھ پھِرِتھ کانٛسہِ ہِشر کتھ کرٕنۍ ۔

(۲۳۴)

## بچھ آسہِ مایہ تہٕ مچھ ہِن کاژٕ راہ ۔

اگر دانس آسہِ اُینمہِ لأرِتھ تہٕ تتھ ہیٚوٚڑ پِھ پانے یوان چھ بہٕینہٕ ۔ تتھے پأٹھۍ یس اِنسانس نِش دولت یا دُین کیُت کینٛہہ آسہِ تمِس نِش چھ لوٗکھ پانے واتان ۔

(۲۳۵)

## بایہ رٕوس بیٚنہِ گیہِ نھمہٕ رٕوس جاے ۔

یس بینہِ تہٕ بوے آسہِ سو چھ نیٚژھے بے سہارٕ یُتھ زِن نھمہٕ رٕوس جاے چھ آسان ۔

( )

(۲۳۶)

## بیئیہ سُشُدپوٹ وکھلس ژھنُن

دوییمس کاٗلِشہ ہُشُد مامِلہ زیرِ بحث انُن

(۲۳۷)

## برمندہ ہنس شام گرژھُن۔

کاہِہ برخبر بُوزِتھ دوہیرس اُچھن اَنِہ گوٹ گرژھُن۔

(۲۳۸)

## برنہِ کرٛیچ گرژھُن

برمُژرا وِنُچ ہِش آواز یاٗد گرژھنی۔ ییٚلِہ کاٗنِسہ گرس منٛز کاہِہ رُت واقہ سپدِ تہِ لُکھ ین مُبارکس تہٕ خاندار پھُ ونان زِ سانِہ برنہِ تہِ گو وکرٛیچ یانے اسہِ تہِ آیہ لُوکھ برمُژراوِتھ مُبارک کرنہِ۔

(۲۳۹)

## بجہ ہُشُد ون گرژھُن۔

بڈ ہیکہ نہٕ ختگل گژھتھ۔ اگر گژھِ تہٕ نُورِ کتہِ ہیکہِ زِیُن واٗلِتھ ییٚلِہ

کٲلِشہ کمزور اِنسانس سۄ کٲم ییٚیہِ دِنہٕ یوٚسہٕ نہٕ سُہ کٔرِتھ ہیکِہ تیلِہ چھِہ یہ کتھ یوان ورتاونہٕ ۔

(۲۴۰)

## بُجہِ لوٚب کُنجہِ تل ژۄنہٕٹ سُہ گیہ پھوٚترٕ ہیٚتھ ۔

اگر کُنہِ وِزِ کاہنہ کٲلِشہ کیٚنہہ رفاقت کرِتہٕ ییٚنہٕ گژھ سُہ یرٕتھ وِزِ تمیس لِش زِ سُہ ما کریم بیٚیہِ تہِ تی ییٚنہٕ ییٚتہٕ مُمکِن چھُ آسان ۔ مُطلب چھُ کٲلِشہ بے گنڈٕ عادتھ گژھن ۔

(۲۴۱)

## بہلِہ پایہ آسُن ۔

امیر آسُن ۔ بڑِس عہدس پیٹھ آسُن ۔

(۲۴۲)

## بآنہٕ بآنہٕ باوُن ۔

پوٗرٕ پآٹھی سوٗروٗے وَنُن ۔

()

(۲۴۳)

## بڑاری سُنٛدِ گیو کھینہٕ کھوہنہٕ گوو تمنی سُنٛدِ لوٗٹ گلہٕ وُن مُشکل

بڑاری سُنٛد گیو کھینہٕ نۆقصان کرُن پھٕٹنہٕ تیٖیوٚت دوکھ دِوان یوٗت زن
تٕمسُنٛد بیٖتہٕ لوٗٹ گلہٕ ناوُن پھ دِوان ۔ کاہنہٕ کرِ نۆقصان تہٕ بیٖتہٕ کرِ تورے
کنٛہہ چھُ نۆقصانہٕ کھوتہٕ زیادٕ مُشکل باسان ۔

(۲۴۴)

## بہ بانگِ دوہل کرُن ۔

دوٗھلی گاشس سارِنی ہیٖنزن اُچھن بروٗنہہ کنہہ کانٛہہ کٲم کرٕنۍ ۔

(۲۴۵)

## بتہٕ منٛز ٲٹھ گُیہ تہٕر تہٕ ہووٕرِ منٛز لوٗٹھ گوو ھٕہر ۔

بیٖتہٕ پاٹھی تہر یانے لیدٕر، نوٗن، تیل ثرادِتھ بتہٕ چھُ اسان عام بتہٕ کھوتہٕ میٖوٚ
تِتھے پاٹھی چھُ ہووٕرِ منٛز زنانہٕ ہُنٛد بوے سٕہلوٗٹھ آسان ۔

(۲۴۶)

## باغن منز بتہٕ دِوان ناموٗ خاطر
## گانٛن منز یان ماران پاموٗ خاطر

باغن منز چھِ لوٗکھ کھیاوان لوٗکن سال زِ نیک نام گژھو۔ لوٗکن باسو اوسوٗ دِحال گانٛس منز چھُ کانٛہہ یان ماران زِ لوٗکھ گژھی نہٕ پامہٕ دِنی۔

(۲۴۷)

## بانٛگس پٮ۪ھ بانٛگ دِنٛی نہٕ کہ گاش اُنُن

کانٛہہ چھُ: ننُن فرض زانٛنِتھ کانٛسہ یتروتھ تاوان سُہ ٹیکٕی تن یا مٔنہٕ بکٕی تن تمہٕ وتہٕ ونِن وول چھُ نہٕ تمیک پرواے کران۔

(۲۴۸)

## بُجہِ کورِ ہُشد رٔوٗن گژھُن

ییٚلِہ بُجہِ کورِ رٔوٗن کرو سو چھےٚ اُلسِ لِش زاہ تہٕ اگ روزان نہٕ ہمیشہِ تمِس بِنہٕ پِنہٕ آسان۔ اگر کانٛہہ کوٗر بُتھ ہیو کرِتس چھِ ونان زِ بُجہِ کوٗرِ ہُشد رٔوٗن چھُس گوٗمُت۔

۲۴۹

ببہٕ بُڑٕ تم نہٕ غٔز منتھا کرٕتم ۔

یہ چھُ تِمن اولادن مُتلق لِوان وننہٕ یِم بُڈِ ہِتھ تہٕ ماٲلِس ماجہِ گرکاٲم کرُن

لاگان آسن ۔

۲۵۰

بیٚپہِ شُنڈ شُر گوو منڈل ویُوٹھ

بیٚن شُرِ چھِ ونان زِ یہ چھُ کمزور بیٚپہِ شُنڈ شُر چھُ لِوان موٚٹ دٕروٚٹ تہٕ

طاقت ور بوزنہٕ

۲۵۱

بابُن موول کُرُن ۔

کُنہ چیزس سیٹھا زِیادٕ قیمتھ کرُن

۲۵۲

برگہٕ سماد لاگنی

بُرگ چھُ کودِ منز اُچھ وُٹھتھ بے حس و حرکت کھڑا روزان۔ باسان زن یہ سماد

مٮٛنز چھُ نوٗدالیس سیٖتؠ ڈلیٖتھ ۔ مگر چھِ آسان گاڈِ پراران زِ اپارِ بکہٕ ہے نہٕ رٹہٕ ہان ۔ بیٖیلہِ کاہہٕ بد دیانت اِنسان اَندر کیٖنژ آسہ سوٗنچان زِ کُس لوٗٹاون نہٕ کُس موٗہن ۔ نیٖبر کیٖنژ آسہ اَچھ وٹھِتھ زن نہٕ سمادِتھ لیٚس مُتلق چھِ یہ لوان ونہٕ نہٕ ۔

(٢٥٣)

## بےٚ تابس اَنٹس کیٖتھ :-

بیس نہٕ تاب آسہِ تس چھُ اَنٹس یانے لوکٹس بالنس منٛز پھوٗل کھنڈیوان دِنہٕ ۔

(٢٥٤)

## بُتھہ وچھِتھ لوٗگ :-

اِنسانہٕ سٔنز قابلیتھ نہٕ عقلمندی وُچھِتھے چھُ تمس لوان دولتھ دِنہٕ ۔

(٢٥٥)

## پدر تچھ ھارِ چھ دہ ھارِ لگان :-

لیُس پانٛسہ ناجایز طریقہ آسہِ اونمُت سُہ ویٖراوہٕ بایتھ چھِ تتھ پیٹھ دہ پانٛسہ خرچ گرٔھان ۔



(۲۵۶)

## بانس نہٕ بانس چھُ ٹکر لگان۔

گرس منز چھُ کُنہ نتہٕ کُنہٕ وِزِ بانس بانس سیتی ٹکر لگِتھ ٹھس گژھان۔ یتھے پأٹھۍ چھُ گرِکین بأزن نتہٕ کُنہٕ وِزِ اکھ اکِس نِش ناراض گژھنہٕ زور پیوان بولُن۔

(۲۵۷)

## ہٕراُرس اتھہٕ ماز کوٹ دِنہٕ۔

ہٕراُرس نِش اگر ماز ٹھوو سُہ نیہِ سُہ کھیتھے۔ مطلب تمِس اِنسانس اتھہٕ کانٛہہ چیز دِیُن یمِس سُہ پانس سیٹھا باوِزان آسہِ نتہٕ تمہِ کینہٕ دِیہ نہٕ زانٛہہ واپس۔

(۲۵۸)

## بلاے آیہ مرگس تیلہٕ وانہٕ ژایہ ورگس:۔

ییٚلہِ گاٹلی نتہٕ جان اِنسان پیٚہ مران نتہٕ کم عقل چھِ بارسس یوان تیٚلہِ چھِ یہ کتھ یوان ورتاونہٕ۔

(۲۵۹)

بیٚیہِ ہٕنٛز دگ پانہِ کھوتہٕ زِٕیٛچھ :-

لیسی دوٚد آسہِ لٔتسی چھہِ دگ ژالنٛی پیوان تمٔسی چھہِ خبر زِ دگ ژالنٛی کوٚتاہ مُشکِل چھُہ دوٚ برس وُچھِتھ وٲلِس کیتہ چھُہ تمیُک انداز۔ سُہ چھُہ بلکہ تمہٕنٛد تکلیف وُچِھتھ خوٚشہٕ گژھان۔

(٢٦٠)

بچہ کورِ ہٕنٛز ژھوپے گیبہِ اَنکار :-

اگر بالغ کورِ کانٛہہ لٔڑکہ ہاوِتھ پٔرژھو زِ ژٕے چھیا مرضی اتھ کھانٛدرکرنس۔ اعتراض ما چھُے کینٛہہ۔ اگر تمہ ژھوپہ کرُٕے گیبہِ تمٔہنٛز رضامندی ہاوِنی۔



بٕروٚنٛٹھ اوس مُنٛھ ماہہ وٕنی نہٕ پاہ تہِ :-

بٕروٚنٛٹھ اوس نوٚنتہِ کینٛہہ وٕنی چھُنہٕ بلکُل کُنہِ کامہٕ ہٕنٛد۔

# پ

۲۶۱

## پیرِ مُہنِز پربتن ٹیکی ۔

پیرگیہِ ووپیرٕ لۄکھ ژھٕنی گۄو لۄٹاوُن ۔ لۄکھ لۄٹاوِتھ بۄتلین پۄزا کرٕنی ۔ نتہٕ وُنی تو یہ گۄو زِندٕ دگ مۄردن سگ ۔

۲۶۲

## پِلِم سنہٕ تَے ژٕوکی گآم

کاٰفی کوٗشش کٔرِتھ بیٚیلِہ نٕہ کانٛہہ چیٖز کاٰنٛسہِ حاصِل گژِھ نہ ادِ وُنہِ یہ چیٖز چھُنہٕ جان تہٕ مےٚ چھُنہٕ پسنٛد ۔

(٢٦٣)

## پوتر کھیا تھا کیٛنہٕ ماج دِژوتھا کاٗشہِ۔

اگر ماج ماٗلِشہ کھیاوِ چاوِ تہٕ تمیُ سٕندِس نیچوس تہِ کھیاوِ چاوِ کاہنٛہ۔
لُس نہٕ ینٛتہِ گرِ کاٗلِشہ دِیہ تِمُس کتہِ میلِہ ووہ پرگرِ کیٛنہٕ۔

(٢٦٤)

## پوٗشکھ نےٚ تہٕ ژوکھ نہِ نا۔

اگر دُشمنس پوٗشکھ ہٕ نیتِلہِ اوس ژےکیٚت ژُلُن جان تہِ کُرُھ پہٕ تہٕ
ٹُرِ زنگہٕ پھُٹراو نٲو ہتھ۔

(٢٦٥)

## ینٛتہِ نہٕ آسنہٕ نہٕ بیٚنیہِ ہٕندِ آسنہٕ چھم پریشانی۔

کاٗلِشہ اِنسانس چھنہٕ یہ فکر زِ مےٚ چھُ نہٕ اُسُن تہٕ بہٕ کِتھہٕ پاٹھی بڑاو ینٛتہٕ
اُمدنی یُس چھُ بیٚنیہِ سُندِ آسن لسُن وُچھِتھ پریشان روزان تہٕ سوچان
اُسان زِ کِتھہٕ پاٹھی گژھِ اُمِس کاہنٛہ۔

(٢٦٦)

پۆنُر اے ہێتہِ گژنہِ بییِہ نۆنہِ چھُ پونزوُے ۔
اگر جان خاندانُک اِنسان غریب تہِ گژھِ تۆتہِ چھُس نہٕ جان خصلتھ دوٗر گژھان ۔

(۲۶۷)

پونُر بوچھ بیچھ کوچھ ۔
یس نہٕ ہینچھ آسہِ تمِس چھُ پونُر بوچھ یانے ہینچھ سُند طماہ آسان ۔ امہِ طماہ کِنی چھے سو کانٛسہِ ہنٛدِس بدصورتھ شرُس کوچھ کوچھ للہِ وان ۔

(۲۶۸)

پینہِ ہنٛچھ باہ ترِچھ
پنُن چینز گوٚو پننے چیز بییِہ ہنٛدِس جان چیزس کیا منگو ۔ پننی باہ ترک کینٛہ چھے بییِہ ہنٛدِ شورا ترک دانہِ کھوتہٕ بہتر کیازِ پننِس بیٹھ چھُ پوٚرٕ یختیار ۔

(۲۶۹)

پانس پرہِ بییِن طبابتھ ۔
پانہٕ چھُ بیمار تتھ چھُس نہٕ یلاج تگان کرُن تہٕ بییِن چھُ یلاج بییِہان کرنہٕ ۔

یییلِہ کاہُہ پانہٕ آسہ غلطی کران نہ لوکن آسہ نصیحت کران تمہِ وِزِ چھ یہ کتھ یوان وننہٕ ۔

(٢٧٠)

## پَرسن گرٕژھِ پننُ واٹہٕ آسُن ۔

واٹہٕ وان گرٕژھ آسُن لوکہٕ تُہنٛد نتہٕ بانٛگراون وول واٹہٕ گرٕژھِ آسن پننُ ۔ سہ چھُ پننہٕ پنن کھُلِہ بانٛٹھی کھیاوان تہٕ بچاوان ۔

(٢٧١)

## پانس کیٛت تونت نہٕ بییس کیٛت موٚت

کاہُہ آسِہ پننُ مطلب حاصِل کرنہٕ خاطرٕ گاٹُل مگر یمہِ وِزِ بییس ہنٛز کتھ آسہ تمہِ وِزِ لاگہ موٚت ۔

(٢٧٢)

## پننہٕ ھاژِ موکلِہ بر ھاژِ نہٕ کینٛہہ ۔

اگر پانس ناٹزٕ لگہس تہٕ تمہِ لِنتہٕ ھیکہ پننُ پان موکلاوِتھ مگر اگر بییہ ہٕنٛز ناٹزِ منٛز ملوث گرٕژھِ تتہِ موکلُن چھُس مُشکل ۔

۲۷۳

## پیرِ گگرِ گرانِ گرِ گگرِن لار۔

وو پیرِ گگرُ چھُ گرِہ کین گگرِن لار ژانان۔ گو وا گر بنیبرِ م کامہ انسان کُنہ گرس اژِ تھ گرواہین ہکہ ناوِ یاتے ژلہ ناوِ تیٚلہِ چھِ یہ کتھ یوان ورتاونہٕ۔

۲۷۴

## ہینیز کو کرِنے بد آسہِ ہیٚمِہ ہشدِ گرِ کیاز نژاوِ ٹھول۔

یو سہ بد کو کرِ آسہ سو چھ ہمسایہ ہشدِ گرِ ٹھول نژاوان تہٕ ہمسایِن چھ یانہٕ وانٔی لڑٲے گژھان۔ ہیٚلہِ ہینہِ لس شُرِس بانڈ ہشنزِ غلطی کِنہٕ جھگڑٕ گژھہِ تہٕ تمہِ وِزِ چھِ یہ کتھ یوان ونہنہٕ۔

۲۷۵

## پیپرِ ہشنز قدرِ نہٕ ژوٕرِ ہشنزِ رآچھ۔

ہیٚلہِ کامہ باینز مگر لیے انیبار انسان گرِ ہیٚمِہ تمس چھُ پیپرِ شُد ہیٚو ینز کرنہٕ یوان مگر نمتنہٕ ین حرگژن ہیٚھُ چھِ تیتھِ پاٹھۍ نظر ٹھوان ییتھِ پاٹھۍ کانٕہِ گرِ آمِتس ژوٕرس ہیٚمِہ تھونہٕ۔

(۲۷۶)

## پھیرِتھ آسہ گرِ ساسا ژیٖپ ہیٚو خاندانہٕ کاہہ :-

بہٕ آسَس ساس گرِ وُچھِتھ مگر ییٚنِس گرَس براَبر یا سیٚوم نہٕ کاہہ آرام دِنہٕ وول۔

(۲۷۷)

## پیٚنُن مارِشہلِس ژاوِ پرُد مارِ تالیس تھاوِ :-

ییٚنِس چھینہٕ دُشمنی منز تہِ ہمدردی موکلان اگر سُہ مارِ تہٕ لاش تھاوِ شہجارس
اگر دوٚیِم اِنسان مارِ تہٕ لاش ترادِ بے پرٲواہ یُٹھی تِتِس تالیس۔

(۲۷۸)

## یُژھِس پوٚژھ کھران تہٕ خاندارس دوشوے۔

بیٚیلِہ زِ یُژھی کُنہ گرس یِیٚ نمِ چھِ اَکھ اکِس لفرت کران کیاز تمِ چھِ شوٚنچان
اگر کُنے زوٚن آسہِ ہا تہٕ زیادِ خاطرِ وٲتھِہ ہیم۔ خاندارس چھِ دوشوے کھران
تہِ کیازِ یُژھی ییٚنہراونی چھِ زیادے مُشکل۔

(۲۷۹)

## پننہِ زٕژٕ گیہ ژٕٹ ـ

پنُن شُریہُٹھ آسہِ نیٚبُہٕ آسہٕ سُہ چھُ سیٹھاہ رُت باسان ـ

(٢٨٠)

## پننی گرٛژھ وٲنس تہٕ پرُد گرٕژھِ ہیٚٹُن ـ

ناکارگی یا لاپرواۓ کرنہٕ سیٚتی گرٕژھِ پنٕنی زندگی ضایہِ تہٕ بیٚیہٕ ہیٚٹُن لوکھ

(٢٨١)

## پہرے چھُ قہر ـ

اَکِس پہرس منٛز چھُ کُنہِ وِزِ تیٚتھُے مُصیبت یِوان یِتھ زٕن تُہۍ وایہ سُٕد قہر ولُو۔ لیہازا گرٕژھِ نہٕ سوٗنچُن زِ یہٕ چھُس وونی کیٚن آرامس منٛز تہٕ ہمیشہِ مارُوز یِیھے پاٹھی ـ

(٢٨٢)

## پُٹشِس اَتھی چھِ پوشہِ مال ـ

پُٹشی چھُ ہیٚکان بہترین پوشہِ مال بناوِتھ غاڑزاں کرِ لوٚشے ضایہِ ـ کاآری گرِے چھُ ہیٚکان شوٗبہ دار چیز تیار کٔرِتھ ـ

(۲۸۳)

## پنُن گوٚو پننُے نہٕ ووہ پرٕ گوٚو ووہ پرٕ ۔

پننِس پچھ آسان ہمدردی نہٕ ووہ پرس پچھنہٕ آسان کیہ۪ہ ۔

(۲۸۴)

## پننہِ ڈراٹھِ لوٗکھ دِیُن ۔

پننُے دوٗرت لوٗکھ دِتھ تیز کرُن ۔ مطلب پننہِ مطلبہٕ کتھ کرنٕ ۔

(۲۸۵)

## پننٕر گوٚو ہۄڑری کوٚنڈ اژنہٕ باز پٹرِنہٕ ۔

ہۄڑری کوٚنڈ اگر اژِ کھورس نہٕ سٹھا دگ چھُ تلاُن دپان پٹرٕ چھُ ہۄڑری کوٚنڈ ہیو آسان لیُس ضوٗرٕ ور پٹرِس اُژِتھ لتس دگ تلاُن چھُو ۔ مطلب پٹرُ چھُ پنٕرِس تکلیف دِنٕچ کوٚشِس کران

(۲۸۶)

## پننٕی کتھ نہٕ پانس تام ۔

اِنسانس چھُنہٕ پانس تام کیہ۪ہ نہٕ ۔ پننٕی کتھ نہٕ چھنہٕ پانس تام ۔ سوٚرُے چھُ قدرتس تام آسان ۔

۲۸۷

## پانیٚو پانیٚو کرُن ۔

مِرف بنُن مطلب پرٛتھ وِزِ پانس بروٚنٛہہ کنہٕ تھَون ۔

۲۸۸

## لشہِ پیٚٹھ شیٖن والُن ۔

ییٚلہِ سیٚٹھا شیٖن پیٚیہِ تہٕ لشن پیٚٹھ جما گژھہِ تیٚلہِ اگر نہٕ یہ شیٖن جل جل والنہٕ ییٚیہِ لشس پھُٹہِ لنگ چھُ خطر روزان توٚے چھِ لوٗکھ یہ شیٖن ژھیو ستی جل جل لشو پیٚٹھ والان ۔ ییٚلہِ کانٛہہ کام کرُنس منٛز کانٛہہ سیٚٹھا جلدی کرٕ نیٚلہِ چھِ وَنان زِ ن چھُ لشہِ پیٚٹھ شیٖن والان ۔

۲۸۹

## پننہِ بیٚیہ مشک ہیٚون

پننیٚن غامی تہٕ عآب پانہٕ وُچھُن ۔

۲۹۰

## پۄنز پیٹھ چھُ زامُت ۔

کینہہ لوٗکھ چھِ پۄنز ماناں بد شگون ۔ کانہہ کأم شوٗرۄ کرنہٕ وِزِ یا کُنہِ جایہ گژھنہٕ
وِزِ اگر پۄنز پیٹھ یِیہ تِم چھِ ماناں زِ خبر کیا مصیبت چھِ وُچھن ۔ یِمِس زِیٛنہٕ
وِزِی پۄنز آسہٕ ہیمِرِش سُہ چھُ یِوان چال باز ماننہٕ ۔

(۲۹۱)

## پیجہِ تل ٹھوُن

دیاں پیٹھ کالہِ آسہٕ ھاُنزنہٕ دوہس لڑاے ۔ ژوان شامن آسہٕ پیٛژ دوبہٕ
ٹھاوِتھ دیان زِ راتس ٹھوولڑاے پیجہِ تل ۔ صُبحن اُسی پیٛژ پھِران تہٕ لوٗسرِ لڑاے
شوٗرۄ کران ۔ پیجہِ تل ٹھوُن گوو زِ کانہہ جھگڑا یا لڑاے کینہہ وقتہٕ خاطرٕ تُلیِتھ
تھوٗنی یا کھُٹِتھ تھوٗنی ۔

(۲۹۲)

## پننہِ وۄڑِ کُس کاسہِ مُس ۔

ناؤِد چھُ کاساں سارِنی کلس مس مگر پننہِ وۄڑِ پھس نہٕ تگان کاسُن مطلب
چھُ زِ پننی مسلہ چھُنہٕ ہیکان کانہہ پانے حل کرِتھ ۔ دوٚیِم ہیٚند مدد تکُ پھُس
ہیوان ضوٗرۄرتھ ۔

(۲۹۳)

## پانہٕ مورٕ ژھنُن

کاشہٕ کرِ کُنہِ چیٖزک تیٖتھ اِسرار زنتہٕ پان مارِ اگر نہٕ بوزوس نہٕ مالوس۔

(۲۹۴)

## پنُن پوٗٹ وکھلس ژھنُن

وکھلس منٛز چھُ منڈٕن گوٗر پوٗٹ ترٛاوان نہٕ منڈان لیس اِنسان حرف پننےُ مطلب بروہٕ بروہٕ بکہٕ ناوِلس مُتلق چھِ وناں زِ سُہ چھُ پننےُ پوٗٹ وکھلس ترٛاوان۔

(۲۹۵)

## پیٖپھ ڈوشٹھ پیٖون۔

اگر فصل آسہِ پیٖپیومُت نہٕ پہٕٹھ پیٖس ڈوشٹھ سُہ چھُ پھلِ پھلِ ڈسی پیٖوان نہٕ خاکس سیتی میلان۔ تیتھے پاٹھی اگر کانٛہہ کام آسہِ پوٗرٕ سپدلس تیار نہٕ کینٛہہ وجہ سپدلیس نہٕ گژھِ تباہ نہٕ برباد۔ تتھ چھِ وناں پیٖپھ ڈوشٹھ پیٖون۔

(۲۹۶)

## پنُن راوُن تہٕ بییہِ سُند زٕژھُن چھُ برابر ۔

اگر اَسی کانہہ بڈنیخ کام لاپروائی سان تہٕ انجام دِمو سُو آسہِ تمہِ کھوتہٕ ٹھیک گاہٕ ژٕ لیُس زن بیاکھ کانہہ وۄپرا احتیاط سان تہٕ کرِ ۔ تِکیازِ لیس پانس ژوک چھُ سُہ ما آسہِ بییس ۔

(۲۹۷)

## پھیکہِ پھیکہِ کھیوٚن

رسہٕ تہٕ سِنہِ بگار بتہٕ کھیوٚن ۔ انتہائی مُشکلاتن منز گذارٕ کرُن ۔

(۲۹۸)

## پتھ گوو پتھ کُن بروٚنہہ کُن زانہٕ دِے ۔

پتھ کُن یہ گووٚ سہ گژھِ مشراوُن ۔ بروٚنہہ کُن پھِرنہٕ جر کیا گژھِ تمیچ کیا ہیمو پریشانی انسانس پزِ حالہٕ کِس وقتس پورٕ فایدٕ تلُن ۔

Trust no Future how ever pleasent, Let the dead past bury its dead. Act in living present, Heart within and God over head.



۲۹۹

## پٔتھرِس چھوٗنہٕ ڈٮ۪ن ۔

دادِ نہٕ لے چھینی وِزِ پٔتھرِس کُن بُتھ گرِتھ ڈاف ژراون ۔

۳۰۰

## پِنٕری حسدٕ کورِ خستہ حال ۔

کاہہٕ گرِ شوقہٕ سان شوٗبہِ دار پٲٹھۍ شاہنہٕ شوکتہٕ سان نیٖچوِس خوطہ ۔ پِنٕرِس گژھِہٕ نہٕ برداشت نہٕ سہٕ گرِ نیٖچوِ ہشدِ بدلہٕ کورِ خوطنہ ۔ سال سب گرِتھ ہادِ بیٖنٕن بُزٕ یہٕ گوٚو پِنٕری حسدٕ چھُ کاہہٕ کران ناممکن تہٕ مندچھ لایق کام ۔

۳۰۱

## پلوٚت کنو بوزُن ۔

الہٕ گٲفہٕ بوزُن ۔ کٲلِشہ گرِ پتی کِنہٕ کنھ نہٕ ببیہ زٕنی بوز ۔ انھ چھُ بیاکھ مانے تہٕ یانے کُنہ کنھِ کُن ڈیان نہٕ دٮ۪ن ۔

۳۰۲

## پرِس تل چھُ موت

کھورِس تل لیوسہٕ زمین پھِہ سوما چھِہ کیٛنہہ دوٗرِ آسان۔ یتھے پأٹھۍ چھُ اِنسانس موت تیوٗت نزدیک یوٗت پرِس تل زمین پھِہ۔ موت ہینس چھِنہٕ تار لگان۔

(۳۰۳)

## یتیٖم گرٕ گژھ شیٖہج آسنۍ۔

یتیٖم گرٕ گیہ مرنُک وق۔ سارے چھِہ یژھان زِ سُہ دق گوژھ عذابہ یانے تکلیفہٕ روس آسُن۔

(۳۰۴)

## ہینٛن اے اسہِ دیوٕکُنہٕ تارِ۔ پرُد اے آسہِ مأرِتھے گژھِ:۔

اگر ہینٛن بوے، رشتہٕ دار یا دوس آسہِ سُہ چھُ ممکن زِ مصیبتہٕ منٛز بچاوِ۔ اگر غأر آسہِ سُہ گژھِ مأرِتھے تہٕ کانٛہہ مدد کرِنہٕ۔

(۳۰۵)

## پیچہ ہنٛدی کھری گژھن پوٗشنۍ۔

پچہ ہُنُد کھر گوو اولاد لیُس مُریتھ نو بوُدس یا پچہ نکھس اتھ ۔ گوو اولادن گژھِ زیپھ وُمر آسنہِ ۔

(۳۰۶)

## پلوزمُت گوو گوزمُت ۔

لیُس زیادٕ پلوزمُت آسہِ تس کانٛہہ کیھ منس بیہناوٕنی چھِ مُشکل ۔ سُہ چھُ تورے دلیلہٕ دِوان یانے پلوزمت چھُ گاٹل آسان ۔

(۳۰۷)

## پٹ پیرناونی ۔

کانٛسہِ خلاف کانٛسہ غلط مشورٕ دیُن ۔

(۳۰۸)

## پاری زان ڈلنہِ ۔

پیرزناونک طاقت ختم گژھُن ۔ ییٚلہِ کانٛہہ بوڈ ہُنیو بنہِ تہٕ پرانِس دوستس پیرزناوٕنہٕ نِشہ انکار کرِتھ وِزِ چھ یہ کیھ لوان ونہنہٕ ۔



(۳۰۹)

## ٹینٹ کِنۍ چینہِ لاگُن ۔

یہ چھُ یوان رشوتھ خورٚس مُتلق ونہنہٕ زِ سُہ چھُ کوٹھس ٹینٹہِ لٔس چینہِ لاگان ییتہِ لٔس نہٕ کانٛہہ بیٚیہِ لُوزنہٕ یاتے رُشوتس گژھ ژوٗرِ چینہِ آسُن ۔ یہِ کامہِ چھنہٕ نہِ وانہٕ کرنہٕ یوان ۔

(۳۱۰)

## پھُچہ ہٹرِ کرناوِ گرٕبُرِ ہتھ آسُن ۔

یہ چھُ تمہِ وِزِ یوان ونہنہٕ ییٚلہِ گرس منٛز سارے بآژ بیمار تہٕ کمزور آسن ۔ پھُچہٕ ہٹرِ کرناو ہیکہِ کُنہِ وِزِ پھُٹِتھ ۔ ییتھے پاٹھۍ ییتھ گرس منٛز سارے بیمار آسن سُہ ہیٚکہِ کُنہِ وِزِ تہِ ختم گژھِتھ ۔

(۳۱۱)

## پیٖر چھا بوڑ کِنہٕ لیقین ۔

پیٖرس پھُٹنہٕ تیوت مول یوٚت تمِس پیٚٹھ کانٛہہ ہندِس لیقینس چھُ ۔ پیٖرس چھُ تیٚلہِ قدرٕ ییٚلہِ لُوکھ لتس پیٚٹھ لیقین آسن تھوان ۔

( )

(۳۱۲)

## پرتیھٕ وُتھِھٕ گژھنۍ۔

ایتبارِ ختم گژھُن ۔ کمۍ لِٹہٕ پیٹھ لُوکن پژھ ختم گژھِنۍ ۔

(۳۱۳)

## پھُٹہٕ پھُٹہٕ سپدُن ۔

ٹُکرٕ ٹُکرٕ یا ترِ ترِ سپدُن ۔ بیٛلِ کانٛہہ پلو بِلکُل ژھیٛنِہ یا کانٛہہ دِل پھُٹِتھ

وِزِ چھُ یوان یہ استعمال کرنہٕ ۔

(۳۱۴)

## پانس منزٕ رُن تہٕ لُوکن گنزٕرُن ۔

پانس چھ کم آمدنی یُس تہٕ اخراجات پوٗرٕ چھِ کران تہٕ لُوکھ چھِ گنزٕران آسان

زِ اَمِس کمۍ زاہ آمدنی چھے ۔ بیاکھ مانے چھُس زِ کانٛہہ آسِ کمزور شُری تہٕ مول

مأج آسہ پریشان ۔ مگر لُکھ آسن گنزران زِ اَمِس کمۍ تیاشُری چھِ ۔

(۳۱۵)

## پنُن مُہم ہاوان پانے وتھ۔

بیٚلہِ کانہہ مصیبتس منٛز گرِفتار چھُ گژھان تمِس پھُ تراٛن پانے فِکرِ زامہِ لِشہِ کینٛہہ پأٹھۍ موکلہٕ۔

(۳۱۶)

## پشمینس چھ نرمی۔

یمِس قودرتن سیٹھا آسن لبُن آسہِ دِیتمٕت تس چھُ مزاج نرم آسان۔
ییتھ پأٹھۍ موٗل پشمینہٕ چھُ نرم آسان۔

(۳۱۷)

## پوٗژھ گوٚو وِچہِ واو۔

پوٗژھ گوو پکہٕ وُن ہوا۔ اکہِ طرفہٕ آو نہٕ بیٚیہِ طرفہٕ ڈٲراو۔

(۳۱۸)

## پنُن ڈوٚنب گوٚو شربتہٕ لیوٚمب

پنُن شُربتھ آسہِ تیُتھ آسہِ شُہ چھُ سیٹھا ڈوٚبھ نہٕ میوٚمھ یاسان۔



(۳۱۹)

## پھر کون تہٕ دوگہٕ لیٚو ۔

بینٛدرس دِیہ پھیُر تہٕ ییٚر کوٗن کرٕ۔ دانیس دِیہ کینٛہہ دوگ تہٕ نوٚملہٕ لیٚو کڈٕ۔ گوٚو مطلب زِ مقصدٕچ کأم دِیہ جل کرِتھ ۔

(۳۲۰)

## پٔنُن ژرٕٹھ شراکہِ سیتیٚ تہٕ پاٹھہِ سیتیٚ واٹہٕ ۔

لیُس پٔنُن ہمدرد آسہ سہٕ اگر شراکہِ سیتیٚ زخم تہٕ دِیہ مگر قیمتی بینٛہ سیتیٚ دِیہ بیٚیہ واٹھ ۔ سُہ یژھہِ نہٕ لوٗرِ پأٹھی مارُن یا تباہ کرُن ۔

(۳۲۱)

## پیٚس تارُن ۔

تاس گِندنس منٛز چھُ ہورُمت ٹیم پانٛرٕ تاس پیٚپان یا بأگراوان۔
دھوکہٕ دِتھ بیٚاکھ دوٚر (ٹیم) پیٚناوُن گوٚو پیٚس تارُن ۔ کأنٛسہِ اگر کانٛہہ دھوکہٕ دِتھ بینٛہ کأم کرُنٕ وزِ چھُ یہ کتھ لوان ونٕنہٕ ۔ زِ پیٚس تأرِنس۔

(۳۲۲)

## پھِکھ کھینٛ۔

زہر کھیوٚن۔ پھِکھ کھیاوُن گوٚو بیاکھ زہر کھیاوُن۔

(۳۲۳)

## پانس وُچھو آنہٕ ستۍ شرُس وُچھو اَچھو ستۍ۔

اگر پانس گہنہٕ لاگو تہٕ آنس منٛز بیٚیہِ وُچھُن زِ کوتاہ جان چھُ شوٗبان۔ مگر اگر بیٚنہٕ لِنس شرُس سٕہ گہنہٕ لاگو تہٕ پرٛتھ وِزِ وُچھو اَچھو ستۍ تہٕ خوٚشی کرو حاصِل۔

(۳۲۴)

## پَر پھُٹُنۍ۔

پکھ پھُٹُنہٕ گوٚو کمزور گژھُن بیٚیلِہ کانٛہہ کمزور گژھِ تہٕ بییس پیٹھ حملہٕ کرنُک طاقت یا پانٛ بچاونُک طاقت روزِ نس نہٕ تیٚیلِہ چھِ وَنان زِ امِس چھِ پَر پھُٹہٕ متۍ۔

(۳۲۵)

## پَرَن پیٹھ نہٕ ہیٚوٗن ۔

گوو بینہٕ ہنٛن یکھن پیٹھ نہٕ کینٛہہ ہیٚوٗن مطلب پالنس پیٹھ نہٕ کانٛہہ ذمہٕ وآری ہینٛز ۔

(۳۲۶)

## پآزار پھلُن / پھلنہٕ

کھور بانہٕ ژھینُن ۔ کُنہٕ جایہ سیٹھاہ لٔٹہٕ گُژھی گُرٛھی کآم نہٕ نیرنہٕ وزِ چھ یہ کتھ یوان ورتاونہٕ ۔

(۳۲۷)

## پرٛانہِ تارو ترُن ۔

وق بدلنک نہٕ کانٛہہ خیالٕے آسُن ۔ نۆ پرانٛن خیالن پیٹھٕے یکُن ۔

(۳۲۸)

## پوٗر کِنہٕ سِر بہٕ کھسُن ۔

کانٛسہٕ ہنٛدِ پینہٕ سیتۍ تیٚژھ خوشی گژھنۍ یژھ مشرقہٕ کِنۍ اقتاب کھسنہٕ سیتۍ گژھان چھےٚ ۔



(۳۲۹)

## پَھنگہٕ تُلُن ۔

جھگڑٕ کھڑا کرُن ۔ فساد تُلُن ۔

(۳۳۰)

## پٕنٛزِ ہٕشدی پوٚتٕ گژھنۍ ۔

پٕنٛزِ چھِ پَھنٛنی بچہٕ سۭتھٕ ٹاٹھۍ آسان سو چھِ اکِس یُڈٕ سیٚتۍ تہٕ اکِس کمبرس پیٹھ تُلِتھ اوٕرِ یور پھیران تہٕ کلُین کھسان ۔ بیٚبلِہ تِم بُڈۍ گژھان چھِ تِم چھِ تمِس لِش ژلان تہٕ برٛونٛھ کُن پھِس تہٕ زالہنٕہٕ یوان بیٚبلِہ کاُٹ لِہ ماجہِ شری بُڈۍ گژھِتھ ژلن تہٕ ترٛاوِتھ ژھٕنن تس مُتلق چھِ یہِ کتھ یوان وننہٕ ۔

(۳۳۱)

## پھٕنٕہ گرِ یا ڈیٚپرِ سیر گژھُن ۔

پھٕنٕہ گرِ پوٚز بجاہ سپدُن ۔ پھٕنٕہ گرٕ سارے حاجتھ پوٚرٕ سپدٕنۍ ۔

(۳۳۲)

پہوزِ گوو -

بیٚیلِہ کاہِنہٕ اِنسان اچانک دادِ روستے مِرِتس مُتلق چھ یہ لوان ونہنہٕ۔

(۳۳۳)

پاٲنٛسکی پاٹھی گلُن -

ترامُو پاٲنٛشہٕ چھنہٕ سہل سہل گلان - برٛونہہ کالہٕ آسی ترامُو پاٲنٛشہ آسان -
یہ چھِ تتھ چیٖزس مُتلق ونان یُس نہٕ جل جل ژھینہٕ یا گلِہ -

(۳۳۴)

پاوِ مینٛنی -

وِزِ وِزِ اتھو سیتی مینٛن زِ شُر کوٚتاہ چھُ بوڈ گژھان - اکھ اتھہٕ گوو
اکھ پاو - مطلب چھُ زِیادٕ خانہٕ ماجر کرُن -

(۳۳۵)

پھٹُن جان نہٕ ہٹُن نہٕ -

یہ چھُ ہمس مُتلق لوان ونہنہٕ یُس کھینہٕ وِزِ ہچھ بروٚنٛہہ وُچھنہٕ کینٛہہ - یہ
شوٗبِتھ نہٕ زِیوٗنت کھینہٕ سیتی ماکریم ئیٹھ دود -

(٣٣٦)

## پانہٕ مور ژھٕنُن ۔

کُنہِ چیزٕ خاطرٕ کانٛہہ نیٛتھ زورٕ کرُن زن نہٕ پان مارُن آمادٕ گژھِ اگر نہٕ سُہ
چیز حاصل سپدیس ۔

(٣٣٧)

## پنٕنی نہٕ عقل نہٕ بیٚیہِ سُنٛد نہٕ بوزُن ۔

پانس آسِس نہٕ بوزٕ شوز زِ جان کیا گوو نہٕ ناکارٕ کیا گوو بیاکھ زن ہیچھِ
ناوِہیس نہٕ بوزِ نہٕ کینٛہہ ۔

(٣٣٨)

## پاٚزار وٲلنی ۔

فضیحت کٔرنی ۔ بے یزتھ کرُن ۔

(٣٣٩)

## پاچہ کشان کرُن ۔

پاچہ گیہ زنگہ نہٕ کشان گوو ملِتھ ۔ گوو زنگہِ ملِتھ ہنبر کرُن ۔

(۳۴۰)

## پنٕنین کامین پنٕنۍ مزوٗرۍ ۔

جان کامین چھِ میٹھ مزوٗرۍ تہٕ خراب کامین چھُ خراب نتیجہِ ۔

(۳۴۱)

## پنُن دوٗدٕ ژوٗڑ کنُن ۔

پننہٕ ہنن شُرین ہُنٛز ذِمہ وأری نکھہِ دالنۍ ۔

(۳۴۲)

## أژھی کھوٗکُر بنٕنہِ کھٔشون مرکُ ۔

أژھی اوُسُس بہٕ بنٕنہِ گرِ بنٕنہِ مرکُ کوکُر مأرِتھ کھیوٗمُت ۔ از آو میٖژون گرٕ تہٕ مےٚ تِہ کوٗڑ مرِ منٛز کوکُر تہٕ کھیوٗوم ۔ سہٕ تے ننتہِ کھیاوِ ہیم تہٕ بہٕ کیا کھیاو ہان یتہِ ۔ لُبس کوکُر تمی میانہِ خاطرِ مورتھ مأژ تو ژسُے کھبوٗن یتہِ ۔

(۳۴۳)

## پانڈٕو کار کرُن ۔

مہابھارتس منٛز چھُ پانڈوٚن ہُنٛز ذِکر آمُت کرنہٕ ۔ تمی آسی پأنژھ بأے ۔

مألِس اوسکھ ناو پاںٹھو تمہِ کِنہٕ آسی یمن باین تہٕ پانڑو وناں۔ تمی چھِ سیٹھا طاقت ورأس میتی۔ بیٖیلہِ کاہنہٕ ازکل تہٕ سوہ کأم کرِ ییٚھ عام لوٗکن ہنٛدِ خوتہ زیادٕ طاقتُک ضوٗرورتھ آسہِ تیٖیلہِ چھِ وناں زِ یہ چھُ پانڑو کار کرُن۔

(۳۴۴)

## پٛرأژو منٛزٕ وسِیٹھ ییٚون۔

آسہٕ منٛزٕ ؤسِتھ ییٚون۔ کألِشہٕ آسہ کانہٕ چیٖز لوٗرٕ یا ہٹھی قبفس منٛزٕ کوٗرمُت۔ اگر تمِس سُہ والِس ییٖیِہ ہینہٕ گوو تمِس ییٚیو پٛرأژو منٛزٕ ؤسِتھ۔

(۳۴۵)

## پینہٕ پینہٕ گرٛشُن۔

جِسمأنی طور سیٹھا کمزور گرٛشُن۔

(۳۴۶)

## پلس پیٹھ ہتھر کرُن۔

پلِ چھِ وناں گوٗل ڈولہٕ کِنہٕ۔ تتھ پیٹھ اگر پیشاب کرِو سُہ چھُ ترٛاوان ترٛاوانی

بوٚن وسان نہٕ وقت پھُس نہٕ کیٛنٛہہ لگان ۔ یوتہٕ کاٗم سہٹاجل ییٚیہِ موکلاوُنہٕ تتھ چھہ وناں زن یلس ییہہ ہیتھ کرُن ۔

(۳۴۷)

ییٚنہٕ ہنٛو چھا پیغمبر ماٗنٛزِ منٛز ۔

گُنیٖہ گرس منٛز اٗسِتن کانٛہہ روحاٗنی طور سہٹا تھزرس وٚوتمُت نہٕ لوٗکھ اُسِتن تمِس پیٹھ سہٹا یقین تھوان تہٕ یزتھ کران مگر ییٚیلہِ نہٕ گرِ کیٛن باٗزن زِکری گُھسہِ تییٚلہِ چھہ یہ کتھ لوان ونہنہٕ ۔

(۳۴۸)

پشِس پیٚنٛز ۔

سخت بے آرامی تہٕ پریشاٗنی سپدٕنۍ ۔

(۳۴۹)

پھُری پھاہ دیُن ۔

ماجہِ ہُنٛد شرٗلیی سینٛس ہتی رٹھتھ تیتھۍ پاٹھی وُشنر واتناوُن ییتھ پاٹھی جانوٗر بچن پھاہ دِوان چھہ ۔

(۳۵۰)

## پینہنی کھار نکھہ وسنی :-

پینہنی ذِمہ واری پانہ پُور کرنی -

(۳۵۱)

## پاشہ گو اتھ مل :-

ییتھ پانہ اتھ چھ گرِ صاف کرِتھ مل سمان رتھتھ پانہ چھ پاشہ غریبا وِتھ

بییہ عامل سپدان -



# ت

(۳۵۲)

## تیٚلہِ توش بیٚیلہِ نوش گرٕ واتہِ ۔

تیٚلہِ چھہِ ییٚز خوشی بیٚیلہِ تہار ییٚی گرٕ وارٕ پانٹھی واتہِ ۔ بیٚیلہِ کٲم پوٗرٕ سپدِ تیٚلی گژھِ خوش سپدُن ۔

(۳۵۳)

## توٚت گوٚو موٚت ۔

بیٚیلہِ کانٛہہ کرٛوُد گھسِہ گرٕم گژھِ تیٚیلہِ چھہِ تس عقل راوان زن تہٕ چھُہ پاگل گژھان۔

(۳۵۴)

## ترٛاہو لس پھشہٕ گلبس نہٕ تہٕ کھشہٕ ژھینس نہٕ -

نس چھہ ڈیان یزہٕ پتھ لیتاٹھی چھہ - بے شرمس زن تہٕ چھہ تس ترٛاہو آسان - ترام پھُٹہٕ پھش دِنہٕ سیتہٕ گلان نہٕ نہٕ شراکہٕ پُچہٕ سیتہٕ ژھینان - بے شرمس چھُنہٕ فضیحتہٕ سیتہٕ یا بے عزتی سیتہٕ کینٛہہ تہٕ اثر گژھان -

(۳۵۵)

## نُژکِس کنھا مُڈس لورِ ہتھا

گاٹُل یکہِ اکہ کتھہِ سیتہٕ سترِ ونہِ پیپھٕ - بے عقلس لاے نہٕ ہتہِ لیٹہِ تمس گژھہِ نہٕ کینٛہہ اثر -

(۳۵۶)

## تاپہ سیتہٕ داٗر چھُٹہٕ راوِنہٕ -

ؤمبرِ بڈِنہٕ سیتہٕ چھُ تجربہٕ تہٕ بڈان - عقل تہٕ ہران نہٕ مس تہِ چھتان - یمِس بُڈِ ہتھ تہِ عقل آسہِ نہٕ آیژ تس متعلق چھہ ونان زِ اٗمی چھُ صرف تاپس منٛز روزِتھ داٗر سفید گٔرمِژ -

(۳۵۷)

## ٹُلہٕ کِتٕری امارٕتھ آسنہٕ ۔

ٹُلہٕ کِترِس پیٚیہِ تاپہٕ رٕژھ تہٕ گلہِ ۔ اگر امہِ کُے مکانا بناوو ۔ سُہ کِتٕرس کالس دَرِ تاپھ پیٚیہِ تہٕ سُہ پیٚیہِ وُسِتھ ۔ لیُس کماہٕشہٕ چیز کمزور تہٕ ناپایدار آسہِ تتھ پٔھ ٹُلہٕ کِتٕری امارٕتھ وَنان ۔

(٣٥٨)

## تیٖوٚت کِتہِ پٔھ ٹکیس قد ۔

اگر لوڑ تکیہ آسہِ تہٕ آرام سان پٔھ اِنسان ہیٚکان تتھ کُن ڈوکھ دِتھ ۔ لوکُٹ تکیہِ پٔھ فضوٗل مطلب پٔھ ڈوکھ گژھِ مطبوط آسن یا نے سہارٕ گژھِ قابِلِ ایتِبار آسُن ۔

(٣٥٩)

## تالِہ لوٗنہٕ ژٕبُن ۔

کلس پیٹھ لوٗنہٕ ژٕبُن ۔ بیاکھ کمزور گژھِتھ تہٕ تمس بٔرتھ وِزِ بے یزتی گژھتھ کام ہیٚنہٕ ۔

(٣٦٠)

## تالِہ لس کھارُن ۔

کاہنہٕ کتھہٕ خوش نہٕ بیتھی بتکِنہٕ ناراض آسنُک ایحساس دِیُن ۔

(٣٦١)

## تال وزُن ۔

کانٛسہٕ ہنٛدِ کُنہِ ناکارٕ کامہِ کِنہٕ سخاہ دُکھی سپدُن ۔

(٣٦٢)

## تالِہ ٹوٗنگ کھارُن ۔

کلس زن تہٕ تیتھہٕ ٹاس لایُن یمہِ سیتۍ تتھہٕ کُنہِ جایہ ورم گَژھِہ ۔ کانٛسہٕ ہنٛدِ خراب سلوکہٕ کِنہٕ زن تہٕ کلس ٹوٗنگ گژھُن ۔

(٣٦٣)

## تاہ کرِتھ تہٕ شاہ بنکھ ۔ تۄہ کرِتھ تہٕ گوہ بنکھ ۔

اگر پلوین تاہ گرِتھ پیشرِتھ تہ رٔژھراونہٕ، اِنسان ہنٛز شۄبہ دار پأٹھۍ شاہ ہیٚو ۔
اگر پلو لیتھوتھ ین ژراونہٕ نہٕ اِنسان ہنٛز بے شۄب پأٹھۍ تہٕ منٛدچھِن منٛدچھِن یِتر ۔

(۳۶۴)

## تۆملس مٔنز کنہٕ آسُن ۔

کنہٕ چھُ تۆملس مٔنز سٕٹھاہ کم آسان ۔ بیٚبلِہ کاہہٕ فرِقہٕ آبادی مٔنز سٕٹھاہ کم آسہِ تمِیلہِ چھہ یوان یہ کتھ ونہنہٕ ۔ مطلب گوو سٕٹھاہ کم تیداد س مٔنز آسُن ۔

(۳۶۵)

## توٗل بار کرُن ۔

خراب گرہدین ہنٛدِ اثرٕ نِشہِ بچاوٕ خاطرٕ آسی بروہہٕ کالہِ کاہشہٕ یوان تۆملس ، گٔنڈس بٔنٛزِ اناجہِ سٕتۍ تولنہٕ تہٕ سہٕ اناج اوس پتہٕ یوان خٲراتھ کرنہٕ ۔

(۳۶۶)

## تابس چھُ لاب

صبر کرنہٕ سٕتۍ چھُ سٕٹھاہ جان فایدٕ میلان ۔

(۳۶۷)

## ھوکن اتھہٕ دارُن ۔

کاُنسہٕ ہنٛز جایز ناجایز کتھ نہٕ لوٗ تہٕ بڑٕ ونٛ خوشی سان ژالُن گوٚو تمہ
ہنٛزِ ن تھوکُن اتھہٕ وارُن

۳۶۸

## توٚت کھینہٕ چھُ گیگ دزان۔

ییتہٕ پاٹھی توٚت چیز کھینہٕ سیتی چھُ ہوٗٹ دزان تیتھے پاٹھی کُنہٕ کامہٕ
سعٕ جلدی کرنہٕ سیتی چھُ نوقصان واتان۔

۳۶۹

## تاوِ بیٹھ گرُن گژھُن۔

آبہٕ منٛز بیٛلہٕ گاڈ یا گرُن کرُو تہٕ سہ چھُ ژھرپہٕ ژھرٹ کران تہٕ بیتہٕ بیٛلہٕ
ٹُتِس تاوِ بیٹھ ژاوون تہٕ کوٚسہٕ ژھرپہٕ ژھرٹ کرِ۔ بیٛلہٕ کاُتہٕ اِنسان
حدٕ کھوتہٕ زیادٕ پریشان گژھتہٕ تڑپان آسہٕ تیٚلہٕ چھُ تمِس مُتلق یہ کتھ
یوان ونٛنہٕ۔

۳۷۰

ٹھسنی منھسنی۔

خوشامد کرن۔ اپزی تارٖیف کرٕنۍ۔

(۳۷۱)

## نٕچ نہٕ یاں گوٚل ہیتھ روزُن

بیٚیلہِ اَسس منٛز پوٗنی آسہ یا دنٛدٕ نٕچ اَسیہ کانٛہہ کران تَس پِچھ کیٛنْہہ کرٕنۍ مُشکل۔ مطلب گوٚو ژھوپہ کرٕتھ روزُن۔ تہٕ بِلکل کینْہہ نہٕ کرُن۔

(۳۷۲)

## تیٚلہٕ تُلیٖن لگُن۔

یِتھ یاٗٹھی تیلس منٛز تُلیٖن دِنہٕ سیتی کانٛہہ چیز دزان پِچھ زُن تہٕ یِتھے یاٗٹھی دوکھہ سیتی کانٛسہِ ہُنٛد دِل دزُن۔

(۳۷۳)

## تلہٕ تلہٕ باہ باہ پِل نیرُن۔

گوٚڑٕ گوٚڑٕ پِچھُ کانٛہہ شریف تہٕ بااِخلاق لوان بوزنہٕ یِتہٕ بیٚیلہِ سُہ پیٚٹھنہٕ

بدٕ ذات اصلیت ھاوان چھُہ نہٕ تیٚلہِ چھُہ لَس مُتلق یہ کتھ یوان ؤنہنہٕ۔

(۳۷۴)

## لوٗہ ٹھگ نہٕ میٚنگن ٹھگ آسنۍ۔

زٕ ٹھگ سمکھییہِ وتہِ۔ دوشونٕی اوس اکھ اکھ ٹھیلہٕ پانس سیتۍ۔ اکِس سرایہِ منٛز شونگی دوشوے۔ تمو اوس باسان زِ دوییمِس چھِ ٹھیلس منٛز دِیار۔ راتھ کیٚت ژُلِ تِم اکھ اکی سٕند ٹھیلہٕ ژورِ ہیتھ۔ گرِ واتِتھ وُچھکھ نہٕ اکِہ منٛز ذراو لوٗہ تہٕ بیٚییہِ منٛز ذرایہ کنٛڈٕ میٚنگن۔ مطلب چھُ ہلوِے چالاکھ نہٕ دوکھہٕ باز آسنۍ۔

(۳۷۵)

## ترٛنگہٕ ژٹُن یا کسابہٕ والُن۔

پٔرانہِ بٹہٕنہِ آسہٕ ترٛنگہٕ نہٕ ملمانہِ کسابہٕ کلس پیٹھ لاگان یتھ پاٹھۍ مردن اوس دستار یزت یوان مانہٕنہٕ۔ تیتھے پاٹھۍ اوس ترٛنگہٕ نہٕ کسابہٕ زنانہِ ہٕنٛد یزت یوان مانہٕنہٕ۔ ترٛنگہٕ کسابہٕ والُن گوو مطلب یزت والُن یا بے یزتی کرٕنۍ۔

(۳۷۶)

## ژٕرکس تہٕ دوٗژھ ووٚہُن گژھِ ۔

ژٕرکھ گوو بَرآنٛ ساڑھ پاٗنٛژھ سیر تہٕ دوٗژھ گیہ اکھ موہٹ ۔ ترکھ اُسِتن
رٕنُن یا اکھ موہٹ اُسی تن رٕہنیٚ کاٗلِنٛس چھُ ووٚہُن ۔ دالنس بیوُن ۔ بانہٕ لاگُن
تہٕ اد رٕنُن ۔ گوو کاٗم لوٗکٕٹ اُسِن یا بُڈ کرنہٕ سیٚتی چھُ لوان کرنہٕ ۔

(۳۷۷)

## تھوکہِ بیہٹ رٕکن گژھنیٚ ۔

تھوکھ چھُ اکھ رٕژھ آسان ۔ امہٕ بیہٹ رٕکن گژھنیٚ چھُ ناممکن ۔ بیٚیلہِ کاٗلِنٛس
سیٹھا موٗلی کِتھ بیہٹ زوال یینہِ تیٚلہِ چھُ لسُن مُتلق یہ لوان ونہنہٕ ۔
اُمس گیہ تھوکہ بیہٹ رٕکن ۔

(۳۷۸)

## ترین تہٕ ژٕرواہن گژھُن ۔

کاٗہنہٕ کِتھ فِکرِ نہٕ ژٕریِتھ پریشان گژھُن، سوٗنٛچان روزُن زِ یہ چھا ژرسے کِنہٕ ژرواہ
مطلب کاٗہنہٕ امہٕ ونہٕ تہٕ یینیٚ ۔

(۳۷۹)

## نوسمہ گڑھنی۔

ٹُکرٹُکر گڑھنِ۔ بیٚیلہ کاٗلتِہ کاہنہٕ سخ لایہ مار پیٹھ کرِ تیٚیلہ چھِ ونان زِ تمِس کرِ ژھِمی نوسمہٕ۔

(۳۸۰)

## تیٚیلہ کیٚہ زٕے ڈاڑٕ بیٚیہ بنہٕ ووہ تارٕ۔

زٕے ڈار چھُ کُس تام اُوسمت یمِہ سٕنٛدِ وق سیٹھا خوشی تہٕ آرامک آسہٕ ہے۔ یٚیلہِ کاہنہٕ سختی ہنٛدِ وقتہٕ جان وقتچ خاہش چھُ کران یا بجرٕس منٛز جوٲنی ہنٛز کتھ چھُ پھِران۔ تمِہ وِزِ چھِ یہ کتھ لیوان ونہٕ۔

(۳۸۱)

## تدبیر کران بنٛدٕ تقدیر کران خنٛدٕ۔

اِنسان چھُ سوچان زِ یتھٕ پاٹھی کرِ ہتھٕ پاٹھی کرِ تہٕ قسمتھ چھُس اسان زِ یہ کیا چھُس سوچان یہ کُس چھُ کرن وول؟ کرن وول چھُ تقدیر یمیچ نہٕ اِنسانس کاہنہٕ خبر چھِ۔

(۳۸۲)

## تال زائنۍ۔

سیٹھاھس کانسہ کاہنہ کأنسہ ہنٛدیو ناکارٕ کرٕتو لو سیٹھے ییٚلہِ پرٛیشان گژھِ تہٕ سُہ چھُ ونان زِ تال زأجنم یا نے دیماغ کوٚرنم سیٹھا پریشان۔

(۳۸۳)

## تال دِنۍ۔

کأنسہِ بے یزتی کرٕنۍ یا فضیحت کرٕنۍ۔ مار دِیُن یا لایُن۔

(۳۸۴)

## تُلرِ اَلِس کنۍ دِنۍ۔

تُلرِ اُلِس اگر کنۍ لایو تورٕ نیرن تُلرِ تہٕ بچھن۔ خطرناک۔ جمأژ سیٹھے جھگڑٕ کرُن گو و تُلرِ اُلِس کنۍ دِنۍ تہٕ پنُن پان معیبتس منٛز پھساوُن۔

(۳۸۵)

## تلہٕ پیٚتہٕ گِہہ اینۍ۔

ییٚلہِ کُنہِ جایہ کانہہ کأم حأصل کرنہٕ خأطرٕ سیٹھاہ لٹہٕ پییہِ گژھن تیٚلہِ چھُ لوان ونہنہٕ زِ تلہٕ پیٚتہٕ آیم گِہہ۔

(۳۸۶)

## تراس کھیوں ۔

دِلس منز خوف پاد گژھُن ۔

(۳۸۷)

## تلہٕ گژھِ ژوک آسُن ۔

بُنیاد گژھِ ڈرآسنی ۔ رِتہٕ خاندانُک یا آسن والی سُند گژھِ آسُن ۔

(۳۸۸)

## تھوکہٕ ژھنُنی ۔

نفرت کرٕنی ۔ کانٛسہٕ بے یزتی کرٕنی ۔

(۳۸۹)

## تھلِہ تھلِہ وُچھُن ۔

کانٛسہِ کُن لگاتار لولہٕ سان وُچھُن ۔

(۳۹۰)

## ہُنٛدِ جن لگُن

دیان تو ندجا ناوِ چھُ کشیرِ کُس تام راز او سُمت تمہِ ہنٛدِس عہدس منٛز چھُ یرٛہتھ وِزِ نار۔ ڈراغ تہٕ سآلاب ہیو مُصیبت لگا تار آمتی ییمہِ کِنۍ سہٕ یرٛہتھ وِزِ کنڈٕ بن ییہہٕ رۄزِ ہتھ مُشکلاتن ہُنٛدِ حل اوس تلاش کران۔ ییلِہ کاُلِنہ یرٛہتھ طرفہٕ مُشکلات ییتی تمن ہُنٛدِ حل چھُ ہیوان پریشانی سان ژھانڈُن تمہِ وِزِ چھِ ونان زِ سُہ چھُ ہُنٛدِ جن لوٗگمُت۔

(۳۹۱)

## ہتھر کھارُن۔

یوٗشہِ ہتھرِ یا گُنڈی ہتھر ہنٛدی یا ہِی کھارُن۔ کاُلِنہ ہنٛز موٗلی کینہہ لنگ لِنجہ کرٕہتھ سیٹھا زیٹھ راوٕنی ییتھ زن سُہ الزام ہیو یاسہٕ۔

(۳۹۲)

## نوٗنتہِ منٛز ہیتھ گرٛژھُن۔

کُنہِ جایہ کینہہ بوٗزِہتھ جلد ییٚس جایہ گرٛژھِتھ وُنُن۔

○

(٣٩٣)

## نوس تُلن بنیس ۔

پنُنہِ نِشہِ و غلط کامہ وسِتی بیا کھ سِٹھا پریشان کرُن ۔

(٣٩٤)

## تُشرِ تأو آسُن ۔

موسیم سخ گرم آسُن ۔ یژھِ زن تتہ مژ تأو آسان چھے ۔

(٣٩٥)

## لوہ کینہِ توٗمُل زالُن ۔

توٗمُل زُنہِنہ با بیھ چھُ دالس یوان لوہ زالنہِ ۔ تمیُک مطلب گوو زِ سہ
لیُس لوہِ بدلہِ توٗمُل زالِہ کوتاہ بے پروانہ فضول خرچ چھُ ۔ یا حسد کِہ ناوِ
دزُن وول زالِہ بیہِ ہندِ گرِ لوہ کینہِ توٗمُل ۔

(٣٩٦)

## تیہِ وآذِ دانڈ گرژھُن ۔

تیلہٕ وٲنۍ دانٛد چھُ تیلہٕ دالس اُنٛدۍ اُنٛدۍ ٹیکھ ہتہٕ بُڈۍ مێل کرٕان مگر توتہٕ
چھُنہٕ کُنہٕ وانان تھتہٕ جایہ چھُ آسان ۔ یس سێٹھا میہنتھ کرِتھ تہٕ کیٛشہٕ حاصِل
چھُنہٕ سپدان سُہ چھُ وَنان زِ تیلہٕ وٲنۍ دانٛد گوم ۔

(۳۹۷)

## ژٕرہہ گوو سہہ ژٕنہٕ جی پنٛجی شیٹھ گو برٕیٹھ ۔

ژٕرہہ وٕہرِس تام چھُ اِنسانس سہہ سُنٛد ہیو طاقتھ تہٕ ہیمتھ آسان ۔ ژٕنہٕ جی وٕہرِس پتہٕ ساریے پنٛجہٕ ہنٛدی پانٛٹھی لتہٕ مونٛڈ کران ۔ شیٹھ وٕہرِس چھہ دیان زِ عقلے چھس نہٕ روزان ۔ یہ آسی بروٕہہ ونان ییٛلہٕ اوسط عُمر سێٹھا کم اُس ۔

(۳۹۸)

## ٹھیل ہوس کرُن ۔

کانٛہہ چیز زٕن ھیتین ہنٛدی پانٛٹھی نفیہٕ نیٛن ۔

(۳۹۹)

## نلہٕ پیٚتھِس کشُن یُن ۔

یہ گوٚو سفرس نیرنہٕ برونٛہہ نٲبتھ پاٹھۍ گژھنہِ ۔ ییٚلہِ کانٛسہ بروٛنٛہہ کالہِ نلہٕ پیٚتھ کشُن ییٚیہِ ہے سُہ اوس ونان زِ قوٗدرتھ چھُم ونان سفرچ تیاری کر ۔

(۴۰۰)

## ٹُنتھہٕ واٲلی کرٕنۍ ۔

دِلس زٕدی کرٕنۍ ۔ بار بار کانٛسہ دوکھ دیُن ۔

(۴۰۱)

## تیٚشِل آسنہٕ پیٚٹھے مان گژھُن ۔

تیٚشِل گوٚو لیُس یُتھ یژھ لوٗکن منٛز تھوٗن چھُ یژھان ۔ یُمہ وِزِ تمِس کُنہِ وجہہٕ کِنۍ شرمندگی گژھِ تمہ وِزِ چھُ سُہ یہ کتھ ونان

(۴۰۲)

## ٹھر واٲری لوٗنہٕ یُن ۔

گاسہٕ یا دانہِ لوٗنہٕ وِزِ چھُ بتھ تنہ کُن کرُن نہٕ اِدِ ییٚیہِ لوٗنہٕ ۔ ییٚلہِ ٹھر کرو تمہ کُن نہٕ تیٚلہِ کیا لوٗنو ۔ ییٚلہِ نہٕ کانٛہہ کھاہس منٛز وٕسِتھ بجان یا ٹھٕٹی کام کرِتس متلق چھُ یہ یوان ونہٕ نہٕ ۔

# ٹ

(۴۰۳)

**لوٹنگڑی دلبس تل پچھ ساسہ بُڑی شیطان آسان ۔**

بیتیلہ گُنۂ جایہ مکالنس کیُت گِن کھنو یا بنجر زمینۂ داثد والو تۂ ہمت ہمسایہ پچھُ دوہقان ایتراز کرنۂ ۔

(۴۰۴)

**ٹاکارہ پاآھٹی بوزنہ یُن ۔**

صاف صاف بوزنہ یُن ۔

(۴۰۵)

## ٹاکین واہراوِنہٕ یُن ۔

سِٹھا کامہٕ بٔرونٹھ کِنہٕ آسنہٕ نہٕ اَتھہٕ وَتھ نہٕ ہینی زِ کیا کرٕ نہٕ کیا نہٕ کرٕ ۔

(۴۰۶)

## ٹر ٹر کرُن ۔

زیادٕ بکواس کرُن ۔ بے مانے کتھہٕ کرنہٕ ۔

(۴۰۷)

## ٹاس کرٕنۍ ۔

کانٛہہ کھینہٕ چیز مزٕدار بأسِتھ تَمیُک تأرِیف کرٕنۍ ۔ گویا زیوٚ سِتۍ ٹاس کرٕنۍ ۔

(۴۰۸)

## ٹال لاگنۍ ۔

اکھ أکِس پیٹھ چیز بیہناوٕنۍ ۔

(۴۰۹)

ٹھپہٕ ٹپہٕ وُسن ۔

رُت پِش نہٕ آسنہٕ کِنہٕ تمہٕ منٛزی روٚد وُسن ۔

(۴۱۰)

ٹاٗنٹھ کھارٕنۍ ۔

کاہنٛہ کتھ بِلاوجہ زیپھڑاوٕنۍ ۔

(۴۱۱)

لوٗرٕ ٹگرٕ ھنی ۔

ٹکرٕ ٹکرٕ گژھنی ۔ اگر کانٛہہ سبھٹا مار بیٚیہِ لس مُتلق نہٕ چھُ یہ ِیوان وَننہٕ ۔

(۴۱۲)

ٹھوارس منٛز کرٕن ۔

کانٛہہ کاٗم بیترٕ سے وَقتس منٛز کرٕنۍ ۔ بیٚتِس کالس اَچھ ٹیٹھٕ وار کرِ ۔ یانے سیٹھا جلدٕ کاٗم سرٕ انجام دِنۍ ۔

( )

(۴۱۳)

**ٹآپہٕ ژٹھنۍ :-**
کاُلِتھ مذاق کرُن - حٕزِل کرُن -

(۴۱۴)

**ٹاوِ ٹاو کرُن :-**
کاھنہٕ کتھ پٔرِھتھ اکِس وٕنُن -

(۴۱۵)

**ٹاپہٕ ناوُن :-**
کاُلِتھ لاینٛ تہٕ مارِ دیُن -

(۴۱۶)

**ٹانٹہٕ رِاے کرِناوُن :-**
آہ و زارٕی کرِناوُن - ودٕ ناوُن -

(۴۱۷)

## ٹنگہٕ برکرٕنؠ :-

بروٗہٕ اوس قبضہٕ بدلہٕ دروازس ٹنگ یوان لاگنہٕ۔ دروازس آس اکس انٛدس پیٹھ ہیرٕ بوٚنہٕ یہے گٕنٛج ہٕش یوان کرنہٕ یوسہٕ دروازٕ داتہٕ کِس گٕڈِس منٛز آس روزان بیٚیلہِ کاہنٛہ کٲنٛسہٕ ہٕشدگرٕ بار بار یِیِہٕ تہٕ تیلہِ چھ وَنان زِ ٹنگہٕ برکرٕنؠ۔ بٲنے تیٚژِ لٹہٕ مٕژرو وٕنؠ برزِ امیک ٹنگ آو نیبر نیرِتھ۔

(۴۱۸)

## لوٗک ہیتھ نیرٕنؠ :-

لوٗک اوس بروٗنٛہہ کالہِ کترِ و بلیٹ ہیو آسان لوٗک ہیتھ نیرٕنؠ گو بیچھِ نہٕ نیرٕنؠ۔ لوٚکن لوٗک ناوِتھ دِیُن زِ ییتھ منٛز ترٲوِ نوٗ کینٛژھا۔

(۴۱۹)

## ہٲن دِتھ پھٹٕنؠ :-

وٕٹھ وٕلِتھ خاموشی اختیار کرٕنۍ۔ اَنٛدرِم کتھ نہٕ باوٕنہٕ کِنہٕ زن تہٕ پھٹٕنس یِیُن۔

(۴۲۰)

## ٹُور پیون :-

کُنہِ چیزس پیٹھ نظر پیینہٕ تہٕ سہٕ حاصل کرنٕچ خاہش پیدٕ نۍ۔

(۴۲۱)

## ٹارِ کھسُن :-

کاہنہ چیز وُچھِتھ جان باسُن تہٕ لِشدیُن۔

(۴۲۲)

## ٹینسِڑس پیٹھ نہٕ ٹیونڈ تھوُن :-

کام کران اورٕ یور پکان روزُن تہٕ تھکھ نہٕ کرُن۔

(۴۲۳)

## ٹوٗٹھ دِنہٕ دیار کیا ادٕنک یار کیا :-

ادنہٕ کُس یارس بروٗنہہ کنہِ چھنہٕ دِنہٕ دیارن کاہنہ تہٕ مول۔ یارس آرام دِنہٕ خاطرٕ گژھِ اگر سورُے دِنہٕ خرچ تِہٕ کاہنہ غم چھنہٕ۔

( )

۴۲۴

## ٹاسہ راے کرٕنۍ :-

کانٛشہِ لایُن، مار پیٹھ کرُن۔

۴۲۵

## ٹینٛڈۍ کھاو آسُن :-

اۆنگجہِ ٹینٛڈِن سخت دود آسُن یمہِ سۭتۍ ٹینٛڈۍ گلن۔ ییٚلہِ کانٛشہِ دستخط خراب آسہِ تمِس چھِ وناں زن پھس ٹینٛڈۍ کھاو۔ مطلب ٹینٛڈۍ چھِس نہٕ کراں ٹھیک کام۔

۴۲۶

## ٹرباز آسُن :-

کانٛشہِ اِنسانس چھُ اپزٕ تہٕ بے بُنیاد کتھہِ وننُک عادت آساں تمِس چھِ ٹرباز وناں۔

۴۲۷

## ٹیوٹھ موۆد زالُن :-

جان ناکارٕ سوٗرے برداشت کرُن۔

(۴۲۸)

### ٹانگہٕ دِنہٕ :-

ٹانگہٕ چھُہ خریا گرُ دِوان ۔ گوٚو بتہٕ کرِٕکہٕ دِنہٕ یمن نہٕ کانٛہہ مطلب آسہِ ۔

(۴۲۹)

### ٹِکہٕ تارس دیارن گِنڈُن :-

کیتر کھنِجہ چھِ پاٚلِس بیہِٹھ یتھٕ پاٹھۍ لِوان زورٕ چلاونہٕ یُتھ تِم پانہٕ بیہِتھٕ ترِٕٹھ یانہٕ دوٚبِمِس بٹِس واتن یا پاٚلِس منزٕ پھٹُن ۔ یہِنلہٕ موٚمولی شوقہٕ خاطرٕ کانٛہہ یُتھ پاٚلِشہٕ ضایہٕ کرِ نیلہِ چھِ یہ کتھ لِوان تس متلق وننہٕ ۔



### ٹیٹھٕ میٹھٕ کرُن :-

موٚدرِ تہٕ ٹیٚچھ کتھ وٚنِتھ کانٛہہ کُنہ کتھ بیہِٹھ آمادٕ کرُن ۔

# ج

۴۳۰

## جوانس کیا کرِ ڈرٛھٕ پاٛنٛشرگُھ:-

جوانس چھُ پننہٕ نِس طاقتس پیٹھ بروسہٕ آسان ۔ خراب ہِتناہ چھِنہٕ تِمس ہیکان رُکاوٕٹھ پادٕ کرِتھ ۔

۴۳۱

## جان جہانس ناکارٕ پانس:-

اگر کانٛہہ جان آسہِ تہٕ ہیکہِ دُنیاہس فٲیدٕ واتٕنہٕ ناوِتھ ۔ اگر ناکارٕ آسہ تمیک شمرٕ چھُس پانس تِلُن ۔

(۴۳۲)

## جُمہ نیایکینہ شاہی کرنۍ :-

جمال نیایکُ عُرف جُمہ نیایکُ چھُ کشیر منز کُس تام اوسمُت سہ اوس کیتھ کنہِ وناں یہ گیہ شاہی نوٹ زالیتھ کرُن چلمہِ کیُت تنگل دوپن یہ گیہ شاہی ۔ بیپلہِ کاہنہ سوچنہٕ سمجنہٕ ورأے فضول خرچ کرِتس چھِ وناں زِ جُمہ نیایکینہ شاہی چھُ کراں ۔

(۴۳۳)

## جانہٕ منس بیہھٕ ین :-

کُنہِ ناجایز کتھِ بیہھٕ سخ جیہرٕ ین ۔

(۴۳۴)

## جان وٕڑدین :-

پنزنہٕ بیہٹی کاہنہ چیز کھیون ۔

(۴۳۵)

جامن چاکھ دِیُن :-
سبھاجیئر بیٹھی پنٔنی پلو ژٕٹنی -

(۱۲۶م)

جندن پیوند کرُن :-
ژھینہِ میتیٖن زیٖن مرمت کرٕنۍ - بگڑے میٖنٛیں حالاتن بیٚیہ درُست کرنچ کوٗشِش کرٕنۍ -

(۱۲۷م)

جوان یکن رتہٕ ستی بُڈ یکن بتہٕ ستی :-
جوانس چھِ جوانی، طاقت تہٕ تازٕ خوٗن یمہِ ستی چھُ سُہ وتھان بیہان تہٕ کام کران چھُ - بُڈِس گژھِ کھینک زور اُسُن تہٕ اد ہیکہِ سُہ وُتھِتھ بِہِتھ - تہٕ کیاز تمِس چھُ ووٚنۍ جسمُک طاقت آسان ژھوکیومُت -

(۱۲۸م)

جستہٕ خاز کرُن :-
سخت میہنتھ تہٕ کوٗشِش کرٕنۍ -

(۴۳۹)

جال ساز آسُن :-
سُہ اِنسان یُس بیین پھساوُنہٕ خاطرٕ زال آسہِ وونان یا نے سازِشہٕ گرٕتھ بیین آسہ یِزا وانہٕ ناوان ۔

(۴۴۰)

جماتھ گیہ کرامات :-
جماتھ اتھہٕ واس کرِتھ ہیکہِ ناممکن کامہِ ممکن بناوِتھ ۔

(۴۴۱)

جود گارس جود گرس :-
یُس بیین جود نہٕ سہر کرِتھ تکلیف آسہِ پرٕھان دُین نِمس چھُ پانٕے پانس تکلیف واتان ۔

(۴۴۲)

جایہ پھیر کرُن :-
کُنہٕ وقتہٕ خاطرٕ اکہ جایہ پیٹھٕ بییس جایہ کینژٕ کالہٕ خاطرٕ گژھُن ۔

(۴۴۳)

جایہ واو پیٚون :-
کٲشِرِ ہُنٛد مکانہٕ نارٕ یا سیٚلابہٕ سیٚتی تباہ گژھتھ روزنٕچ جاے نہٕ روزٕنۍ۔

(۴۴۴)

جیٚلۍ بُٹھ ژٕلہٕ لوٚو پوٚتُل :-
یُس پٔرتھ وِزِ کرٕکہٕ کرُون اِنسان آسِہ تِمُس لِشہِ چھِ کٔنہٕ پوٚتلی تام دوٗر ژلان۔ چونکِہ بٹہٕ چھُ پوٚتلین پوٗزا کران تِمہِ کِنہٕ چھُ بٹہٕ آمُت اِستِمال کرنہٕ۔

(۴۴۵)

چھُمہٕ چھوٗنٛتھ چرا کردم براے نفسِ دودُو ؟
کانٛہہ کٲشِرِ نِش ہیٚنٛن مطلب حاصل کرنہٕ باپتھ چھُ تیتھ بُتھ بناوان یتھ دُچھتھ آر ییِہ۔ اتھ کہاوتس منٛز چھِ چرا، کردم، تہٕ براے، ژرے فارسی لفظ اِستِمال آمتۍ کرنہٕ تکیازِ فارسی زبانۍ ہُنٛد چھُ کٲشرِس پیٹھ سیٚٹھا اثر۔

(۴۴۶)

## ژارِی نانٹرِ لگُن :-

یٖلہِ کانٛہہ پننہِ کم عقلہِ کِنٛز بے قصور آسِتھ تہٕ کُنہِ جُرمس منٛز پھسِتھ تیٖلہِ چھِ یہ کتھ یوان ونٛنہٕ ۔

(۲۴۷)

## چوبہ چھتہ دیٖت ہے تہٕ مردا دڑاکھ :-

کانٛہہ آسہِ پننہِ بہودری تہٕ مردانگی تھیکان تہٕ پتہٕ مُقابلس منٛز یِیہِ سیٹھا مار کھیٖتھ تہٕ ناٹرِتھ نیٚس چھِ یہ کتھ یوان ونٛنہٕ ۔

(۲۴۸)

## چِندس نہٕ نار تہٕ بازرس کھل بُلی ۔

چِندس منٛز آسہِ نہٕ اکھ پائِنٛسہ تہٕ نیٖرِ بازرس مختلف چیٖز چھکاونہِ ۔ خواہ مخواہ کرِ بازرس کھل بُلی ۔

(۲۴۹)

## چھم چھِتھ نہٕ چھِنے ماکآلثِہ :-

کأٹِسہ چھُ چھِڈِ پلو نالِ۔ سُہ چھُ تیتھہٕ پأٹھی لوٚکن نِش تھیکان زٕلن نہٕ کأٹِسٕ
اورٕ ییتھ پلو چھُ وُچھمتے۔

(٤٥٠)

## چھلنہٕ نیرا کینہٕ اژِ مل :-

پلو چھلنہٕ سیتی نیرِ مل، والیس اژِ لِس نہٕ کینہہ کأٹِسہ واز نصیحت۔ لوٚزنہٕ سیتی
گژھِ ہیس کینہہ جان اثر۔ نقصان گژھِ ہیس نہٕ کینہہ۔

(٤٥١)

## چھیلی چھیلی زیُن زالُن :-

حدٕ کھوتہٕ زیادٕ صفائی ہُند بیلہِ کانہہ دیان تھوِ۔ تیلہِ چھ یہ کتھ لوان ونہنہٕ
زِ زیُن تِہ چھُ چھُلِتھ زالان۔

(٤٥٢)

## چھانس بیلہِ بیمیہِ پانس پیٹھ یکلہٕ کنہِ لاگہِ وسنہٕ ھاکہِ تُل :-

چھانس بیلہِ بیٚنہ چیندٕ خرچ کرِتھ مکانہٕ آسہ لُدِن سُہ کرِ سیٹھا کفایت سان

بکر استعمال مطابق انسانس بیلہ پیننہ چند خرچ پیسہ کرن سہ کر سبھا سونچ
سونچ خرچ ۔

٤٥٣

## چھٹھ کر بچلہ فٹہ فٹہ ژلہ :-

جان بلو ژھنیہ چھ پیرتھ کانہہ جایہ جایہ ٹھیکہ ناوان ۔ بیلہ سہ بلو ژھنس
نہ ٹھیکہ ناوان نہ موکلس بیلہ کانشہ پیننہ عہدک یا دولتک نشہ آسنہ سہ
چھ تمس یکدم وسان بیلہ تمس سہ عہد موکلہ یا دولتھ روزہ لس نہ ۔

٤٥٤

## چیتھ پھٹنہ خودا رتھ :-

بیلہ کانہہ انسان سونچنہ سمجھنہ ورأی یکدم خدایہ شد ناوا ہیتھ کام پور پتھ
کرنہ تیلہ چھ یہ کتھ لوان ونہنہ ۔

٤٥٥

## چانٹہ چانٹہ وچھن :-

امیر چھ ضیافت کھیوان غریبس چھ تنہ کانہہ پرژھان سہ بچور تہ کھینہ واتلسن

ہئنزِ پچانٹین کُن وُچھان روزان -

(۴۵۶)

## چھاو ییٹھ بنتہٕ تہٕ داو بیٹھ کنٹھ :-

ییلی بتس پوٚرٕ چھاو ییٚیہ تہٕ تیٚیلہِ چھُ سُہ کھیوٚن لایق تہٕ مزدار گژھان - بیٚیلہِ مُناسِب وق ییِیہ تیٚیلہِ اگر گراو کرو تہٕ تیٚیلہِ چھُ تتھ مُناسِب نتیجہ نیران -

(۴۵۷)

## چیٹھ تہٕ پھریھ گژھُن :-

یکدم تیٚتھ خوف اژُن ییمہِ ستی زوٗ ژلہِ نیرِتھ -

(۴۵۸)

## چھنہِ ھنِو ناوِ وس :-

یس تہٕ پاٚلنہٕ چینِس آسِہ سُہ کتہٕ وسِہ ناوِ تہٕ ژھانڈِ ناوِ تار تہٕ آسن وول کتھ کارٕ بارس منز ہیکہِ ووتھ لاٚگتھ -

(۴۵۹)

## چندس نے چھُے ووٹھُس نہٕ پچھُے نا :-

اگر چندس مدد کرنہٕ باپتھ پاُٹنہِ چھُے نہٕ زٲلوِ سیتہٕ تہٕ کرتس تسلے نہٕ ہمدردی ہُنٛد اظہار۔

(۱۶۰م)

## پھوکن لوٗن ہیوٚن :-

زخمس پیٹھ اگر لوٗن ہیٚیہِ نہٕ سخت دگ چھ ووتھان یوٚسہٕ نہٕ برداشتے سپدان چھے۔ کاٗشہٕ ہٮ۪نٛز کتھ ہُنٛد زخم آسہٕ برٛونٹھے کاٗشہِ دِلس لوٗگمُت تہٕ پتہٕ ونہٕس ہیٚیہِ کانٛہہ ٹیٚٹھ کتھ یوٚسہٕ پرانس پھوکس دگ تُلہِ زن تہٕ لوٗن ژاوِتھ

(۱۶۱م)

## چشم زخمہٕ نہٕ آدمی قہرِ لشہِ رٹھُن :-

کاٗشُر چھ یہ ہیٚنہٕ ہیٚن ماٹھُن آہی کران زِ چشم بد نہٕ انسانہٕ ہٮ۪نٛد قہرِ لشہِ گژھہ دےٚ رٹھُن۔

(۱۶۲م)

## چھرِ شُترِ لبتہِ نیئُن بوُجہ گبہِ لوُن :-

چھرِ چھُٔ لوکٹ نہ لتَس چھُ وہِ نی بُڈُن - بوُجہ گبہِ چھُ مرُن - بیقلن مور چھرِ نہ تمُشترِ لبتہِ لدُن لوُن بوُجہ گبہِ کھیاونہ بابھہ - مطلب بُڈس فائدِ واتناونہ بابھہ اکھ شُریا جوان قوربان کرُن -

(٤٦٣)

## چانِس ھاکس چھا پاکھ دِنگُ ضوُرؤرتھ :-

ژیوسہ کام کرکھ تمتھ چھےٚ نہ کاھہ کھی روزان -



# ح

(۴۶۴)

## حرفس گواہ تہٕ میٖنڈِس شریک :-

اگر کانٛہہ سانِہ مرضی خلاف اسہِ ستہِ سٕتی روزِ۔ پنٛہنی کتھ کرو نہٕ تتھ روزِ گواہ۔ کھیمو چھیمو پالنس تہٕ سٕہ نہٕ ییٚیہِ کھیاوُن چاوُن تیٚلہِ چھہٕ تس اِنسانس مُتلق یہ یوان وننہٕ۔

(۴۶۵)

## حکیمس نہٕ حاکِمس لِشِ اُپھزہِ :-

ییلہِ کانٛہہ بیمار ییٚیہِ نہٕ چھُس حکیم سٕنٛد حاجتھ۔ ییٚلہِ کانٛہہ ہزا دِیس

یا فسادٕ جھگرٕ ووٚتھِ تہٕ چھُس حاکمہٕ سُنٛد حاجتھ یہ چھ لُکھ دُعا منگان زِ
بیمارِ تہٕ جھگرٕ فسادو لِنشہ رچھ تہٕ آسہِ بیٛھ تہٕ حکیمہٕ تہٕ حاکمہٕ سُنٛد حاجتھ
پییٚہِ ۔

(١٦٦)

## حال متہٕ پرژھنس روٚبہ پئے وچھنس :-

کائِنہِ بٔمبرابر پرژھنہٕ کھوٚتہٕ چھُ زیادٕ جان تمی سٕنٛدِ نٔبتھ پیٹھے حال وُچھُن ۔
تکیٛازِ نٔبتھ وُچھتھے چھ رنگرِ تران یہ چھا وارٕ ونٕہ کینہٕ بیمار اُمس چھا کانٛہہ خوشی
کِنہٕ رنکرہ ۔

(١٦٧)

## حف راتھ گرٛھنی :-

حف چھ وناں موروس بیٚلہِ کانٛہہ شامن مرِسہ چھُ یوان دوبہ دوبہ دفناونہٕ
یا زالنہٕ راتس چھ روزان لاش گرٕ پئے منٛزٕ نیٚنہٕ گرواٹس یا رشتہٕ دارن چھُ پیوان
راتس بیدار روزُن یہ راتھ چھ تھہدِ باپتھ بڑٕ مشکل راتھ آسان ۔ بیٚلہِ کانٛہِ
سپدٕتھا نکر منٛز راتس بیدار پییٚہہ روزُن سہ چھُ دپان حف راتھ گیٚم ۔

(۴۶۸)

## جبلہ گرس بہانہٕ بسیار :-

یس نہٕ کانٛم کرنس غرض آسہِ سُہ چھُ سیٹھا ہتھ تہٕ بہانہٕ ہیوان -

(۴۶۹)

## حفس کفن کھیوٚن :-

اگر کانٛہہ اِنسان سیٹھا ناجایز طریقو کِنہِ پاۄنسہ آسہِ لوٗکن کھیوان تس مُتلق

چھُ یوان ونہنہٕ زِ سُہ چھُ مورِدس تہٕ کفن کھیوٚان -

# خ

۴۷۰

خرن نرتہٕ نرن خر :-

بیٚلہِ خوٗبصورت علمند النانس بدصوٗرت کم عقل زنانہٕ سیٚتہِ کھانٛدر کرن
یا خوٗبصورت زنانہِ بدصوٗرت مرد باگہِ بیٚیہِ تیٚلہِ چھہٕ یہ کتھ لوان ونہٕ نہٕ -

۴۷۱

خبرٕ چھےٚ نہٕ شہرس ژاو سُلطان :-

یمبلہِ شہرس منزٕ بادشاہ اژِ نہٕ لۆکن ییہٕ چھٕ یوان کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ پابندی عأید کرنہٕ ۔ ییٚلہِ حکوٗمت لۆکہٕ ہنٛزِ آزادی ییہٕ پابندی عأید کرِ نہٕ تیٚلہِ چھِ یوان یہ کتھ ورتاونہٕ ۔

(۴۷۲)

## خرِس خوٗژ لۆکر وُتھو شُلا ٹھوک بَر :-

بد مزاج مأکہٕ ہندِس لۆکرس وانہٕ ہرروزِ خدمتہٕ خأطرٕ کمر گنڈِتھ روزُن ۔

(۴۷۳)

## خمہِ ہے گُرتہٕ خمان چھِ گُنہٕ :-

گرِس ییہٕ کنہِ چھِ گُنہٕ اَسان گُرٕ چھُ دَونہٕ سیتیٖ تھکان تس چھُ زورٕ زورٕ شاہہ کھسان نتہٕ چھِ ونان زِ سُہ چھُ خمان ۔گُنہٕ چھِ ییہٕ کنہِ آرامس منزٕ سۆکیاز خمہِ ۔ ییٚلہِ کأم کرنٕ وول آسہِ ژھوپہٕ کرِتھ تہٕ نہٕ کرنٕ وول دیِہ بہٕ ہتھٕ کس تیٚلہِ چھُ یہ محاورٕ یوان ورتاونہٕ ۔

(۴۷۴)

# خاں بڑا خاں بڑا گرس منز چھس کوّم ژوّٹ ڈوڈا

نیبرٕ کنہِ چھس وناں زِ خاں چھُ آسن وۄل لوٚڈ ھیٚنو مگر گرس منز چھس نہٕ کانہہ سوٚرتھ۔

(۱۷۵)

# خام طمس نہٕ اپہٕ زِ یارِ س گیڈ گرتھنی :-

کانٕسہِ چھُ یتھِ چیزٕ کہِ طماہ گرتھان یُس حاصِل کرُن ناممکن چھُ۔ گویا یُتھ طماہ چھُ خام۔ اَیز یورا چھس سمکھان نہٕ دِوان چھس یقین زِ بہٕ کرے بہٕ کام یا تے بنِ مطلب پوٚر کرنہٕ باپتھ اَیز ورتاوُن

(۱۷٦)

# خوجہِ سُنٛد دستار کرُن :-

خوجس اکس اوس نوکر یُس اوس شونگنہٕ وِز خوجہ سُنٛد دستار رٹتھ تہٕ سہٕ خاص جایہِ شیرِتھ تھوان۔ اکِ دوہہ اَیہ خوجس لازِم دار یُنٛزھی تہٕ بیوٚتھ ژیرِ تام یمن سیتی کتھ کرنہِ۔ نوکرن وۄپ بہٕ کوٚت کال

ٻڕاوِ، بہٕ موٚکلاوٕ بیٚنی کٲم کٔرِتھ سُہ ژاو مجلِسہٕ منٛز تہٕ نیوٚن کلہٕ پیٹھ ٹوٗپس
دستار وٲلِتھ۔ دوٚپنس توٚہی کٔرِو حز کتھ بہٕ ژھٕنہٕ موٚکلاوِتھ بیٚنی کٲم۔
بیٚیلہِ کانٛہہ بے عقل پٲٹھۍ سیٚٹھا جلدی منٛز کانٛہہ کٲم کرِ نیٚیلہِ چھُ تس متعلق یہ
یوان ونہنہٕ۔

(١٧٧)

خرے ڈُنی تن گرٕ گرٕٹھ پکُن :-
لوکھ ہیٚرِ تن ڈُلی تن یہ چھُ خرٕ سنٛدِ پٲٹھۍ کٲم کران۔ مےٚ پیٚنیہٕ نہٕ
نیٚبکُ کانٛہہ اثر۔ مےٚ گرٕٹھ پیٚنُ گرٕ ٹھیک پٲٹھۍ پکُن۔

(١٧٨)

خرس اگر زر آسہِ ہے خرے ونہِ ہیٚس نہٕ کانٛہہ :-
اگر اکھ بیٚعقل دولت مند آسہِ کانٛہہ نہٕ ونہس نہٕ نیٚیلہِ زِ یہ چھُ بیٚعقل۔

(١٧٩)

خوجہٕ بیٚشوٚہٹھ وان نہٕ دیگو سان :-

وانہٕ ووٚنۍ بینٛبلِ غریب چھُ گرٛھان تِمِس چھہ پننہٕ والِس منٛز خالی دیگہ روزان بینٛبلِ کاہنہٕ آسن وول غریب چھُ گرٛھان تہٕ وِزِ چھُ یہ وننہٕ یِوان ۔

(۴۸۰)

## خرس گور یأج دِلۍ ::-

بیقلس جان وَنُھ تاوِنۍ یا نصیحت کرٛنۍ گوو تیتھےٚ یتھ زن خرس گور یأج دِلۍ چھہ ۔ یأج چھہ تومُلہٕ آیٹھ سیٹھاہ موٚٹ ژوٗنگ ہِش ژوٹ آسان اگر تتھ گور یا کھنڈٕ مِلہٕ ناوو تتھ ولو گور یأج ۔ اگر گورٕچ یأج بیہہٕ خرس آپراوہٕ ۔ تِمِس کیا ساد باسہ گوو بے ذوق اِنسانس کاہنہٕ رٕژ کتھ ؤننۍ گوو وق ضایہ کرٛن ۔

(۴۸۱)

## خوجہِ موٚد نہٕ ژاس نہِ لوکیہ ::-

خوجہِ اوس حکم کران نہٕ نوکراوس ژاس گرٕتھ تتھ ٹالہٕ ہیچ کوٗشِش کران ۔
بینٛبلِ خوجہ موٚد تہٕ نوکرس نہِ گیہ ژاسہِ فرق ۔

(۴۸۲)

خوجن دو بیمُ پھٹکھے :-

خوجن کوڑ لوکرانہ وڑو ہتو۔ مگر لوکرانہ چھینہ پڑھ یوان زِ خوجن گُرامے ستھی کنھ۔

(٨٣)

خوتن واژ آیہ ہلین کو لشہ گلین ثڑآون نہ زاہنہ :-

خوجہ بابہ رُوو سوڑے، محل خانہ پیہٹے واژ کنہ ہلین پیہٹے مگر بینتی نیبہ ثڑآون نہ۔

(٨٤)

خانہ ماجہ کوڑ منگُم رس دو بیمُ کٹھے ماہ ہس
گھرژ کوڑ منجوم رس دو بیمُ چیوچے ماہ ہس

بیبلہ گرس منز کُنی کوڑ آسہ سو چھے یوان خانہ ماج کوڑ مانہ۔ گرس منز سیٹھا کوڑ آسنی گژہ گھرژ کوڑ۔ خانہ ماجہ کوڑ چھُ یزت۔ یوان کرنہ تہ گھرژ کوڑ سیتھ چھِ بے پروائی تہ بے قدری سپدان۔

(٨٥)

## خانہٕ مألیس چھہٕ تانہٕ باگے گژھان :-

بیٚیلہ کاہہٕ نیٚچو بیٚیہِ گرس منٛز سیٹھا لولہٕ تہٕ مایہ سان رچھہٕ نہٕ یتہٕ پوٗرِ نہٕ تس تقدیرس مُشکلاتن تہٕ مُصیبتن لگہِ نتہٕ مُتلق چھُہ بہ یِوان ونہنہٕ -

(۱۸۶)

## خُمچہ کرٕنۍ :-

بورِ سیتۍ کُنہِ نارِس یا نرکالِس اُندری کنۍ صفأیی کرٕنۍ - یِیٚیلہِ کالِشہ کاہہٕ بھُتھ بھیرِتھ کیتھ کرِتھ تہٕ چھِ ونان خُمچہِ کرٕنۍ -

(۱۸۷)

## خود غرض گوو اوٚن :-

یُس اِنسان خود غرض آسہِ تمِس چھُنہٕ پنٕنہِ مطلبہٕ بغأر کینٛہہ یِوان بوزنہٕ - یور ولوس پنٕنۍ کتیاہ مُشکلات سُہ بوزِ نہٕ تہِ کینٛہہ تور ونہٕ پنٕنی مطلبچ بیٚیہِ تہٕ بیٚیہِ کتھ - تمہِ کنۍ چھِہ تمِس غرضہٕ اوٚن تہِ ونان -

(۱۸۸)

## خوشی دآنز انُن نہ ؤکر دآنز رنُن :-

کھوڑِ نرِچھ کمیے ہیکان تلُیھ ۔ خوشی دآنز انُن گو کھوڑِ اِنھ انُن یا تے ضورُونھ کھوتہ کمیے انُن ۔ سُہ تہ دالس ہیچھ اُلٹہ ہتھویھ رنُن ۔ گویا نہ انز نکُ وطیرِ آسُن تہ نہ رنہ نکُ ۔



د

---

(۴۸۹)

## دمہٕ چھا ڈوبیو دۄد مُت یہِ چھُہ بزٕنتھا آسن :-

پنتھ کالہٕ بیٚیلہِ کاہنہ ڈۄڈ کُل چھانہٕ ہیے سُہ اوس دہ دہ باہ باہ ڈوٗنی ہمایٖن سوزان ۔ لیس نہٕ ہیم وانہٕ ہن سُہ اوس یہ بے یزتی پننی خیال کران ۔ بیٚیلہِ نہٕ کانٛسہِ کاہنہ تو برکُ یا بوگ سوزو نتیلہِ چھُہ یہ کتھ ونان ۔

(۴۹۰)

## دل بہ دل چھُہ آنہٕ یُتھ وُچھم تیُتھ وُچھے :-

اٚنس منز چھُ تی وُچھان یہ تمتھ برونٛہہ کنہٕ تھوو ۔ دۄن اِنسانن ہنٛدی دِل چھ زن زٕ آنہٕ اکھ اکِس برونٛہہ کنہٕ اکھ اگر نفرتھ تھاوہ لس بیاکھ تھاوہ لس اوٚرٕ نفرت اگر یوٚرٕ کانٛسہِ محبتھ کرو توٚرٕ نہٕ دِیہ سُہ محبتھ ستہ جواب ۔

(۴۹۱)

## دارِ وژھے نہٕ برہنن ٹاٗری یا دوسہ وژھے نہٕ برہنن ٹاٗری ۔

ژوٗرِ ہنٛدِ بچاوٕ خاطرٕ چھ دارِ نہٕ بَرِ لوان بند کرنہٕ ۔ بیتِھ بِنتھو برن قُلفُ دِتھ مگر

دارِ تھو وژھے ییلہِ نہٕ کاہنہٕ مکمل حِفاظتُک انتظام کرِتھ تیلہِ چھہ یہِ کھٕ یوان ورناونہٕ۔

(۱۹۲)

## دارِ یےٚ نہٕ ونکُ ھاپھُٹھ گژھِ پھیرِتھ نہٕ گرگ بآز :-

کینہہٕ لُکھ چھِ مانان زِ دُنیہکُ ییٚن دین گیہ قۄوِ رِیٔخ داس دار زِ۔ یُس دارِ نہٕ سٕہ ہیورِ۔ یس دارو نہٕ تس چھِ نکھ والُن۔ اگر دارِ نہٕ ونکُ ہاپھُٹھ ہیوٕو حشی عیوان نہٕ کرِ خدمتھ اگر نہٕ دارِ گرگ بآژ سٕہ نہٕ چھِ پھِران نظر۔

(۱۹۳)

## دگہِ روس دۄد گوٚو بے مانے

یتھٕ دآدِس نہٕ دگ نہٕ بےٚ چھینی آسہِ سٕہ دود چھُنہ کاہنہٕ مطلبےٚ تھوان۔ ییلہِ نہٕ کاآلنہِ ہُند ژرگ آسہِ نہٕ ناووس ہمدردی تھٕ چھُنہ کاہنہٕ نہٕ مطلب آسان نہٕ پھُس کاہنہٕ نتیجہ نیٖران۔

(۱۹۴)

## دٗورِ دوٗرِ مرٕز میٹھٕن نزدیک نزدیک نابر ٹیٹھٕن

اگرٕ دوس اکھ اکِس نِش دوٗر آسن روزان تیٚمن چھُنہٕ پانہٕ واٗنی ناراض گژھنُک کانٛہہٕ موقعہ میلان نہٕ دوہہ کھوتہٕ دوہہ چھُکھ مُحبتھ بڑان۔ اگر نزدیک نزدیک آسن روزان تہٕ کُنہِ نہٕ کُنہِ وِزِ کُنہِ کتھِ پیٹھ چھُ اختلاف گژھان تیٚمہِ کِنی چھِ محبتس تہٕ پانہٕ نیارس منٛز فرق یِوان۔

(۹۵)

## دٗوبی سُند پوٗشاک تہٕ پیٚنز دوہ :-

دوب چھُ لِوان لوکہٕ ہنٛد پلو چھلنہٕ باپتھ۔ سُہ چھُ گراکن ہنٛدی پلو ناٗلی ژراوان تہٕ یژہتھ دوہہ حسب مُدعا پلو لاگان پیٚنز دوہہ چھُس سارِنی پلو واپس پیوان دِنی تہٕ پننی پلو چھُس پیوان لاگنی۔ تیٚمہِ کِنی چھِ وَنان زِ پیٚنز دوہہ تہٕ زِ تمِس کیتھ چھُ پنُن پوٗشاکھ۔

(۹۶)

## ڈرٗوگے گوٚو سرٗوگ تہٕ سرٗوگے گوٚو ڈرٗوگ :-

ڈرٗوگ چیز اگرانو سُہ چھُ دوٗر آسان تہٕ تتھ چھُ بُڈ کال نیران۔ سرٗوگ چیز چھُ کمزور آسان جلد خراب گژھتھ بیاکھ پیوان انُن تہٕ چھُ گژھان ڈرٗوگہ کھوتہٕ ڈرٗوگ۔

(۴۹۷)

## ڈٕہ دَر دُنیا ساس دَر آخرتھ :-

اگر اِنسان خاراتھ کرِ تۆدا دِیس ہمیٚک ڈٕہ گنٕہ یتھ دُنیاہس منٛز تہٕ ساس گنٕہ عُقباہس منٛز -

(۴۹۸)

## دِلہٕ نہٕ تِے کِلہٕ دِی دِی :-

ینہٕ دِلہٕ نہٕ مرضی تہٕ کانٛہہ کاٗم کرٕنۍ بلکہٕ کاٗنٛسہِ ہنٛدِ زورٕ تہٕ جبوٗر کرنہٕ کنٛۍ کرٕنۍ -

(۴۹۹)

## دِلیٚچ پھٔلے گیہ بانٛچ پھٔلے :-

بینٛیلہِ ینٛن دِل خۄش آسہٕ تِبیلہِ چھُ یِرتھ کانٛہہ چیٖز خۄش یوان - بینٛیلہِ دِلس منٛز دۆکھ آسہٕ تِبیلہِ چھُ شالہٕ ماٗرٕچ پۄشہِ پھٔلے تہِ دُدٕ ون باسان -

(۵۰۰)

## دَس سِتۍ نمسکار :-

دم آسُن گۄڈٕ گُذارٕ آسُن - طاقت آسُن یا بُڑٕ شان آسنۍ - یوت تام یمہٕ منٛز

کاہٕ چیز آسس توت تام پھس ساڑے ینیمِتھ سلام کرنہٕ یوان ۔ دم موکلیوس تہٕ پتہٕ پھُس نہٕ کاہٕ بڑونٹھی پکان ۔

(۵۰۱)

## دِیُن چھُ دِلاوری تہٕ ہیوٚن چھ جودگاری :۔

دِنہٕ وول بہوُدر اِنسان چھُ ہیکہٕ کانٛسہٕ بِنہٕ چیز دِتھ مگر واپس ہیتھ خاطرٕ چھُ اُتمس تِھو دِلیس مرد ہیوٚن یا سِیہر کرُن اوے شہ نکھ واپس ۔ کانٛسہٕ کاہٕ چیز واپس ہینہٕ خاطرٕ چھ کانٛہ چالاکی ہُنٛد ضروُرتھ ۔

(۵۰۲)

## دٔیارٕ وول مرِ یارٕ وول مرِ نہٕ زاہ :۔

یمس دولتھ آسہِ تس گژھ کنہٕ مصیبتس منٛز گرفتار نہٕ تلہِ تکلیف ۔ مگر یس دوس آسن اُتمس دِن نہٕ تم مصیبت تلُنہٕ ۔

(۵۰۳)

## دِل دٔزِن مگر دِین گژھِ نہٕ دزُن :۔

دِلس وٲتِنن کوتاہ ایزا ۔ دوکھ تہٕ مُصیبت ییہِ تنس برداشت کرُن ،

مگر ایمانٗ گرٛتھِ محفوٗظ روزُنٛ ۔

(٥٠٤)

## دوٚیمہِ ہیٚر کھسُن :-

اکھ زنانہٕ مریٚتھ یا اکِس زنانہِ طلاق دِتھ بییِس ہٕنز سیتی کھانٛدر کرُنٛ ۔ غرض دوٚیِم کھانٛدر کرُنٛ گوٚو دوٚیمہِ ہیٚر کھسُنٛ ۔

(٥٠٥)

## دنٛدانہٕ موٚد لوٚکو دوپہس اسان پھُ :-

دنٛدانہٕ گوٚو یمِس دنٛد نیٚبر آسن ۔ تمہِ کِنٛز پھُ بوزنہٕ یِوان زِ ن پھُ سُہ اسان ۔ مریٚتھ نہٕ پھُ تمِس آسِیٚچ حالتھ روزان ترٛشے نہٕ لوٚکھ پھِ دپان یِہ پھُ اسان کِتہ پھُ موٚدمُت ۔ بینیلِہ کمانہٕ اِنسان پھُ خوٚش باش آسان ۔ پٔرتھ کانٛسہ ہٕنز سیتی اسان گِندان ، مصیبتس منٛز تہ پھُ اسان روزان لوٚکھ پھِ دپان زِ اُمِس آو نہٕ کانہٕ اوکُدِ یِہ پھُ وُنہِ اسان ۔

(٥٠٦)

## دارکُ لار نہٕ لارکُ دار لگنُ :-

ییٚنی پٔینٛڈ بُرن رآوِتھ اکِہ جایہ ہُنٛد بییس جایہ لگُن تہٕ بیٚیہ جایہ ہُنٛد ترٛیمہِ جایہ لبُن ۔

(۵۰۷)

## ڈرٛاٹھ ناٹہٕ کرُنہٕ :-

ماز چھُ یوان تیز شراکہِ سیتی ژٹنہٕ تہٕ تتھ چھِ گژھان مناسب پھُلیٖیم بیتہٕ جان پأٹھی رٹنہٕ تہٕ کھینہٕ یِن ۔ اگر شراکہِ بدلہٕ ڈرٛوت کرو استعمال ماز چھُٹنہٕ کُنہِ لایکھ روزان ۔ بیٚیلہِ کالہٕ چینزٕ بے وٹھٕ پأٹھی ژٹنہٕ بیٚییہ تیٚیلہِ چھِ ونان ژٕ تتھ گیہ ڈرٛاٹھی ناٹہٕ ۔

(۵۰۸)

## دانہٕ میٖرن کھیمہِ کم جانہٕ میٖر :-

گرس منٛز چھُ دوٚہے دان تیاوُن آسان ۔ تتھ کِتھ گژھن ہنٛہ چیز آسنی ۔ یِم اننہٕ باپتھ چھُ گرٕ والِس سیٹھا تکلیف تُلُن پیٚوان تہٕ میہنتھ کرٕنی پیوان ۔ دوٚیمین لفظن منٛز چھُ دان اُمی شُد زُو کھنوان ۔

۵۰۹

## دود ژٕلِہ حکیم وانٛہ ھأل کتہٕ ژٕلِہ :-

دود گژھہ دُور حکیمس یا ڈاکٹرس نِشہِ گژھِتھ تہٕ دوا کھیٚتھ مگر عادت ژٕلُن چھُ بڈٕ مُشکل -

۵۱۰

## دستارس رب لدٕنی :-

دستار چھُ یوان مانٛنہٕ یِزتُک نشأنی اتھ رب لدٕنی گوو کاہنہٕ اِنسان یےٚ یِزتھ کرُن -

۵۱۱

## ڈراغ چھُ ژٕلن مگر داغ نہٕ ژٕلہٕ :-

ڈراغ یا کانٛہہ مصیبت چھُ آخر ژٕلان مگر یم تکلیف اتھ دورانس منز تُلوٚ یم چھِ ہمیشہِ یاد روزان -

۵۱۲

## دوٕدس سٕر لگنہٕ :-

یس ماجہِ لوکہ ہچارس دوہ دآسہِ ہچوومُت لس پچھ سیپس منٛز کُنہِ وِزِ تہٕ شرٛیٚشرٛ
مائٹوو گلِتھ یوان اُتھی چھِ ونان دوہ دس ہسترٛ لگنیٚ۔

(٥١٣)

## دوٚہلی تارکھ ییٚن بوزنہٕ :-

تارکھ چھِ ایوان انہِ گٕبہِ منٛز بوزنہٕ۔ دوہس پچھُ اسان افتابکُ گاش تہٕ کتہٕ ین
بوزنہٕ۔ بیٚیلہِ کانٛسہِ جِسمانٛی تکلیف یا بدخبر بوزنہٕ کِنیٚ اُچھن انہِ گوٚنٹ گرٛتھان
چھُ سُہ چھُ ونان زِ دوہلی آیم تارکھ بوزنہٕ۔ یا تے اُچھن گوم انہِ گوٚنٹ۔

(٥١٤)

## دہن دہ من گلین نہٕ کُنس منُٹ پوشہِ نہٕ :-

من یا منُٹ وزن گوٚو تقریبن اُزکِس دوہ ژس کِلو ہس برابر۔ اگر دہ زٕنیٚ
یکجا روزن تہٕ دہ منِٹی توٚمُل گرٛتھن تمہٕ خرچ مگر اگر کُنیٚ زوٚن آسہِ تمِس
پوشہ نہٕ اکھ پورٕ منُٹ زاہنٛہ۔

(٥١٥)

## دۄدٕ نٹِس گرٛمتہٕ پھیوٗر تراوُن :-

دۄد چھُ پاک چیز ۔ گرٛوٗمت گوو گیٚنہٕ سُنٛد پیشاب یہ چھُ ناپاک چیز اکِس دۄدٕ نٹِس منٛز اگر اکُے گرٛوٗمتہٕ پھیوٗر پییہِ تہٕ ییہ سورُے ناپاک ماننہٕ ۔ اگر اکِس سیٚٹھا جانٛہ خانٛدانس منٛز اکِس کمینہٕ سُنٛد رِشتہٕ سپدِ تیلہِ چھِہ یہ کتھ لیوان ونہنہٕ زِ دۄدٕ نٹِس پییو گرٛوٗمتہٕ پھیوٗر ۔ یانے سورُے رُت خانٛدان ییٚیہِ کمینن منٛز شمار کرنہٕ ۔

(۵۱۶)

## دۄہس پھیر ہم بأنٛلی بأنٛلی رأنٛچ ینٛدرے مأکیِے :-

دۄہس اُس بأنٛلی بأنٛلی پھیران تہٕ شامن بیہتھ ینٛدرِ کتنہِ ۔ دۄہ کرُن ضایہٕ تہٕ شامن کوتاہ کار ہیکہِ کٔرِتھ ۔

(۵۱۷)

## دب ہیوٗ لگے بتہٕ ہیوٗ پھٹے اُچھ ہیوٗ ژاوٕ پلہٕ ھأری کھور :-

ییٚنلِہ کأنٛسہ دب لِگہِ مطلب گُنہِ تھدِ تھدِ پیٹھہٕ یا تھزِ ییٚرٕ تہٕ جایہ پیٹھہٕ بتہٕ پییہ لکہٕ چھِہ تمِس متعلق بے بنیاد کتھہٕ ونان اُچھ اژِ نہٕ گاسہ تہٕ دیان چھِہ زِ اُچھ ژاس

پۄرٕ پلہٕ ھاًرِ کھور۔

(۵۱۸)

## دِل پھٹُن چھا کُل پھٹُن ٹاس بوزوس :۔

ییٚبلہِ کاٚنٛسہٕ دِل پھُٹِہ مطلب دِلس سیٹھا دوکھ سپدِ لیس تیمیچ خبر چھیٚپہٕ کاٚنٛسہٕ لگان۔

(۵۱۹)

## دان واٚنٛژھ نہٕ ہوٗنٛ زٕنٛم پان واٚنٛژھ کیا :۔

دانس پیٹھ کینٛہہ رنٛہنہٕ وقتہٕ آسہ ہٕنٛدی زناٗنہٕ دزوٗلنٛس دانس دیوتاہن ہُنٛد ناو ہیتھ پانٛژ لٹہٕ تمٕلہ پھلی تراوتھ آہوتھ دِوان۔ ییمہٕ آسہ مانان زِ دانس اگر آہوتھ نہٕ دِتھ واٚنٛژون نہٕ ہوٗنٛ سُنٛد زٕنٛم میلہِ۔ باگراون واجِین چھِ سارٕنے باژن کھیاوان نہٕ نیٚن چھِنہٕ خیال تھوان گوو پانس چھِ واٚنٛژان نمیکُ کیا فایدہ چھُس ٹھکہِ چھُس پانٛسِ ایزا وانان۔

(۵۲۰)

## دانس نہٕ دہ نیٚرُن :۔

غریب گرس منٛز ییٚلہِ نہٕ رنٛہنہٕ باپتھ کینٛہہ آسہِ نہٕ دانس کینٛہہ پاٹھی نیرِ دہ۔

دانس دِہ نہ نیرُن گو و سبھڈا غریبی آسِنئہ ۔ بیمُو نہ دانس نہ آسہ ہیہوٗنہ لوان تہٕ نہ آسہ کینٛہہ زننہٕ لوان ۔

(۵۲۱)

## دیگہِ منٛز نُرِتہٕ دانس منٛزھُر آسِنئہ :-

یہ گو دان ہمیشہِ چلہٕ وُن روزُن تہٕ خانہٕ دارینِ پرٛتھ وِزِ بانٛن کھن کران روزُن۔ یانٛے گرٕ آباد روزُن ۔ یہ دُعا آسہٕ ہیتھ کالہِ زنانہٕ منگان ۔

(۵۲۲)

## دس تُلُن

کانٛہہ کام شورُو کرُن ۔

(۵۲۳)

## دہ دُک دودس تہٕ آبُک آبس

دیانٛ پہتھ کالہِ آس گوڈِ بابا اکھ گرٛاکن دودشراوِنہٕ گرٛتھان ۔ ونہٕ آس اکِس کولہِ ناوِ تراں انہٕ آس دریاوُک آب دودس ملہٕ ناوان ۔ امہِ سیتی یہ پاتشہٕ بنیوس سُہ سوٗمبرو ون تہٕ تتھ گرُن واج ۔ اکہ دوہہ ییٚلہ کولہِ تراں آس ناوِ منٛز تہٕ چھوٗلُن اتھ تہٕ واج گییس اوٗنگجہِ منٛز نیرِتھ دریاوس تہٕ ناوِ والی تانٛتزن وونِس

زِ دوہ دِکر دیارٕ گیہ دوہ دس یانٮ۪ رٕتہٕ ٹگی گرس نہٕ آبکی دیارٕ گیہ آلبس منٛز۔ مطلب چھُ زِ لبے ایمانی ہُنٛد پالٕنہٕ چھُ فنایہ گژھان۔

(۵۲۴)

## دون آسن کٮ۪تھ ژاے ژون جہانن پھیرِتھ آے :-

اگر کانٛسہِ ہُند راز زٕ زٕنؠ بوزن تہٕ چھُ سُہ کٮ۪تھ ساریٕ دُنؠ یاہس پھٕہلاوان۔

(۵۲۵)

## دامنس داغ لگُن :-

کانٛسہِ پاک دامن تہٕ نیک النسانہٕ ہنٛدی دُسی کُنہِ وِزِ کانٛہہ گوناہ سرِ زد سپدُن۔

(۵۲۶)

## دستار والُن

دستار چھُ عزژٕچ نِشانی۔ سُہ والُن گوٚو کانٛہہ لبے عزتھ کرُن۔

(۵۲۷)

## داغہٕ روس کٕندِ دار ژادر آسنی :-

گوٚو رُت خانٛدان آسُن بیتھ پٔہ کُنہِ قسمُک داغ نوٚقص یا بدنامی آسِہ ۔

٥٢٨

## دامن رٹُن :-

کانٛسہِ عاجزی سان سیٹھا زارٕ پار کرُن

٥٢٩

## دٔنٛدٕ وزے آسنہٕ :-

کانٛسہِ ہُنٛد آسُن لبُن خوش نہٕ یُتھ لوٗکن ہُنٛز تتھ متلق کیتھ کرنہٕ ۔

٥٣٠

## دٔنٛدٕ پھُٹراونہٕ :-

کانٛسہِ مناسب نہٕ زور دار جواب دِتھ کمزور کرُن ۔ کانٛسہِ ہُنٛدی ہتھیار بے کار کرنہٕ ۔

٥٣١

## دوگہِ پھٹُن

موٗمولی دود گرِتھ کاہنہ یکدم مرُن ۔

(۵۳۲)

## دیماغ کھسُن :-

تکبُر کھسُن بوش کھسُن ۔

(۵۳۳)

## دَب چھاب لیمٲز کرُ :-

دب چھُ ہیکان رٕبہِ منٛز کٲلِث لگِتھ تہٕ چھُنہٕ کٲلِث ہٕشارٕ تہٕ لیمٲز کران ۔

(۵۳۶)

## در بدر گژھُن :-

اکِہ دروازٕ ین تہٕ بییس گژھن مگر کُنہِ تہٕ کیہنہٕ حٲصل سپدُن ۔

(۵۳۷)

## دوہ دوہ کھسُن :-

وُمبر بڈٕنۍ، وُمبرِ منٛز دوہ دوہ اضافہٕ سپدُن ۔

(۵۳۸)

## دھنہ پنہ لگُن :-

کانٛہہ کامہ انجام دِنہٕ باپتھ پٔزِتھ طریقہٕ کوشش کرٕنۍ ۔

(٥٣٩)

## دُھن دہ ونہٕ گرٛھنۍ :-

کُنہِ گرس یا فرِقس اَتھ واس نہٕ سمُھ راوُن ۔

(٥۴٠)

## دالہٕ ڈوکُن :-

لگاتار کانٛہہ کامہ کرِتھ سیٹھا تھکُن ۔

(٥۴١)

## دَب لوٗگ رٕبہٕ پیٹھ تہٕ دِل لوٗگ ہِلہٕ پیٹھ :-

رٕبہٕ پیٹھ چھُ اچانک بےخبر پٲٹھۍ دب لگان نہٕ رٕبہٕ ستۍ چھِ یوان پلو تہٕ اتھ لُھور برنہٕ ۔ یِتھے پٲٹھۍ چھُ کانٛسہٕ جوانس اچانک پٲٹھۍ کانٛسہٕ کوٗرِ ستۍ اُلفت گژھان یوس شکلہِ عقلہِ لِس لایق پھُنہ آسان سہٕ بوزی توٗن آبہٕ منزٕ ہل یوسہٕ نہٕ کُنہِ لگان چھےٚ ۔

٥٤٢

## دیارن واو دیُن :-

صندوقہ منز روپیہ کڑِتھ خرچاوُن -

٥٤٣

## ڈریاوکی ملکھ گنزرُن :-

بے کاری منز وقت ضایع کرُن -

٥٤٤

## دال نہ گلنہٕ :-

کانٛسہ ہندِ ونہٕ نکُ نہ بییس کانہہ اثر گژھُن -

٥٤٥

## دِلس ھقف یِنہٕ :-

اچانک کانہہ بد خبر بوزنہٕ وقتہٕ دِل زن تہٕ بہِتھ گژھُن -

○

۵۲۶

دِلس گراے ہگنۍ :-
کأنۍثہ ہنِد طریقہ یا کیھ ہتی دِلس دوہ کہ گرٗھن۔

۵۲۷

دوٗد ہپٹنس تہٕ بوٗد ڈلنس چھاوق لگن :-
بیتھ پأٹھی تہٕ اوم دوہ ہپٹنس وق چھہ لگان تتھے پأٹھی چھے تہٕ کأنۍثہ تیتھ بدلنس وق لگان۔

۵۲۸

ڈھی ژھیتے گرٗھنۍ یا عوٗد ژھیوے گرٗھنۍ :-
بییلہِ کُنہِ گرس سہٹا بدبخر واتہِ تہٕ تم چھہ ژھتان دزٕوٗن وان ژھیتہٕ کرِتھ تہٕ ماتم مناوان۔ لوکہ چھہ دیاں زمین گیہ ڈھی ژھیتے۔ یا آسیکھ کھانٛدر ییلان تتھ منزٕ آسہ عوٗد تہٕ اسپند دزان سہ گرٕ ذالٕن بند تہٕ لگہٕ چھہ ونان عوٗد ژھیوے گیکھ۔

۵۲۹

دروٗت دیٛن :-
دروٗت چھہ کھس منز فصل ژٹنہ وِزِ لگان۔ انسانس دروت دیٛن گوٚو سہٕ

کُنہِ طریقہ تباہ کرُن۔

۵۵۰

## دارِ کنہٕ آنٛز اژُن :-

اُنٛز ژھانڈُنس رٕتُنس تہٕ انہٕ لُس چھُ سیٹھا وق تہٕ میٚہنتھ لگان۔ یہ کاُژا نوٗشے چھ غانٛدارس اگر اُنٛز اورے ییہ تہٕ دارِ کنہٕ اژِتھ بروٗنہہ کُن والیس۔ اگر کانٛہہ فایدٕ مند کاٗم توقع روس میٚہنتھ کرنہٕ ورٲے حاصل سپدِ تیلہِ چھُ یہ محاورٕ ورتاونہٕ یوان۔

۵۵۱

## دانا دُشمن چھُ بیعقل دوستہ ہٕشِہ کھوتہٕ بہتر :-

دانا دُشمنس لٕشہ بچہِ انسان کیازِ سُہ سوٗنچہِ ڈٕہ چیز مارنہٕ برٛونٛہہ۔ مگر بیعقل دوس کرِ نیٚژھ کاٗم یمہِ ستہٕ انسانس مرنُک خطرٕ روزِ حالانکہ نیت آسِس ژٕر۔

۵۵۲

## دکہٕ دولن لگُن :-

بییہ ہٕشِس خاطرٕس لگُن۔ ییتہِ تٕمس اکھ آسہِ دِوان دول تہٕ بیاکھ دکہٕ۔

(٥٥٣)

## ڈرُبھ گرِتھ کولِہ گژھُن :-

ڈرُبھ چھ کولِہ منٛز کانٛہہ چیز - زورِ بینیٛچ آواز۔ گوو یکدم زورٕ سان کولِہ دیُن دٲرِتھ یا پانٕہ کولِہ منٛز ووتھ لاینٛہ -

(٥٥٤)

## دوٗدس گنٛڈۍ ژارٕنۍ :-

دوٗدس کتہ گیہ گنٛڈۍ پٲد۔ بییلہِ کانٛہہ اِنسان کٲنٛسہ جان انسانس یا جان خانٛدانس مُتلق نوٗقص ہیٚیہ ژھانٛڈنۍ تیلہِ چھُ یوان وننہٕ زِ سُہ چھُ دوٗدس گنٛڈۍ ژاران۔

(٥٥٥)

## دم پھُٹۍ گژھُن :-

کٲنٛسہِ سہتی نٕہ کانٛہہ کتھ ہیکُن کرِتھ - ینٛہتی خیالات نٕہ کٲنٛسِہ باوِتھ ہیکُن -

(٥٥٦)

## دوہ گگرزامن آسُن :- یا گگرژھاے آسُن

لوکٕٹۍ دوہ آسنۍ - وٕنٛدک دوہ آسنۍ بییلِہ افتابہٕ ژرِپری چھُ کھسان تہٕ سُلِہ چھُ لوسان۔

(۵۵۷)

دیارِ بنن کمٲتیا یارِ کیتہٕ بنہِ :-

روپیہ ہیکن سیٹھاہ بُنِتھ مگر دُنیاہس منٛز دوس بُنن چھُ مُشکِل۔

(۵۵۸)

دوٗگہِ تہٕ بارو تہٕ دوٗگہِ ہتہٕ تہٕ بارو :-

اگر اکھ دوٗگ دِموس تہٕ دِیہ بارو۔ اگر ہتھ دوٗگ دِموس تیٚلہِ تہٕ دِیہ بارو۔ لہٰذا چھُ بہتر زیادٕ دوٗگ دینۍ۔

(۵۵۹)

دوٗگہِ نہٕ بارو دوٗگ دِنۍ تہٕ بارو :-

ہر حالتس منٛز ناراض روزُن۔ گٕژھتھ کرٲوِتھ مجرٲے نہٕ ہیٚنۍ۔

(۵۶۰)

دو پاسے اوٹ پہُن :-

ہر حالتس منٛز پنُن مطلب کڑُن۔

(۵۶۱)

## دوہ چھ یوَن نہٕ ژھوہ چھ دِیاون
## دوہ چھِ یوَن نہٕ گوہ چھِ کھیاون

بییلِہ کاآلِشہ جان دوہ چھ یوان سہ چھُ شان ہاوان، کھیوان، ییوان، کھیاوناوان چاوناوان مگر بییلِہ کاآلِشہ خراب دوہ چھ یوان بچھُورِ چھُ گوہ کھیوان۔ نہٕ چھُس روزان شان نہٕ کھتہٕ پنُنہٕ ضُورتھ۔ گوہ کھیون گوہ و لےیزتی ہُشد کھیوَن کاآلِشہ زارِ پارِ کرِتھ ھیوَن نہٕ کھیوَن۔

(۵۶۲)

## دوہس گوم کنجِہ گییوُن شامن گوم دالنس پییوُن:-

دوہ کرُن گیونس گِندلنس مشرضایہ نہٕ شامن اِنہٕ گرِٹہ مشرھینی اڈ گرِچ گاٗم کرٕنۍ۔

(۵۶۳)

## دنٔرو سان زیوٗن :-

زبنہٕ ورِ چھنہٕ اِنسانس دنٔد آسان آمتِ۔ تم چھ یوان پتہٕ۔ بییلِہ کانٔہہ سمٲ جُرت مندتہٕ چالاک اِنسان آسہِ تُمِس متلق چھُ یوان ونہنہٕ زِ دنٔرو سان چھُ زامُت۔

(۵۶۴)

## دوٚمٹس نہٕ رٕپنز گرٕڑھنی :-

دومہٹ چھُ سبھٹا بوڈ مہٹ آسان رٕپنز گیہ لوٚکٹ کینہ پھٔلی یم گولپلہ سیتی پِلاونہٕ یَن ۔ دومہٹ کیا پھٹہ رٕپنز سیتی ۔ ییتلہِ نہٕ کانٛہہ بییہ سُنٛد کھوٚٹناوُن یا نصیحت کرٕنۍ بلکُل نِکری کھسہِ تیلہِ چھِ ونان زِ اُمِس پھٹہٕ دومٹس رٕپنز گرٕڑھان ۔

(۵۶۵)

## دانہٕ دانہٕ پان کھارُن :-

گوو وِزِ وِزِ جان کھین پیین کرِتھ پان ویہراوُن ۔

(۵۶۶)

## دوٚگی تُلن نہٕ دوٚگی ڈراوُن :-

وَتھہٕ وُن نہٕ ربیہہ وُن پرِتھ وِزِ نصیحت کرٕنۍ ۔

(۵۶۷)

## دانہٕ نخورِ فاضل :-

یہ چھُ تس مُتلق یوان ونہٕ یُس گرس منٛز کانٛہہ کام کار کرنہٕ ورٲی آسہِ کھیوان چیوان ۔

(۵۶۸)

## ڈرمبہ ژھٹپنہٕ :-

ڈرمبہ چھُ اکھ بے کار گاسہٕ یُس اگر ژٔلُن یا چیٖرُن تتہٕ چھِ ٹیپراے گژھان
یُس بے کار آسہِ تس مُتلق چھُ یوان ونہنہٕ زِ یہ چھُ ڈرمبہ ژھٹپان۔

(۵۶۹)

## دسترخانچ اُڑیچ اڑٕز :-

کانٛسہ چھُ امیرہٕ سندِس دسترخانس پیٹھہٕ کینہہ کال ناٹہٕ بتہٕ کھینک عادتھ گژھان
بیٚیلہِ یُس بیٚنٛ غریب گرِ چھُ واتان اُتھس چھُنہٕ پننُ ناکھ بتہٕ کھینے یوان۔ وہان
امِس چھِ دسترخانچ اڑیچ ژامٕژ۔

(۵۷۰)

## دلہٕ شیٖرٕن :-

گوو بدنام گژھُن۔

(۵۷۱)

## دٔنہٕ دۄد مٔلی ہیون :-

پانس بلی تکلیف تہٕ پریشانی ہینز۔

(۵۷۲)

دٕ گز سٕنز تہٕ دٕ گز وگینز آسنز :-
کٔنہِ ماملس منز کینژھا کمی کینژھا زیادٕتی چھہ برداشت ہیوان کرٕنۍ یا زیننٕ تہٕ ہارنٕ ہشی کتھ آسنز

(۵۷۳)

دِل چھٕنہٕ ونہٕ تہٕ ینہٕ پرکٕس کیتہِ :-
ییلہِ دلس منز بے چینی آسہ تیٚلہ کیتہٕ چھُ کٲم کرنس دِل لگان۔

(۵۷۴)

دم رٹُن :-
کتھ نہٕ کرٕنۍ۔ ژھوپہٕ کرٕنۍ۔

(۵۷۵)

دمہٕ دمہٕ کرُن :-

واہ واہ کرُن -

(٥٧٦)

## دم سمبھالُن :-

دژھ کھنڈ آرام کرُن -

(٥٧٧)

## دمے چھُ غنیمت

زندگی غنیمت زانُن - یہ وق ژےِ چھُ غنیمت بجر روزیا نہ روزیا -

(٥٧٨)

## دمن حالہِ پھوکھ نیرُن

زوو نیرِتھ ژلُن یا نے مرُن -

(٥٧٩)

## دم شُماری :-

شاہ گنزراوُنی - مرنس تیار آسُن -

(۵۸۰)

دَم پُختہ :-

سو سبزی یا ماز یوسہ ٹھانہٕ دِتھ رنہٕ ییہِ -

(۵۸۱)

دولہ وچھُن :-

شرارتہٕ سان کٲلیشہ کُن وچھُن -

(۵۸۲)

دفتم تہٕ پکے :-

پننہِ عقلہِ نہٕ کٲم کرٕنۍ - بیٚیلہ کٲم کرٕنۍ ونوس تیلے کرِ کٲم کانہہٕ - نتہٕ نہٕ کینہہٕ -

(۵۸۳)

ڈُلی ترٛوو آسُن :-

پٔرِتھ گُنہِ کامہِ منٛز لاپرواہ آسُن -

(۵۸۴)

### داڑن کھیبہٕ پٕنٛج بینہٕ کھیین منٛدٕج :-

یوسہٕ پٕنٛج دانٛدس وٕتھرِتھ ہٕھوٚاو بییلہِ ہُتی نیٚیہ سوٗے کھیاتھ تہٕ بیوس ژٕھرسے پیٚھرِس پیاہڑ ہیہٕن۔ حالانکہ دانٛدس چھِنہٕ لوان پٕنٛج وٕتھرِتھ ژٕراونہٕ۔ مطلب چھُ زِ اگر انسان سُے چیز نیٚیہ کھیتھ یا کُنہِ بیتھ پیہڑ ہُتس گزارٕ آسہٕ تس چھُ سہڑ تکلیف واتان۔

(۵۸۵)

### دٕوہہٕ وٕنُہٕنی :-

دٕوہہٕ گیمہٕ ہٕنٛز بڑھی بیٚیلہِ کانٛسہِ ہٕنٛز عقل راوٕنہٕ ناکارٕ کامہِ لگہٕ کرنہِ تیٚیلہِ چھُ وناں زِ اُمِس چھے دٕوہہٕ وُٹھہٕ ہٕنٛز۔

(۵۸۶)

### دوہ گوٚو تہٕ کوہ گوٚو ریٚتھ گوٚو تہٕ کھیتھ گوٚو :-

اگر کانٛہہٕ کام کرنس اکِس دوہس لاپرواہی کروٕنہٕ کوہس سومبرٕ مُشکلاتِ چھُ پادٕ گژھان اگر اکِس ریٚتس پیٚتھ کُنہٕ ژٕراو ونہٕ چھِنہٕ سو کام زانٛہہٕ ممکن سپدان۔



# ڈ

(٥٨٧)

ڈیڑِ تل چترس زالُن :-
حاکم سندِس دفترس یا پولیس تھانس بِلکُل نزدیک کانہہ جُرم کرُن ۔

(٥٨٨)

ڈُمبنی بو چھہ ھاپتھ کو چھ :-
یس زنانہِ اولادِ سُند سیٹھا طماہ چھُ آسان سو چھے حیوان بچہ تہ کو چھ
للہِ وان تہ تیمن محبتھ کران ۔

(٥٨٩)

ڈلیشِھ اوٚن تہٕ بوٚزِتھ زوٚر :-

کُنِہ مامَلس منٛز ییٚلِہ نہٕ کانٛہہ اِنسان دخل چھُ یِژھان دِیُن تہٕ چھُ سوٚرُے
وُچھان تہٕ بوزان مگر باسن چھُس نہٕ دِوان زَن نہٕ تہٕ وُچھان چھُنہٕ کھیٚنِہ یا زٔرۍ
ہٕندۍ پاٹھۍ چھُ نہٕ بوزان کہیٚن

(٥٩٠)

ڈیکس دٔرِتھ کھسُن :-

کانٛہہ وُچھِتھ کٲلیٚشہ کرُوٗد کھسُن ییمِہ ستۍ ڈیکس گژھِہ کھن۔

(٥٩١)

ڈُمبٕنۍ ژٕ چھنِم ڈُمبٕنۍ ستھ ڈُمبٕنۍ دوٚیِنم کٲلیٚشہ مہ دِیہ :-

ڈوٗب چھُ وَنان اولادس۔ اولادن کُرِنم سہ سارے دوٚیِم نقصان یوٚہ تہٕ
اولادس لیٚش آسان چھیٚنے۔ مگر نوٚتہِ چھُس مانان اولاد تہٕ کٲلیٚشہ لیٚش چھیٚس
نہٕ شکایت کران۔

(٥٩٢)

ڈُمبٕنۍ ژٕ فۍ کٲلیٚشہ مہ دِف :-

پیٚٹھ لیٚس اولادٕ ہنٛز شکایت گژھِہ نہٕ کٲلیٚشہ لیٚش کرٕنۍ۔

(۵۹۳)

ڈیکھہ شنر زی گیہ باغیچ ھی ۔ پوترہ شنر زی گیہ گرِ گرِ ڈرہے:
یوسہ آمدنی پینہ لِس ڈیکس یاتے پینہ لِس رہ لِس نِش چہ حاملِ سپدان سوچہِ
باغیچہ ہی ہنڈرِ پاٹھی سرسبز خوش یوڑ ۔ اگر نیچوِ ہنڈِ طرزِ فیچ آمدنی آسہ تھ
چھ قسم حاوی پرِٹھ وِزِ حساب ہیوان دِیَن ۔

(۵۹۴)

ڈنڈرو وائن :-
کانہہ کھتہ پرٹھ کمائیہ وُنیتھ عام کرِنی یاتے پرٹھ کانہہ بوزناوُن ۔

(۵۹۵)

ڈویہ ڈاس گرٹھن :-
پورِ پاٹھی تباہی سپدِ ۔

(۵۹۶)

ڈیکہ پلہ ہے نہ میوٹھا کرنا ۔ پیلیسے نہ نہ منھرا کرناے ۔
دیان سارنے چھ ڈیکس پیٹھ قسمتھ ۔ لیس ڈیکہ پور سہ چھ دیان ڈیکس پیٹھ
کرنا میوٹھ ۔ بدقسمت انسان چھ دیان اگر ڈیکس پلہ ہا تہ نیے حرمتی کرہاس ۔

(۵۹۷)

ڈوٚنب چھلُن :-
کمالٕس پٔرٕژھ گمار کٔرِتھ تمیُک ہشُد اَنٛدرِم راز دریافت کرُن -

(۵۹۸)

ڈیکس لوٗر پشپُن :-
ثیوٚت سوٗنٛدر آسُن ییُتھ زن لسُنٛد ڈیکہٕ آسہِ گاہ ژٲوان -

(۵۹۹)

ڈاسہٕ ریٚنۍ آسنۍ :-
گرِس تباہی کرُن واجِبن زنانہٕ آسنۍ -

(۶۰۰)

ڈیشِہٕ ہِتہٕ نِدرِن :-
اپٕرٕ بہانہٕ بازی کٔرِتھ کانٛہہ خاص مطلب حاصِل کرُن -

(۶۰۱)

ڈیکس ژۄمھٹ کھاڑنی :-

غوصہٕ، شرارتھ یا پریشٲنی ظٲہِر کرٕنی ۔

(٦٠٢)

ڈۄلس ژٕنٛڈ دِنی :-

کاہنٕہ کتھ سارِنٕے وُنِنھ عام کرٕنی ۔

(٦٠٣)

ڈیکہٕ بُڑ آسنی :-

سۄ زنانہٕ یمِس ہیُٚن رُوٗن زِنٛدٕ آسہِ چھےٚ یوان ڈیکہٕ بُڑ مانہٕ نہٕ ۔ یوسہٕ زنانہٕ
بروہٕنٛہ مرِتھ نتہٕ چھہٕ ونان ڈیکہٕ بُڑ دراییہ ۔

(٦٠٤)

ڈۄنٛبہِ ویرِ کلہٕ کرِیرِ :-

اولادٕ ہندِ یا بیٚتھ چھُہ انسان کلہٕ وارے کرٕرِس گرٕژھان ۔

(٦٠٥)

ڈوہنبی دود آسُن :-

پنہ لِنس اولاد ہنشر ہمدردی تہ مُجبھۃ آسُن -

(۶۰۶)

ڈیکہ گہُن :-

کاؤلِنشہ ہنِنزِ ڈیڈِ تل سجدِ دی دی پنُن ڈیکہ گہہ انُن - زارِ پارِ کرُن -

(۶۰۷)

ڈیکہ مُنزِ ریتھ کنتھ کرِنؠ
خوش خوش پاؔٹھی دِل کھُولِتھ کتھ کرِنؠ -

(۶۰۸)

ڈُونب چھہ کرُان ڈُونبیے :-
شُر رچھنہ باپتھ چھہ سبھاؔ تکلیف پیوان تلُن -

(۶۰۹)

ڈُونبہ واؔرِلج آسنی
تیتھہ دِل آسُن بیتھ نہ کاؤلنہ ہنِدِ ونہ نگ کانہہ اثر گژھِ یا کانہہ خوف پادِ گژھِ -

۶۱۰

ڈور روستے بیزار آسُن :-
نہایتھ کھوژ بڈ نہٕ کم بوزتھ آسُن ۔

۶۱۱

ڈال دِتھ نیرُن :-
پالنس گراے مارِتھ کُنہِ جایہ منٛز نیرُن ۔

۶۱۲

ڈکہٕ ڈوٗنب لسُن :-
زنانہِ ہندِس رلِنِس چھ ڈکہٕ وناں نہٕ ڈوٗنب گوو اولاد ۔ کاشرِ زنانہٕ چھے اکھ اُکِس یہ آہی کران زِ خانہٕ دار نہٕ اولاد لئہِ نے ۔ یا نے ژمن آسنے وُہر زِ ییتھ ۔

۶۱۳

ڈونٛھ ہیو اوش ترُاون :-
اُچھو منٛز ویٹھو ویٹھ اُشی پھیر وسنی

○

۶۱۴

ڈِسہ گرژھُن :-
سبھٹا آہژھی نہٕ کمزور گرژھُن ۔

۶۱۵

ڈابر واینی :-
کاہنہٕ کتھ پرٕھ کالٕشہٕ نِش وانناونی ۔

۶۱۶

ڈوکھ نیرِتھ ژلُن :-
سہارٕ ختم گرژھُن ۔

۶۱۷

ڈانب لاگُن :-
اپزٕے دود ، بے ہوشی یا منژر بیترِ لاگُن ۔

٦١٨

ڈُوو دِیھ نیبُن :-
آسُن لبُن سورُے زن نہٕ ڈُو دِیھ نیبُن - وھرِیھ نیبُن -

٦١٩

ڈٲن آسۍ :-
سو زنانہٕ آسۍ یوسہٕ لُوکن بود بہر کرِتھ خراب ہیکہِ کرِتھ -

٦٢٠

ڈولہٕ کوٚٹ آسُن :-
لُبُس نہٕ اکس ڈنجہِ بیہتھ قایم روزِ گراہ اُور نہٕ گراہ یوٚر پھیرِ -

٦٢١

ڈومبی فیل زوِیے ڈولہِ کیتھ اوِیے پھاٹون واد :-
شُرچھہٕ زیواتھ نہٕ مابہ چھہٕ پریشانی شوٚرُو گژھان -

ل

(۶۲۲)

## راۂچھِ دوٗھا ژوٗرس گرٲہ :-

راۂچھی کرن وول چھُہ سآرِسے دوٗہس کٔنہِ پیٚنٛزس راۂچھی کران ۔ ژور چھُہ
راۂچھی درشٕنٛزِ غفلتٕچ اکھ گرٲہ وُچھان تہٕ پننہٕ کآم تُھتھی منٛزر کران ۔

(۶۲۳)

## رہدار گرِس چھِہ پھُٹن پننی کوٹھۍ :-

رہدار گُر چھِہ وۄنان تس گرِس یُس اکسے رفتارس پیٹھ ڈسبھٹا دوٗر تام
تِھتھ یآٹھی تیز پکان چھُ زِ سوارس چھُنہٕ کاٹھِ پیٹھ زیر تہٕ لگان سآرسے
چھِہ اَمسے گرِس یژھان کھُن نتیجہٕ چھُہ زِ تٔمِس چھِہ پننے کوٹھۍ پھُٹان ۔

اَمِس پٔژھنہٕ امہِ کامہِ ہُنٛد کانٛہہ خاص ماوضہٕ میلان ۔ یِیٚلہِ کانٛسہ قابل اِنسانس ہیقے پاںٛٹھی ساآرے کاآم ہیٚن تہٕ ماوضہٕ میلیس نہٕ کیٚنٛشہ نٔمہِ وِزِ چھِ یہ محاورٕ لوان وَنہٕنہٕ ۔

(۶۲۴)

روو گُر گوو شیٖشٕ موٚہُر

اگر کانٛسہ ہُنٛد گُر سوارِ نِموٚن تہٕ سہ راوِ یا مرِ، گُرِ وول چھُ تٔمس شیٖشٕ سوٗنہٕ ہٕنٛز موٚہُر مطلب سیٚٹھا نقوٗد قیمتھ کران ۔ یِیٚلہِ بیہِ ہُنٛد چیٖز راوِ تیٚلہِ چھُ لتس پیٚوان اگنس دٔوگن قیمتھ دیُن ۔

(۶۲۵)

روٗد پیٚنہٕ چھارب ووہان :-

یوٗت تام نہٕ روٗد پیٚیہِ توٗت تام چھُنہٕ رب ووہان یوٗت تام کیٚنٛشہ ناکارٕ کٔنھ آسِہ نہٕ گاٹہٕ تُر توٗت تام چھُنہٕ شوٗر ووہان ۔

(۶۲۶)

راتس ووٚنمس لاآل نامہٕ صُبحن ووٚنہٕ نٔم لاآل کیا وانِہ ہے مجنوٗنس :-

بێیلِہ کاںٛشہِ میچھنھ کرِتھ کانٛہہ چیز تفصیلہ سان فکرِ تارنچ کوشش کرو تہٕ
پتہٕ پرژھِو تورِ نیٖتھ سوال یمہ سٕتۍ اَسی زانوزِ اَمِس چھُنہٕ یا نہٕ مے کُن
کن او سُمت یا چھُس نہٕ بلکل کینٛہہ فکرِ تور مُت نمہ وزِ چھِ یہ کینٛہہ یوان ونُنہٕ۔

(٦٢٧)

## رس مینٛنِتھ نہٕ ناڑٕ گنٛزرِتھ آسُنۍ

لیٚنجہِ منٛز تراوو یاژن برابر ناڑٕ پھلٕ گنٛزرٲوِتھ نہٕ مینٛنِتھ تراوو رس تیوتُے
رس یُوت حاجتھ چھُ۔ ہیتہٕ کنہٕ نیرِ تتھ اکھ رژھ علاوٕ۔ گو کانٛہہ چیز حرف
ضرورتس مطابق تیار کرنٕ یتھ نہٕ پتہٕ ہرِ کینٛہہ۔

(٦٢٨)

## ریپہِ چھُ شبنمے سہلاب

ریپہِ چھِ اکھ سۭبھاہ لوکُٹ جانٛدار۔ شبنم چھُ آبہٕ پھیوٚر اکھ بێیلِس یہ شبنم
پھیوٚر پیٚتھ پینہِ سو چھِ گژھان تتھ منٛزٕ تہٕ بیہہ۔ اکس لوکٹس یا غریب
اِنسانس اگر سبھاہ کم تہِ نقصان گژھِ سہٕ چھُ تمہِ سٕتۍ تہٕ تباہ گژھان۔

(٦٢٩)

روزِ دیہ سُنْد ناو :-
ییٚلہِ کانٛہہ چھُ یژھان یہ باوُن زِ دُنٛیا ہس منٛز چھُ سورُے فانی نمہٕ وِز چھُ سہٕ یہ کنھ وَنان زِ پوشہٕ وُن چھُ صرف دیہ سُنْد ناو۔

۶۳۰

رفتار، گُفتار، دستار پُورشُس
روے، موے تہٕ خوے ترٛیہِ :-
پُورُش چھِ وَنان مردس تہٕ ترٛے چھِ وَنان زنانہِ۔ بروٛنٛہہ کالہِ آسی وَنان زِ مردس گژھہِ آسُن رفتار یانے اوٚرِ یور دوٚ دو کرٕنچ ہیٚمتھ گفتار گوٚو مُناسب کتھ باتھ کرُنک حوصلہ تہٕ دستار گوٚو یزتھ۔ زنانِہ گژھہِ آسُن روے، مطلب خوٗبصورتی موے یانے کلس پیٹھ مَس تہٕ خوے مطلب رٕژ فطرت۔

۶۳۱

ربے لگنی :-
اگر جسمس ربیہِ کھسہِ ادٕ ییٚلہِ لوٗپہِ تہٕ درِنہٕ کانٛژا لے چھینی سپدِ۔ ییٚلہِ کانٛسہِ النّانس پریشانی سپدِ لے چھینی یاد گژھہِ مٕہ چھُ دپان زِ رہ لجِم۔

۶۳۲

## رٗوپیہ نِش چھہ رٗوپے واتن :-

بیٚلِہ کانٛسہ رٗوپیہ آسن سُہ ہیکہ نبکس منٛز تھوٗتھ یا کارٕبارس لاگِتھ نہ تتھ بنِہ سوٗد یا نفع، بییلی رٗوپیہ آسنس تیٚلِہ واتن تمن نِش بییہِ رٗوپیہ۔

۶۳۳

## رسہ دوٚدمُت نہٕ مازٕ وٚوتھمُت :-

بیٚلِہ کانٛہہ آسہ جسمہ کینٛہ کمزور گومُت تیٚلِہ چھہ ونان زِ خون چھُس دوٚدمُت نہٕ ماز چھُس گوٚلہِ مُت۔

۶۳۴

## رٗوپیہ ہنٛدی شرٗاہ آنہ آسُن :-

بروٗنٛہہ کالِہ آسی شرٗاہ آنہٕ اکِس رٗوپیہ منٛز آسان۔ رٗوپیہ ہنٛدی شرٗاہ آنہٕ آسُن گوٚو کانٛہہ چیز پورٕ آسُن۔ مثلن "یہ کتھ چھہ شرٗاہ آنہٕ پُز"

۶۳۵

## رنُن کتھا نہٕ کامہِ ھتھا

رٔنُ ونُن چھُہ سہل مگر کاہِنہٕ چیز رٔنہٕ نہٕ خاطرٕ چھِہ ہنھٕ کامہِ ہیٚوان کرنہٕ۔

(۶۳۶)

## رۄدٕکی پأٹھی خرچاوُن :-

بے وایہ پأٹھی خرچاوُن ، رۄدس ما چھُہ حساب تیتھے پأٹھی بے حساب پأنٕسہٕ خرچاوُن ۔

(۶۳۷)

## ریٚوش ژٕجیوو پننہِ دلشہِ تِمِس کٔھٹیوو نمہِ نیشہِ :-

بدنأمی لِشہِ بچنہٕ خأطرٕ ژٕھنیوون پننٕ مُلکی ترأوِتھ مگر یوٚت گوٚو تتہٕ گوٚو تمہِ کھوتہٕ زیادٕ بدنام ۔

(۶۳۸)

## رتہٕ کھل گژھنی :-

کانہہ کأم کران کران سیٹھا زوو ژھینُن ۔

(۶۳۹)

## رٔنیہِ پکُن کرُن :-

رٔنیہِ ہنٕدی پأٹھی سیٹھا وارٕ وارٕ ٹیکیِتھ کانہہ کأم کرٕنی ۔

(۶۴۰)

رٕنس نہٕ ترلیشہِ رٕش آسنہٕ :-

رٕش آسنہٕ گوو نفرت آسنہٕ دوٚن نفرن پانہٕ وٲنۍ تیشر نفرت آسنہٕ زِ اکھ اَکۍ شُند رٕھ چھنہٕ ترلشہِ بدلہٕ -

(۶۴۱)

راژہٕ راھٹہٕ آسُن :-

تیُتھ مکانہٕ تہٕ سامانہٕ آسُن یُتھ اکِس راجس چھُ آسان -

(۶۴۲)

راژ کرن راژہٕ پٲٹھۍ واژ کرن واژہٕ پٲٹھۍ :-

کھانٛدرٕ تہٕ ٹُڈی دٕھ ہہ چھُ امیر کرن شاندار پٲٹھۍ تہٕ غریب چھُ کرن پننہِ مقدوٗرٕ موٗجوٗب -

(۶۴۳)

راژ تیز آسُن :-

راژِ سٔنزٕ ہِش چمک دمک آسنہٕ -

(۶۴۴)

## رٕتس رٕکنہِ گرٕژھنہٕ :-

پانہٕ واٲلِس سٕتۍ دُشمنی آسنہٕ کِنۍ اکھ اکِس رٕتھ والُن :-

(۶۴۵)

## روٗپیہِ روٗپےٚ بر آسُن :-

اکِس روٗپیہ اکھ تولہٕ کاہنٛہ چیٖز ییُن ۔ مطلب کاہنٛہ چیٖز سیٹھاہ ڈٕروگ آسُن ۔

(۶۴۶)

## روٗپیہ رٕوُد وُسُن :-

سیٹھا آمدنی آسٕنۍ ۔ تیٚوٗت پٲنٛسہٕ زیٚننُن یتھ نہٕ حسابس ہیکہِ کرِتھ ۔

(۶۴۷)

## رب نہٕ سب ہِشی گرٕژھنۍ :-

سب گیہِ سوٗ جاے یتہِ لُس پٕژھی سال کھیاونہٕ باپتھ بیہناونہٕ یِین ۔ اگر سال کھیاوِناونہٕ وِزِ سٕتۍ رٕوُد پییہِ نہٕ رب ڈوٗبھہِ ۔ سایبانہٕ مٕنٛزی رٕوُد وتہٕ ۔

تیٚلہِ چھِہ یہ کتھ یوان وننہٕ ۔ جانہٕ تہٕ خرابی ہیٚتھ گژھنہٕ ۔

٦٤٨

## رۄد رُوس تہٕ کرود رُوس پور گژھُن :-

یہ دُعا چھِہ کھانٛدر کرن والین یوان کرنہٕ زِ نہٕ گوژھ کھانٛدرس پیٹھ رۄد آسُن نہٕ گژھِ کانٛسہِ کانٛسہِ ستیٚ ناراضگی گژھنہٕ ۔

٦٤٩

## روگہِ روگہِ پکُن :-

رۄشی رۄشی وتھہ ژٕلِتھ پکُن ۔

٦٥٠

## روٗپہٕ کوٚر ژھوپہِ ستیٚ سوٚنہٕ مُشدان :-

تمہِ زنانہِ پکہٕ لوٚو سیٹھا جان یا اتھی پیٚنُن گژھِ یمہِ ژھوپہٕ گرِتھ بیٚیہِ ہنز کتھ برداشت کرِ ۔

٦٥١

## رس اڑِج اژلٕ :-

جان ضِیافت کھینِگ عادت گژھُن -

٦٥٢

## روپہ شٕنز لُٹہٕ سٕژن اژلٕ :-

کاٗشِہ ہنٛدِس یژلس کاہٕنہ رغنہ اژُن -

٦٥٣

## راوِن تھول چھُ مُشکِل :-

کانٛہہ چیٖز راوُن چھُ سیٹھا دِلس تکلیف دِوان -

٦٥٤

## رتھ وٕنڈرے پیٚچُ وانہ کُپ :-

ایٚژ ہمدرد وٕنہٕ زِ یہ وٕنڈرے رتھ مگر سُہ آسہِ کیٚٹہ شُشرلیُس پیٚچُ والِس نِش پیٚھر آسہِ پیٚیومُت یتھ نہٕ کاہٕنہ قیمتھ چھُ۔ ایٚژ وُچھِٹ مدریر۔ زبانٕ اُلمہ ہمدردی ناوِلٕ -

٦٥٥

## روننِ رُوماليِ واو کرُن :-

کاائنہ زِیادے پیہن خاآتر داآرے نتہ خوشامد کرُن ۔

(۶۵۶)

## رزن کھسن :-

سبہٹا کرکہ نادکرُن ۔ شوٗرکرُن

(۶۵۷)

## راتگ لاین گوٗومے خام لول ہے آم سیتاآے :-

یوسہ زنانہ رِئس سیتی لڑاآئی کرِہتہ نہ لے یزہتہ کرِہتہ مالین ژلہِ تُمس پچھ پیٗیلہ روٗن دوبیمی دوہہ واپس ییتہ باپتھ زارِ پارِ کران ۔ تمہِ ونِ چھِہ یہ کتھ یوان ونہ نہ ۔

(۶۵۸)

## رِئس وہ باآگ آسنی :-

اگر کاائنہ رُت یژھِ ۔ دہ رِشتہ دار دوس، ہمسایہ چھِس کھیتھ چیتھ نیران نتہ خوشی مناوان ۔

## روءِ تو نہ باڈٕ تلنی :-

روگو پلو، تو گیہ تاو نہ باڈٕ گیہ ٹھاٰلی ییتھ منٛز ژوٚٹ یا بتہ ییٚیہ کھینہٕ۔ ییٚلہِ کانٛہہ کُنہِ جایہ پیٹھٕ سورُے ساماہ ہیتھ نیر تیلہِ چھہ یہ محاورٕ لوان استمال کرنہٕ۔

(۶۶۰)

## راتس تارکھ گنٛزراونی :-

کُنہِ پریشانی کِنہ راتس نٮ۪ندٕر نہ ییٚنی۔

(۶۶۱)

## رامُن راج آسُن :-

یتھٕرٕ حکومتھ آسنی ییتھ منٛز سارے لوکھ خوش تہٕ خوشحال آسن۔ تہٕ پوز اِنصاف آسہِ لوکن میلان۔

(۶۶۲)

رٹھ میٲنۍ کانگرُ چھ میٲنۍ ٹھکھ :-

اگر میٲنۍ دۄہ بٔلکہ تیز ہا یکہٕ بہٕ زِ ہیواں ہیتھ چھُ انسان ناتوان کیُت بکنس کانگر کاہشہ رٹہٕ ہے -

# ز

(۶۶۳)

## زبُیٹھ آسِتھ کُوُنس گو کھُو کھر کھبو کھو عُلی یو :-

علی چھُ گرس منٹز زِبُیٹھ نیچوُ ۔ مگر کھُر مطلب کاہٗہ کمزوری چھس تمہِ کِنہ چھُ لوکٹس نیچوِس زیادٕ قدٕر ۔ علی گو زبُیٹھ آسِتھ تہِ کُوُنس ۔ کاٗنسہِ ہُنٛد بجر لژھِ گژھُن ۔

(۶۶۴)

## زلو چھس کران لوکھ لوکھ لکھُ چھِس ژھنان ہتھو کھ ہتھو کھ

شُہ چھُ لوکن نِش بے یزتھ گژھان لیُس فضوٗل زیادٕ بکواس آسہِ کران ۔

۶۶۵

## زلوٚو زیٖوِ رلوٗنز گرِ اڈ نیٖرِ شِکارس :-

وُنہِ چھُہ شُرٕ زیٖنے سٕہ کرزلوِ ہینہٕ کربڈٕ اڈ کر نیٖرِ شِکارس نہٕ اڈ کھیٖو أسی شِکار ہاز۔ بیٚیلہِ کُنہِ کامہِ سیٹھا وق آسہ درکار تیٚیلہِ چھِ یہ کتھ لوان ونہٕ۔

۶۶۶

## زووِ ہندِ خاطرٕ چھا زٕٹ نالہ کڈُن :-

زوو وتھِ پلوس نہٕ پلو ما ژھُن ترآوِتھ۔ موموٗلی مشکلہٕ باپتھ ما ژھنی کامہِ اتھہِ منٛز ترآوِتھ۔

۶۶۷

## زیادٕ زوون چھنہٕ لُطف :-

بیٚیلہِ سیٹھا زیادٕ مُشکلات بُتھِ یِن تہٕ تیٚیلہِ چھنہٕ زیادٕ پریشانی روزان۔

(مُشکلیں اتنی پڑی مجھ پر کہ آسان ہو گیں۔)

۶۶۸

## زیادٕ مردن بتہٕ کامنی زیادٕ زنانن آب کامنی :-

بیٚیلہِ گرس منٛز زیادٕ مرد آسن تمن چھِ مان مان لگان نہٕ کانٛہہ چھُنہٕ کماوان

کماوٕنۍ ذمہٕ وٲری چھےٚ نہٕ پانس پیٹھ کٲلِتھ باسان تہٕ چھُ گژھان بتہٕ کامن۔
زنانن چھہ آب سارٕنۍ ذمہٕ وٲری۔ ییٚلِہ گرس منٛز زنانہٕ زِیادٕ آسن،
اکھ دپان بےٚ کیازِ انہٕ بیا کھ دپان میاٲنۍ چھا ذمہٕ وٲری نتیجہِ چھُ گرس منٛز
آبہٕ کامن۔

(۶۶۹)

## زلو چھہ کران اِنتظار منٛزہٕ ڈیاوتم پاآزار :-

کاہنہٕ چھُ بیٚنہٕ زلو رُکاوان فضوٗل کتھہ کرنہٕ لِتھ تاکہ لوٗکن نِش گژھِ نہٕ
بےٚ یزت۔

(۶۷۰)

## زو اوٚر تہٕ جہاں اوٚر :-

ییٚلِہ اِنسان آسہ پانہٕ وارٕ ہُتِس چھُ باسان زِ سورُے دُنیا یاہ پھُ وارٕ۔

(۶۷۱)

## زیٹھین نٔرین چھُ بوش :-

بروٗنہہ کالِہ آسی امیرن چوگس زیٹھی نٔرۍ آسان۔ یِمن زیٹھی نٔرۍ آسہ ہن
تِم آسی آسن وٲلی لیوان مانہٕ نہٕ۔ تمن اوس ٲثر بنٛزتھ آسان توٗرے چھہ یہ ونان

زیٹھو نرہ لو کھیو سال۔

(۶۷۲)

## زنانہ رٔنِس واد کرے سو گرٕ کرے کیا :-

یوسہ زنانہ رٔنٛی سُنٛد آسہ نہٕ بوزان۔ تس آسہِ کتھِ کتھِ پیٹھ واد کران سو کتھ پاٹھی ہیکہِ گرٕ جان پاٹھی چلأوِتھ۔

(۶۷۳)

## زِنٛدس دِمے نہٕ سوٗر ساس مُرِتھ دِمے اطلاس :-

یوٚت تام اِنسان زِنٛد آسہ توٚت تام کرٕ تس نہٕ کانٛہہ خٕدمتھ۔ سوٗرٕ پھلی تام دِیس نہٕ کانٛہہ۔ مُرِتھ ولنس پتہٕ اطلاس۔

(۶۷۴)

## زامتُر رٕچھی زٔرٕ ہنگس منٛز رنگس منٛز منٛد چھاوِ :-

زامتُر اگر سیٹھا رچھون تہٕ کلس پیٹھ تھوون مگر مجلسہِ منٛز منٛد چھاوِ کُنہِ نہٕ کُنہِ رنگہٕ۔

(۶۷۵)

**زُٹ اگر دِنہٕ نہٕ مُٹ ییس برنہٕ :-**

سیٹھا امیر آسُن مگر امیر آسنکُ باس بہٕ دِنہٕ وول - ییٚمِس دولتھ آسِنہٕ ز زیٚچہٕ منٛز تہٕ نیرِلَس تیتی دیار زِ مُٹ ییٚیہٕ برنہٕ -

(۶۷۶)

**زبنہٕ پیٚیون :-**

نارٕ پھیکھ پیٚینہٕ - دِل دزُن - دِلس سخت دوکھ گژھُن -

(۶۷۷)

**زوٗن کھینہِ کھسُن :-**

سیٹھا تکبُر کھسُن - بنُن یان تیٚتھہٕ طاقتور باسُن زِ اسمانس کُھتِھ ہیٚکِہ زوٗنہ تہٕ کھیٚتھ -

(۶۷۸)

**زنگہٕ زنگ کرٕنہٕ :-**

کانٛہہ کأم پورٕ کرنہٕ خأطرٕ کوٗشِش کرٕنہٕ

( )

۶۷۹

## زی گُبہ ھی :-

جان روزگار نہ آمدنی پچھ تیثرھے خوشی دِوان یئیثرھ باعس ھی پُھلنہ ستی پچھ یوان

۶۸۰

## زیوٗھڑ گو بیوٗھڑ :-

بیبِلہ کاہنہ کاٗم زِیادٕ زیھڑ راوو تیٚلہ پھنہ سو پورٕ سپدان ۔

۶۸۱

## زچِن پچِہ پھیرِ کرُن :-

ژھینہٕ میتس پلون ٹیبہٕ دِتھ درمھتہ کرنۍ ۔

۶۸۲

## زینہٕ زینہٕ ہوٗنۍ بزٕ گرٕ ٹھُن :-

دیار زیٚنِتھ پتہ ہوٗنۍ بزٕ گرٕ ٹھنی یانے ضایہ گرٕ ٹھنی ۔

۶۸۳

۶۸۳

## زٕل واے کرٕنۍ :-

کانٛہہ چیز کانٛسہِ بار بار منگُن تہٕ سُہ پریشان کرُن۔ ہتھف نہٕ تلُنۍ۔

۶۸۴

## زیوِ پٮ۪ٹھ مارُن تہٕ زیوِ پٮ۪ٹھ تارُن :-

اکھ کتھ کرنہٕ سیتۍ چھ اِنسانس کام اندان تہٕ حاجتھ نیران۔ بیاکھ کتھ کرنہٕ سیتۍ چھُس پانہٕ سے زوال یوان۔

۶۸۵

## زار چھُ کران خار :-

زار گِندنہٕ سیتۍ چھُ اِنسان ذلیل تہٕ خار گژھان۔ امیر آسِتھ چھُ غریب بنان۔

۶۸۶

## زامنہ زٕلوٕنۍ :-

کانٛسہٕ ہیٚنزِ کتھِ زامن گٔرِتھ جواب نہٕ دیُن۔ کتھ کھیٚنۍ۔

۶۸۷

## زٕبیُھٹ کمیٖو کوٚز کھو موتن :-

گرس منٛزیُس کوٗنس آسہ سُہ چھُ ستیٚلہِ بنان زٕبیُھٹ بیٚیلہِ زٕٹھس موت ییٚیہِ ۔

۶۸۸

## زُری بوٗزہٕ باہٕہ وٕہری بڈٕ شاہ موٗد :-

بڈٕ شاہ اوس کشیرِ ہنٛد مشہور بادشاہ ۔ تٔمنٛدِ مرنہٕ گوٚو کاآشرن سیٹھا دوکھ مگر زُرِس لیٛج نہٕ باہن وری ین پتا زِ بادشا چھُ موٗدمُت ۔ ییٚیلہِ کاہنٛہ تمہِ کیٛتھ لنٛشہِ ئٔژ کال بے جر روزِ تیٚیچ خبر سارِنے آسہِ تیٚیلہِ چھ تس مُتلق یہِ کتھ یوان ونہٕ ۔

۶۸۹

## زٕنگہٕ رآدی اون تہٕ زٕلوٕ رآدی کھیٚو :-

اُکی ژٕچہِ زنگہٕ ٹکی ٹکی تہٕ کٔرن کاآم بٔیا کھ اوس کیٛتھ گوٚر تہٕ تٔمی نیو تمیک فایدٕ ۔

۶۹۰

## زٕنگہٕ ژٕوٚٹ گرژھن :-

بیٚیلہِ نہٕ گرِکیو حالاتو کِنۍ گرِ نیرِلس وِتھے آسہِ ستیٚلہِ چھ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ زِ زنگہٕ ژٕوٚٹ گوس ۔ یانے زنگہٕ ہیٚم ژھینہٕ منٛز کتھ پٔھٹی نیرِ ہیٚیر ۔

(۶۹۱)

زن تہِ آو لوۄ کرِتھ :-
زن تہِ آو کینژھہ بوڈ بار چیٖز زٕ ہینتھ

(۶۹۲)

زیادٕ کشنس چھُ زیادٕ رتھ :-
یوٚت زِیادٕ پانس کشو تیوٚت ییٚنہِ زِیادٕ رتھ یوٚت کُنہِ چیٖزس زِیادٕ کشِش کرو تیوٚت چھُ زِیادٕ تکلیف ۔

(۶۹۳)

زیٚنہٕ دگہِ کھوتہٕ چھہ رچھِن دگ :-
اگر بیٚنہِ سُنٛد شُر رچھون تمُشنز ماے چھ ہینہٕ رنس زامتس شُری سٕنٛدِ کھوتہٕ زِیادٕ آسان ۔

(۶۹۴)

زیٚنہٕ ستی کیاہ گوٚ شُر گرٛتھِ پیٚیوٚن :-
شُر زیٚوُن چھُنہٕ بڈُ کتھ شُر گرٛتھ ہیٚرُن گاٹُل، عالِم، تابیدار تہٕ کماہوٚہ ۔

(۶۹۵)

## زٕوٕلہِ ہُنٛد کھیوٕن جان زہولہِ ہُنٛد نہٕ کیٛنٛہہ :-

لتَس زنانہٕ ہنٛدِ اتھہِ چھُ جان کھیوٕن یوس مالہٕ آسہِ لیس زٕوٕو آسن وزٕہہ منٛز مگر تس زنانہٕ ہُنٛد کھیوٕن چھُنہٕ جان۔ یوس پتہٕ جایہ جایہ وُنہِ منٛد چھاوِ۔

(۶۹۶)

## زچِن نہٕ نال اتھہٕ یِن :-

بیٛلِہ گُنہٕ جایہ سیٹھا جلدی منٛز یلون تھف دِتھ ژلُن پییہٕ، تیٛلہ چھِ ونان زِ زچِن آم نہٕ نال اتھہِ۔

(۶۹۷)

## زہوٕ زیُوٕنٹھہٕ آسُن :-

ایژی نہٕ زیٹھیٛ وادِ کرنَ وول آسُن۔

(۶۹۸)

## زمینن کھیہِ سارے زمین کھیوٕ نہٕ کاُلشہ :-

سارے اِنسان چھِ آخر زمیٖنس منٛزے شرپان مگر زمین ہیچ نہٕ از تام کاُلشہِ کھیتھ۔

(٦٩٩)

زٕٹ دِنٕنۍ :-

پٔننۍ ذمہٕ وارۍ ترٲوِتھ ژھٕننۍ ۔

(٧٠٠)

ژٕنگہٕ ڈۄلنَس پٮ۪ٹھ واتُن :-

تمیُک مُشکل بُتھِ یُن یتھ پٮ۪ٹھ ژٕلنَس نتہٕ وتھ آسہِ ۔

(٧٠١)

زِڈ کڈٕنۍ :-

کانٛہہ چیز یُس نہٕ پوٗرٕ ٹھیک آسہِ تتھ پیٹھ یتھِ تتھِ گُذارٕ کرُن ۔

(٧٠٢)

زہر شرٛوٗ پراوُن :-

کانٛسہِ ہُنٛز سخت کتھ برداشت کرٕنۍ ۔

(۷۰۳)

## زٕلو زبان تہٕ چوب لبان :-

بیٚیلِ زٕلوِ سیتی کانٛہہ ناجائز کتھ کرِ تیٚلِ چھُ لس مار پیٚوان ۔

(۷۰۴)

## زٕوٗ پوٚیہ کھیٚون :-

زٕوٗ کمزور گرٛھن زن تہٕ تمُلہِ بدلہٕ تمی سرٗ آسہ کھیوٗمت ۔

(۷۰۵)

## زٔری اُسن کرُن :-

زوٚر چھُنہٕ کٔنو کینٛہہ بوزان ، کتھ زن تہٕ بوزِتھ چھُ اسان زن نہٕ سورُے بوزُن ۔ کانٛسہٕ ہنٛز کتھ نہٕ بٕوزِتھ ٹلی اُسن گو زٔری اُسن ۔

(۷۰۶)

## زٕندرس بتہٕ تہٕ مرِتھ ترٛیش :-

یہٕ چھُ ہیٚڈرِ نیچوِس مُتلق وناں زِ یوتام زِنٛدٕ چھہ تہ دِیہ بتہٕ کھیٚون بیٚیلِ مرو تہٕ پتہٕ صُبحس آسہ سانہٕ ناوِ ترٛیش دِوان ۔

(۷۰۷)

زسمہ بیہناوینہِ :-
کاہنہ اِنسان کنھو ستہ سیٹھا کمزور کرُن۔

(۷۰۸)

زولہِ گیہ تہ کولہِ گیہ :-
اگر ہنلرِ زیچھ گژھِ تہ سوُرے گژھ کولہِ یانے اگر غفلت گژھِ تہ ساری سے گژھِ تباہی۔

(۷۰۹)

زنانی مدرکِھتے لوگے مرد ویزاریِھ :-
مرد ہنز کمزوری وُچھِتھ چھِ زنانہ بڈ تیز گژھان۔

(۷۱۰)

زامتری ییزبھ کرُن :-
سیٹھا ییزبھ کرُن۔ تیوٗت ییزبھ کرُن یوٗت زامترِس یوان چھِ کرنہ۔

( )

۷۱۱

## زِف گیہ نہٕ ژِھف گیہ :-

اگر اِنسانس ننٛدرِ بیٛہِ یا نے عین موقس لاپروائی کرِ نیٛلِہ چھُ تمِس نوٚقصان تُلُن پیوٚان -

۷۱۲

## زُووِ لرزِ زاہر ننیگہ لُن :-

زُوو بچاونہٕ خاطرٕ چھُ اِنسان زاہر تام پِوان -

۷۱۳

## زن زمین زر، وچھِتھ ڈلان شیرِ نر :-

زنانہٕ زمین تہٕ دولتھ وُچھِتھ چھِ سہس ہیو بہوُدُر اِنسان تہٕ دلہٕ راں- بینِس پانس پیہٕ ڈیھس نہٕ قوبو روزان -

۷۱۴

## زٕے بینۍ زٕے زاوِیل کتھ ژٕیہ ہتٕر کتھ بیہہ نہٕ زاہنہٕ :-

بینِلِہ کاہنہٕ سیٹھا جان کرِ تہٕ توتہٕ کرِنس لوٚکہ کتھے - نیٛلِہ چھُ یہ صحاورِ لوان ورتاونہٕ -

# ژ

۷۱۵

ژۆر مہ کرِ ژرآلِس مہٕ کھوژ :-
یُس نہٕ ژۆر کرِلِتس کیٛاہ چھُ ہتھانٕہ دارِس کھوژُنُ ۔

۷۱۶

ژٕ وَن بێنِہ تہٕ بہٕ ونہٕ بایہ پێنٕنی کتھ چھہ بێنٕنی جایہ :-
یێلِہ کأنٕسہ بێنُن بوَے یا بێنِہ زٲنِتھ بێنٕنی کتھ ولو نہٕ تێلِہ چھہ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ ۔

۷۱۷

## ژھرے مُٹ چھِ وزان :-

اگر مُٹ خالی آسہِ تِتھ کُنہِ سیتۍ ٹاس دِمو تہٕ آواز چھِ نیران، اگر بٔریِتھ آسہِ تِتھ چھِنہٕ آواز نیران لیُس اِنسان دولتہٕ رٔنگی یا علمہٕ رٔنگی ژھور آسہِ سُہ چھُ زیادٕے بیہان کتھ کران -

(۷۱۸)

## ژھوپہٕ چھے لۄ وپہٕ ہشنز کرکھے تہٕ سورنہٕ ہشنز :-

اگر اِنسان ژھوپہٕ کرِتہٕ سیٹھا رُت چھُ پزاوان -

(۷۱۹)

## ژلہٕ نا چانہِ دادِ ژ ہینتھ سیتۍ :-

اگر کانٔسہِ اِنسانس ٹالنہٕ باپتھ کانہہٕ دُور ژلِہ تہٕ سُہ دویم اِنسان یکیس سیتۍ ییٚبلہ نہ سُہ تھف تلُس سۍبلِہ چھِ بہ کتھ لوان پھِرنہٕ -

(۷۲۰)

## ژۄنٹھ ڈُلِتھ ژۄنٹھ رٹان رٔنگ :-

اکِس اِنسانہٕ سُند لور طریقہٕ وُچھِتھ چھُ بیاکھ ژۄن تہٕ تی کران ییٚلہِ ولونیتھ کنہٕ سنگس موٗجبتھ بینس اثر -؟)

(۷۲۱)

## ژُلی مٕتی ین پٔتہٕ کُنہٕ زِندٕنے مٔتہٕ لٔی تن :-

یم مُودی تِم کتہ ین واپس یم زِنٛدٕ چھِہ تِمنٕے چھُہ مرنُک خوف۔

(۷۲۲)

## ژٔورس چھِہ بوٚنچس کُنٕے کُل :-

کُس کیا کران چھُہ کُس کیا وَنان چھُہ تتھ کُن چھُنہٕ ژٔورس کانٛہہ دیان اَسان۔ تٕمس چھِہ صرف یہ فِکر ز بھوٚنچ کِتھٕ پٲٹھی نمِہ ژٔورِ۔ یانے صرف بِنٕہ مطلبٕچ فِکرِ روزٕنی۔

(۷۲۳)

## ژھوٚٹہٕ بٔرِ ووٚتہٕ بوٚز آسُن :-

کُنہِ جاے گژھنہٕ باپتھ سیٹھا ژھوٚٹ وتھ آسٕنی۔

(۷۲۴)

## ژٔر چھِہ بِچلِہ خاٚترٕ ے حاران :-

ژٔرِ چھِہ گُرٕژ تام دانے بِنٛ لفس برنٕہ باپتھ ضروٗرتھ۔ تِم لبنٕہ ابا پتھ چھُہ تٕمس بیوان جایہ جایہ وُڑٕو کرُن۔ یمِس اِنسانس سیٹھا کم ضروٗرِیات نٕہ

آسن ٹمِس تہِ چھ یِم پۆرٕ کرنہٕ باپتھ سہٕلا دِو دو نہٕ کوشِش پیٚوان کرنٕ۔

(۲۲۵)

## ژوچہِ ورِ مشنز نیبرِ یا اُشنز :-

ژوچہِ ورِ مشنز نیبرِ کیموم اُنز ما ویپہِ تتھ مشنز، لوکٹہِ کارِ بابتھ مشنز کتہِ نیرِ بوڈ لفظ۔

(۲۲۶)

## ژوک تل واتُن :-

پننِس کمزوٗری تہٕ خامی پتا لگنہٕ۔

(۲۲۷)

## ژرِیچ کھتہ ونِنی :-

اصلی پزر باوُن۔

(۲۲۸)

## ژوک تام زانُن :-

کٲلِثہٕ ہُنٛدٕ اصلی خانٛدان یا اصلیت زانٕنۍ۔

٧٢٩

**ژھٮ۪چھ ہینٛز :-**
زٲنِتھ مٲنِتھ ژوٗرِ روزُن ۔

٧٣٠

**ژس گژھُن :-**
سبٕٹھا شرمنٛدٕ گژھُن ۔

٧٣١

**ژرِ وانٛٹھ آسُن :-**
ژرِ ہُنٛد ہیٚو لوکُٹ دِل تہٕ جُرِتھ آسُن ۔

٧٣٢

**ژپہٕ مازس تھپہٕ تھف آسنۍ :-**
کٲلِثہٕ کٲم کرِ کرِ ماز پھُٹہٕ مُت آسہِ مگر توتہٕ آسنس باقی تھپہٕ دِوان
زِ یہ کٲم کرٕہٕ کٲم چھے باقے ۔

(۷۳۳)

## ژوسُرتلُن :-

بے مانے شوُرتلُن ۔

(۷۳۴)

## ژھوڑِس فیل وُولِٹس سوُنبھ :-

ژھوڑِ قدک اِنسان چھُ بجِہ ناکارگی ہیکان کرِتھ ۔

(۷۳۵)

## ژرِ چھُ کنُڈی ٹھر بیٹھے راحتھ :-

بینِس گرس منز آسِتن کوتاہ تِ تسکلیف مگر پزتھ کتھ چھُ گرس منزے آرام یوان ۔ یِتھ پاٹھی ژرِ چھُ کنُڈی ٹھرِ بیٹھی آرام یوان ۔

(۷۳۶)

## ژوُک لوُن نیرُن :-

کتھ ہنز اصلیت ننِی نیرنی ۔

(۷۳۷)

ژھٹھ پھیرِتھ گژھنی :-
کاہنہٕ برٕ خبر بوزِتھ بُتھیٖک رنگ برلُن ۔ بُتھِس لیٖدٕر رنگ گژھُن ۔

(۷۳۸)

ژوٗرس چھُہ کُنیٚ تہٕ راون واٮ۪لِس ہتھ گوناہ :-
ژوٗرس چھُہ کُنیٚ گوناہ زِ تمۍ نیوٗ چیٖز ژوٗرِ، یمِس روو تمِس چھُہ گژھان ہتس لوٗکس بیٚہٕ ٹشک یم بے گوناہ چِھہ آسان، تمِہ کِنۍ چھِہ تمِس ہتھ گوناہ کھسان ۔

(۷۳۹)

ژرِ دوُد تہٕ مہی اُڑِج انٕنی :-
ژرِ چھنہٕ دوُد دِوان تہٕ مہس کتہِ گیِہ اُڑِج یادٕ ۔ مطلب گو وُتم چیٖز انٕنی یم بِلکُل نایاب آسن ۔

(۷۴۰)

ژاس کرٕنی :-
کاٗنٛسِہ ہُنٛد یاٗنٛسہٕ کھیٚون ۔ سُہ زن منگِہس یہ کمرٕس یوٗرٕ ژاس تہٕ ٹالِہس ۔

٧٤١

## ژھوہ مارُن :-

خوشی سان بیین پیٹھ شان ہاوٕنۍ -

٧٤٢

## ژوٗک مرُر ژالُن :-

کاںٛسہِ ہُند جان یا ناکارٕ وَرتاو برداش کرُن -

٧٤٣

## ژھیٚوٹ چھہِ کھیٚوان میٹھہِ کہٕ طماہ :-

ژھیٚوٹ چیز اگر میٹھ آسہِ میچھر کہٕ طماہ کہٕنۍ چھُ سہ تہٕ یوان کھینہٕ - کاںٛسہِ ہُند بُرٕ سلوٗک چھُ کُنہِ فایدٕ خاطرٕ اِنسان برداش کران -

٧٤٤

## ژیٚتہٕ برم گژھُن :-

ژیٚتہٕ گوٚو دِل بژم گوٚو دوکھہٕ - مطلب دِلس دوکھہٕ لگُن -



۷۴۸

## ژارِ وۅہٕہ نہٕ گیگہٕ کھۅت :-

یُتھے کاہہٕ پیٚنز دانہٕ ہیٚہٕڑ وول نہٕ تیتھے کھیٚون گۅو سبہٕٹا توٚت توٚت کھیٚون۔

۷۴۹

## ژھٕلی ہٕلی نہٕ تٕلی کرُن :-

جائیز یا ناجائیز طٔریقہٕ کأم پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ یخبتیار کرُن۔

۷۵۰

## ژانگہِ وزِ وِنٕ لیکھ ژارُن :-

تیٚژھ لیکھ کرُن یوس نہٕ بییس برداشت گژھِ۔

۷۵۱

## ژھ ہٕہ رٕچھنی نہٕ وٲلنٕج نچھنی :-

اَپنٕ ہمدردی کرٕنی۔ نیٚبرِ فساد کرُن۔ اَندرِ نوقصان واتناونچ کوٗشش کرٕنی۔

۷۵۲

ژیٚپہِ ژیٚپہِ دوا :-
کانٛہہ چیز براہ یُن، موافِق آسُن -

۷۵۳

ژیٚپہِ لوٗن پیٚوٗن :-
تکلیفس منٛز ھُریر گژھُن -

۷۵۴

ژیٚپہِ آسُن :-
کانٛسہِ ہیٚنٛز ہمدردی آسٕنۍ، کانٛسہِ ہیٚنٛز دگ آسٕنۍ -

۷۵۵

ژھینہِ مٕتس پھوٚتِن نہٕ واتُن :-
حدٕ کھوتہٕ زیادٕ خوش گژھُن -

۷۵۶

ژٕکھ آیہ نہٕ کٲم ڈرایہ :-
ییٚلِہ کانٛہہ شرارتھ کھیٚتھ شرٲرتس منٛشرٕ کٲلٮ۪ہ ہیٚنٛزٕ کٲم کرِتھ وِزِ چھُہ یہ لوان ونہٕ نہٕ ۔

(۷۵۷)

ژوٗرن کیتی ژوٗ ونٛزا ساس دیو پوزٕٕلۍ کیثر نہٕ ھار :-
دبہ ہنٛدِ ناوۍ کرِنہٕ اکھ پاںٛلٮ۪ہ خرچ مگر ژوٗرن اتھہِ لیٚنہٕ ناوِ ساسہٕ بوٗد ژوٗرِ۔

(۷۵۸)

ژٕنٛدرایُن ژاپُن :-
فاقہٕ کشی کرٕنۍ ۔

(۷۵۹)

ژوٗ وٕلِس پیٚٹھ کتھ ژراوٕنۍ :-
کانٛہہ راز عامس تام واتناوُن ۔ونہِ پیٚٹھ تھوٗن ۔

(۷۶۰)

## ژھیپہ ژھارِ گنڈُن :-

شرُیِ چھِہ کُنہِ وِزِ یھتہ پاُٹھی گنڈان زِ اکھ چھِہ ژُورِ روزان تہ بیاکھ پھِس ژھاُنڈان - یتھِ کاہہ اِنسان بیِیس نِش کھُٹی کھُٹی روزِ تتھِ چھِہ یہ کتھ یوان ونہ یہ -

(۷۶۱)

## ژون پہرن کس رؤد ژؤنگ :-

یتھ دُنی یاہس مشرکُس اکھا رؤد ہمیشہِ امیر تہ سوکھس منز -

(۷۶۲)

## ژلہِ وِنِن برونٹھ تہ لارِ وِنِس پتھ :-

یہ چھُہ اکس کمزور دِلہِ واِلِس اِنسانس متعلق یوان ونہ یہ - اگر خوفہ کینہ لوکھ ژلن سُہ ژلِہ سارِنے برونٹھ ، اگر بیمن حملہ کرنہ لارن تہ سُہ روزِ سارِنے پتھ -

(۷۶۳)

## ژونڈر نہ مونڈر مثن :-

دیان ژونڈر نہ مونڈر ناوکی آسی نہ راکھیس یم لوکن سہٹا دوکھ آسی دِوان تہ لوکھ آسی یہندِ توٗقہ کینہہ سہٹا کرکہٕ ناد تہٕ شوٗر کران ، بیبلہِ کینہہ لوکھ لڑایہ جھگڑ کرِتھ لوکن کرکہٕ ناد کرناوُن تیتِلہ چھُ یہ یوان وننہٕ تہٕ -

(۴۶۷)

ژھوٚٹ زیوٗٹھ اسے پھیرن گژھِ وُری نیر پینٛدی
شُرکوٚٹ اسے ناہموار بییہ وُہبر نیر پینٛدی -

اگر پلو ژھوٚٹ زیوٗٹھ گژھِ اکِس وُری لیس چھُ اِنسان تنگ تہٕ پریشان گژھان -
اگر گرس منٛز کانٛہہ شُر یا باژ چھُ نالایق نیران تہٕ سارے وُہبر چھِ پریشانی منٛز گُزراونی پیوان -



# س

۷۶۵

## سنگس صُحبت ہنز اثر :-

اگر کانہہ کأنسہ سیتہِ سنگ تھوٗمُت چھ تمِسندِ رٔژ خصلتہٕ یا کھوٚ خصلتہٕ لاران.
مأنِس ماجہِ ہنٛدِ مزاجُک اثر چھُ شُرِش پیٹھ ضرور آسان۔

۷۶۶

## سٕنجہِ دِوان زأل تہٕ ہنٛدِ وہنٛدِ گرِژھان اتھہٕ :-

سُنجہِ گوو (نتیلہ گوٚگُل) چھُ زالیو سیتہِ پھِران مگر زالیو منٛزی چھس ہنٛدِ وہنٛدِ
ژلان نیرِتھ - گو سیٹھا کِفایت. سان چھُ سوٚنچِ سوٚنچِ خرچ کران مگر تسٕندِ
مرضی خلاف چھ بٔڑی بٔڑی خرچ گژھان یا موٚلی چیز بچاوان بٔڑی چیز
اتھہٕ گژھن۔

۷۶۷

## سُمِس سۆم ئیامت بے سۆم گیہ قیامت :-

اگر رُون تہٕ زنانہٕ ہم عمرٕ آسن سو گیہ ئیامت اگر یاہ وانٛی عمرٕ مَنٛز سیٹھا فرق آسہِ یانے اکھ بُڑ تہٕ بیاکھ لوکُٹ آسہِ سو چھِ تمن قیامتس برابر۔
(سُمِس سۆم رشتہٕ ، درجہِ ، قدر ، عُہد چھُ ئیامتس برابر)

۷۶۸

## سینٛزِ اونٛجہِ چھا گیو کھان :-

ییٚلہِ نہٕ سینٛزٕ کام ییٚرِ نیٚلہِ چھِ وناں ژہٕ ہچر تیار کٕرِتھ گرِتھ کام کرٕنی۔

۷۶۹

## سرِیس ژونٛگ ناوُن :-

سرِیہ یانے آفتابہ چھُ عالمس گاش دِوان تِمس ژانٛگی گاش ناوُن چھِ حماقت سیٹھا گاٹلِس تہٕ عالِمس ییٚلہِ اکھ مومولی اِنسان مشورٕ دِیہ تیٚلہ چھِ یہ کتھ یِوان وَنہٕ نہٕ۔

۷۷۰

## ساوِس ہنٛدِر پاوِس پیٖھ :-

ییٚلہِ کانٛسہ سیٚٹھاہ ہنٛدِر گھرٕ تس چھیٚنہٕ شونٛگنہٕ باپتھ بسترٕ ک حاجتھ
شہٕ ہیکہِ ہیٚرِ پاوِس پیٖھ تہٕ شونٛگتھ -

(۲۷۱)

## سرس ہیٚتھ چھہ سردآری :-

یوٗت تام زنانہٕ خانہٕ دار چھہٕ زنٛدٕ آسان توٗت تام چھہ گرس منٛز تمٕہنٛز سردآری
روزان -

(۲۷۲)

## سُری پیٚٹھی سالاب گژھُن :-

کلہٕ پیٚٹھی سالابک آب گژھُن گوو ہیٚلہٕ کھوتہٕ زِیادٕ مصیبت تہٕ مُشکِلات ییٚنہٕ
ییٚتھ مُقابلہٕ کرُن سیٚٹھاہ مُشکِل آسہِ -

(۲۷۳)

## سرفس دوٗد دیُن :-

سُرف چاوِی توٗن لولہٕ سان دوٗد شہٕ دِیہ تورٕ لوٗٹھ، اکِس بدذات انسانس

کری تو یوڑ کوتاہ غاڑ شہ دِیہ توڑ تکلیف ۔

۲۷۴

## سیدس ہیوٗل گریم کیا :-

اکس سیدس ساڈ النالس پچھ خوداآیجی کران کاہنہ بد خواہ النسان پچھ نہ تمس ہیکان یزا دِتھ یانے تکلیف دیتھ ۔

۲۷۵

## سوٗر گرٹھ تلن تہ بُڈ سوٗر بنہ :-

ملدآسہ ہیوٗن تہ بُڈہے النالس گرٹھ منگُن تمِس پچھ بوڈ دِل تہ دِییہ ۔ سودا آسہ ہیوٗن تہ بُڈہے دو کانڈارس لَش گرٹھ تلُن ۔ شہ دِیہ لوکٹس وانہ واآلی ہنید کھوٗتہ شروٗگ ۔

۲۷۶

## سوٗنت کیٹھ زاو لیس بُٹھ ڈراو :-

یحولتشس پیز ژھوکھ زِہیس کیتھ سوٗنت زاو ، تمی دوٗیکھ اڑین کیُت جاں تہ اڑین ناکارہ ۔ یمس آرام ووت تمِس کیُت جاں یمِس تکلیف ووت تمِس کیُت ناکارہ ۔

۷۷۷

سوٗکھس بتہٕ کھیٚیہِ کُس تہٕ دوٗکھس بتہٕ دِییہِ کُس :-

سوٗکھس منٛز چھہ خوشی آسان تہٕ بوٗچھے چھہٕ لگان۔ مگر دوٗکھس منٛز چھِ ژٕر بوٗچھ لگان مگر کھین چیٚین چھُ نہ کانٛہہ دنہٕ وول یا تیار کرن وول۔

۷۷۸

سوٗر سوارن تہٕ افسوٗس پیادن :-

گرٕچ سوارن گوو سوٗر تہٕ پیدل فوجس لاریوٚ افسوٗس، ییٚلہِ کانٛسہِ ہنٛز پوٗرٕ تباہی ہشہٕ ذکر آسہِ کرن تیلہِ چھہ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ۔

۷۷۹

ستے گز آسمان میلُن :-

سخ مصیبتھ پیوٗن زن تہٕ آسہس آسمان ستے گز دوٗر روٗدمُت۔

۷۸۰

ساسہٕ گاشہِ نیرُن :-

گرٕ تمہِ وِزِ نیرُن مُشعِن یمہِ وِزِ گاش آسن ہیوٗ تمُت یِنہٕ۔ یانے پوٗرٕ گاش آسہِ نہٕ آمُت۔

(۷۸۱)

## ہشرنہِ پاّوی اژُن تہٕ ھسٔی بَرنہِ نیرُن

ہیبٔلِہ کائنشہِ کُنہِ گرس یا ادارس منشر اژُن آسہِ سُہ چھُ گیہِ ہیٖتھِ لاگیتھ تہٕ عار انیتھ سیٹھا ترس انان یا نے نرمی ہاویتھ ہشرنہِ پاّوی اژان ۔ ہیبٔلِہ زن بیٚنُن مطلب ڈراس تہٕ نیرُن آسس تہٕ نیرنہٕ باپتھ چھُ سیٹھا فِکر کران ۔ تھوٚس انان گودنیتھ برچھُ منگان یمہِ مُنتری ھوٚس ہیکِہ نیرِتھ ۔

(۷۸۲)

## سوٗنتہٕ روو کھُلُ تہٕ ہَردِ کوٗرہس ہِش ہِش :-

ہیبٔلِہ کانہہ چیز راوِ تہٕ شیہ ریتی ہیموہسہ ژھانڈُن نمہِ وِزِ چھُ یہ محاورٕ

یوان ورتاونہٕ ۔

(۷۸۳)

## سفر چھُ کافر :-

مُسافِرس چھُ سفرس منشر سیٹھا تکلیف واتان ۔ سفرس زن چھُنہٕ خوف خودا نہِ کینہہ ۔

(    )

۷۸۴

سیلِ بُنھِ ییُن :-

واٖرِ کاٖہ اسان نہٕ گیٖنڈان ییُن -

۷۸۵

سِکہِ شاٹھس پھل وُون :-

سِکہِ شاٹھس زن ووو پھل سُہ چھُ دزان نہٕ تتھ کیٚنہِ نیٖر فصل - بیٚقلس گاٹہٕ جارٕچ کیٚتھ وِنِنیٖ نہٕ بے مُروتس احسان کرُنک چھُنہٕ کانہہ نتیجہِ نیران - یہ چھُ سِکہِ مٔنٛز پھل وونس برابر -

۷۸۶

سو کُو سہٕ لُنٛڈ پچھےٚ ییتھ نہٕ واو لوٚگ :-

سُہ کُس انسان چھُ یمہِ سِندِ دستہ نہٕ کانہہ غلطی سپدِ ییہِ - سُہ کُس انسان چھُ یمی نہٕ دُتی یاہس منٛز تکلیف یا دوکھ وُچھ -

۷۸۷

سِدِ پیٖیایہ گوبرٕ زایہ تریلوکی ودوِ آیہ :-

بیٚلہِ گوڈنکی پیٖتہٕ کاؠلشہِ زنانہٕ نیٖچوٗ زیٖوِ تِمِس چھےٚ لوان ڈُلی یا مُبارک کرنہٕ۔

۲۸۸

## سامی جی نمسکار تُوٗ تن کو :-

دیان اکھ سادھا (گوسوٗنی) اوس تلہٕ باغس اکِس منتر سبھٲہن وُرِین بہِتھ۔ وہرِ وُرِیس اوس نہٕ تس لِش کانٛہہ یوان۔ مگر بیٚلہِ تُلہٕ کُلِس اَسی تُل پیٖوان تہٕ لُوکھ اَسی باغس منتر یوان تہٕ سادھس نمسکار کران سُہ اوسُکھ دیان تُوٗ تن کو یانے تُلن گرہلو نمسکار۔ بیٚلہِ کانٛہہ ینہٕ غرضہٕ بیٖس نِش سلام کرنہٕ گژھِ تیٚلہِ چھےٚ یہ ونان۔

۲۸۹

## سو کال آو تہٕ موٗد کنگال کو کال آو نہٕ موٗد کنگال :-

شُروٗ جر آسی تن یا ذرو جر نہٕ آسن وول چھےٚ بُرتھ وِزِ مران۔

۲۹۰

## سوٗنتہٕ آیہ کوکرہ ہرد کورہس ہش ہش :-

سوٗنتہٕ کالس ترُوو دانہٕ تالِس نہٕ کوکرِ آیہ دانہٕ کھیٖنہٕ تمہِ وِزِ وُن ہس

نہٕ کیٛنہہ ہُرد وأنِتھ پیٚوکھ یاد زِ تٕمِس اوس بٔنِس کرُن ۔ کاہنہٕ کرِ نوٚقصان تمہٕ وِزِ ولنوس نہٕ کیٛنہہ شبے رِیتھ گرٕ ھتھ پیٚیہِ یاد زِ سُہ بڑہے رُکاوُن ۔

۲۹۱

سرٕنڈو کرِ لڑاے تہٕ زٕرنڈن پییہِ چوٚب :۔

بیٚیلہِ ماشہِ کُٹھ لڑاے کرن تہٕ متھتہِ چھہِ لوان زرنڈ ، بیٚیلہِ طاقت ور لڑائی کرن تہٕ بچاری کمزور نہٕ بے گوناہ چھہِ چوٚب کھیٚوان ۔

۲۹۲

سبہِ شوٚب نہٕ نبہٕ دوٚر :۔

یہ دُنیا چھُ کھانڈر کرن وألِس لوان کرنہٕ زِ بیٚیلہِ لکھ سال کھیاو، ہکھ تھتھ پیٚیہ تے شوٚب نہٕ روٚدِ لِشہِ کری تے دے بردِ تکیاز اگر روٚد پییہِ تہٕ سب نہٕ رب گرٕ ھِس ہِشی ۔

۲۹۳

سانیٚن چھہ بَر وھنی :۔

اکِس گامس منٛزرِ تکھ اکِس زنانہٕ دأرِ ولو طلاق سُوگیہ پٔنُن مالیُن لبنہٕ

کیتھۂ کال گژھتھ دۄرایہ ولسن ستہ برایہٕ واریو گامہ منزٕ نتہٕ وچھن وارٕژن
درواز وتھہٕ تہٕ دوپُن ولسن زِ ساہن چھہ برٛونٹھی یمِس ستہ تولُق یوڑ
یائیٹھی آسہِ ختم گومُت نتہٕ توتہِ ولو تمِس ہن شیلہِ چھہ یہ کتھ یوان طنزاً

ونہٕ نہٕ۔

(۲۹۴)

## سٕہر نہٕ پن تام تھوُن تارِتھ:-

کورِ یا گوٚ برس کھانٛدرٕ بایتھ پرٛتھ کانٛہہ چیز تھوُن اُنِتھ بانے مکمل تیاری
تھوٚوِ کرِتھ

(۲۹۵)

## سوٗرے میوٗنے پتہٕ پھوٚت پروٗنے:-

زنٛدٕ زُوٗ چھہ اِنسان دیان زِ گرس منٛز چھہ پرٛتھ کانٛہہ چیز میوٗنے بے چھُس
سارِکے مالِک۔ مگر بیٚیہِ مران چھہ تہٕ شُمشانس پیٹھ سامانٕہ نینہٕ بایتھ چھہ
گروالی پرٛون پھوٚت ژھانٛڈان تہٕ تتھی منٛز سامانٕہ تھوان۔ نوو پھوٚت
کتہِ دِلس تِکیاز شہ مایکھ والِس۔

( )

(۷۹۶)

## سوسنی رنگ بُتھِس گرٛھن :-

سوسن چھُ شہ سنیم سفید رنگہ پوش یُس قبرِ پیٹھ پھولان چھُ، بد خبر۔ لوزِتھ یا خوف دِلس منٛز یادِ سپدِتھ بیٚیلہِ بُتھک رنگ ڈلان چھُ تیٚلہِ چھُ یہ کتھ یوان ونہٕ۔

(۷۹۷)

## سُو کار کو کار پانس بکار :-

بجان یا ناکارِ کامہ ہُند پھل چھُ اِنسانس پانٕسے میلان۔

(۷۹۸)

## سروس بنہٕ ہن پیروس کیتھ :-

پیروِ گوو لوکٹ کترِ لوٚک، عمر ہیس چھُ بجاآرِس کھانٛدرس منٛز تہٕ پیروس کینٛھہ بنہٕ دِوان۔

(۷۹۹)

## سولس مول کنس تل :-

روپیہ دِن تیٚلہِ فایدِ تہٕ آرام ییٚلہِ تم بنہٕ لس اتھس منٛز آسن۔ ییٚلہِ

ییٚلہِ سوٗن کنس منٛز آسہِ لاگِتھ تیلی چھُ تتھ موٗل یاتے تیلی چھُ سُہ خوٗبصوٗرتی برٛاوِتھ موٗل چیز بنان تہٕ فایدٕ دِوان۔

(۸۰۰)

## ساسن ڈاس کرُن :-

ساسہٕ بٕزٕ روپیہ فضوٗل خرچ کٔرِتھ ضایہ کرُن۔

(۸۰۱)

## ستھ پیپن گیہ کوٗلہِ ووٚتھ :-

پرٛانہِ وقتہٕ زانہٕ ہن نہٕ لوٗکھ عیال سٟدٕ رٹُن۔ زنانہٕ آسہِ ژودا پنداہ پین دِوان تیٚلہِ آسی وَنان زِ ستھ بچہِ زینہٕ چھِہ تیٚشر آسان کتھ بیٚتھ زن کوٗلہِ الپور ووٚتھ لاینہٕ چھِہ۔

(۸۰۲)

## سوٗرس منٛز ہشٕرن آسنہٕ :-

سوٗرس منٛز اگر ہشٕرن آسہِ گاٚمتہٕ سوکتہٕ ییٚبہِ نظرِ۔ ییٚلہِ کماٗلہٕ اُنٛدری کاہنٛہ دود آسہِ لیُس نہٕ نیٚبری۔ لوٗزنہٕ ییٚبہِ تیٚلہِ چھُ لوان ونہٕ نہٕ زِ اَمس چھہ سوٗرس منٛز ہشٕرن۔

۸۰۳

## ستھ بُتھی چِندس آسنی :-

کاہنہ ہاوِ کُنہِ وِزِ شریف بُتھ تہٕ کُنہِ وِزِ بد بُتھ کُنہِ بنہِ بدہ لحاظ تہٕ کُنہِ وِزِ بُتھی پھیر۔ لتس پٔھ ونہٕ یوان زِ ستھ بُتھی پھس چِندس ۔

۸۰۴

## ہئے سآر لگنی :-

سپٕھڑا بے چینی گڑھنی ۔

۸۰۵

## سوٗر پھلِہ بلایہ کاہنی :-

بیٚلِہ تہٕ کاآلشہ کاہنہ دود حکیمو ڈاکٹرو ہندِ دواہ ستی ٹھیک گژھِ تہٕ کاآلشِہ ہندِ بھوکہٕ یا میٹرِ پھلِہ، شیرین پھلِہ یا سوٗر پھلہ ستی ٹھیک گژھِ تیلِہ چھہ دپان زِ سوٗر پھلِہ ژٕجِس بلاے ۔ موملی چیزٕ ستی بوٚڈ بارٕ مُصیبتھ ژلُن ۔

۸۰۶

## ہشرنہِ ستی کرٛوٗر کھنُن :-

ؤشرِنہٕ سیتہٕ کاڑا میٖشر ہیکہ کھٔنِتھ تہٕ کرٛوٗر کھنہٕ لس کاڑاہ وُہمر گِژھس۔ کانہہ
کأم کرنہٕ خأطرٕ ہینِہ تِیُتھی کمزور طرٛیقہ یِن یختیار کرنہٕ یمہ سیتہٕ سُو کأم کرنس منٛز
سیٛتھاہ وخ لگِہ نیٚنِہ چھ یہ کینٛہہ لیوان ونہٕ نہٕ

۸۰۷

## ستہٕ وُرِشہ وِہتھ وار گرٛژھن :-

لوکچار سے منٛز کأنسہ زنانہٕ رؤن مرُن۔

۸۰۸

## سہس ژلزِ کرٛوہس دوٗر ازلس کوٚت ژلزِ :-

اگر سہہ وُچھون تہٕ زِمیل ہیکو دوٗر ژلِتھ تہ پنُن پان بچأوِتھ۔ مگر
تقدیرس نِشہِ کیٚنہہ پأٹھی ہیکو ژلِتھ۔

۸۰۹

## ساأرے گیہ پانس دِل دِتھ گلی بیٛٹھی مکانس :-

مہاربنٕ گیہ وآرو تہٕ تتہٕ بیٛٹھی دِل دِتھ سالرگیہ پنُن پنُن گرٕ۔

(۸۱۰)

## سَرُبھ پکان ہۄل مگر وآج نِش وآتھِ سۄد :-

سَرُبھ اگر ہۄل ہۄل پکہِ مگر وآج نِش وُٲتھِ چھُ سۄد پکان ۔ شُر اگر بییِ نِش ہۄڑ کرِ بیٚنہِ لِس نِش وُٲتھِ چھُ سۄد بنان ۔ اگر کانٛہہ بیین ستی ہجر ورتاوِ بیٚنہِ نِش چھُ سینرِ ورتاوان ۔

(۸۱۱)

## سیٚرس سرپوش آسُن :-

نٲمین تہٕ کمزورین پردٕ تھون وول آسُن ۔

(۸۱۲)

## سۄرِ وُلِتھ ژۄرِ جماتھ :-

اکھ ناکارٕ اِنسان سادٕ سُنتن ہُنٛد لِباس لاگِتھ آسہٕ ۔

# ش

(۸۱۳)

## شکل چھا پوشہٕ وٕنہِ عقل گژھہِ آسنۍ :۔

خوٗبصورتی چھہٕ وُمبرِ پوشان، وُمبرِ بڑنہٕ سٟتۍ تہٕ کانہہ دوٗد دگ کرنہٕ سٟتۍ چھےٚ سوٗ غایب گژھان۔ مگر عقل چھہٕ پوشہِ وُن چیز یُس اِنسانس وُمبرِ ہترِتھ تہِ آرام دِوان چھےٚ۔

(۸۱۴)

## شِکسہٕ کرِ واوِ چھہٕ ووکھل پھُٹان :۔

ییٚلہِ بدقسمتی ہُنٛد دوٗر چھُہ یِوان کاٗنٛسہِ لٔسۍ چھہِ گرس منٛز کنہٕ ہیٛنٛدۍ ووکھل تام پھُٹان۔ یم ہنہٕ سہل سہل پھوٗٹۍ گژھن۔

(٨١٥)

## شال شانٛسے ہرکرن ٹھُنگہِ وزِچھ کُنی :-

اگر شال پانہٕ وانٛنی لڑٛانٛسے تہٕ کرن مگر ٹھُنگہِ دِنہٕ وزِ چھ ساٛرے یکجا سیٛتھ کُنہِ ٹھُنگہِ دِوان ، اگر اکِہ زاٛژ یا اکِہ گرِکہ باٛژ آسن پانہٕ وانٛنی ژُووان تہٕ مگر ہینٛدِ وہ برس مقابلہٕ آسکھ کرُن تہ ساٛرے چھِ یکجا کران ۔

(٨١٦)

## شرۆژ کرِے شرۆن کرِے اُنمہٕ ستی دان لوِے :-

ہینٛدِ کاہٕژ زنانہٕ چھِ وِنان زِ بہٕ چھَس صاف تہٕ پاک یا ٹھِژ رنان ہیوٚان مگر چوکہِ چھُس آسان گندِ بھوومُت یا ڈُنی تو لیُس اَیزی درولشی ناوِ تمِس مُتلق چھُ یہ لیوان ونہٕ نہٕ ۔

(٨١٧)

## شاہس پتہٕ غاٛبھہٕ :-

بادشاہس نہٕ چھِ پتہٕ کنہٕ غاٛبھہٕ لیوان کرنہٕ عام اِنسانہٕ ہُنز چھےٚ نہٕ کنہٕ کاہٕژ ۔

(٨١٨)

## شٔشترِ وٚھانٛکلہ آسنہٕ :-

شٔشترِ وٚھانٛکل ژھینہٕ چھہ سیٹھا مُشکل یینٛلِہ وٕنہٕ آسہِ زِ رشتہٕ چھُہ مضبوٗط زِ ژٔٹِتھ ہیکون نہٕ ۔ تیٛلِہ چھُہ یہ محاورٕ لوان ورتاونہٕ ۔

(۸۱۹)

## شٕہس تلہ گٕژھ آسنہٕ :-

پانہٕ آسہِ شُماہ بٔنِتھ سأرِنے گاش ہاوان نہٕ سیزِ وٕتہٕ پکہٕ ناوان مگر یم بیٛنہٕ اولاد اُسنس بم آسن وٕنہٕ ڈُلمینہٕ تیٛلِہ چھہ یہ کتھ لوان وٕنہٕ نہٕ ۔ شُماہ چھُنہٕ پٔزی کنہٕ پانس تل کُنہٕ بنہٕ گاش دِتھ ہیکان ، مطلب جانِرس ستی نہٕ چھُہ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ نقص ضوٗرور آسان ۔

(۸۲۰)

## شامن دانہِ تالیس ژراوُن :-

شام وخ چھُہ دانہِ تالیس تراونہٕ بانپھتہ غلط وخ ، شامن کتہِ چھُہ تاپھ بیٛتھ زن دانہِ ہوکھِ ۔ غلط وقتس پیٹھ بیٛنلِہ کانٛہہ کام ییٛنہِ شوٗرو کرنہٕ تیٛلِہ چھہ یہ کتھ لوان وٕنہٕ نہٕ ۔

( )

٨٢١

## شُمشانہٕ وٲراگ یُن :-

ییلہِ شُمشانس پیٹھ مورد چھُ دزان آسان تہٕ وُچھن والین چھُ یہ زانِتھ وٲراگ یوان زِ دُنی یا ہس منٛز کیا چھُ آخر انسانہٕ سُند انجام۔ یتہٕ ایٚز کرُن دوکھ دیُن ینہٕ غرضہٕ یا پیٹھ ییٚس ایزا دیُن کوتاہ غلط تہٕ ناجاٸز چھُ۔ مگر شمشانہ منٛزٕ نیرِتھ چھُ یہ سورُے تِمن مُشِتھ گژھان تہٕ کران چھِ تی یہ کران آسی۔

٨٢٢

## شِکم کتہِ کرِ واد :-

امیُک مطلب چھُ زِ طماہ چھُنہٕ اِنسانس زاہہٕ کم گژھان لیس ساس چھُ سہ چھُ لچھ زھانٛڑان لیس لچھ چھُ سہ چھُ کرورہٕچ خاہِش کران۔ کرور ییٚنہٕ تہِ چھُس نہٕ شِکم واد کران دپان چھُس بیٚیہ دِتم۔

٨٢٣

## شونٛگِتھ شاہ مار آسُن :-

شاہ مار چھُ زہریلہٕ تہٕ خطرناکھ سورُف، ییٚلہِ شونٛگِتھ آسہِ نہٕ چھُ باسان

شریف تہ سوندر، بیٚبلہِ کاہٕہ خطرناکھ بدذات اِنسان سۆندر تہٕ کُنہٕ
وِزِ شریف باسہِ تمِس پھہ شوٗنگہِ میتِس شاہ مارس ستی مُشابہت دیوان
دِنہٕ۔

(۸۲۴)

شینکرِ ژھکٕر آسنہٕ :-
کُنہٕ زوٗن روزٕن سماجس ستی ساری رِشتہٕ ژٕٹنہٕ۔

(۸۲۵)

سٕرہ آسُن :-
ماے محبتہ آسُن۔

(۸۲۶)

شاہ ژھۄہ پاہ :-
پاہ گوو ووٗزُم ہیتھ تمُت چیز یُس والِس پھہ کرُن، شاہ ژھۄہ مطلب
زِندگی یہ ژھۄہ ووٗزمکی پاٹھی کُنہِ نتہٕ کُنہِ وِزِ والِس کرُن۔

(۸۲۷)

شِکتس چھ بوٚچھ نہٕ امیری چھ سیری :-
غریبس بیٚیلہِ کم غذا واتہِ نہٕ بوٚچھ لگنہٕ چھ لازمی کتھا۔ امیرس چھُ پرٛتھ کانہہ چیز پزنہٕ پیٹھی حاظر آسان نہٕ تمہِ کنہٕ چھس سیری زیادٕ نہٕ بوٚچھِ کم۔

۸۲۸

شالیُن بیوُل چھُ ہیوٗے :-
شوُل چھُ اکھ قسمُک اناج یتھکی سارے پھٔلی چھ قدرتی طور ہِیوی آسان بیٚیلہِ کُنہِ خاندانکی لوکھ اکی قسمکی اوصاف آسن یتھوان تیلہِ چھ یہ کتھ یوان ونہنہٕ۔

۸۲۹

شُرٕ مٔتن گوٚ ہوٗس مٔتن :-
شُرٕ بیٚیلہِ گرس منٛز ہوٚر چھُ کران نہٕ ساری گرٕکی باژ چھ تمس کُن ٹکِتھ تمِس ژھوٕ پہٕ کرناونس لگان، تہٕ مہنہٕ ناوُن چھکھ باسان زن نہٕ ہوٗس مٔتہٕ ناوُن چھُ۔

۸۳۰

۸۳۱

## شانہٕ ووگہٕ ننٛیہٕ :-

سۄتھٕہے توٗش گژھن ۔ ییٚلہِ کاںٛسہِ اولاد یا قریبی رشتہٕ دارٕ ہنٛزٕ زندگی منٛز کامیأبی ہُنٛد بوزان چھہ تمہِ وِزِ چھِہ یہ کتھ یوان وننہٕ ۔

۸۳۲

## شاہ بنو لشکرِ لیس یہ خوٗش کرِ :-

بادشاہ ڈراو فوجس سیتۍ ووٚنۍ ژھُنہٕ ہُمنٛد کانٛہہ خوٗف لیس ووٚنۍ یہ خوٗش بییہِ سُہ کرِنہٕ ۔

۸۳۳

## شیٖیہِ ژرہ نیٖرۍ کھیتھ نگنٛی کأر :-

نیٖوُرِ چھہ وناں گاسہٕ مأدانس بیٚتھ منٛز چارواۓ رٕیتہٕ کألِس گاسہٕ کھیاونہِ چھہ یوان نینہٕ ۔ نِگنی چھہ وناں تتھ زمیٖتھِس نأرِس لیُس گانس منٛز چارواین گاسہٕ کھیاونہٕ باہتھ چھُہ یوان ھتونہٕ ۔ سۄتھاہس نیٖرِن پھیٖرِتھ نہِ چھہ چارٕ واۓ والیس ہینہٕ نیٖپے گانس منٛز واتن تہٕ نِگنہِ منٛز ہیٚنُ کلہٕ جُھکأوِتھ گاسہٕ کھیٚوان یہ چھُ تس اِنسانس متلق یوان

وِنہٕ نہٕ یُس گرِہ نبر نبرِ ہتھ عاش کرنک عادی آسہِ ۔ آخر چھُ یِنہٕ لِسیے گرس
منز وآتھ کلہٕ ژھکاوِتھ تی کھیوان یہ تیتہٕ آسہِ ۔

(۸۳۴)

## شُری گیہ آکالہِ پوش ہتہٕ بلا یہ گرزھن ینہٕرِنی :-

بروہنہٕ کالہِ آسی لوکھ سٹھا شُری ہقوان ۔ یلاج یمُ از چھُ رائج تِم آسی نہٕ
تیلہِ تمہٕ کِنہٕ آسی سٹھا شُری مران تہٕ لوکھ آسی ونان زِ شُری چھِ بے وقتکی
پوش یم نہٕ یُتھر کال دران چھِ، یم گرزھن ہتو بیمار پوتلہٕ نیرِنی ۔

(۸۳۵)

## شرم دار گلان شرمہِ شرمہِ بے شرم دیان کھوژِہتھ رود :-

یُس شرم دار آسہِ سُہ چھُ شرمہِ کِنہٕ ژھوپہٕ کران، لڑایے جگڑ کرنس چھُ منز چھان
یُس بے شرم آسہِ سُہ چھُ دیان زِمہٕ رود کھوژِہتھ تہٕ کرِن ژھوپہٕ ۔

(۸۳۶)

## شُرِل کرنی :-

شُری سُنز ہیو طریقہٕ بختیار کرُن ۔ نِتھے پاٹھی غلطی کرنی یتھہٕ پاٹھی شُر کران
چھُ ۔

(٨٣٧)

شریکس شریک اُچھ کرِ یا :-

شریکس چھُ پنُن رِچھہٕ نیٖن ، بیاکھ شریک ماہیکہٕ تمِس اُچھ کرُیتھ یتھ نہٕ سہ پنُن رِچھہِ ہیکہٕ وُچھتھ -

(٨٣٨)

شِکس لدس نہٕ واز بتس کامٕ کیا :-

غریبس چھُ پوان واز والنس بیٛہ سال کرنہٕ

(٨٣٩)

شِکس لدس ہُل ڈکھ ولو بیٛہو نکھہٕ نکھ :-

غریبس چھُ غریبس سٟتی واٹھ آسن ۔ نہٕ آسن وول بیٛہہِ نہٕ آسن والیٚس لِنشہ -

(٨٤٠)

شُرے پھالوٗٹھ کنہ شُری سُشُر زل مَل :-

مائلیس ماجہ چھُ شُرِ لوٗٹھ مگر تمشُنز کاہنہٕ ناکارگی چھکھ نہٕ پیشہٕ آسان -

(۸۴۱)

## شُہرِ روس گرِ گو شمشان :-

شُہرِ روس گرس منز چھِ ساری بٔڑی آسان یِم اُکھرِ اکھِ مران چھِ تہٕ گرِ چھُ شمشانکی پأٹھی خاموش گژھان، شُہری اگر آسن تیم چھِ بڑان تہٕ بڑِہ ہندِ مرنہٕ پتہٕ چھِ گرس منز رونق جأری روزان -

(۸۴۲)

## شاہِ جہانس نہٕ بنہٕ چھانس چھِ کُنی کتھ :-

ییٚلہِ بادشاہس تہٕ موٗلی اِنسانس اکی نظرِ ییٚہِ وُچھنہٕ تیٚلہ چھِ یہ کتھ لوان ونہٕ نہٕ -

(۸۴۳)

## شَشترِ وِ کرِ ژاپنہٕ :-

ییٚلہِ کانہہٕ سیٹھا مُشکل کام آسہِ کران سُہ چھُ تمہِ وِزِ ونان زِ ششترِ وِ کرِ چھُس ژاپان -

(۸۴۴)

شُری چھوٚر کوٚتھِس پٔتہٕ چھُہ شرُ مارُن پٔتہٕ چھُہ کوٚتھہ ژُٹُن :-

شرُ اگر غلطی کرِ سوٗ چھہ ژالنہٕ تہٕ شرُ تہٕ چھُنہٕ مارُن ۔

(۸۴۵)

شُری ہنا زاییی پٔتہٕ زٔلہٕ ہتا ژاییی :-

بیٚبلِہ شُرُ زیوان چھُہ تہٕ ماجہِ چھہ پریشانی شوٚرُو گژھان ۔

(۸۴۶)

شُروٚز لیٚچ چھہ ہوٚنہٕ ہوٚ کھیمہٕ :-

لُیس چیٖز سارِنٕے ہُنٛد آسہ تتھ چھُنہٕ کانٛہہ اکھ پٔتہٕ راٚچھِہ راوُٹھ کران ۔ سارِے ڈیان میے کھوٚتاہ نتیجہِ چھُہ یہِ زِ بیٚاکھ کانٛہہ چھُہ یوان تتھ کھیوان ۔

(۸۴۷)

شاگٕل تارکھ ھاوٕنہٕ :-

شالی دانہٕ ھاوِتھ چھُس دیان زِیم چھہ تارکھ گوٚو دھوکھہ دِتھ پٔتہٕ اَپُز وُٗنی وُٗنی تبہٕ لاوُن ۔

(۸۴۸)

شوُپیو ستی موٗختہٕ ڈالُن :-

ژیٚتھ امیر آسُن یِتھٕ زنِ شوٗپہٕ ستی آسن موٗختہٕ ژاران -

(۸۴۹)

شُرگ اگ ژالُن :-

جان ناکارٕ برداشت کرُن -

◯

# ع

(۸۵۰)

## عام گوو خام :-

عام لوکھ پھینہٕ ہیکان کُنہِ کتھِ ہُنٛد دُرُس یا نے صحی مطلب ژٲرِتھ ۔

(۸۵۱)

## عبادتھ کولہِ ژہنٛنی :-

ینٛنی نیک کٲم کانہٕ خراب کٲم کرنہٕ سٟتۍ ضایہ کرنی ۔

(۸۵۲)

## عآبہٕ لدٕ پانس نوٚبہٕ تقسیر :-

عاًبو بُرِھۂ اِلناٗس وُچھِتھ چھ لوٗکھ دوکھ باوان تہٕ ڈٕپان جان گیٚیو اگر توبہٕ کرِہے۔

(۸۵۳)

## عاًبہٕ کیٚن کارن غاًبکی ملاًیکھ :-

اگر کانٛہہ ژوٗرِ تہٕ کانٛہہ ناکارٕ کاٗم کرِ سہٕ جرزن چھ غاًبکی ملکھ لوٗکن تام واتناوان۔

(۸۵۴)

## عاًبہٕ غارِ چھ بنہٕ غاًرتل گرٛھان :-

دولتہٕ مند بنٛدی عاًب چھ تٔمسٕندِس دولتس تل کھٕٹِتھ روزان۔

(۸۵۵)

## عاًلی وِچھتے زاٗلی واٗتکن۔ دوہے وِچھکھ کونٛز آیے :-

ژھکھ بنہٕ بنہٕ زاٗلی واٗتکن وُچھِتھ فخر کران مگر مےٚ کھٕرٕ کھ نہٕ زانٛہہ تہٕ ٹارِ۔



# غ

(۸۵۶)

## غریبس شُر زاو اَوٗنُن کتہ :-

امیر سوٗنچان غریب چھُہ دُنی یاہس منٛز کُنہِ تہِ چیٖزُک حقدار۔ اگر تٔمِس زنانہِ شُر زٔلو تم چھِ دِیان زِ یہ کتہِ اوٗن تٔمۍ۔

(۸۵۷)

## غآبی سنز رگٕرھن :-

کاںہہ کامیاُبی تیٖتھ پأٹھۍ حاصل سپدنی ییٖتھ پأٹھۍ نہٕ بالس تہِ فکرِ ترِ زِ یہ کینٛہہ پأٹھۍ سپدییہِ۔

(۸۵۸)

**نٕو ٹھن گٔژھُن :-**

پریشان گٔژھُن، سوٗنچس منٛز پیوٚن -

# ف

(۸۵۹)

فقیر صاٰب دُعا کرتھ دوبینس اپنا اپنا نیتھ ہے :-

رٕژ آسیہ نیٖتھ تہٕ رُتے لبہِ ۔ فقیرٕ سٕنٛد دُعا کیا کرِ ہیس ۔ نیٖتہٕ بُدٕس بچھ روزِ بلا

(۸۶۰)

فلہِ فلہِ گرٛژھُن :-

بیٖیوٚن بیٖیوٚن گرٛژھُن ۔ الگ الگ گرٛژھُن ۔

(۸۶۱)

فلکن کھسُن :-

آسمانس کھسُن ، مطلب سخت شوٚر کرُن ۔

۸۶۲

فان کرُن :-
تباہی کرٕنۍ ۔

۸۶۳

فاس کرُن :-
دۆن جُدائی کرٕنۍ ۔

۸۶۴

فیل پنٕنۍ آسُن :-
پنٕنۍ سٕہ اولادیمہِ سٕنٛد کِنۍ تکلیف وانٕنہِ ۔

۸۶۵

فاطہٕ چھاۓ گراہ چاۓ تہٕ گراہ میاۓ :-
یہ چھُ لتس زنانہٕ مُتلق یوان ونہنہٕ یوسہ گراہ اکِس ہتہٕ تہٕ گراہ بیٚیِس ہتہٕ ولہٕ لتون آسہِ لاگان ۔

۸۶۶

مۆل پھُٹ تہٕ داوا کیا :-

یمہِ ہندی کنِز مےّ ژٕنے ییہٕ بخِتیار اوس ییہِ نہٕ سےٚ رۄد میثون کیا حق چھُ ۔

(۸۶۷)

## فرٕچا پھکہ ییٚس :۔

فرٕگیہ نارس ییہٕ بُزمرٕ گاٹُر، اگر کینٛہ کال روزِ نہٕ تتہٕ چھہ پھکہ یوان ۔
ییٚلِہ کانٛہ چیز ییٚر کال تام پوشوٗن آسہِ نہٕ تییٚلِہ چھُہ تتہٕ مُتلق یہ یوان ونہنہٕ ۔

(۸۶۸)

## فتوٗر آسُن :۔

پاگل پن آسُن ۔

(۸۶۹)

## فلواہ گرٕھُن :۔

باورِ گرٕھُن ۔

# ق

(۱۸۰)

## قطرِ قطرِ دریاو سمان :-

اکھ اکھ قُطرِ جما گژِتھ چھُ دریاو سمان - اکھ اکھ دانہٕ سوٚمبرِتھ چھُ امبار بنان-
تہٕ اکھ اکھ ھار سوٚمبرِتھ چھِ ڈیار بنان -

(۱۸۱)

## قرض چھُ چوٗمُت آبِ حیات :-

لیُس آبِ حیات چیِیہٕ سُہ چھُ نہٕ زانہٕ ہران قرض نکھہ وسنس چھِ وُمیر
لگان تہٕ کاٗلِتہٕ ہیٚنہِ یِحسانک قرض چھُنہ زانہٕ تہِ نکھہ وسان -

(۸۷۲)

## قبرِ منز زٔنگ الوٗنٛد آسنہٕ :-

مرلس تیار آسُن -

(۸۷۳)

## قول تہٕ فیٖل گرٛھِ کُن آسُن :-

اِنسان یہ زٕہوِ ونہِ تہِ گرٛھ عملہ منٛز تہِ انُن -



# ک

۸۷۴

## کوٗلِہ اپارِ یُس لبِہ کرِٚ تَس کیاہ کرِو :-

یُس دوٗرِ روزِتھ کُنہِ محفوٗظ جایہِ بِہِتھ ناس تراس وٕنِہ تمِس کِتھ پاٹھی ہیکہِ انسان پوٗشتھ۔

۸۷۵

## کاوِ ےٚ چھُلِہ زِہن سنٛز ساہنےٚ کاوس کرِہنز ژلِہ لوٗزاہنہٕ۔

بروٗنٛہہ کالِہ بیٚیلِہ نہٕ صابن اُس کشیٖرِ منٛز آسی لوٗکھ صابنِہ بدلہٕ سنٛز کران استعمال گنہار کانڈ اوس یوان زالنہٕ تہٕ تتھ سوٗرس آسی سنٛزوٗنان۔ اگر کاوٕ چھلوٗن سنٛز

نہٕ مابن لاگیتھ تس کیتہٕ ژٕلہِ کرٕہُن ژٕنگ اگر کانٛہہ بد خصلتھ اِنسان جان بناوُن
بابتھ کانٛہہ آژٕہ کوٗشِش نہٕ کرو سُہ چھُنہٕ ہیکان بدلِتھ یاتہٕ فطرتھ چھُنہٕ بدلان ۔

٨٧٦

## کُنہِ کھوٗنہٕ دوٗر نہٕ پوشہِ کھوٗنہٕ آوُل :-

یہ کتھ چھےٚ اِنسانس مُتلق یوان وننہٕ زِ اِنسان چھُ کُنہِ کھوٗنہٕ مضبوط نہٕ بال چھُ ہیکان ژٕلتھ نہٕ بُڈی بل چھُ پھُٹراوان ، مگر پوشہِ کھوٗنہٕ چھُ زیادٕ نوزُک موٗمُلی ہیر پھیر ستی چھُنہٕ روٗزان کُنہِ لایق ۔

٨٧٧

## کوکُر تھچان نہٕ پوٗتی چھِہ ہیچھان :-

یہ موٗل مآج کرِ نہٕ چھُ تمہِ شُر نہٕ ہیچھان ۔

٨٧٨

## کوٗکر بڈِ نہٕ رٕبکھ تراوِنۍ :-

یوتہٕ اِنسان دولتھ منٛد زیادٕ بنہِ تیوتہٕ چھُ سُہ خرچاوُنس کمی کران ۔

۱۷۹

## کوٚلہِ کھوٚتہٕ کوٗل چھُ سرد :-

اگر اکِس ناکارٕ اِنسانس ہنٛدِ بنٛہ بییِس تمہِ کھوتہٕ زیادٕ ناکارٕ اِنسانس سۭتۍ کٲم پییہِ تیٚلہِ چھُ یہ کتھ یوان ورتاونہٕ۔

(۸۸۰)

## کاونہِ آلہِ کرُن :-

کاوٕ چھُ اوٗل چھُ ٹھۄدِس کُلِس پیٹھ آسان اگر توٚتہٕ وُنِتھ تمہِ منٛز کینٛہہ کڈنٕچ کوٗشِش کرو تہِ کاو چھُ یوان حملہِ کرِتھ دگہٕ دِنہٕ۔ گوڈنیُک جایہ پیٹھ کانٛہہ چیز انُن یوٚت واتُن مُشکل تہِ چھُ تہٕ پنٛہ دُشمن ہنٛدِ حملک خطرٕ تہٕ چھُ۔

(۸۸۱)

## کوٚکرس چھُ کُنی زنگ :-

کٔمی تام وُن زِ کوٚکرس چھُ اکے زنگ سُہ سمجھوٚکھ نہٕ ہیوٚہس تہٕ زِ کوٚکرس چھِ زٕ زنگہٕ مگر تٔمی بوز نہٕ تہِ کینٛہہ تہِ گوونان زِ کوٚکرس چھُ کُنی زنگ ییٚلہِ کانٛہہ اِنسان سمجھاونہ باوجوٗد بیٚنٛہی غلط کتھ بار بار ونہِ تیٚلہِ چھُ یہ کتھ یوان ونُنہٕ۔ اتھ ہیکو ہٹھ درمی نہٕ وُنِتھ۔

۸۸۲

## کُلِس مُلِس تھوٗدا دوس :-

لُس کم زبان تہٕ سہوٗد ساد آسہِ تس پتھ تھوٗدا مدد کران ۔

۸۸۳

## کاہن گاو راوٕز :-

کُنی راے نہٕ آسنی اتفاق نہ آسُن اگر کاہ اِنسان آسِنہٕ تہِ تمن سُمٲھ اسہِ نہٕ یم پتھِنہٕ اکِس گاوٕ تہِ ہیکان حفاظت کرِتھ ۔

۸۸۴

## کٹہٕ کھوپرن پتھُ زہر آسان :-

آدمی کلس پتھ آخر کھوپر یانے اُرِ جن ہُند ڈبہ و نان ، اتھ منٛز پتھُ شرارتھ ، ناراضگی تہٕ کروٗد روزن حماقت مگر یہ زانہٕ نہِ پتھُ اِنسان شرارتی آسان ۔

۸۸۵

## کم کھیوٚن جان ہم نہٕ ہیوٚن :-

کمس ییہٕ گُذارٕ کرُن چھُ سیٹھا جان اگر زِیادٕ ژھانڈٕ تمِس چھِ تمہِ باپتھ تھف تھوٗس دِنی تہٕ زوٗر زآر ییوان کرٕنی ۔ ییلِہ سو ہنی نیران چھُس تیلِہ چھُ تس سیٹھا غم ییوان ۔ مطلب پریشانی نِشہِ بچنہٕ خأطرٕ اگر کم تہٕ ییہِ کھیوٗن تہٕ تی گوو جان ۔

(۸۸۶)

## کمس کمائی ہیکہ نہٕ زِیادس زوآلی ہیکہ :-

اِنسانس آسہِ سوٗم گُذارٕ تہٕ دِلس منٛز چھُس روزان شأنتی تہٕ سکوٗن ۔ ییلِہ قوٗد رہتھ سیٹھا زِیادٕ دِلس تہٕ پریشانی چھُس بڑان تہٕ منہٕ کُس سکوٗنس چھُس زوال یِوان ۔

(۸۸۷)

## کُلِس کھآئِہتھ گوٗڈٕ ریب کرٕنی :-

کاہنہٕ غلط کآم کرنہٕ باپتھ کأنِسہِ ترغیب دِیُن تہٕ پتہ ییلِہ تمیک غلط نتیجہِ نیرِ تہٕ پتہٕ سِے شرمند کرُن ۔

(۸۸۸)

## کوٚل گرزان کوٚسے چھکھ آگرٕ وُچھتھ :-

آگرُ گیہ کوٚلہٕ ہشنز سوٚ جاے یتہٕ تتھ آب چھُ نیران اگر نتہٕ پوٚتی آسہ سیٹھا نیران تہٕ کوٚل چھ گرزان گرزان وسان، اگر نتہٕ کمی پوٚتی آسہ نیران تہٕ کوٚل چھ سوٗتیتھ وسان - یتھِس کمالہٕ اِنسانس مالک یا افسر تیز آسہ سہٕ تہٕ چھُ تیزٕ ہے تیزی کران - اگر اِنسانس یتی کینٕہ ڈوٚکھ مضبوط آسہ تیلہٕ چھُ سہٕ تہٕ تمی آیہ مظبوط آسان -

(۸۸۹)

## کینٛہہ نے کرہم کُنہٕ ٹلی ونتم :-

لوکٹ اِنسان چھُ بُڈس ہنزِس ونان زِ اگر نہٕ مےٚ تہٕ کانٛہہ سوٚ چھ کرہم کم سے کم ونتم لوٚکن تھٕی کُنس مشنز کانٛہہ کتھ تمہ سیتی باسہ لوٚکن زِ بہ چھوٚسے تہٕ خاص یتہٕ تہٕ مےٚ روز زیرِ بحث -

(۸۹۰)

## کُن چھُ پانے شوٚبن :-

کُنس اِنسانس چھے نہٕ کانٛہہ شوٚب سہٕ چھُ آسان بیرٕ ژھیٚن تہٕ کمزور - کُن چھُ صرف اکھ خُدا شوٚبان -

(۱۹۱)

## کُنہ گبہ مُٹھی لیبح :-

اگر گرس منٹر کُنی گئب آسہِ تہ گرچ مُٹھی لیبح پھ سارے تمسے شرپان بیٹھ گرس منٹر اکوّے منٹر آسہِ تُمتس چھُ پتزنہِ پیھٹ کھین چن واتان -

(۱۹۲)

## کیبنہ پنہ کام تہ کولہ گوم :-

بیبلہِ پنہ گامس منٹر کاٹہ کیٹہ کام آسہِ ہے سہ اوس قصبہ کس بازرس تیلہِ پھیرنہِ گرٹھان بیبلہِ کاہنہ بلی فوضول کام کرِ تیلہِ چھ لس یہ کتھ بوان ونہنہ -

(۱۹۳)

## کلے کرکھ کُجی مرکھ کل نے کرکھ مرکھ پنہ زاہنہ :-

اگر انسانس کُنہِ چیزچ کل گنہِ سہ چیز حاصل کرنہ خاطرِ چھُ سہ پرتھ وزِ پریشان روزان - اگر نہ کل کرِ تہ تیلہِ چھس دِلس منٹر شانتی روزان -

۸۹۴

## کرنجلہِ پوٗنٛ سارُن :-

کرنجلِس مٔنٛز کتہٕ رٲوٗزِ پونٛ تہٕ تتھ مٔنٛز کیٛتہٕ پٲٹھی ییٚنہٕ بییِس جایہِ نیٚنہٕ۔ گو تیتھہٕ پٲٹھی کام کرنۍ ییتھہٕ کُنہٕ نہٕ کیٚنٛہہ حاصل ییٚیہِ۔

۸۹۵

## کُن پان گو راحتہٕ جان :-

اگر کُنِے آسہِ تیٚلہِ چھُس فرٕف پانَس واتُن۔ اگر بوڑ عیال آسِس تیٚلہِ چھُس سارِنے ہٕنٛز پریشانی۔ اوے کِنہ چھُ کُن پان راحتہِ جان یانے زُوک آرام۔

۸۹۶

## کُنس بنہٕ لدُن :-

بییہِ ہٕنٛز کتھ نہٕ بوزٕنۍ، زوٗر لاگُن، زِن نہٕ لوٗزنے کیٚنٛہہ۔

۸۹۷

## گٔلی شُند بول بوش زانہِ گٔلی شُند مول ماج :-

شُری ہٕنٛز کتھ چھہ ماجہِ ماٲلِسے فکرِ ترُان۔



۸۹۸

## کالہِ دوٚپنم گنگہ بل پگاہ گوٚہ یارِ بل :-

کالہِ دوٚپنم بہٕ گژھ گنگایہ بیہٕھ شران کرنہِ پگاہ ووتھ ہٕ یارِبلس بیہٕھ تہِ باتے کھالہِ وٗن نم ژِ بہٕ کرٕ بڑٕ بارِ کام پگاہ لوگُن ہٕ اکھہِ تہِ کُنہِ ۔

۸۹۹

## کسرِ تلی آب انُن :-

کسرِ مشری بیلہِ آب پکہِ کیسرِ چھہ کھسان آلس بیہٕھ تہٕ آب چھُنہٕ یوان لوزنہٕ ۔ بیلہِ گاشہِ اِنسانس نیتھ پاٹھی تکلیف واتہٕ ناوو بیتھ پاٹھی ہٕ تکلیف واتہٕ تس تام ٹمسِ خبرے لگہِ تیلہِ چھُ یہ مُحاورِ یوان ونہنہٕ ۔

۹۰۰

## کاوِ گاٹُل آسُن :-

کاو چھُ یوان جانورن منزِ گاٹُل مانہنہٕ مگر سُہ چھُ یتہٕ بیس تنہٕ ٹکورِ کھیوان۔ تمس اِنسانس چھُ یوان کاوِ گاٹُل ونہنہٕ یُس عقلمند آسِتھ تہِ ناجائِز کران آسہِ ۔

(۹۰۱)

## کلس پیٹھ ناپہ لوکھ آسن :-

گوڈ سیٹھا پریشان آسن ۔ ییلہِ کانٛسہ بُڈ انہارِ ش کوٗرگرس منٛز آسہ تیلہِ چھُ یہ لوان ونُنہ زِ اَمِس چھُ کلس پیٹھ ناپہ لوکھ یا تے بُڈ بایہ ذِمہ وارٛی نکھہ والنہٕ ۔

(۹۰۲)

## کرٛیہ کھوتہٕ چھُ اِنصاف :-

کرٛے کرِنۍ گوٚ دیہ شُند ناو ہیوٚن تمہِ کھوتہٕ تہِ چھُ اِنصاف کرُن زیادٕ جان عبادت

(۹۰۳)

## کمزورس پٮ۪ٹھ کوٚ کرِ تام دِگہِ دِوان :-

یُس کمزور آسہِ تس چھُ یرٛتھہ کانٛہہ کوٚکرِ ہیوٚ کمزور اِنسان تہِ تکلیف دانہٕ ناوان ۔



۹۰۴

## کٕنہِ پیٚتہٕ چھاںٛپُن :-

چھاںٛپنہِ سِتۍ چھِ کٕنۍ لوان دوٗر دارِتھ دِنہٕ مگر چھاںٛپُن چھُ روزان اتھس مشٕر۔ بیٚیلہِ گرس مشٕر کاںٛہہ بآژ راوِ نہٕ گرٕ وول نیٚبرِ پیتے تَس ژھاںٛڈنہِ نیٚیلہِ چھُ لوان وَنہنہٕ زِ کٕنہِ پیٚتہٕ گوو چھاںٛپُن ۔

۹۰۵

## کوٚٹھہ پھُٹ تہٕ لیوٚل پھُٹ :-

بیٚیلہِ اِنسان یکٕنس پھیرلس لایق روٗزِ نہٕ سُہ کِتھہٕ پآٹھۍ ہیکہِ کمآوِتھ ۔ بیٚیلہِ نہٕ کمآوِتھ ہیکہِ تَس کِتھہٕ پآٹھۍ روزِ دان دزوٗن تہٕ شُرۍ بآژ کیا کھیٚن۔ تُتھی چھِ وَنان کوٚٹھہ پھُٹ تہٕ لیوٚل پھُٹ ۔

۹۰۶

## گٔرۍ مَن ژھٔنِتھ بآزار توٗرتہ وو نہٕس کریٖمہٕ نَنہٕ وور۔

یمِس اکِہِ لٹہِ نَنہٕ وآرۍ ناو گوو لگِتھ سُہ ژھٔنِ تَن ہتھ بآزارِ مگر نَنہٕ وآرۍ ناو پھُس نہٕ ژلان ۔



۹۰۷

## کاہنہ چھا ئنو دالیس ژۄرِ آمُت :-

ئنو دا چھُ سارِنے رِچھان تہٕ پالان کاہنہٕ اِنسان چھِہنہٕ سُہ لیُس تمشِنرِ مرفی درأے دُنی یاہس منشر چھُہ آمت ۔

۹۰۸

## کنہٕ ہیپنہِ ہنٛد سٕتہ ٹکرٕ گرٛژھنی :-

دیان چھِ کنہٕ ہیپنہِ اگر زٕ ٹکرٕ گرٛژھن تم چھِ دوشوے حِصہ الگ الگ پکان ۔ لیس کاٲنسہِ زۄوس سیٹھاہ تکلیف آسہِ وونتمُت مگر تہٕ کرٛتھ تہِ آسہ کاٲم کارکران سُہ چھُ ونان زمےٚ گیہ کنہٕ ہیپنہِ ہنٛد سٕتہ ٹکرٕ ۔ مگر تو تہ چھُس پکان ۔

۹۰۹

## کلہٕ دیُن :-

بٔنُن پان کاٲنسہِ ہنٛدِ خاطرٕ قوربان کرُن ۔

۹۱۰

## کاکُن ھاپُھ گژھُن :-

کاک اوس ہیچُو ہیتھ ڈُریاو بجِس پیٹھ سہلابُک تماشہِ وُچھان۔ کاکن وُچھ اَکِس ہِتی موٗنڈ وسان ہیچوِس دوپُن تلہ بایہ کھارتن تہٕ لکار لگہِ۔ ہیچُو ووتھ ڈُریاوس منٛز ییٚلہِ موٗنڈِس تھقف کرِنٛ۔ سُہ اوس ہاپُھ کرکھ دِژِن ماٗلِس، کاکو یہ نا چھُ ھاپُھ، کاکن دولُس ژھُنن تراوِتھ۔ اُتھی دولُس مےٚ نا تراوِلوو مگر یہ چھُم نہٕ تراوان۔ ییٚلہِ کاہِنہٕ کُنہِ وُلٹہ کامہِ منٛز بھیہ تھیتھ ژھِ تراوُن مگر ہیٚکہ نہٕ تراوِتھ سُہ چھُ دپان زِ کاکُن ھاپُھ گوم۔

(۹۱۱)

## کوچہِ پھیرُ کرُن :-

کاٗلِشہِ غلط کوچہِ ناَوِتھ وتھ راوِ راوِنۍ۔

(۹۱۲)

## کلس ژِنہِ رِکھ کرِتھ نیرُن :-

مرنہٕ خاطرِ تیار گژِھتھ لڑاے کرنہِ نیرُن۔



۹۱۳

## کلہٕ واری کریس گرٕٹھن :-

ییٚلہِ کانٛسہٕ اِنسانس کُنہٕ گرٕچ ساریٚ ذمہٕ واری تہٕ خرچ بیٚیتر پانٛسے پیٚیہِ کرٕن۔ سُہ چھُ دپان زِ کلہ واریٚ گوس کرٕریس۔

۹۱۴

## کوٗرِ سوکھ تہٕ پانٛس ماجہِ سوکھ تہٕ پانٛس :-

یِرِتھ کانٛسہٕ چھُ پنُن پنُن سوکھ فِوٗرُن، کانٛہہٕ چھُنہٕ کانٛسہٕ ہنٛدِ خاطرٕ پریشان روزان ادِ سو کوٗر آسِتن یا ماج۔

۹۱۵

## کٲتھِ منٛزٕ چھِ کٲتھ نیران :-

کُنہٕ وِزِ چھِ کانٛہہٕ تیٚتھ کتھ کران زِ یِتھ لفظ اکھ تہٕ مطلب بیاکھ چھُ آسان۔ یانے کتھِ منٛز چھِ بیاکھ کتھ نیران۔ دوییم مانے چھُس زِ کتھے چھِ کتھِ زنم دِوان کتھ سیتیٚ چھُ بنیٚہِ سُشِد عذاب صواب لوٗن نیران۔

۹۱۶

## کانہٕ کرفیل میانہٕ ذِمہٕ آو :-

ییٚلِہ کانٛہہ شیطانٛن فطرت اِنسانس پیٚھ ونان زِ فیٖنٛنہٕ فساداتَن سٕہ چھُ یکدم تِہ کرنہٕ ناپیٚھ اماد سپدان -

(۹۱۷)

## کوٚ ووک کتہِ ہمارینہٕ موٚنٛڈِ پتہٕ کنِہ :-

کوٚ ووک گوٚو سُہ یمہٕ ہشنٛز زلو بٔرتھ وِزِ وو ہو تہٕ ناپسندیدٕ کتھ نیرن - کتہ تام کھیٚ یکھ ہمارینہٕ وآرلو کُن کمی تام وُن ہے کوٚ ووک کتہِ چھُ یانے پتہِ ماچھُ بُتھ نہٕ کیٚنٛہہ کوٚ کتھ زلوِ نیرلیس کوٚ ووک اوس ہتہِ چھے تہٕ وُنہٕ نکھ بہ چھُس ہمارینہٕ موٚنٛڈِ پتہٕ کنِہ تہٕ نیٖن ہینٛز کام کرِتھ -

(۹۱۸)

## کُنہِ کُنز کرُن :-

کانٛہہ ہتوت بدنام کرُن یتھٕ زن لوٚکھ تُمس کنِہ لاَے مارن -

(۹۱۹)

## کوٚ کتھ نے تہٕ کُنز کتھ کیا :-

یوٚسہ کینٛہہ نہٕ سائرِنے ۔ بوزٕلۍ لاکھ آسہِ سو چھہ یوان کاٗلیٚہ کنس مشٔروننہٕ اگر نہٕ خراب کینٛہہ چھےٚ تہٕ کنس مشٔروننہٕ پٔچ کیا ضوٗروٗرتھ چھےٚ ۔

۹۲۰

## کُنِي وانہٕ نوٗن تیٚل آسُن :-

اُکِسے اِنسانس لٔش سارے حاجتھ پوٗرٕ سپدٕنۍ ، ییٚلہِ گرس مشٔر کُنِے نیچُو یا کُنے کماون وول آسہِ تیٚلہِ چھہ یہ کتھ یوان ورتاونہٕ ۔

۹۲۱

## کوٗکرٕ گژھنی :-

مُقابلس منٛز کانٛہہ اِنسان کمزور تہٕ شرمنٛدٕ گژھُن ۔

۹۲۲

## کلہِ نوٗنٕےٚ تہٕ نوٗنٕےٚ کلہِ سوٗنےٚ تہٕ سوٗنےٚ :-

کانٛہہ اِنسان چھُہ یہ دُیبزِ تہٕ کوٗل ہیٚو لاگان منٛتہٕ دِلس ناٗلۍ کینٛہہ تہٕ ونی نہٕ کینٛہہ دِلس سوٗنےٚ کھیوٗن تہٕ ژھوٗپہٕ کٔرِتھ کھیٚنیہِ ۔



۹۲۳

## کاہن رینن ہنٛز بٲش گژھنۍ :-

کنھہ تام گرس بنیو کاہن رینن کیُٹ تۄراک یا نے دانہٕ تومُل ۔ بأہم ریھ اوسکھُ پیرٕ ۔ تمو دۄپ اکس رہتس پتھ فاقہٕ دِنۍ یتہٕ دِمو گوڈنی بتہٕ کھیمو کاہن رہتن اُش کرِتھ ۔ فاقہٕ لاگِکھ دینہٕ تہٕ رہتس منٛز موٗدۍ تہٕ کاہن رینن ہُنٛد تۄراکھ رۅد اتی موجود ۔ یس انسان اَسِتھ فرچاوِنہٕ تہٕ پانس دِیہ تکلیف یہ دیتِھ زبروہنہٕ کُن ییم بکارِتس مُتلق پتھ بہ یوان ونہٕ نہٕ ۔

۹۲۴

## کنہِ ناٹھن پاکھ دیُن :-

کاہنہٕ اِنسان پتھ بینئی پرتیتھ تھونہٕ باپتھ لیتِہ منٛز کنہِ پھٹی گرکہٕ ناٹوِتھ لوکن ونان زِ ناٹہٕ پھٹس گرکہٕ ناوان ۔

۹۲۵

## گٲلشہٕ کوٚٹ گوٚو وٲلشہٕ لوکٹ :-

گرس منٛز لیُس سارِوے کھوتہٕ وُمبرِ منٛز لوکٹ اَسیہ سُہ آسِتن سارِوے کھوتہٕ گاٹُل تہِ نہٕ پورمُت تہِ مگر ییہِ پیٚے کوٚنس مانینہٕ ۔

۹۲۶

## کو ونتہ کُتتوٗر

غلط وقتس پیٹھ کتھ کرن واٗلِس چھُ یہ ناو لوان دِنہٕ ۔

۹۲۷

## کیجہِ ہٕنز کورِ تنزٕ گزٕھنہِ :-

دیاں اکِس زنانہِ آسہ تزٕ کیجہِ کورِ کمس تام نیچو واٗلِس اوس توٚت اکھ کوٗر وُچھنہِ یُن ۔ ماٚج دزایہ ہنبر تمن یہ وُنھتھ زِ اگر کاہنہٕ یوٗر بیہہِ ینہٕ تو ہی کاہنہٕ اکھ کتھ کرہو ۔ نیچو وول آو تہٕ تمس بیٹھ دستارس پیٹھ تلر ۔ اکس کورِ روٗد نہٕ پالس تام تہٕ ونہٕ لس حقا بایہ مقابیوکھٹھ وتارس ۔ بیاکھ وُزٕھن بُوٹینی بینے ما بہٕ کیٛا بی بولوٕے تےَ بیوٗے ۔ تزیم وُزٕھکھ شکر نو دالیس منٛ ما کینہٕ بیوٗے ۔ نیچو وول ژول کنو آب تزاوان ۔ یینہِ کاہنہٕ غلطی تہٕ بے وقوفی کنی پننی کمزوٗری ننی کرِ تیلہِ چھ یہ کتھ لوان ونہٕ نہٕ ۔

۹۲۸

## کُنی گیڈٕ گزٕھنی :-

شےٚ گاسہ لاٚوی بیلہِ ین یکیا گنڈِنہٕ تتھ چھ ونان گیڈ بینلہ باٚنزن شین زنین

یکجا مُصیبت ییہِ تیلہِ چھِ یہ کنھ بوزان ونہٕ تہٕ ۔ دوم مطلب چھُس پانہٕ وانٛز اتفاق تہٕ اتحاد روزُن ۔

(۹۲۹)

## ملبر پھُٹُن :-

ییلہِ کانٛسہٕ تیتھ مُصیبت ییہِ یُتھ نہ سہ ہیکہ برداشت کرِتھ تہٕ یُس نہ سہ ہیکہِ دوٗر کرِتھ تیلہِ چھُ سہ ونان زِ ملبر پھُٹُس ۔

(۹۳۰)

## کنہٕ ٹرکرُ آسُن :-

یُس کانٛہہ بر لحاظ آسہِ بڑونٹھ کنہِ کرِ زِٹھین تام واد واد تس چھِ کنہٕ ٹرکرُ ونان ۔

(۹۳۱)

## کُتی کُتی آچھُر :-

کأم کرِی کرِی تہٕ کیتھہ حاصل ہُن ۔ ییلہ ہہٕ شری رِچھتھ پنہٕ چھِ بُڈہٕ مألیس ماجہ بلزان تیلہِ چھُ مول مأج یہ کنھ ونان ۔

(۹۳۲)

کنڈِ روس پوش آسُن :-

سُہ اِنسان یُس نہٕ کانٛہہ ذمہٕ وٲری تہٕ پریشٲنی آسہ یا یُس نہ کانٛہہ زکھ
دانہٕ ناوِ یُس نہٕ ازروُت آسہِ -

(۹۳۳)

کولِہ ہُنٛد یاوُن نارتےَ شٕراوُن کورِ ہُنٛد یاوُن
بَب تےَ مٲج :-

یِتھہٕ پٲٹھی کولِہ چھُ آسن ھارس شٕراوُنس منٛز زیادٕ پوٗلی وسنہ سیٖتی جوش تہٕ
یاوُن تیتھے پٲٹھی چھُ کورِ تہ لوٚت تام جوش تہٕ یاوُن یوٚت تام تٔمِس مول
مٲج زِنٛدٕ چھُ آسان -

(۹۳۴)

کورِ زبنہٕ مٲلِس کیٛہہ چھُنہٕ نفا کورِ چھے ماجہِ ہٕنٛز رفاقتھ -
دِیان کورِ ہنٛدِ چھُنہٕ مٲلِس کانٛہہ فٲیدٕ آسان مگر سہ چھِ ماجہِ ہٕنٛز سیٹھا
رفیق آسان - تٔمِس چھِ ہتس کامہِ پلزان تہٕ اشورِ مشورٕ دِوان -

(۹۳۵)

## کُنہٕ منٛز اِتھ ژھُنُن :-

کاہنہٕ کام شوٚروٗ کرٕنۍ ۔

(۹۳۶)

## کینٛژھ تام ،ہو گژھُن :-

شرمنٛدٕ گژھُن ۔

(۹۳۷)

## کُکوٗنۍ چھہ کُنہٕ شرپان :-

یِژانیِن ہُنٛد خیال اوس زِ کُکو چھہ کُنہٕ پھٔلی تہٕ کھیوان کیاز تِمس آسہٕ یڈ بُجھہِ کُنہٕ پھٔلی انٛدرٕ یِراں ۔ امیُک مطلب چھُ تِمسے طاقت آسہٕ یُسے ہیکہٕ مُشکلات یِترٕ آدِتھ ۔

(۹۳۸)

## کینٛژھے چھہ مارن تہٕ کینٛژھے چھہ تارن :-

غلط کتھ کرنہٕ سیتۍ چھُ اِنسان مامٕ پیدان تہٕ درٕس کتھ کرنہٕ سیتۍ چھُ فائیدٕ لبان ۔

(۹۳۹)

## کُنہ سُنٛد کھیوٚن نہٕ کینٛہہ کُنہ سُنٛد پیٚیوٚن وُچھو :-

بیٚبلِہ کاہٕنٛہہ کُن زوٗن روزُن پسٛند چھُ کران سُہ چھُ کُنے آسنہٕ کینٛہہ جان یا ٹھیٖ کھیوٚان تہٕ چیوان مگر آخر بیٚبلِہ زوٗ زُنٛگی یا کالہٕ بارٕ زُنٛگی پتھر پیٚیوان چھُ تمِس پتھنہٕ کاہٕنٛہہ تہِ اتھہٕ روٗٹ کرنہٕ یوان ۔ اسہِ بنہٕ وُچھُن زِ آخرس کوسہِ حالتھ چھِ تمِس گژھان ۔

(۹۴۰)

## کُس کُمشنر قبرِ وسہِ ستیٚے :-

مُرتھ چھُ پرتھ کانٛسہ بنہٕ بنہٕ کامنن ہُنٛد جواب دیُن ۔ کاہٕنٛہہ کانٛسہِ چھُ نہٕ مدد کرنہٕ قبرِ منٛز ستیٚے وسان ۔

(۹۴۱)

## کُنٛڈِس نہٕ آس تہٕ ژوٗرِس نہٕ ژاس :-

کونٛڈ چھِ وناں کنجوٗسس تمِس چھُنہٕ آس یانے لفظ آسن ۔ ژوٗرس اگر ژاس آیہٕ تہٕ گرٕ واٗلی گژھن ہُشیار یا کانٛسہِ ہنٛز ژاس بوٗز تمِس چھُ ژلُن پیوان ژوٗرِس ژاس تہٕ کُنٛڈِس آس چھُ دُشمن ۔

(۹۴۲)

## کنھہِ ژاف دیُن :-

کنہہ بُوزِتھ سو فِکرِ تارِتھ نہٕ تتھ مطلب کرُٹن ۔

(۹۴۳)

## کوٚکرِ کھستن داں کھالِ پیتر گرٛژھِ نہٕ کرُن ہٮ۪ش :-

اگر کوکر کھین دانہِ سون نہٕ کرن نوقصان تمیک چھُنہ پرواے مگر پِتر گرٛژھ نہٕ اُتمن ہٮ۪ش کرِتھ مِنتھ کھارُن نتہِ گرٛژھ نہٕ برداش ۔

(۹۴۴)

## کُل کمی پھُٹرِو ہنِی مےٚوَن :-

کُلس بیلہِ میوٕ ہنزان چھُ سُہ چھُ گوٚبان نہٕ کُنہٕ وِزِ بارٕ سیتۍ پھُٹان ۔ اِلّا نہٕ ہُنٛد میوٕ دِیان گیہ ہُتنٛدۍ شرٛی ۔ اگر تم جان ہیرن نہٕ مالِس ماجہِ ہُنٛد یژھ چھُ خاکس سیتۍ میلان نہٕ تم نہِ چھِ زن میوٕ کُلکیہ پاٹھۍ پھُٹان ۔

(۹۴۵)

## کونگہِ تہج آسنۍ :-

یوسہٕ کوٗر باین منٛز کُنہٕ بینہِ آسہِ سو چھِ کونگیچ کونگہِ تہج لوات مانہٕ نہٕ ۔

۹۴۶

## کوٚٹھِن اَچھ ییٚنۍ :-

اَچھ ہٕشِر کاٗم چھِ وُچھُن تہٕ کوٚٹھِچ کاٗم چھِ پھوٚد وٕتھُن ۔ کوٚٹھیو سٟتۍ چھُ اوٕرۍ یور پھیرنہٕ لیوات تہٕ اِنسان چھُ کاٗم کران ۔ اگر کوٚٹھیو تہٕ اَچھن ہٕنزۍ پاٗٹھۍ ہاونے یوت ہیوٚچھ ہتیلہِ ولوٗزِ اَمِس چھِ کوٚٹھن اَچھ آمٕژ ۔

۹۴۷

## کوٚٹھۍ زولہٕ کرنۍ :-

بہتھے بنٕنہٕ ہار کرٕنۍ ۔

۹۴۸

## کوٚٹھِن مشِر کاٗر گژھنۍ :-

شرمندٕ گژھتھ کلہٕ کوٚٹھِن تام بوٚن کُن وسُن ۔

۹۴۹

## کٔتھن پھیُر دیُن :-

پٟرانہٕ کٔتھ بیٚیہِ ونٕنہِ ۔

(۹۵۰)

## کوٗرِی وٕنےٚ نوٗشِی بوٗز :-

ہشہِ چھ کینٛہہ نصیحتھ یا گراو نوٗشہِ کرٕنۍ آسان سُو چھنہٕ تٔمِس سیٖدِ سوود ونان ۔ سُہ چھ کورِ کُن ونان بێتہٕ نوٗش پانےٚ بوزِ ۔

(۹۵۱)

## کنہٕ ڈٕر کرٕنۍ :-

گوٗو کُنِس لمُن رٕژ کھنڈٕ سزا دِیُن ۔

(۹۵۲)

## کن مٕولہٕ کڈُن :-

تیٚتھ سزا دِیُن یێتہٕ نہٕ سُہ کُنہِ لایق روزِ ۔

(۹۵۳)

## مکمل بێینہِ گوٗبُر زاو کوٗم شوٗلِس شریک ژاو :-

بێیِدِ گرِس منٛز نوٗو شُر زیٚوان چھُ سُہ یِتھ گرِچہِ آمدنی ہُنٛد شریک بنان ۔ گرِس منٛز کیاژِ آسن یِنہٕ کوٗم ژوٗٹ کھیوان تتھ نٕہِ چھُ سُہ شریک پیوان ۔

۹۵۴

## کاڑِ بچہ گوٚو خام :-

یوٚسہٕ کأم زن بچہٕ کرِ سوٚ کتہٕ چِھہ یوٚختہٕ آسان -

۹۵۵

## کرِتھ نہٕ کرِتھ ہٕشی کتھ :-

ییٚبلِہ نہٕ پوٗرٕ کأم کرِتھ یہٕ ییٚنہٕ کأنٛسہ ٹُھرالی دِنہٕ تیٚیلِہ چِھہ یہٕ کتھ یوان وَننہٕ

۹۵۶

## کانہٕ بٹہٕ سلام :-

کأنٛسہ ہٕشنرٕ غأمی کأنٛسہ برٛونٹھہٕ کنہٕ دٕنتھ لڑائی ٹلی ہینٛز -

۹۵۷

## کیٚنٛشرن دِنتھم ڈٕمبہٕ گلُالے کیٚنٛشرن کور تھم ملالے :-

کیٚنٛشرن چھُ قودرتھ سیٚٹھا اولاد دِوان تہٕ کیٚنٛشرن چھُ امیک طماہ روزان -

۹۵۸

## کلس پیہھٹہ اسمان ٹلُن :-

سیہھٹا کرکہ ناد ٹلُن ۔

(۹۵۹)

## کوٗرِ مآج گییہ بانہٕ کرآج :-

کرآج چھ بانہٕ تھران تہٕ لوٗکن دِوان ۔ یمفے پاٹھی چھ کوٗرِ مآج کوٗرِ پادٕ کرِتھ تہٕ بُڈراوِتھ بییس گرس کھانڈر کرِتھ دِوان ۔

(۹۶۰)

## کاہ گاڑِ کتہٕ چھے اتھَس مثنریوان :-

ییٚلِہ اِنسان کاہن کارن تھف ترٛھنِہ لَس چھُنہٕ اکِس کارس تہٕ سینزر گرٛھان ۔

(۹۶۱)

## کنس کن نہٕ خبر گرٛھنی :-

کُنہٕ کیتھ ہُشُد تیاہ یا اِشارٕ نہٕ کآنشی لگُن ۔

(۹۶۲)

## کاہنہ کاپہ ئُن :-

کامُلثہ ہٕندِس مِتس ہقف ییٚنۍ بانٕے کاہنہٕ قوٗبوٗہس مشٕرئُن ۔

(۹۶۳)

## کیچھِہ کیچھہ نہٕ گرٛزھُن

بلکُل نہٕ کاہنہٕ اثر گرٛزھن ۔ کامُلثِہ ہٕندِس وِنہٕ لس نہٕ کاہنہٕ وُقنہ بھوٗلۍ ۔

(۹۶۴)

## کہنہ زٕہیھُراوُلۍ ۔

کاہنہٕ ماملِہ نخواہ مخواہ ہیچیدٕ بناوُن ۔

(۹۶۵)

## کاثہِ زوٗن گرٛزھنۍ :-

زوٗن چھِ لیوان سوٗثدر ماہنہٕ ۔ سوٗثدر زنانہٕ چھِ زوٗنہِ سیتۍ مُشابہتھ دِوان ۔ اگر سوٗثدر زنانہٕ کنِہ وجہ کِنۍ سُست آسِہ گامٕژ تس چھِ کاثرٕ زوٗن وَنان ۔ کاثر چھِ چھانہِ ہٕندِس داگٕس وَنان ۔

(　)

(۹۶۶)

کوٗتے گرٛھکھ گلے ٹھوٗلن دِنہٕ پھاہ
کٕرٛے چھِپی گلے اِکھ ہتھ تہٕ کاہ
اَکھا دِتے گلے کُنہٕ نہٕ کاہنٛہ ۔

امہٕ نٔوفہٕ زِ بیاکھ ماٗنگیم، کینٛہہ آسن واٗلی تہٕ چھِ وَنان زِ مےٚ پھُٹہٕ کُنہٕ کینٛہہ ۔
ٹھٔکٔنٛن کیٛت سۭٹھاہ مگر دِین کیٛت نہٕ کینٛہہ ۔

(۹۶۷)

کاٗلِسہٕ ہٕنٛد وگوٗ ژٹُن :-

کاٗلِسہٕ پیٛٹھ کُنہٕ غٔنٛشٕنٛز غاٗ بحث کرٕنۍ ۔

(۹۶۸)

کاہ نہٕ کاہ گیہِ زٕ توٗ وہ ژوچہٕ :-

کانٛدٕرس چھُ ژوچہٕ گٔنٛزراونس کُنے دٔیان آسان ۔ تٔمِس اگر بٕرٕ ژھو زِ کاہ نہٕ کاہ
کٕرٕ روٗپیہِ گیہِ سُہ وٕنہِ توٗرِ زٕ توٗ وہ ژوچہٕ ۔

◯

## کاہنہٕ چھُنہٕ یڑٕ وُچھن ساٗرے چھہٕ تھُر وُچھن :-

لُکھ چھِنہٕ وُچھان زِ کاںٛلِسہٕ کیا چھُہ کھیوٗمُت یا کیاہ چھُہ کھیوان مگر ساٗرے چھِہ وُچھان زِ اُمِس کیا چھُہ نالی تْرٛھنِتھ۔

(۹۶۹)

## کوٗکرِ تہٕ ہینٛنی زِنگہٕ اوٗیزان تہٕ کھٕٹ تہٕ ہینٛنی زِنگہٕ :-

لُکٕٹ اُسِتھ بابوڑ یِرٛتھ کاہنہٕ چھُہ ہینٛنہٕ ذِمہٕ واٗری بانٛنے نِبھاوان۔

(۹۷۰)

## کشیرِ چھا کاہے گرٕ :-

یِٹھان راجس منترٛ جے یہ بٹہٕ کشیرِ منترٛ تہٕ ہرف روزاْیہ تِتہٕ کاہ گرٕ۔ ازاگر کورِ گوٚبرس دوٚن ترٛین جاین کھانٛدر سپدِ تہٕ مُمکِن ہیٚکہٕ چھُہ یہ کتھ یِوان ورتاوٕ زِ کشیرِ منترٛ چھِنہٕ ہرف کاہے گرٕ۔ ییٚتہٕ چھِہ سیٹھا گرٕ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ جایہ سپدِ مُمکِن۔



(۹۷۱)

## کنہٕ پھلکی پٲٹھۍ نوٚن نیرُن :-

نُملہٕ منٛز چھُ کنہٕ پھوٚل نوٚن تہٕ الگ باسان ییٚلہِ کانٛہہ اِنسان ناکارٕ کٲم کرِ سہ چھُ باقٕے لوٚکن منٛز کنہٕ پھلکی پٲٹھۍ بییٚن روزان تہٕ الگ لوان ما نِنہٕ -

(۹۷۲)

## کانٛہہ چھا ہوکھے گاسہ بچان :-

کانٛہہ چھِنہٕ مُفتس منٛز کانٛسہِ ہنٛز کٲم کران۔ سہ چھُ نہٕ ہوکھے گاسہ بچان سہ چھُ گوٚڈ کھیاوُن پناوُن ییٚوان اَدٕ چھُ دِل دِتھ کٲم کران۔

(۹۷۳)

## کُنی ٹلی اژُن :-

لُوستیٚر پٲٹھۍ کانٛسہِ خلاف کانٛسہِ ہندی کَن برٕنۍ۔

(۹۷۴)

## کانٛسِ برُونٛہہ کنہٕ کون ونُن :-

کانٛسہِ ہنٛز خٲمی تَمِس برُونٛہہ کنہٕ ونٛنۍ گژھِ تہٕ تَمسنٛز ناراضگی ٹلی ہینی۔

(۹۷۵)

## کانہٕ کانہٕ گرٛزھُن :-

کُنہِ گرِس یا خانٛدانَس منٛز سارِنٕے بٲڑن ہُشہٕ بٔٹیٚوٚن بٔٹیٚوٚن گرٛزھُن ۔

(۹۷۶)

## کھوچہٕ کھارُن :-

سون چھُ کھوچہٕ بیہِتھ کھٲرِتھ یِوان وُچھنہٕ زِ صاف چھا کِنہٕ نہٕ ۔ انسان یِیٚلہِ مختلف طریقو کنہِ چھُ یِوان ازماونہٕ زِ سُہ چھا ایماندار تہٕ صاف نیتہٕ وول تیٚلہِ چھِ وَنان زِ کھوچہٕ کھوٚرُکھ ۔

(۹۷۷)

## قندس تہٕ مِچہِ کُنُے ساد :-

قند چھُ مُوٚدُر تہٕ مِچ چھِ ٹیٹھ آسان یمن چھُ بٔٹیٚوٚن بٔٹیٚوٚن ساد ۔ یِیٚلہِ نہٕ کُنہِ جایہ جانَس تہٕ ناکارَس منٛز کانٛہہ فرق بیٚیہِ کرنہٕ تیٚلہِ چھِ یہ کتھ یِوان ونہٕ نہٕ ۔

( )

(٩٧٨)

## کوٗرِ ہنٛدِ زینہ گژھہِ اشی پھٔیوٗر ترٛاوُن -
## سرکارٔ ی مال نکھہِ والُن چھوٗو -

کوٗر زینہ چھُہ اِنسانس اوش وسان ۔ دیان کوٗرِ نہِ چھِم اولاد مگر زِن چھِم سرکارٔ ی مال یُس والیس چھِم کرُن ۔ کوٗرِ چھہِ آخر وٕہیرِ مال نہِ کاںٛشہ وو پرس پٕھ بیٛوان حوالہ کرنی -

(٩٧٩)

## کوٗب کُل کھٔنٛد موٗٹہِ ہٕنٛد تُلہ کُل :-

موٗڈ چھہِ آسمٕز کٕنہِ تام بٹہٕ گرس کرٛام یِمن اوس کوٗب ٹُلہٕ کُل ۔ لوٗکھ بیٛترِ کاہہ بٕیاکھ کوٗب کُل وچھن دیان آسی زِ یہ چھُہ موٗٹہِ ہٕنٛد تُلہٕ کُل ۔ بیبلہِ کاںٛشہِ کُنہِ کٕنہِ ہٕنٛد غلط الزام دِموٗشہ چھُہ تمہِ وِزِ یہ محاورٕ ورتاوان زِ موٗٹہ ہٕنٛدِ تُلہ کٔلیکی یاٗٹھو چھو پرٛتھ غلطی پیٹھ میونٕٕ ناو ہیوان -

(٩٨٠)

## کٕنو کٕنہِ پوٗنی ترٛاوُن

کٕنہِ جایہ تیٛز خراب کٕتھ بوزٕنی یتھ زن بوزن وول کٕن چھلنہِ یژھہِ -

۹۸۱

کلہ لو مرِہتھ پکُن :-

تکبرُ بغاُر سیٹھا نرمی سان پکُن ۔

۹۸۲

کشِتھ تم پنہٕ روزنۍ :-

سوٗرے دِنہٕ یاتے پولشہٕ خرچ گرٕھِتھ غریب نادار گرٕھُن ۔

۹۸۳

کومار دِلہٕ بیمار گیہ کھیتہٕ وِزِ ہُشیار گیہٕ :-

لیُس جان یاٗھی کھیہِ چیہِ مگر دِیہِ زِ بہٕ چھُس بیمار تس تُلق پھُ یہ لوان دِنہٕ پنہٕ ۔



# کھ

(۹۸۴)

## کھیتی کھٔرِ کھے ہستی :-

یمِس ہٕھرزٕ تہٕ بجر آسہِ پٕراوُن ٹمِس چھہِ گوڈٕ پیٹھے تِم اَشار آسان۔

(۹۸۵)

## کھرِ زایے یہِ کاہ کھرِ بور ژبوو نہٕ زایہٕ :-

بد قیمتھ زنانہِ زایہ کاہ اوزاد مگر یُوٚلِ گرٕھتھ کوٚرُس نہٕ کانٛسہ مدد۔
بُوڈِتھ تہِ ہیُس گرگ بوٚز پیوان پانسے تلُن۔

(٩٨٦)

## کھیمنہٕ چھُ کھیوان وینہٕ ڈاَلۍ ڈاَلۍ :-

ییٚلِہ کاَلہٕ آسہِ سوٗرِ کھیوان مگر نخرٕ کرُی کرُی تیلِہ چھِ یہ کھتہٕ لوان ونہٕ نہٕ۔

(٩٨٧)

## کھاَرِ کورِ ہُشِر وُژھ کرُن :-

کھاَرِ کورِ پچھ چاے تہٕ کرِنٛ بتہٕ تہٕ رنُنٛ ڈوٗوُن لیوُن تہٕ بیہہِ دمن تہٕ چلاوِنٛ تمہِ کِنِ چھےٚ سو پٔرتھ کاَلہٕ کاَم جلدی مُشر کران ، ییٚلِہ کاَلہٕ کاَم کرِنس مُشر زِیادے بیہان جلدی کرنہٕ ییٚنِہ تیلہ چھِ یہ کتھ لوان ونہٕ نہٕ -
اتھ پٔچھ اکھ کہانی ڈکھس - وہاں کھار اوس وٕن گومُت ژٕنہٕ نباونہٕ کُس تام گراکھ آو تہٕ بٔرژھن کھاَرِ کورِ زِ کھار کریینہِ تمہِ دوٗلیس اگر وُژھ کوٗزُن تیلہِ بیٚیہِ ژٕہیری یانے ژٕنہٕ زِ بولس وَتےٚ بکِنس تہٕ لگِس بیٚیہِ وق - اگر نہٕ وُژھ کوٗزُن تیلہِ ییٚیہِ جلدے -

(٩٨٨)

## کھاتہٕ فیتہٕ کرُن :-

کھاتہٕ گیہ سو کتاب ییٚتھ مُشر کاَلِہ ہنٛدِ دارِ ہورِ ہُشِر حساب آسہ لیکھتہٕ - ییٚلِہ

سُومو کلِہٕ نہٕ کھاتہٕ چھُ یوان بند کرنہٕ تہٕ تتھ پھُ یوان فیتہٕ گنڈنہٕ ۔ بییلہٕ کانہہٕ چیز ورتاوِتھ چھُ یوان مو کلاونہٕ تتھ چھ ونان کھاتہٕ فیتہٕ کرُن ۔

(۹۸۹)

## کھسہٕ وُن گرٕ تہٕ وسہٕ وٕلِ ناو :-

پرٛتھ آسن ۔ ڈوگرٕ مہاراجن ہٕندِ وقتہٕ آسی دربارٕ رُبھن گرُس پیٹھ کھتھ دربار گرٕ ھان ناوِ منٛترٕ اوسکھ یور مُشکل گرٕ ھان کیاز پانہٕ گٔس بہاوس خلاف ناو پکہٕ ناوِ لِس اوس وق لگان ۔ تُرٕ آسی ناوِ منٛتر یوان کیاز ناو آسی تورٕ وسٕہ وٕلِس دریاوس منٛتر تیز پکان ۔ کانٛسہٕ آسی بروہہٕ کالہٕ یہٕ آہی کران زِ ژٕ بن دربارٕ گرُس آس کھسان تہٕ ناوِ آس واپس وسان ۔

(۹۹۰)

## کھینہٕ بُلبُل پکنہٕ پآز :-

بُلبُل ہٕندی پآٹھی آسہٕ سیٹھا کم غذا کھیوان مگر وُپھان یانے کام کران آسہٕ پآز ہٕندی پآٹھی ۔



(۹۹۱)

کھوٗنڈ بانہٕ چھُنہٕ پھُٹن :-

یُس ہوٚل کوٚل بانہٕ آسہٕ سُہ چھُنہٕ سہل سہل پھُٹان۔ یُس اِنسان ناکارٕ آسہٕ سُہ چھُنہٕ سہل سہل نرمان۔

(۹۹۲)

کھشکہٕ ہینٛز :-

کاٚلِنہٕ ہٕنٛز فضیحتھ برداشت کرٕنۍ۔

(۹۹۳)

کھوٗنہٕ وٕرٕ کھوٗر کھنُن :-

کھوٗر چھُ یِوان لوٗٹنگرِ یا لوٗبٕرِ ستۍ کھنہٕ نہٕ۔ اتھو ستۍ نہٕ ہیکو تکلیف تِلِتھ نرم زمینِہ منٛز کھوٗر کھنِتھ مگر کھوٗنہٕ وٕرٕ ستۍ کھنُن کوتاہ مُشکل چھُ۔ تہٕ کاتٕرا مێحنتھ پیٚیہ کرٕنۍ۔ کنہٕ کامہِ باپتھ سۭہٕٹا تہٕ چھِ کھوٗنہٕ زیادٕ مێحنتھ تہٕ کوٗشِش کرٕنۍ۔ گوٚو کھوٗنہٕ وٕرٕ کھوٗد کھنُن۔

( )

۹۹۴

## کھرِس اے تنگ ہے پینھنی ووڈِ کاسہ ہے کھر :-

یس اِنسانس پانس کانہہ خامی یا کمزوری آسہ یوسہ نہ سُہ ٹھیک ہیکہ کرِتھ سُہ کتہ ہیکہِ بییہِ سنٛز خامی یا کمزوری دوٗر کرِتھ۔

۹۹۵

## کھیوان کھیوان چھا پییچ لوان :-

ییلہِ ناکارٕ غذا میادس اندر من منٛز واتہِ تیلہِ چھُ پیٹ دود کران۔ اتھ چھُ کینٛہہ وق لگان۔ ییتھے پأٹھی کانہہ ناکارگی کرنہٕ وقتہٕ چھُنہٕ انسان تمیُک سزا لبان۔ تتھ چھُ تمِس کینٛہہ وق لگان۔

۹۹۶

## کھرِ بیتھ گومُت سرگردان :-

گوٚو اکِس موموٗلی بدصوٗرت زنانہٕ بیٹھ چھُ پاگل گومُت۔

۹۹۷

## کھرِ ہٕڈی چھا گرِ کھسان :-

اکس موموُلی زنانہ ہنڈی اولاد چھا بُڑی ھُھنیو بنان یانے بڑین اُوھدن پیہڑ واتان ۔

(٩٩٨)

## کھرکشُن یُن :-

بیبلہ کھرس کھرکشُن چھُ لوان نہ سہ چھ بنیو اتھو کھرِ کشتھ کمس رنۂ والان نہ تنتر تلان ۔ بیبلِ کاہہ انسان یانے بنہٕ باپتھ مصیبتھ چھُ پاد کران تیلِہ چھ یہ کتھ لوان ونہ نہ ۔

(٩٩٩)

## کھرِ ژکھ کھسنی :-

کھرس بیبلِہ کھرکشُن ییہ کینی جیسر چھُ اسان آمُت سہ چھ بلاوجہ لوکن ستی بہان ژونہ ۔ اتھ چھ ونان کھرِ ژکھ یا کھری ستد کرڈ کھسن ، کھرِ جہل کھسن ۔

(١٠٠٠)

## کھستری پائجامس ژنگ ژہنی :-

کمالنہ ہنڈس جھگڑس منشر خواہ مخواہ دخل دِین تہ پنُن پان پریشان کرُن ۔

(۱۰۰۱)

## کھنڈ ھار نہ لوُن :-

بروہنہ کالہِ آسہ روپیو بدلہ ھار یوان استمال کرنہ کھنڈ ھار گیہ فٹہ مژ ھار یمہ نہ کاہنہ قیمتھ چھُ - ییلہِ کاہنہ اِنسان یا کاہنہ چیز بُلکل فوضول آسہِ تہ یمہ نہ کاہنہ نوُبی اسہِ تمہ چھہ یہ کتھ یوان ونہ نہ -

(۱۰۰۲)

## کھپرن پھمب دوُنُ :-

پھمب دوُنہ نہ وقتہ چھُ زھوٹہ سیتی تانتی کرِس ٹاس لاینہ یوان کھپرِ پیٹھ پھمب دونُن گوو کلس پیٹھ زھوٹہ ٹاس والنُ - مطلب گوو دُشمنس سخ سزا دیُن

(۱۰۰۳)

## کنہِ کوہھ گڑھنی :-

کُنہِ کتھِ ناکارِ مطلب نیرُن -

(۱۰۰۴)

## کھیوٚ چیوٚ رنگہٕ ژٕرِ لوٗنچ لیُخ والہٕ برِ :-

اَکی کرٕ ژوٗر زٲر تہٕ کھیوٚن یِوان - بیاکھ بے قصوٗر لوٗگ ٹلِی زالس تہٕ بوگُن سزا - بیٚیلِہ تیٚژھ کتھ گژھِ تیلِہ چھُ یہِ مُحاورٕ یِوان ونہٕ نہٕ -

(۱۰۰۵)

## کھُونٛڈی لدِس کھونٛڈ پیٚتے :-

یێلِہ کانٛسہِ کھوٗنت لگِتھ کھوٗرِس پھوٗکھ لگِہ تمِس یِژھُ بییہِ تہٕ کھوٗنت لگان - گوٚو مصیبتھ لدِس چھِ اکِہ پتہٕ بیاکھ مصیبتھ یِوان -

(۱۰۰۶)

## کھیوٚن ناکھ - وتھرُن گاسہ - ژرٕ ہیو خانہٕ کانہٕ :-

گرِس منٛز چھُ میلان کھیوٚن کیُت ناکھ تہٕ بِستر بدلہٕ گاسہٕ مگر اتھ ہِشی چھٕ نہٕ کانہٕ جاے آرام دیہہ باسان -

(۱۰۰۷)

## کھیوٚن پلاو اتھہٕ چھلُن گرُمت :-

پننہٕ کانٛسہِ آسہِ ونان زِ شُرِس گژھِ سیٚٹھا جان کھین چین دیُن - مگر ناکارٕ گی لِنٛتہٕ دوٗر

بھوٚنہٕ باپتھ گژھِس سزا دِنۍ ۔

(۱۰۰۸)

## کُنہٕ ہٕٹ چھِنہٕ دانِس تہٕ دزان :۔

کُنہٕ اِنسان چھُنہٕ کانٛہہ کٲم ہیکان جان پٲٹھۍ انجام دِتھ ییٚلہٕ نہٕ پٲٹھۍ نہٕ دانِس منٛز کُنہٕ ہچہِ تیٚنٛثر ریہہ چھِہ ہیوان یِمہٕ سٕتۍ ژٲرِ پیٚہٕٹھ چِہ لیچہِ گژھ ییٚہ ہے ۔ اوٚے چھِہ وَنان زِ اکھ نہٕ اکھ گوٚو کاہ ۔

(۱۰۰۹)

## کترِ لُو بلہٕ بھُ آسُن :۔

میثرِ ہُنٛد کھلوٚنہٕ چھُ تیوٚت کمزور آسان زِ اگر سُہ بتھر پییہ نہٕ چھلِہ چھلِہ چھُ گژھان ۔ ییٚلہِ کانٛہہ اِنسان جسمہٕ کِنۍ سیٹھا کمزور آسہِ تَس مُتلق چھُ یہ لَوان وَنہٕ نہٕ ۔

# گ

(۱۰۱۰)

## گیوٗن زانن ساری تال زانِہ خال کانٛہہ :-

ساری چھہ ہیکان گیوٗتھ مگر سوٗر تال چھہ کانٛہہ کانٛہہ خبر آسان ۔

(۱۰۱۱)

## گر بیٹھکُ زامُتر گوٗو بر پیٹھکُ ہوٗن :-

زامترِس چھہ ساری بسبھایزتھ تہٕ قدٕر کران مگر یُس گر بیٹھکُ زامُتر آسہِ
تٔمس چھہٕ ہوہوٕری کانٛہہ یزتھ تہٕ قدٕر تھاوان ۔

۱۰۱۲

## گرٛیکہ وِزِ لوٚن ژٲوُن :-

لوٚن چھُ یوان گوٚڈ نیٖچھے سِنِس ژٲونہٕ ۔ گریکہِ وِزِ لوٚن ژٲونہٕ سیٖتی چھِ گرٛکھ پیٚھ گرٛهان ۔ مطلب گوٚو کانٛہہ کاٗم مناسب وقتہٕ وقتہٕ پیٚتھٕ کاٗلۍ کرٕنۍ ۔

۱۰۱۳

## گرُبن پٕہ پوشان لبز بنیس چوب :-

بیلِہ پٕہ گرُس پوُشی نہٕ گوُبی بنِس چھُ لایان ۔ بیلِہ پٕہ زورا ورس پوشہِ نہٕ کمزورس پیٚٹھ ناوِ پینٛنی شرارتھ تیلِہ چھُ یوان یہٕ محاورٕ ونہٕ نہٕ ۔

۱۰۱۴

## گنہارس گوٚیہٕ کرنہٕ :-

دان لاٗوی یا گاسہٕ لاٗوی چھِ یوان ڈیرس بھوٚونہٕ تَتھ پٕھ ونان گوٚیہٕ ۔ گنہار چھُ لوکٕٹ دانہٕ آسان تتھ کتہٕ بیٚیہِ گوٚیہٕ کرنہٕ ۔ تتھ گوٚیہٕ کرٕنۍ گیہ ناممکن تہٕ فضول کاٗم کرٕنۍ ۔

گرُہن لاگِتھ نال نہٕ خر گیہ پڈٕر وآری :-

نال چھِ لاگان گرُہن خرن نہٕ کینٛہہ ۔ قٲبلِ انسان بلاوِتھ ینامہٕ رٹنہٕ خاطرٕ ۔ ناقٲبل تہٕ دوربینہٕ زِ سوٗن کیا کورٕو :-

(١٠١٦)

گُرٕ کُنہٕ نہٕ گرٕ شُند نالہٕ خور :-

ییٚپُچھُ زینہٕ مشٔنرِ ہمارینہٕ کُشٕر ہیمو سآڑی ۔ گُر ہینک چھُ نہٕ کانٛہہ اِمکان نہٕ نالہٕ خور ہیمو لُس کیُت ٹُلی یہ چھ محض بیوقوفی ۔

(١٠١٧)

گُر بڑِ میٛون نہٕ وانہٕ کھیپہٕ چٕون :-

اگر کانٛسہٕ ہُند شُر بیاکھ رٹِہ تہٕ رچھِ شُری وآلِس ماُلِس چھُ یقین زِ یہ وانہٕ اُکمٕنِ تٕس سٕہ چھُ وناں زِ غذا کھیپہٕ اُمنٕد مگر شُر چھُ بڑان میٛون ۔

(١٠١٨)

گیٛو کھیواٹے چھا گردن موٹان :-

گیٛو ہیٛلہٕ کھمو کینٛژ بس وقتس سٕہ گژھِ ہٕنزم اِدٕ چھُ مُمکن زِ گردن موٹہٕ ۔

مطلب چھُ کاُم شوٗرٕ کران کراٖنے چھہٕ نہٕ تمیک نتیجہِ نیران انہٕ چھُ کیٚنہہ وق لگان ۔

(۱۰۱۹)

## گگراین نہٕ روٗد نہٕ ٹانٹراین نہٕ دوٗد :۔

ییلہِ زیادٕ گگراۓ گرٛزھن تہٕ تیلہِ چھُ روٗد کم پیوان ۔ یوٗتہٕ گاو زیادٕ ٹانگہٕ ٹانگ آسہِ کران سو چھُ کم دوٗد دِوان لیُس اِنسان زِیادٕ کرکہٕ دیہٕ تمِس چھُ زوٗر کمیٚ آسان ۔

(۱۰۲۰)

## گیوٗہا گیوٗ کھیوم برارِ نتہٕ ہا آنگنُ چھُ ژھوٚٹ :۔

ییلہِ نہٕ کانہہ کاُم تگِہ کانٛسہٕ سُہ چھُ تیلہِ ہیٚتھ ہیوان تہٕ بہانہٕ ونان ۔ مطلب چھُ بہانہٕ بازی کرٕنۍ ۔

(۱۰۲۱)

## گرٛٹس ہتھوُن پوٗنۍ پھرِتھ :۔

گرٹہٕ والۍ ہتھو گرٹس پوٗنۍ پھرِتھ تہٕ ژٕراو ، گرٹہٕ روٗد پکان تہٕ پھل ترٛوُس نہٕ کانٛسہِ ۔ ییٚلہِ کانہہ اِنسان کاُم ہتھِ شوٗرٕ کرِتھ تہٕ پتہٕ واتہٕ نہٕ تتھ تیلہِ چھُ یہٕ کتھ یوان ونہٕنہٕ ۔

(     )

(١٠٢٢)

## گرِ گوٗٹ تہٕ مشیدِ ژوٗنگ :-

گرس منز آسہ کٲنٛسہ اکِہٕ گوٗٹ مگر مشیدِ منز تھوٗ ژوٗنگ۔ یوٗہے گوٗو باُژن ایزا تہٕ یلہٕ تلین پوٗزا -

(١٠٢٣)

## گوٗڈٕ زاو بہٕ تہٕ ماج اد زاو بب ووہ پأنٛشہِ دب گوٗو تہٕ زاو بُڑی بب :-

بیٚلہِ زن شُری بنیہٕ نہٕ کھوتہٕ مالِس، مابہٕ تہٕ بُزرگن چھِ کم عقل تہٕ نہٕ زانن وآلی مانان بیٚلہِ چھُ طنز پأٹھی یہ کتھ یوان ونہٕ -

(١٠٢٤)

## گرُسس مأل تہٕ ژوٗرٕ ہیتھ پتی کنہٕ :-

گرُس چھُس کٲنٛسہِ منگن مگر ژوٗرٕ چھُن پتی کنہٕ ژوٗرِ تھوٗمت کانہہ چیز کٲنٛسہِ لِش آسہِ حاصل کرنُک غرض تہٕ مگر یہ خاہش تھوٗوِ کھٹِتھ تِمس لِش۔ مطلب رٹنس آسس مأل مگر باوِ تھزٕ -

( )

(١٠٢٥)

## گام گوو خام تہٕ شہر گوو بہار :-

گامس منز چھینہٕ کُنہِ چیز سہُولیتھ موٗلیسر آسان ۔ شہارس منز چھُ پرٛتھ کانٛہہ چیز آسانی سان ہیکان حاصل سپدِتھ

(١٠٢٦)

## گانٛٹہِ ٹھوٗل والنُن :-

گانٛٹہٕ اوول پھُٹہٕ برٛین کلہِن تہرِس پیٹھٕ آسان توٗت وانٛنُن چھُ مُشکِل ۔ گانٛٹھ کتہِ دلیس بینہٕ لنِس ٹھوٗلس اتھہٕ لاگُنہٕ ۔ سُہ کرہ لس دِگہٕ دی دی اڈٕ موٗر گانٛٹہِ ٹھوٗل والنُن گوو سیٹھا مُشکِل کام کرٕنۍ ۔

(١٠٢٧)

## گوٗنٛترِ حن ورِ دیُن :-

کانٛہہ کامیابی گرٕھتھ پننۍ شان ھاوٕنۍ ۔ گوٗنٛترِھ چھِ یوان بہوٗدرِی ہُشہٕ نشانہٕ مانہٕ نہٕ ۔

(١٠٢٨)

## گامس گرِ واد کریا :-

یہ ساڑی لوکھ کرُن مناسب زانن نہٕ چھُ اکِس فردس نہٕ ہیٚیوان کرُن۔ اکھ اِنسان ہیکہِ نہٕ ساڑِس سماجس خلاف کھڑا گژھِتھ۔

(۱۰۲۹)

## گرٕٹہٕ بلیہِ الواری آسنہٕ :-

گرٕٹہٕ بلہٕ چھُ گرٕٹہٕ وول وارِ وارِ لوکن ہُنٛد ہیل گرٕٹس تراوِتھ پیہان۔ یتھے پاٹھی چھُ ییم یانے دمِلکُی موہتھ، وارِ وارِ لوکن ییتہِ دُنی یاہ منٛزرِ لوان۔

(۱۰۳۰)

## گرِ منٛزرے چھُ گری یول :-

اگر ہے گرِ منٛزرِ چھُ کینٛہہ تیتھ ناکارٕ یا جان سپدان ییمِک نہٕ کانٛہہ اثر اِنسانس آسہِ

(۱۰۳۱)

## گرٕی والیو گرِ ہو مۄدٕے لوٹ ہو رۄدٕے اتھس کینٛھ :-

بینٛیلہِ کانٛسہ سخ مالی نقصان گژھِ نہٕ یتھ کُن روزِ لس نہٕ کینٛہہ نیلہِ چھُ یہ یلوان ونہٕ نہٕ۔

(۱۰۳۲)

## گلہِ زہلو گرٛھنۍ :-

سُہ حالتھ گرٛھنۍ ییتھ نہٕ کانٛہہ جوابٕی ہیکہِ دِتھ ۔

(۱۰۳۳)

## گامہٕ گنڈ کرُن :-

کُنہِ ماملس منٛز سورُے گام کُنےٚ فاصلہٕ کرُن ۔

(۱۰۳۴)

## گیٛوس نہٕ کنہ ناآپنہِ رٕش آسنۍ :-

دیان چھ کنہ ناآپنہٕ چھِ گیٛوچ سخ نفرت ۔ سُہ چھِ اُمکہِ مُشکہ سیٛتۍ دوٗر ژلان ۔ کیٛنٛہہ لوٗکھ چھِ کُنن شامن گیٛوتھوان منٛتھِتھ تاکہ رالَس اژیکھ نہٕ کنہ ناآپینۍ کُنن ۔ یِیہِ دوٗن اِنسانن یانہٕ واُنۍ سخت نفرت آسہ تیٛلہِ چھِ یہ کتھ بوان دنہٕ نہٕ ۔

(۱۰۳۵)

## گوٗرۍ گرِ چھا وۄژھ راوان ؟ :-

گوٗرِس چھِ گاوُن نہٕ وُژھین راُچھ کرٕنۍ بٔڑ کاُم ۔ تمیٚنہٕ گرِکتہ راوِ وۄژھ

یتھ گرس منزٕ پٔری منٛز لیکھنہِ باتھ آسن تتہِ روزنہٕ شرٛنا خانٕہٕ۔

(۱۰۳۶)

گرِ کرٕن گوو شیشترٕ کرٕ زاپینہِ :-

گرِ چلاوٕن پھ تیٚتھ مُشکِل یُتھ شیشتر ژاینٕ پھ۔

(۱۰۳۷)

گلوالنس گرُ کرٕن حوالہٕ :-

گرِ رچھن وٲلس تہٕ گرِ ژور کرن وٲلس پھ گلوان ونان۔ بیبلہِ تمسے گرُ چھوو حوالہٕ تیلہٕ کٔس ہنیس ژوٗرِ۔ یہ گوو ژوٗرس پھوٗٹنچ حوالہٕ کرٕنۍ۔

(۱۰۳۸)

گرِ نیٚرن پالنس تام والیس یٚن چھُنہٕ پالنس تام :-

گرِ نیٚرِ الساتِ بنٛنہٕ مرضی مگر والیس ینیچ خبر چھ نہٕ والیس۔ کیا خبر دتہٕ روزیا واہ۔

(۱۰۳۹)

## گرِ وندِیو گرِ ساسا برنیبر ناٰسے نہ زاہنہٕ :-

پنُن گرِ چھُ سارِوے جایو کھوتہٕ آرام دِنہٕ وول آسان۔ دیان انسان کرِہے گرس پتھ ساس گرِ قوربان مگر امہِ منز نیبر نیرِ نا نہٕ زاہنہٕ۔ یانے ثراوتس چھُس نہٕ وونہٕ لیوان۔

Home home Sweet home there is no place like home.

(۱۰۴۰)

## گراکھ راوِن اتھہٕ گرٹھہِ نہٕ راوُن :-

اگر خریدار چیز نینہٕ نمبک چھُنہٕ کاہنہٕ پروا، مگر پننِ فن نہٕ کاٰری گری گرٹھہِ نہٕ راونِ۔

(۱۰۴۱)

## گونٹرِ ٹھہِ ٹلی اُسن :-

نیتھ پاٹھی اُسن یتھ پاٹھی نہٕ وُچھن واٰلِس جِنرِ لگہٕ۔ چکارس نہٕ کھسن بیلہِ نہٕ کاہنہٕ کاٰنہِ لیشہِ چکارس کھسہ بیلہِ چھُ یتھ پاٹھی اسان۔

( )

١٠٤٢

گگر زامن ووه آسُن :-

سیتھالوکُٹ دوه آسُن -

١٠٤٣

گگرأیہ روستے ترُھط پیسن :-

کُنہ شکہ نہ انڈاز روستے کاہشہ ناگہانی مصیبتہ یُن -

١٠٤٤

گوڑی ووہو چھا ووڑھ مران :-

ووڑھ گاو نہ دانڈ چھ گوڑی ہنیز ولھتہ۔ سُہ کتیہ کرِ تمن دلہ بد دُعا۔ سُہ چھُ اُنڈری کنی تہنزِ واُنس کاپچھان آسان۔ تھقے پاٹھی چھُنہ موٗل ماجِ ترِ شرِس دلہ ووہو کڑان -

١٠٤٥

گرِس گرِ چھا واٹھ دِوان :-

اکھ گرِ ہیکہ نہ بییہ گرِک اخراجات پوٗرِ کرِتھ -



۱۰۴۶

گوڈنِچ کوٚر گیہ راژن مُثرٕے ۔ دوٚیِم کوٚر گیہ توٚتہ کینژھا
ترٛیِم کوٚر گیہ تالہِ مکژٕے ۔ بھگوانہٕ چانہِ گرژے نمسکار ۔
گوڈنِچ کوٚر گیہ خانہٕ ماج ۔ دوٚیِم گیہ توتہٕ قابِل برداش ۔ ترٛیِم کوٚر ییلہِ
کاٗنٛسہ زِلوِ یمِس چھُ باسان زن کلس ہٕکژ پیینٛہ ۔ نیٖو دایہ ہٕشرِ مرفی گرژھِ سجدٕ
دیُن ۔

۱۰۴۷

گسو گوژھ نہٕ گسو بانہٕ نہٕ کینٛہہ :-
زیٖنن واٗلی ہٕشر آمدنی گرژھم آسنہٕ مگر سہٕ نہٕ کینٛہہ ۔ نوِشہ ہُشرشُر گوژھم
آسُن مگر نوش نہٕ کینٛہہ ۔

۱۰۴۸

گاو پرہنہٕ :-
گاو یٮ۪یلہِ پرٛسہِ نہٕ ماٗکس چھِ سیٹھا آمدنی بڑان ییلہِ کاٗنٛسہ نفع واجینی کام
بُتھ پییہ تیلہِ چھِ وِنان زِ تمِس پیا یہ گاو ۔

(۱۰۴۹)

## گاو ژُڑِس پیٹھ پرسہنی :-

گاو آسہِ دود دِوان تہٕ سوکیتہ پرٛسہِ گوو اکھ کامِ ختم کرنہٕ برٛونٹھے بیاکھ کامِ شروع گژھنی۔ جلد بازی کرٕنی۔ ووٚ تبشٕلی لاگُن۔

(۱۰۵۰)

## گاسہِ نارِ ستیہِ چھا گرِ وُشنان :-

کم آمدنی ستیہِ چھنہٕ گرِکۍ اخراجات پوٗرِ سپدان۔

(۱۰۵۱)

## گرِس کھسِتھ بیچھُن :-

اکھ چھُ بیچھان تہٕ بییہِ چھُس تیہہ۔ بیچھان بیچھان تہِ چھُنہ پانس برابر کانٛسہِ مانان۔

(۱۰۵۲)

## گوبہِ کھوٚرِ آسہنی :-

زنانہِ ہُنٛد بییہِ رنگہِ آسُن۔

( )

۱۰۵۳

## گرٹہٕ وۄل ژۄل پھل پھۄل ہیتھ :-

گرٹہٕ وٲلِس تراوِیوو پھل پیپہنہٕ باپتھ سُہ ژۄل پھلِ پھۄل ہیتھے۔ مطلب مۄل مۄژ راوُن۔

۱۰۵۴

## کاٹِلی وُچھِن زِلو نہٕ زنگ :-

کانٛہہ کٲم شوٗرو کرنہٕ وِزِ چھِ کاٹِلی وُچھان زِ لوکھ کیا چھِ اتھ مُتلق وَنان نہٕ بُتھِ کُس آو سُہ چھا اقبال مند کِنہٕ شِکس لد۔

۱۰۵۵

## گوٗنہٕ کھوٗتہٕ گوٗنہٕ دُوش گرٛژھُن :-

کانٛہہ کرِ رٕژ کٲم مالو کانٛسہِ غریبس گُذارٕ کرنہٕ باپتھ دِیِہ کینٛہہ ملاتھ سُہ لاگِنہٕ یہ گرس تتھ اندٕ ہتھیار لوکن مارنہٕ باپتھ۔ جانٛ اِنسانہٕ سٕنٛز رٕژرِ کامِہ ہُنٛد ڈراو خراب نتیجِہ سُے گوٗو گوٗنہٕ دُوش سپدُن۔

۱۰۵۶

## گرٛکہٕ وِہِن بانن لوٗن پِین :-

کُنہٕ گرس آسہٕ کھاندر یا بییہٕ کُنہٕ بڈٕ دوہہٕ مۆجُب وُرِ پیٹھ بانہٕ گرٕتھان تہٕ اتھ منٛز پییہٕ اچانک کانٛہہ بد خبر وٲتِتھ یا کانٛہہ گرٕ بُ بانٛژ گژھہِ مرِتھ۔ وُرِ چھِ یوان ژھینہٕ کرنہٕ تہٕ دیان چھِ زِ گرٕکہٕ وِنہٕ بانہٕ ییو کھونہٕ۔

(۱۰۵۷)

## گرٕ کرٕن گوٚو اٮ۪یُن :-

گرٕ چلاوان چلاوان چھُ اِنسان تنگ یوان۔

(۱۰۵۸)

## گاو چاوٕنۍ سہل تہٕ وۆژھہ رٹُن مُشکل :-

گاو چاوٕنۍ چھُس سہل امہٕ کِنۍ باسان زِ تتہٕ گژھیس دوٚد حاصل وۆژھہ رٹُن چھُس صرف لمہٕ لم کرٕنۍ تہٕ حاصل نہٕ کینٛہہ امہٕ کِنۍ چھُس مُشکل باسان۔

(۱۰۵۹)

## گوڑنچ لانٛتھ تہٕ دویم رٮ۪تھ چھِ برابر :-

گوڑنچ ناکارٕ زنانہٕ چھےٚ دویمہٕ جان زنانہٕ ہنٛدِ کھوتہٕ بہتر آسان۔



۱۰۶۰

## گرِگُپن گوٚہہ کھیوان گوٚرۍ کھلِس لوٗن دِوان :-

گرِکین پھار واین چھُ نہ کانٛہہ کھین دِوان تہٕ لوکہٕ ہنٛدِ ت پھار واین یم گوٚرۍ کھیلِس منٛز چھ چھُ لوٗن کھیاوان مطاب یمہٕ نِین گرِکین فاقہٕ دِتھ لوٗکن کھیاوان تہٕ پھاوان۔

۱۰۶۱

## گوٚہہ بِہ گوٚہہ بِہ کتھ کرنہٕ :-

سونچنہٕ لایکھ کانٛہہ جارِچہ کتھ کرنہٕ۔

۱۰۶۲

## گگرکن آسنہٕ :-

دیان چھ گگرُ چھُ سیٹھا لوٚتہٕ آواز بوزان۔ییُس اِنسان سیٹھا لوٚتہٕ آواز بوزِ لس چھ وَنان زِ اُمِس چھ گگرکن۔

۱۰۶۳

## گرُ گرِ تہٕ نخاسس موٚل :-

اصل چیزن تہٕ ناوِنے ٹٚکہ اُمتہٕ کِس موٚموٗلی حصس موٚل کرُن یا تے گرُنہٕ کُنی

تہندِس زہینس مول کرُن ۔

(۱۰۶۴)

گجہِ سۄر کوٗڑم پجہِ سۄر لوٗدُم سوٚر بنہِ ژرووُم لالہِ وُزلووُم
دودہ دام پووُم تتھے سووُم ۔

کاہنہٕ زنانہ چھےٚ اکھ کٲم کرِتھ تیتھ پٲٹھۍ وناں زِ تمہِ ہیٚتھ کامہِ کوٗرُمت
چھُ ۔ زنانہِ ترٛوو سۄر بنہِ سۄر تہٕ شُرہیوٗن دودھ وُچھنو کیتھ پٲٹھۍ چھہ یہ
کتھ زٕہیتھ راوان ۔

(۱۰۶۵)

گنٛدِ لیسن بگاڑ کرُن :۔

لیسہٕ چھ اکھ معموٗلی سبزی اگر تم خراب آسن گانڈتہ بگاڑ کرنہٕ ستی کیاہ بنہِ
تمن ۔ بیلہِ کانٛسہ ناکارِ انسان ستر ناکارگی چھیاونہٕ باپتھ کینٛہہ ولنو سُہ گوٚو
گنٛدِ لیسن بگاڑ کرُن مطلب فقس ٹلی وُرُن کرُن :۔

(۱۰۶۶)

گرٛاہ ھاوتم لرا ژراوس :۔

ییلِہ کاہنہ کمٲنِہ ہُنٛد گرٕ اتھ نتہٕ نیرنگ ناوٕ ہیہٕ ہٕ سیٹھٕ پھٕ یہ
کنھ لوان وہٕ ہٕ ۔

(۱۰۶۷)

## گبل لاینٛ :-

گبل گیہٕ لوٗر یوٚس میوٗ کلٕس میوٗ دالنہٕ بایتھ چھ لایان کنہٕ وزِ چھُ امہٕ سیتی
میوٗ وسان تہٕ کُنہٕ وزٕ ہٕ کینٛہہ ۔ کاہنہ چھُ کُنہٕ وزِ پنُن مطلب عاؔمل کرنہٕ بایتھ
ٹلی کنھا دِوان دآرِتھ ۔ یہ سونچِتھ زِ مطلب ڈرٲو تہٕ ڈرٲو نتہٕ کینٛہہ ہٕ ۔
تتھ چھ وناں گبل لاینٛ ۔

(۱۰۶۸)

## گاشو گوٚش کر :-

کانٛسِہ شخص خاموش روزنک اشارٕ کرُن ۔

(۱۰۶۹)

## گرُ کرنٕ :-

کاہنہ قوبوٚہس انیتھ لتہٕ پننی کاؔم ہیتر ، پننہٕ مرضی مطابق گرٕ ہندی پاٹھی لاکم
دِتھ پکہٕ ناوُن ۔

۱۰۷۰

## گداگرس گرِ کتہِ بہتہِ شام سپدِ لس :-

بیچھن وول چھُ گرِ گرِ بیچھان ۔ یوٗت شام وقتس واتہِ تتی چھُ کُنہِ جایہ آرام کران تہٕ سے چھُ لتس گرِ بنان ۔

۱۰۷۱

## گُنےٚ نثرِھ نہٕ گُنےٚ نثرِھ زاٚوِج تہے لو پبٕنس اژھِ :-

ہنِدرِ کتن واجنہِ چھہِ تہے ونان ۔ گُنہٕ بناونہٕ باپتھ چھُ موٚٹ پن یوان کتنہٕ یتھ کم وقت چھُ لگان ۔ زاٚوِیل پن کتنس چھُ یژر کال لگان ۔ یمہِ موٚٹ پن کوٚت گُنہٕ ہیو کیٛر بنووِک نہٕ ثرووُن ناٹی ۔ یمہِ زاٚوِیل کوٚت لتس لوٚگ وق زیادِ نہٕ وقتس پیٹھ بنیوس نہٕ پلو تہٕ پیوس لو پبنیس منٛزاژن ۔ زاٚوِ جار ژِھانڈنہٕ کنیٖ چھُ کامہِ تیوت وق لگان ۔ زِ حاصل چھُس نہٕ یوان کینٛہہ ۔

۱۰۷۲

## گاو نہٕ دِوان ووٚدھ نہٕ بِیوان :-

دِنہٕ وول چھُ نہٕ دِلس تیار تہٕ حاجتھ مند ننہِ وول دِپان مےٚ چھُ نہٕ ضروٗرتھ ۔

۱۰۷۳

گُر نہٕ کھیوان زب بیٚیلہٕ نہٕ ییہیس تیلہٕ کھیٚیہ پانے رب۔

گُر چھِنہٕ زب کھیوان لیُس لس کیٛت جان غذا چھُ بیٚیلہٕ نہٕ دِموس۔ بوٚ چھِ لگِس تہٕ رب کھینس بیٛہ گژھِ مجبور۔

۱۰۷۴

گوٚ گیجہِ گوٚل آسُن :-

کاٮ۪لٕنہٕ ہُنٛد خاموش مزاج آسُن زن چھس گوٚگجہ گلِس منٛز برِتھ تہٕ آس چھُنہٕ مُژراں۔

۱۰۷۵

گآو نیاے بوٚزن سآری تہٕ دانٛدٕ نیاے نہٕ کاہٕہ :-

تہٕ دُپھتھ گوٚو مرد ہُنٛد چھُ نہٕ کاہٕہ بوٚزن مگر زنانہٕ ہُنٛد وَنُن چھُ دہرس کھسان تہٕ تتھ کُن چھِ سآری کن تھوان۔

۴

(۱۰۷٦)

## گژھہاونن وناپنُن کِنہٕ بُوزِ تِہنٛدُ :-

یمِس کانٛسہ پننہٕ مصیبتہٕ باوو سہٕ باوِ توٚہۍ پننہٕ زیادٕ یہان تیٚلہِ چھ یہ کتھ ونان۔

(۱۰۷۷)

## گرِ تہِ ناکھ پرِ تہِ ناکھ ناحقے پانہٕ گرِی ڈٲکھ :-

ییٚلہِ تیبر نیرِتھ نہِ تی کھین میٚلہِ تہٕ گرس منٛز آسہٕ تیٚلہِ چھ یہ کتھ یوان وننہٕ۔



# ل

(۱۰۷۸)

## لُچھِ وسیا پوس کمینہ بنہٕ دوس :-

زووِ ہندس ٹھۆلس چھِ لچھِ ونان یتھ پأٹھی نہٕ تتھ مُلہٕ وسہِ تِتھے پأٹھی بنہٕ نہٕ کمینہٕ اِنسان پوٚز دوس ۔

(۱۰۷۹)

## لبکھ چھا ہتوکھ لاَرِتھ گژھِ :-

لبکھ چھنہٕ ہتوکھِ ہیٚش یوسہٕ یلَون لارِ ۔ لبکھ کرٚن وأٹلس چھِ پننے زبان گنڈِ گژھان بوٚزن وأٹلس چھُنہٕ تمیکٕ کانٛہہ خطا کھسان ۔



(۱۰۸۰)

## لوٗتہِ کھوتہٕ لوٗت گوٚو نٕنہٕ ووٚرُے :-

ییلہِ نہٕ کھوٚرن کاہنہٕ کھوٚرباںٔنی لوٗگ تہٕ شیلہِ چھُنہٕ کاہنہٕ یارے ۔ ییٚلہِ نہٕ کاہنہٕ ذمہٕ وآری ہیٚژ تہٕ شیلہِ چھُ اِنسان لوٗت روزان ۔ کاہنہٕ پریشانی چھس نہٕ روزان ۔

(۱۰۸۱)

## لوٗرِ پیٹھی سُرپھ تارُن :-

بے خبری منٛز دوکھہٕ دِیُن ۔ سُرپھہٕ مارنہٕ یا پھتہ اِنہٕ کاہنہٕ لوٚر تہٕ تمی لوٗرِ پیٹھی تارٕس سُرپھہٕ ۔ گوٚو دوکھہٕ دِتھ دِیہِ مےٚ دُشمن ہنٛدِس اتھس منٛز ۔

(۱۰۸۲)

## لیمبہِ منٛز پمپوش پھوٚلُن :-

دریاوٕ یا سرٕکِس ژٕکِس تل یوسہٕ ڈٲنج رب چھِہ آسان تتھ چھِہ لیمب وَنان ۔ تمی منٛز چھِہ پمپوش کُل کھسان تہٕ پمپوش پھوٚلان ۔ ییلہِ کُنہِ کمزور تہٕ وسیٖتھ خانٛدانہ منٛز کاہنہٕ سیٹھا ترقی کرِتھ بوٚڈ عالِم نیرِ یا بُڑِس عوٚہدس پیٹھ واتہِ تیلہِ چھِہ وَنان زِ یہ دٲراو لیمبہِ منٛز پمپوش ۔

۱۰۸۳

## لۆکہٕ ویہوٚژ کھوژُن جان :-

اِنسانس پیٚزِ یمِہ کامہِ لشہٕ پرہیز کرُن یمہٕ ستی لۆکہ یمِس مُتلق ناکارٕ ونن :-

۱۰۸۴

## لوسہٕ ڈُن افتاب آسُن :-

کاہنہٕ بجرِس منز آسُن ییلہِ زندگی ہندی کیٚہ دوہ آسن باقے -

۱۰۸۵

## کُھے موٚدہٕ لو نوٚ وا لو ہمسایہ ونزیلو گرو :-

یہ چھہٕ سیٹھا خود غرض تہٕ تنگ نظر اِنسانس مُتلق یوان ونہٕ نہٕ، یمِس چھِنہٕ لوٚکن ہنٛزن کاہنہٕ ہمدردی تہٕ ہمسایِن ہُنٛد کاہنہٕ موٚجبتہ آسان -

۱۰۸۶

## لولہٕ روستے نالہٕ مٕتہٕ :-

اُندری کینہٕ آسیس نہٕ مانٛے تہٕ نہٕ لول ہیٚری کینہٕ کرِ نالہٕ مٕتہٕ زن تہٕ لول چھُس آمُت -

١٠٨٧

## لله کھول کرٕن :-

پلوٕ پاٹھۍ استعمال کرٕن ۔

١٠٨٨

## لارٕ لار آسنہٕ :-

سیٹھا جلدی کرٕنۍ، اورٕ یور دوٕ دو کرٕنۍ، زنتہٕ پتہ آسہٕ کانٛہہ لاران ۔

١٠٨٩

## لشہٕ پاشہٕ کرٕنۍ :-

کانٛسہٕ ہنٛزِ زندگی ہندِس پرٛتھ کنہٕ پہلوہس پیٹھ غور کرِتھ تمسند پرٛتھ کانٛہہ راز نوٚن کرُن ۔

١٠٩٠

## لاری کنہٕ لوہوٗر گژھُن :-

لار چھُ گاندربل نزدیک گام، لوہوٗر ونتہٕ لِنشہٕ چھُ سُہ سیٹھا دوٗر یہ گوٚو کُنہٕ جایہ گژھنہٕ باپتھ سیٹھا دوٗر وتھ اختیار کرٕنۍ ۔

(۱۰۹۱)

لوکہ ہِشنز گاو دھرمس دِینز :-
لوکہ ہِندوے مال خارایتھ کرُن ۔

(۱۰۹۲)

لال شِنا سے زانہِ لالن ہُنز قدر :-
یمِس انسانس لال پرزناوُنچ زان آسہِ سُے ونہِ زِ امیک قیمتھ کیا چھُ ۔ یس
نہٕ امیچ شناخت آسہِ تس لَش چھُ سُہ کِنہِ پھول ۔

(۱۰۹۳)

لانگن ہُنز بوٚر چھُ بیکلس پیٹھ :-
یکل چھُ زیوٚٹھ تہٕ دوٚر کوٚٹ آسان یُس پَش بناونہٕ خاطرٕ مکانس اوٚرٕ پور چھُ
لاگنہٕ یوان یتھ کُن لاگِتھ چھُ لانگہ یوان تھونہٕ ۔ سُہ چھُ تِہُنز بوٚر ژالان ۔ مطلب
چھُ زِ گرِکین ہُنز بوٚر چھُ خانہٕ دارس پیٹھے آسان ۔

(۱۰۹۴)

لبہِ تالیس تھوٚن :-
کانٛہہ اِنسان اگہ پانٛھو تھوٚن یُتھ نہٕ تمبٕرِس اتھ منز کیٚنہہ روزِ ۔

(۱۰۹۵)

لۄکہٕ چار گۄو بیٚیہٕ نار :-

لۄکہٕ چارس منٛز چھُ اِنسانس مِزاجس منٛز جوش تہٕ گرمی آسان۔

(۱۰۹۶)

لۄکہٕ ہُنٛد کِتھہٕ نیتھہٕ لۄن پان لۄکہٕ ہُنٛد رِچھتھہٕ نیٚیہٕ پۄتُر پان۔

لۄکہٕ ہُنٛد ییٚمیٚر یا پھب کتو سہٕ نِین لۄکھ تہٕ بناوتس پانس کِتہ پلو تہٕ کتن وول روزِ پانہٕ نیتھہٕ لۄن، یِتھے پاٹھۍ بیٚیہٕ ہُنٛد شُر رِچھوٕن تہٕ سہٕ گژھِ آخر کار مالِس ماجہِ نِش تہٕ رِچھن وول روزِ بیٚیہٕ شُر ورأے۔

(۱۰۹۷)

لچھ تہٕ ژۄر تہٕ کچھ تہٕ ژۄر :-

لیُس لچھ روپیہ نِیہ ژۄرِ سہٕ تہٕ چھُ ژۄر تہٕ لیُس کاٗنسہ ہُنٛد گاسہ نِیہ ژۄرِ تس تہٕ چھہٕ ژۄر ونان۔ گُنہ ناہ چھُ گُناہ لۄکٹ آسِنہ یا بۄڈ۔

(۱۰۹۸)

## لہر گنٛز راونہٕ تھوٗن :-

کانٛہہ اِنسان تنہٕ جایہِ پیٹھ تھوٗن یتہٕ نہٕ تٔمِس کانٛہہ تہٕ کٲم آسہِ یاتے
شُہ ہلِ آوُر تھوٗن ۔

(١٠٩٩)

## لوٗنٛچہِ نہٕ لمُن :-

کانٛہہ بِلکُل ژراوِتھ ژھنُن تٔمِس نہٕ پلوس تہِ تھف کرٕنۍ ۔ لوٗنٛچہِ نہٕ لمُن ۔

(١١٠٠)

## لاُرک دار تہٕ دارُک لار لگُن :-

بییلہِ لوٗکھ کُنہِ جایہِ پیٹھ ژٔلِتھ بئیوٗن بئیوٗن جایِن دوٗر دوٗر روزنہِ لگن
تیلہِ چھُ یہ یوان ونہٕ نہٕ ۔

(١١٠١)

## لوٗگ نتہٕ جوٗگ آو پوٗت پھیرتھ :-

ییٚلہِ کانٛہہ ناکام گژھِ کُنہِ جایہِ پیٹھٕ بییہِ واپس تیلہِ چھ یہ کتھ تٔمِس
یوان ونہٕ نہٕ ۔

١١٠٢

## لۄکہ مۄت گو اَنہٕ گۄٹ :-

لُکھ چھہ بے بنُیاد الزام دِتھ بێیَن بدنام کران ، فۄضول پاٹھہ وۄتُرُ تہٕ طعنہ زنی کران ۔

١١٠٣

## لێنجہِ منٛز نٕر تہٕ گجہِ منٛز نٕر آسنی :-

یہ آسہ یتھ کالہِ زنانہٕ ییٚنہٕ بایتھ آہی منگان زِ اسہِ گوڑہ یٕرتھ وِزِ دالس ربہٕ آسنی چلان تہٕ أسی گژھہ یٕرتھ وِزِ تتھ ییٚھ بانہٕ لاگِتھ زنان روزنی۔ مطلب سائنس گرس گوڑہ ہمیشہِ کھین چِن چلان روزُن ۔

١١٠٤

## لآنژھ حملہٕ کرُن :-

لآنژھ چھہ یوان کم جُرتھ تہٕ کمزور مانہٕ نہٕ ۔ یُس حملہ کانہہٕ کمأنشہِ کم جُرتھ تہٕ کمزوری ہتی کرِ تمہِ وِزِ چھہ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ ۔

١١٠٥

لوٗٹ نےَ آسہس تہٕ لڑٕھل گنڈٕلس :-
اگر نہٕ کینٛہہ تخفیر آسہس تو تہٕ ہتھولس کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ تو ہمتھ کھاٲتھ -

(۱۱۰۶)

لاٹہٕ لاٹہٕ دستار والُن :-
کانٛہہ اِنسان بے یزتھ کرُن -

(۱۱۰۷)

لِحاظہٕ چھُ دوٗن اُچھن :-
اِنسان وُچھتھ چھُ تس یزتھ نہٕ احترام کران وُچھنہٕ ورآے ہٕ کینٛہہ :-

(۱۱۰۸)

لوٗک کمی لاسوٗو تہٕ بُڈٕ کمی ہوٗر :-
بُڈٕس مارن وول تہٕ لوکٹس رٹھن وول چھُ اکھ ئیوٗدا -

(۱۱۰۹)

لولہٕ رگہٕ مُشرٕرنہٕ ینہٕ :-
بینٛیلہِ کمانٛہہ کاُنٛہہ لول تہٕ ماے باوِ شیلہِ چھ ونان زِلتس اَیہ لولہٕ رگہٕ مُشرٕرنہٕ -

۱۱۱۰

## لٲنس کُس پوٚشِ :-

پتہٕ لِس قسمتس کٔمی ہیوٚک از تام مُقابلہٕ کرِتھ -

۱۱۱۱

## لتن ہُشِر ماز وتن لارُن :-

کُنہِ جایہ کُنہِ کامہِ خاطرٕ تیٚشر لٔتہٕ لٔٹھ کرِنۍ بیتھ تلہٕ ہُتی گِھنہٕ ین -

۱۱۱۲

## لوکچہ آسم ہٕشش تہٕ زام بُڈِتھ گیم نوٚش تہٕ کوٗر :-

جوٲنی منٛز چھہ زنانہٕ آسن ہٕشش تہٕ زام یمہٕ تُمِس بینہِ مرفی چھہ کامہِ کرناوان -
بیٚیلِہ بُڈِ گرٕژھہِ تہٕ چھس نوٚش تہٕ کوٗر آسان، تِھنٛزی مرفی پیٚٹھ چھُ تمس پکُن بیٚوان -

۱۱۱۳

## لیٚچ تہٕ ژوٗرے تہٕ گٔژھ تہٕ ژوٗرے :-

بیٚتھ جایہ نہٕ کانٛہہ بیٚیمانٕدار آسِہ تتہٕ جایہ مُتلق چھہ یہ کتھ یوان ورتاونہٕ -

(۱۱۱۴)

لوٚژ لیتھ آسنہِ۔
کم کاّم آسنہِ۔

(۱۱۱۵)

لاّر کھیوٚن شہجار۔ آر کھیوٚن زن نہٕ نار۔ نیچوُ زیوٚن شوٗبہِ دار کوٗر زینہِ تبردار :-
نیچوُ زینہٕ سۭتۍ چھِ یوان شہجار یانے آرام تہٕ خوشی نہٕ کوٗر زینہٕ سۭتۍ چھِ بڑان پریشانی ۔

(۱۱۱۶)

لوکہِ چارس گاڑہِ مارنہِ :-
جوانی منٛز ناکارہِ کامہِ کرنہِ ۔

(۱۱۱۷)

لیٚن گاش یِنُ :-
سبھٲیٖ کٲئی کانٛہہ خوشی حاصل سپدٕنۍ ۔ بیتہ گرس نہٕ شُر آسہِ تتھ شُر پٲدٕ سپدُن ۔

۱۱۱۸

لچھہ رنگہٕ وچھ ژیٹُن :-
بییہ سُنٛدِ نہٕ خوش ییُٚن لچھ قسمہٕ دِلس ہُمتشٕر ترقی وُچھتھ دٔکھ سپدُن۔

۱۱۱۹

لوسہِ پچھو پونٛز پتہٕ ڈمبی اُتھی لوٚبُن :-
یوسہٕ زنانہٕ پرٛسہِ لتس پچھ لوس ونان۔ لوسہِ کوٚرٕ پونٛز چھتھ گُذاہٕ۔ مگر یُس
شُرزاس تمی دِلتس پتہٕ سبھٕٹا آرام۔

۱۱۲۰

لوکہٕ ویہوٗژ لول برُن :-
لوٚکہٕ ہنٕدِ خوفہٕ کاٗنشہِ اینٛرٕے لول ہاوُن۔

۱۱۲۱

لچھِ ترٛگُن آے آسُن :-
ترٛے لچھ وری وُہر آسنی، یہ آہی پچھ ماجہ پننہٕ ہنٛن شُرین کران۔

○

(١١٢٢)

## لورِ دستار آسُن :-

یہ چھُ تس مردس متلق ایوان ونہٕ ینہٕ یمِس نہٕ کانٛہہ کٲم کرنٕچ صلاحیت آسہِ یوٚسہ عام مرد کرِتھ ہیکن۔

(١١٢٣)

## لڑج اُگنی :-

کُنہِ گرس سارنی باُژن ہُنٛد مرُن :-

(١١٢٤)

## لژھِ گژھُن :-

بے یزت گژھُن، کانٛہہ قدر نہٕ روزُن۔

(١١٢٥)

## لینوِ لورِ ٹینوٹاس :- خانہٕ دارس روٗپیہِ ساس :-

یمتھ کالہِ بیٚنیلِہ شری کانٛہہ نیاز کرنہٕ باپتھ گرِ گرِ اُسی پانٛژہ سوٚمبران تمیٚ آسی اکِس منز اژھِتھ یہے کرکھ لایان۔ بانی ظلمیچ لوٗر فُٹ تہٕ خانہٕ دارس سوٗزِ قدرتھ ہیتھا روٗپیہ۔



۱۱۲۶

لٹے کھارنڑ :-
اُپٹر اِلزام کھارنڑ۔

# م

(۱۱۲۷)

مورِ مالس خورِ بُوردم کرِی وُو یارو ہیو :-

ییبِلہ کاہنہ لاوآرث مرِ لوٗکھ چھِ یوان تہٕ تمٕہندِس جادادس لوٗٹھ کران۔

(۱۱۲۸)

موٗنڑِے طالے آسہِ ہے رونے کیازِ مرِہیس :-

اگر موٗنڑِ بدقسمتھ آسہِ ہے نہٕ تمٕس کیاز مرِہے رؤن ۔

(۱۱۲۹)

مأج دوہلون چھُم نہٕ کانٛہہ پوٚترٕ وتہٕ پیٹھ بیہہ :-
ییلہِ کانٛہہ وتہِ پیٹھ بِہِتھ لوٚکن تنگ کرِ تہٕ لوٚکھ دِلس بددُعا پانے۔

(۱۱۳۰)

ماجہِ ماسہِ کورِ کُس کاسہِ :-
ییٚلہِ مأج تہِ آسہِ پریشان تہٕ ماس تہِ کوٚرِ کیتھہٕ یأژھی روزِ خوش یأژھی۔ سہ تہِ گژھہ قدرتی پریشان۔

(۱۱۳۱)

مازٕ وین مُہنِوین نہٕ ژٲمہ وہن یأژِن چھُہ شرف :-
یُس یأژنہ روٗس اِنسان آسہِ تس چھُنہٕ کانٛہہ قدر کران۔ یُس یأژنہ آسن تس چھُہ لوان قدر کرنہٕ۔

(۱۱۳۲)

موٚغُل ڈلیٖتھ گژھِ فارسی پھُورِن :-
عأمِلس بروٗنٛہہ کِنہِ گژھِ کیتھہ ہیکُن کرِتھ۔ نتہٕ مُدٕن بروٗنٛہہ کِنہِ ہیکہِ کانٛہہ تہٕ بوٚلِتھ۔

(١١٣٣)

## میٚوٚنڑٕ گوٗس پٮ۪تھٕ پتہٕ اِنٛہہ چھُس اَتھ :-

کھیوان بیوان چھُ جان پٲٹھۍ مگر دِیان دوٗد چھُم تہٕ اِنہٕہ اِنہٕہ چھُ کران۔
ییلِہ کانٛہہ بہ کرِ تیلِہ چھُ لُس مُتلق یہ یوان وننہٕ۔

(١١٣٤)

## متھو اَنے بہٕ لوٗشا سوٗ نہٕ ڈرایہ مٕژے :-

ییلِہ کانٛہہ متین مٔشر روزِ سہ تہِ چھُ موٗتے بنان۔

(١١٣٥)

## میٛون گوٗو پیوٗن پیوٗن گوٗو ہیٛشہٕ ہیٛشہٕ :-

میٛالِس چیٖنٛرس پیٹھ چھُے ژسےٚ یوٗرِ یخنیتیار، مگر ییلہِ بہٕ ژسےٚ چیٖنٛر منگے ژٕ
زن نہٕ بوزانے چھُکھ کران چھُ ہم اورٕ ہیٛشہٕ ہیٛشہٕ۔

(١١٣٦)

## موٗلن ڈرٛوت پتہٕ پیٚترن سگ۔

سگ چھُ دِنہٕ یوان موٗلن نِمن آسِہ کانٛہہ ژٕٹان تہٕ ھاوِنہٕ باپتھ آسِہ پیٚترن دِوان

سگ یمیک نہٕ کانٛہہ فأیدٕ چھُ ۔ تہِ گوو مطلب زِ کانٛہہ آسہٕ کانٛسہ نیبری ہمدردی ھاوان نہٕ اَنٛدرِ کنِہ آسہِ تمِس مۄل ژٕٹان تہِ ختم کرنچ کوشِش کران ۔

١١٣٧

## موقدمس پتہٕ نےٚ فوقدم آسہٕ ہے گامس تلہِ ہے شامس تام :۔

اگر نہٕ لمبردارس حاکمن ہُنٛد خوف آسہٕ ہے تہٕ کرِ ہے نیٚتھ ظلمُ یتھ سورے گام شام تامے ختم گژھِ ہے ۔

١١٣٨

## مأجے ژِھنوٗم کانٛگر پھٕکِتھ بہٕ یمےٚ وۄستس دوہ ھُنوکِتھ

مأج پھُکِہ کانٛگر نہٕ نیچوٗ یمیہِ وۄستس بُتھ ھاوِتھ نہٕ دوہ کھأرِتھ والیس تہِ کرِ ودشُنیر ۔ یہ گوو کارخانس یا دفترس پیٹھ گژھِتھ کأم کانٛہ کرنے جلدے والیس یِنٛ ۔

١١٣٩

## مأج کرن کوٗری کوٗر کرن رآنہِ رآنہٕ :۔

مأجہ چھُ آسان کوٗرِ ہُنٛد لول تہٕ مأے مگر کوٗرِ چھُ آسان پنہٕ لِس ہٕنٛزِ ہُنٛد لول ۔

(۱۱۴۰)

## منز ییکھ چھ منز پے روزان :-

منز لیس منز چھ شر آسان سُہ چھُنہ ہمیشہ منز لیس منز پے روزان سُہ چھُ بڑان
بوان گرٹھان تہٕ دُنی یہکُ کاروبار کران ۔

(۱۱۴۱)

## موت لاگتھ سالہ بتہٕ کھیون :-

کانہہ چالاک اِنسان چھُ سال کھینہٕ باپتھ موت لاگان گوو پننُ مطلب حاصِل
کرنہٕ باپتھ مشرز تشرز کران ۔

(۱۱۴۲)

## مُفتک شراب چھُ قاضیو چومُت :-

قاضیس چھُ وُچھُن آسان زِ کانہہ ما چییہ شراب مگر اگر تس مُفت میلِہ سُہ
چییہ پانہٕ تہٕ ۔ ییلِہ کانٛسہِ کانہہ چیز مُفتُتھ دِمو سُہ چھُنہ وُچھان زِ یہ چھا
جائز کِنہ ناجائز بلکہ چھُ ژھوپہٕ کرِتھ رٹان ۔

(۱۱۴۳)

(١١٤٣)

## ماس مآج پوپھ مآج آخر چھ پننے مآج :-

ماس ته چھ مآجی ته پوپھ ته۔ مگر یوسه درد ته ماے پننه ماجه چھ سوکته آسه یمن۔

(١١٤٤)

## منز اتھس کجھ انُن :-

ودلس کھارُن، مجبور کرُن۔ یه گوو کانهه تیتھٕ بے لبس کرُن یتھ نه تس کانهه وار یا چار روزِ۔

(١١٤٥)

## مُنجه پیٹھی مُله ونُن :-

دِلی اسس منج مگر درُن مُنجه بتر یتھ نه کانهه قیمت چھُ۔ مطلب یه حق کمانه آسه ہے ته نه تس دین۔ بلکه نه دِلس برابر کینهه دِیُن۔

(١١٤٦)

## منٹنه لبنجه پانژو گژھن :-

یتھ بالس منٹ یاتے ڈوڈ کلو واتهِ تتھ پانژو یاتے ترے کلو تراوته سیتی چھُ شه بانه پھٹس یوان۔ تیتھے پانٹھی چھُ سُه اِنسان پھٹه لس یوان یاتے سہاہ

تکبرُ چھُس کھسان یس پزنہٕ کھوتہٕ زیادٕ دولتھ بنہٕ :-

(۱۱۴۷)

## مول بیچھن نیچوس ناو مُراد بیگ :-

نیچوُ چھُہ بوڑ ژھنو تہٕ دولتھ مند مگر مول چھُس بیچھان وَترٕ وُترٕ -

(۱۱۴۸)

## میٔون اَسِنھ چون گوو منگن ہیٔوت تہٕ اشدُ گوو :-

پچیٖنر اوس میٔون تہٕ ییٔوبھ ژسے بیلہٕ مونگہٕ مے لوتر دیت تھم نہٕ سوربہٕ نتجہٕ برابر ترٕ -

(۱۱۴۹)

## ماجہٕ نہٕ لچکہٕ تہٕ ستارس غِلاف :-

ماجہٕ چھس نہٕ کلس ییہڈ پوٗژ مگر ستارس چھِ قیمتی غِلاف بناوٕمژ- مطلب گرِ چھس نہٕ سورٕتھ ماجہٕ پوٗژ انہٕ تِہ مگر ینبرٕ لوکن شان ہاوہٕ باپتھ چھُ ستارس غِلاف لاگمژ -

(۱۱۵۰)

## مُر بھِھہ دٲر کھنٛزٕنۍ :-

مُرِہِنٛ گوو کو چھِ مٔنز ہِنٛ میانہ کو چھِ مٔنز بہِھتہٕ پِھ مےٚ دارِ وال کرٛان ۔
مطاب ہے پھٕٹِن رچیان تہٕ مےٚ چھُ ایزا وانتاوان ۔

(۱۱۵۱)

## مرِ بھہ چھُ مرتبہٕ ہُران :-

بیٚیلِہ کانٛہہ اِنسان مرِ تس سنٛدی رشتہ دار تہٕ ماتم پُرسی کرن وٲلی چھِ تمسنٛدی پزنہ
بیٚہِھ تٲرِیف کران ۔

(۱۱۵۲)

## مس گوو مس بانہٕ لیسی گوو تہٕ ہسے زانہٕ :-

یِمسے کانٛہہ مُصیبتھ بیٚیہِ تسی چھُ نہٕ کہ تکلیفک احساس سپدان ۔ بییس کیا چھ
تِچھ خبر

(۱۱۵۳)

## منگن گوو مرُن :-

کٲنِسہ کانٛہہ چیٖز منگنہٕ سیتی چھُ منگن وٲلی سنٛد پزتھ میٖثر مٔنز میلان سُہ چھُ تس مرنس
برابر باسان ۔

(۱۱۵۴)

ماجہ لۄہٹ ویپہ ماجہ نِش، کامہ لۄہٹ ویپہ سارِنۍ نِش۔

یُس شُر ماجہ لۄہٹ آسہ تس چھِنہ دوان سہٕ کینٛہہ کام کرنہٕ تہٕ سہٕ چھُنہٕ ینہٕ
کام کرنس لایقٕے روزان ، تمس کُس دِیہ بٕہتھ تہٕ سُہ کتہٕ ویپہ کُنہ جایہ ۔ یُس
کام کرن وول شُر آسہ سُہ چھُ پرٛتھ کُنہ جایہ یِزتہٕ سان ہیکان رۄزِتھ ۔

(۱۱۵۵)

مۄنٛژِ گاو دۄد دِیوٚن :-

مالِک آسہٕ چھِ کھۄتہٕ زیادٕ شریف تہٕ کم زبان نوکر آسہ سہٕٹھا چالاکھ کام
اسہِس نہٕ کران کینٛہہ تہٕ مزدوری آسہِس ہیوان برابر ۔ سُہ چھُ زن مۄہرٕ گاو
دۄد دِیوان

(۱۱۵۶)

مورو نژھ مورو نژھ کھورن وُچھتھ رُسوا گژھ :-

مورس چھِ خوٗبصورتھ پکھہٕ تہٕ تاج آسان مگر پنٛجہ چھِس بدصوٗرت آسان ۔ سُہ
ییٚلہِ چھُ نژان تہٕ پکھہٕ چھُ واہران تہٕ وِزِ چھُ زیادے سہٕ نژر باسان ۔ اگر سُہ
پنٛجن ییٚنہ ہنٛ وُچھہٕ شرمندٕ گژھِ تہٕ نژُن مشہِس ۔ ییٚلہِ کانٛہہ اِنسان پننہِ خوٗبی
ییٚہٹ آسہِ تہٕ ویژان تمس پیٚزِ پننٛز خامی تہٕ ژھتس یاد نہٕ تہٕ ویژُن مشہِس ۔

(١١٥٧)

## موٗنڈٕلِش پٔرٕ مانگےٚ کرٕن :-

گوو تٔمِس سُہ چیٖز منگن یِمِس نہٕ سُہ چیٖز پٔزِے آسہِ -

(١١٥٨)

## ملس ٹِکھ میٖشِد تام :-

ملس چھِ زان تہٕ رسوٗخ گرٕ بیٚہتھٕ مشیٖدِ تام - امہٕ علاوٕ زانہٕ نہٕ سُہ کانٛسہِ - بیمِلِہ کانٛسہِ اِنسانس سیٚٹھاکم رسوٗخ تہٕ زان آسہِ تیمِلِہ چھُ تٔمِس مُتعلق یہ محاورٕ یوان ورتاونہٕ -

(١١٥٩)

## منٛز گنٛٹی منٛزِ مِس کلہٕ سرٕدارس لُٹ گیہِ ناکارس بیچارس -

دیہان بیٚلِہ خانہٕ دارینٛ چھِ باٹرٕ بٕتس بیٚہتھٕ گاڈٕ شیٖران سو چھِ گاڈٕ کلہٕ دِوان خانہٕ دارس - منٛزمیٚن شرٛین چھِ شیٖران منٛز گنہِ تہٕ بچارٕس لوکٕٹس گو ناکارس چھِ لُٹ دِوان

(١١٦٠)

## میٚشرِ موٗلِس زٔو اژُن :-

میٚشرِ موٗن گیہِ میٚشرِ ہُنٛز بے جان موٗرتی یا پُوتُل - یُس اِنسان گرِس منٛز ژھوٗپہٕ دوہ پہٕ کرٕتھ

نہ کرِ کاُم نہ کار نہ آسہِ کران حرکھ تمِس پٔیٹھ دیان زن میتٕر مولِس چھُس زوٗد ژامت۔

(۱۱۶۱)

## ماز چھُم پنُن تہٕ ساز لوٗکہ ہُنٛد :-

جسم چھُم پنُن مگر پلو یا زیور چھیم لاگِتھ لوکہ ہنٛدی

(۱۱۶۲)

## میترو شہر یا موُدُے پننیٚ نہٕ خبرے :-

بیِلہِ کانٛسہ دُشمن مرِ سہ چھُ خوش گژھان مگر مِتھ چھُس گژھان زِ لتس تہٕ حاچھُ پانہ مرُن۔

(۱۱۶۳)

## مُڈرہ مس چاوُن :-

مُڈرِ مُڈرِ کیٚتھ کرِتھ پنُن مطاب حاصل کرُن۔

(۱۱۶۴)

## مس وال بوٚڑٕنی :-

گوٚو کلہِ بیٹھہِ اَب کھسُن۔ یمِس قرضہ آسہ زیادٕ کھوتمت تمِس مُتلق چھُ لیوان وتہٕ

نہٕ زِ قرضس منٛز چھس مس وال بوٗزِ یمتی ۔

(۱۱۶۵)

## میٚرٕ وٲنگن کھار کھیتھ نہٕ ٹاس کرُن :-

کاٲنہِ چھُ یتھ برداش کرنُک طاقتھ آسان زِ ہتھ ٹیچھ کیچھ لوٗزِتھ تہٕ چھُہ نہٕ واد کران ۔

(۱۱۶۶)

## مرہا تہٕ گرِ کُس تھون :-

کانٛہہ چھُ حالاتو کِنۍ تنگ یتھی وِنان زِ مرہا مگر گرِ کُس پالیم شوٗرِ بٲژن کیاہ زِ لیہ یوت چھُس تمن آمدنی ہُنٛد ذٔریہ ۔

(۱۱۶۷)

## مالِس ماجہِ ہُنٛد ہیوٚت دُیت تہٕ کوٗر ہُنٛد زلوٚ پیوٚت ۔

کورِ ہُنٛد مول ماج دی تن کوٗرِ سیٹھا داج مگر اگر کوٗرِ آسیہ نہٕ زلوٚ ٹھیک بانۍ کلام آسیہس تیز تہٕ ماٲلۍ سُنٛد ہیوٚت دُیت سورُے چھُ ضایہ گژھان ۔

(۱۱۶۸)

## مُجہِ کھینھ سرد گرڑھُن :-

کہتِ ہُنُد مُناسب جواب بوزِتھ شرمند گرڑھُن ۔

(۱۱۶۹)

## منگوُن اے ٹھوزِ بن ٹنگہ وِنہِ تل تو تہِ کرِ منگ منگ ۔

بس منگِہ منگ کرنک عادتھ آسہ سُہ اگر تِتھ جایہِ ٹھوٗن بیتہِ سوڑے مولیسر آسہِ توتہِ کرِ سُہ منگہِ منگ ۔

(۱۱۷۰)

## موچھہ یا دوٗزِھ ووھُن گرنھِہ :-

موچھِہ گوٗو سُہ اناج یس اکس اتھس وانہِ تہ دوٗزِھ گوٗ ویُس دون اتھن منز بیتہِ ، مطاب چھُ اگر کم اسہ رنُن یا زیادٕ وُوشونی صورتن منز چھُ ٹھوٗد وُھن تہ کام کرنی ۔

(۱۱۷۱)

## مول نہ مائج گوٗو زا پھیرن :-

زا پھیرن گوٗو سُہ پھیرن یُس زا شرِس بیتہِ لاگنہ ۔ سُہ چھُ دوہن منزرے

ژھوٗٹ گژھان یتہ ترآوِتھ ہیوٚان ژھنُن ۔ ییتھے پاٹھۍ چھُ نہ موٗل ماج یژ کال تام پوشان ۔

۱۱۷۲

مالہ منتہ نالہ ہتی کرُنۍ :-

کانٛسہ ہنٛز دولتھ حاصِل کرنہ خاطرٕ تمس ٹٕلی لول یتہ ماے ھاوُنۍ ۔

۱۱۷۳

مرس ژونٛگ دزُن :-

گرس منٛز اولاد روزُن

۱۱۷۴

مس، گوو وس :-

مس چھُ اِنسان نشہ زیوٗر، منتہ روٗس اِنسان چھُ بدصورتھ باسان ۔
یہ چھُ زنانن متعلق اکثر یوان ونہ نہ ۔



(۱۱۷۵)

ماجہِ مالیُن گوو راجہِ مالیُن
مأئِل مالیُن گوو شُبہٕ مالیُن
بأسے مالیُن گوو ٹُلہٕ مالیُن

یوٗت تام کوٗرِ مأج آسہِ زندٕ توٗت تام چھُ تس مالینس منٛز پوٗرٕ یخٔتیار آسان ۔ مأج مرِتھ چھُس مأئِل ہنٛد وقتہٕ توتہٕ کم کاسہٕ یخٔتیار باسان ۔ باین ہنٛدِ وقتہٕ چھُ سُہ صِرف ناوُک مالیُن روزان یانٕے دزغا دعوا چھُس ختم گژھان۔

(۱۱۷۶)

مکہٕ بنہِ نہٕ نخنہٕ بنہِ نہٕ :-

مکہٕ مدینہٕ واتُن چھُ سہل مگر مکانس ستی زمین بنٕنی چھِ مُشکِل ۔

(۱۱۷۷)

مُڈن ہِشِنہِ ماجہِ نٕے پرٕسن تُرکِن ہنٛدی گرٕ کیتھہ پاٹھی کھسن :-

اگر نہٕ ماجہِ کم عقلن زٔنم دِن گاٹُلی لُکہ کِتھہ پاٹھی کھارن بنُن گرٕ مطلب گوو زِ گاٹُلی چھِ کم عقلن کأم ہیتھ بنٕنی گرٕ کھاران ۔

(١١٧٨)

## موت گوٚبرٕ یارٕ کیا نہٕ لوٗہٹ دھنہٕ دیارٕ کیا :-

مٲتِس نیچوِس مقابلہٕ چھُنہٕ دولتس کانٛہہ قیمتھ یُمس بیہٹ اگر سارے دولتھ خرچ تہٕ گرٛنڑِ کانٛہہ دوٕکھ چھُنہٕ مٲلِس مابجہِ سپدان۔

(١١٧٩)

مالِنین میانین شئے نُزہٕ گاو۔
بہٕ کیٛہو منگہٕ یو مالِنیو
وٲرِوین میانین سدرٕ کٲنٛزپوو
گرِگرِ کھیمہٕ یو وٲرِویو۔

سدرٕ گوو سمندر۔ کٲنٛز گوو، برٛونہہ کالِہ آسی کشیٖرِ منٛز لُکھ کترِوِس بالنس منٛز توٚمُلک چھلِنہٕ وٕولِ تھاوان تھۄ آسی جاوینٛد ترٛاوان یُس بیٚیلہِ ژوٚکہٕ ہے تہٕ آسی بتس سیٚتہ کھیوان یا ژرلیٖشہٕ بدلہٕ ییوان۔ تھۄ آسی پرٛیتھ دوہہ چھلِنہٕ وٕولِ ترٛاوان تہٕ تمہِ کنہٕ اوس نہٕ موٚہ کلانے۔ توٚے آسی اتھ سدرٕ کٲنٛزپوو وَنان۔ کورِ زٕن آسن مالِنین سیٹھا گاو تہٕ دوٚد مگر یمس چھُنہٕ تمہ بیہٹ کانٛہہ یخچیار۔ وٲرِوِس منٛز آسیس سدرٕ کٲنٛز یُس ہیکہِ گرِگرِ چیٖتھ۔



(۱۱۸۰)

## منین ہُنٛد دٔوپ چھُہ بلاین تھوٚپ :-

نوٗدا دوستن ہٕنٛز کیٚھ سیٚتھ چھِہ بلایہ دور گژھان ۔

( نگاہِ مردِ مومن سے بدل جاتی ہیں تقدیریں ۔ اقبالؔ )

(۱۱۸۱)

## ماآج کرِن شُرِ شُر ۔ شُرٕ مہ کرِن ماجہِ ماجہِ :-

ماجہِ اگر نہٕ شُر آسہِ سُہ چھُہ قابِل برداش مگر اگر شُرِس ماآج مرِ تَمِشنز آہ وزاری نہٕ تمِشُند پرٕ زھنیر چھُنہِ برداش سپدان ۔

(۱۱۸۲)

## مُنہ نے دادے رٕنہٕ نُے ترٛوٗم :-

دانہِ مُنہِ لس آس برونٛہہ کالہِ زنانن سہٕٹا میٖنھنتھ ہیوان کرِنہ ۔ تِمہِ لٔتہ بچنہ خاطرِ دٔوپُن زِ نہٕ رنُن تہٕ نہٕ کھیوٚن چھُہ بہتر ۔ یہ چھُہ کانُہہ اُتھ کرن دالِس متلق لیوان ونہٕ نہٕ ۔

(۱۱۸۳)

## ماشہ مارِتھ کرُن :-

بیہ شنز نظر بچاوِتھ کیہہ کرُن یا کانہہ کام بے مال یا ٹھی کرُن۔

(۱۱۸۴)

## ماجہ بتہ آسُن :-

ماج چھ دِوان شُرِس لولہ سان بتہ۔ یہ چھ بڑ محنت آسان تہ بزوار تہٕ۔ یِیِلہ کانْہہ بڈ محنت میّونٹھ روزگار حاصل سپد تیِلہ چھ سُہ یہ کتھ وَنان۔

(۱۱۸۵)

## مُٹھ فلِس انُن کِنِتھ :-

یہ چھُ کانْہہ کم عقلس یوان وننہ۔ زِ سُہ اگر کِنون تہ مُٹھ پھیک قیمتھ ییس نہ۔

(۱۱۸۶)

## مُلہ انِتھ کولہِ ژھنُن :-

مُلہ انِتھ کانہہ چیز فنا کرُن۔

(۱۱۸۷)

## موہر گنڈنز راوُن

کُنہٕ چیزٕس سیٹھا قیمتھ ادا کرُن ۔

(۱۱۸۸)

مَن سیٖنہٕ تہٕ سودا بنہٕ :-
بیٚیلہِ دِل نرم گژھیٚس تہٕ تیلہِ گژھِ لین دین پوٗرٕ ۔ بیٚیلہِ دِل مانہٕ
نیلہِ چھُ سودا سپدان ۔

(۱۱۸۹)

ماجہِ ہُنٛد دود یاد پاوُن :-
کانٛسہِ زیٚیھ سزا دیُن یا تکلیف واتناوُن یمہٕ سیتہِ تمِس ماجٕ یاد پیٚیہِ ۔ اِنسانس
چھُ مُصیبتھ وِزِ ماجی یاد پیٚوان ۔

(۱۱۹۰)

بوڈٕ مرُن چھُ سہل یم براُدن چھُ مُشکل :-
کانٛہہ مرِ شرِان وشیت ہس کفن لوگہس تہٕ ڈٕرو وُکھ یا زونکھ یہ چھُ آسان ۔ مگر یم
رازس گرِ وِیوٗد رودُن چھُ مُشکل، خطرٕ چھُ روزان زِ موت ماکھلہِ نہٕ بیہہ یہِ پوٗر۔

(۱۱۹۱)

منٛڈلن پٔتہٕ منٛتھن :-

کأکِنہٕ ہشٕنز کتھہٕ پٔتہٕ نِکرِی کھٔنی۔ تتھ کُن پٔتہٕ کانٛہہ توجہ دیُن۔

(۱۱۹۲)

موٚنڈ پیٚشراوٕنۍ چھےٚ سہل پٔتہٕ موٚنڈ پیٚشراوٕن سخ :-

اگر زنانہِ رٕوٕن میر سۄ ژھینہ چھےٚ سہل مگر اگر مردس زنانہٕ میر تہٕ سۄ مرد پیٚشراوُن چھُ مُشکِل

(۱۱۹۳)

مأج پیٚٹھایہ کوٗر زأیہ لوٗکھ آیہ وٕدنے :-

بیبلہِ کُنہِ گرس مشٕر کوٗر زیٚیوٕ ہمسایہ چھےٚ مُبارک کرنہٕ بدلہِ اوش تراوٕنہِ یوان۔

(۱۱۹۴)

موٚت گوبُر چھےٚ موٚختہٕ ہارو ڈیکہٕ دِہلہ کوٗر چھےٚ زارہِ پارو۔

موٚت نیچوٗ چھےٚ موٚختہٕ ہارس برابر تہٕ کوٗر اگر بختہٕ بُڈ تہِ آسہِ توٗتہِ چھےٚیہ بیبس مأجہِ گردن توٚمرِتھ بیوان روزان بلکہ پرٔتھ وِزِ تسنٛدین وأروین زارہِ پارے بیوان کرُن۔

(۱۱۹۵)

## مولہٕ بوٗنۍ پھیرِنۍ :-

ساسہٕ بدٕرِ وُرہین ہُنٛد کاہہ رسم تہٕ رواج بدلُن۔

(۱۱۹۶)

## مالینٛچہِ کٔری زِ نہٕ ماجہِ ستی وآروِ چہ کٔری زِ کراجہِ ستی :-

کوٗرِ پنٛزِ نہٕ تیتھؠ یزت تہٕ لول بَرُن پننِہ ماجہِ یوٚت زَن سُہ وآرِوِ چہ کراجہِ یانٛس بانہٕ تھٔرُن واجنہِ بَر بانے وآری وِکہِ طرفکس موموٗلی اِنسانس تہِ وانہٕ ژور قدر کرُن۔

(۱۱۹۷)

## منہٕ کھِسہٕ پینہٕ ناہ کٲلس کیا دیہِ :-

یلہِ نہٕ کٲنٛسہٕ پینہِ یڈ کھسہٕ سُہ کیا دِیہِ بیبیس۔ منن گیہ ئڈ میٹھرِ و کٲنٛگر۔

(۱۱۹۸)

## میہِ منزارس تہٕ پیہِ پنٛزالس روزُن :-

اکھ اَکِس لٔش سیٹھا دوٗر روزَن تہٕ ژھینہٕ گرٛژھن۔

(١١٩٩)

## موقدمہ سانیو ھاکھڈ کانیو اسہ نش پرانیو لوکو ڈیت لو۔

ہتا موکہ دمہ ژے چھے نہ یوان پوٗر لوزنہ لیس چیز از لوکن لو چھ باسان تتھ گوو اسہ یژ کال استعمال کران تہ سہ پرانیو اسہ نش

(١٢٠٠)

## مٹہ نکیو لوٗنی بنگہ نہ پیٹہ نکین کھوٗت چرس :-

کیشہ چھ وناں زِ امیک مطلب چھ زِ اکس جایہ زیٹھ لوکو دیاہ تہ بیین جایہ کھوٗت لوکن لنشہ۔ یہ تہِ چھس مطلب زِ امپر چھ کُستام تہ لنشہ چھ کستام۔ کیشہ چھ وناں زِ امیک مطلب چھ زِ اکس جایہ بنوو لوکو چرس تہ بیہہ جایہ ہندین لوکن کھوٗر کھ الزام۔

(١٢٠١)

## مالِنہ کراں ژکہ ستی وآرِ کراں بنیہ ستی :-

کوٗر چھ اساں مالِنیک ژک تہ چھ کراں تمہ ژکہ کنی نتہ کام کار۔ وآرِس منز چھس آساں وآرِ باژن ہنٛد خوف تہ چھ کراں نتہِ کام کار تمہ خوفہ کنی۔

(۱۲۰۲)

## مُس کپس وہنی :-

لُس یمہِ چیٖنُزک واقف آسہ تمِس کیا تمہِ چیٖنزٕچ تفصیل وہنی ۔

(۱۲۰۳)

## مُتی آب وُسُن :-

عام لوکن منٛز اُلٹہٕ سوٕچ پادٕ سپدُن

(۱۲۰۴)

## مُچھ ژہنی :-

سخ کنجوٗس آسُن ۔ اگر گیوس منٛز مُچھ گژھِ تہٕ سوٗ تہٕ ژہہِ ۔

(۱۲۰۵)

## موج وُچھن :-

کانٛسہِ ہندِس مُشکلِس وُچھِتھ لُطف تُلُن ۔

(۱۲۰۶)

## موٗردن دوٗرمُت پاٚنٕس آس :-

یمِس نہٕ کانٛہہ چھس آسہٕ سُہ تہٕ چھُنہٕ پانٕسہٕ رٹنس النکار کران۔ ہیٛنٛدی چھ موٗردس شران کرِتھ اَسس منٛز پانٕسہٕ ژراوان۔ شاید چھُ یہ محاورٕ تمی کِنی بارسس آمت۔

(۱۲۰۷)

## منٛدل مس آسُن :-

پتنہٕ ذمہٕ وٲری نِش بے پروا آسُن

(۱۲۰۸)

## ماجہِ کھوتہٕ گرٛزھِ کوٗر بُڑ :-

بُڑ فسادٕ کھوتہٕ گرٛزھِ لوکٕٹ فساد زیادٕ خطرناک زانُن۔

(۱۲۰۹)

## میٖنٛتھر بُتھس نہٕ دستارس شُہتر وُچھہِ پازارس :-

ییٚلہِ دوستس نِشہٕ گرٛزھوٗسہٕ چھُ وُچھان بُتھس کُن زِ صحت چھُ ساٹھیک دستارس چھُ وچھان زیٖنٛرس ماچھس کانٛہہ فرق گمٲہتر۔ دشمن چھُنہٕ کران

برداش بُتھِس کُن نظر ترٲوِنۍ سُہ چھُ کھور بالس کُن نظر ترٲوان۔

(۱۲۱۰)

**میٹھر وُچھان بٔتھِس کُن شیٚتھر وُچھان کوٚٹھین کُن:۔**

دوس چھُ دوستس بُتھِ بٔتھِ وُچھان لولہٕ سان۔ دُشمن چھُ وُچھان لسَ کوٚٹھین کُن زِ وُنہِ چھُسا کوٚٹھن منٛز طاقت کیٚنہہ نہٕ۔

(۱۲۱۱)

**مٔژن دوٗد تہٕ موٚہنِن چھیٚپ یکُرماآرِتھ اَتھن پھکھ:۔**

مٔژ چھےٚ شُرِس دوٗد دِنہ بدلہٕ لبن چھکان۔ یکُرمارنہٕ سیتی چھُنہٕ کیٚنہہ حاصل مگر اَتھن پھکھ لاران۔ امہِ محاورِچ اصل کتھ چھےٚ یتھہٕ پٲٹھۍ تہٕ وَنان۔ زِ کمس تام زنانہِ یوٚس گرِس منٛز کُنٕے زٔنۍ اُس، آسہ رٲتھ کیٚتُت ژۄر، تمہِ چوو سُہ چالاکی سان چاےٚ تہٕ تتھ منٛز دِتنس زاہر تہٕ ژۄر موٚد۔ صُبحن آس گوٚر دوٗد ہیٚتھ تہٕ ہمسایہ بُزرگن اَکھ یمِس یہٕ شکھ اوس دوٗنہٕ لنس۔ کوٚری مہ ژان دوٗد۔ ٹھٕہتیو چھیٚپ۔ یِوٕ کوٚری موٚرُتھ تتھ وتِھ پھکھ۔ یاتے اَگر گوٚر گرِ اژِی تہٕ مار گژھی لوٚن

## مکٕرِ دَن اَنھٕ یِنٛ :-

مکٕرٕ ییٚیلِہ دن لاگو تیٚلِہ چھُہ سو با اثر ہتھیار بنان - ییٚلِہ دُشمنس پیٹھ حملہ کرنُک ہتھیار اتھِ ییٚیِہ نیٚلِہ چھِ یہ کنھہ لوان ونہٕ نہٕ -

(۱۲۱۳)

## مےٚ دوٚپ لوٚش اُزِم اورے نیٚچو ہیٚنھ ژٕ زم پورے

موٗل ماٗج دیان زٕ اورٕ اُزِم کاٗلِشہ ہشنر کوٚر لوٚش بناٗوِتھ تہٕ باٗزٕرٕ گرتھِ ہریر سو چھِ واٗرِلو واٗنِتھ تمن نیٚچوِس ورغلاٗوتھ الگ کرٕان -

(۱۲۱۴)

## مدُرٕ میٚکراز آسنی :-

یُس وَوٚن زہٕنن اسان اَسان تٕہین دِیہ گُرِتھ لتس چھِ مدُرٕ میٚکراز ونان -

(۱۲۱۵)

## مندِ چھِ ہے لاٗنژھ سُہ کھیٚوان پاٗنژھ ہیٚتھ -

ییٚیلِہ کانٛہہ بے شرم اِنسان کانٛہہ ناکارٕ کاٗم کٔرِتھ تہٕ آسہ نہٕ لوٗکن مشنر مندچھان ٹھلی کہ آسہ تمن مشنر پاٗنژھ زٕلٕ ہیٚتھ اسان گنٛڈان نیٚلِہ چھِ یہ کنھہ یوان ونہٕ نہٕ -

(۱۲۱۶)

## مُدٕے سُست تہٕ گواہ چُست :-

دعواکرن وول چھُ ژھوپہٕ کرِتھ مگر گواہ چھُ ٹھینٛڈِ بدلہٕ بولان ۔ یہ چھُ فارسی زبانۍ ہُنٛد محاورٕ یُس کاشرِ زبانۍ پانہٕ لوٗمُت چھُ ۔

(۱۲۱۷)

## مشیدِ پیٹھ شِش آسُن :-

مشیدِ منٛز یُس پیٹھ شِش آسہِ سُہ چھُ نماز پرٕت والین تہٕ رٕٹھ پوان ۔ یُس اِنسان ینک ینک اِنسانن ژٕرِ جایہ پیٹھ تہٕ ایزا واتناوِلس چھ مشیدِ پیٹھ شِش ونان

(۱۲۱۸)

## مٔژھہِ ماز کھیوٗن :-

حدٕ کھوتہ زیادٕ پریشان گٔژھِتھ پننہٕ نہٕ مٔژھہِ ژٕپۍ ہینٛز ۔

(۱۲۱۹)

## ملی مولہٕ پیوٗن :-

سیٹھا قیمتھ دِتھ حاصل سپدُن ۔

(١٢٢٠)

## مرنس نہٕ ڈرنے کیا :-

یُس یمہٕ دُنی یاہس منٛز آو تس چھُ اکِہ نتہٕ اکِہ دوہہ مرُن، پٛریمہٕ کمالنٛہ چھُ موتُک دوہہ وُچھن۔ لہٰذا کیا چھُ اتھ کھوژُن۔

(١٢٢١)

## مرنہٕ برٛونٛہہ مرُن :-

بیلِہ مصیبتہٕ یا موت ییہِ تیلِہ وُچھو برٛونٛہہ چہٕ کھوتہٕ زیادٕ پریشان گژھُن چھُ نہٕ گاٹہٕ جار۔

(١٢٢٢)

## مُرِس انُن نہٕ لُوٗرِس کھیوٗن :-

یہ چھُ تس خوٗش قسمتہٕ کورِ متلق یوان ونُنہٕ یُس شُدِ انتہٕ پیٹھ ترقی کران چھ وارٕیاہ دیان امہ اوٗن ہلمس منٛز تہٕ بُڈِس بالنس منٛز کھیوٗن۔

○

۱۲۲۳

## موچھو نیری گژھن :-

بیئلہِ شرٗبے وایہ ودِ تہٕ کنہِ رنگہٕ کرِنہٕ زھوپہ تیئلہِ چھُ لس مُتلق یہ لوان
ونہٕ زِ موچھِ منز ژٹھہ تہِ چھُنہ روزان ۔

۱۲۲۴

## ما چھِ کھوتہٕ موٗدرٕ آسن :-

کانٛہہ کانٛم ۔ کانٛہہ چیز یا کانٛسہٕ ہنٛز جان کتھ یوسہ دِلس پژیہ تتھ مُتلق
چھُ لوان ونہٕ زِ یہ چھُ ما چھِ کھوتہٕ میٹھ

۱۲۲۵

## میٹرِ منز میلن :-

دولتھ ۔ یز تہٕ اعتبار لوٗرِ پاٹھی کانٛسہِ ختم گژھن :-

۱۲۲۶

# ن

## نیوھٹس ژوٗنگ دزُن :-

نیوھٹس ژوٗنگ دز نہٕ کِنہٕ چھُہ سہ اِنسان راتھ کیٛت تہٕ گٕھٹِتھ تھوٗ ھت چھیٛز ہیکان وُچھِتھ - یہ چھُہ تس اِنسانس مُتلق یوان ونہٕ نہٕ لیُس سہٕٹھا چالاک آسہِ نہٕ بییس ہُشہٕ مال کھیس مشرتاک آسہِ - پیٹہِ ور ژوٗرس تلق تہٕ چھُہ یہ یوان ونہٕ نہٕ -

(۱۲۲۷)

## ناو ھقوٗد نہٕ لبتہِ زوٗد :-

کاہنہٕ بوٗدُ ٹھہنیو لیُس موٗشور اسہِ یوان مانہٕ مگر ژک آسہ نہٕ کہینی تس متلق چھِہ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ -

(۱۲۲۸)

## نلہٕ رازُن پلو :-

رازٕ نلس بیٛیلہِ راج تاج پیھو وان دیُن نمس روٗد ہیتہٕ اکُے پلو بدلنس پیہٕتھ غریبہٕ ہندِ پلون مُتلق چھُہ یہ یوان ونہٕ نہٕ :-

(۱۲۲۹)

## نہ ڈینجہ تلی نہ نہ ڈینجہ بیھٹی :-

کُنہ وشابہ بیہٹھ نہ روزن وُول ۔ بیبلہ کالثہ کاہۂ کیھ مانہ خاطرِ سارے ولپلہ دِموتہ سُہ مانہ نہ لوتہ کھینہ شیلہ چھُ یوان لس متلق یہ ونہ نہ ۔

(۱۲۳۰)

## نارس اُنر دِنہ :-

فوضول زھرِہ ژھرہٹھ ، کُنہ مُصیبتہ لِثہ بچینہ باپتھ فوضوُل کوشِش کرِنۍ ۔

(۱۲۳۱)

## نینہ وٲلِس کُنے گوناہ راون وٲلِس ہتھ گوناہ :-

ژوُرِ کاہنہ چیز نینہ وٲلِس چھُ اکے گوناہ زژوُر کرِن کُنہ چیز چ مگر یِس چیز روو سُہ چھُ ہتس لوکس پیٹھ شک کران تہ ہتھ گوناہ پانس کھاران ۔

(۱۲۳۲)

## نظر چھے بڑوۂہ کُن پتھ کُن نہ کینہہ :-

بڑوۂہ کُن گوو اولادِن کُن تہ پتھ کُن گو مٲلِس ماجہِ کُن ۔ جوانس چھُ بینہ ہنن شرِن ہُندخیال روزان تہ مالس ماجہ ہُند نہ کینہہ ۔

(۱۲۳۳)

## نوٗن نہِ زہن نہٕ بزازِ وان ۔ بوٗچھ نہِ زہن نہٕ وازٕ وان ۔

نوٗن یانے ننگہٕ اگر بزازِ وانس بیہتھ رٕنوون نہٕ شہ دیہ تتہ پٔرتھ کُنہٕ کپر تھالس تھقف ۔ بوچھہٕ اگر وازٕ وانس بیہتھ رٕنوون نہٕ شہ کھبیہِ دولو دوبو اتھو تہٕ اُسی گرٔتھو شرمندٕ ۔

(۱۲۳۴)

## نٔنِس ترٕ آیہ نہٕ ڈرایہ کھنِس ترٕ ولنہٕ آیہ :۔

لُس نیٚتھِ نوٗن آسہٕ تمِس بیمیہِ اکِہ اندٕ ترٕ تہٕ بیمیہِ انٛدٕ گرٔتھِ نیرِتھ ۔ گوٕ وزیادٕ ترٕ باسہس نہٕ کینٛہہٕ بمِس پلو آسن لاگِتھ تمِس چھِ پکوت مشٛترٕ لیواتٕ ولنہٕ گوٕ وزیادٕ ترٕ تھِس باسان ۔

(۱۲۳۵)

## نیٚتھہٕ ننہِ بالو وُوڑ ہٕنتی بینٛنہِ لٔبجہِ یلو :۔

غریب بینہِ چھِ غریب بأئِس ونان زِ ژٕ چھکھ نیٚتھِ نوٗن تہٕ بہٕ چھَس ووڑٕ ہٕنی ۔ اکھ اکِس کیا مدتھ ہیکو کرِتھ ۔

(۱۲۳۶)

## لِشہِ زٕر وٕتھ ہٕ نہٕ دوٗرِ لیشوٗتھ ہٕ :-

اگر مےٚ لِش یِتھ نہٕ یِتہِ دِمے نہٕ روزنہٕ اگر دوٗر گژھ نہٕ رتہِ کرنہٕ برداش۔

(۱۲۳۷)

## ناو لگُن گوٚو نار لگُن :-

بیِیلِہ کٲنٛسہِ کاہنہٕ ناو دِنہٕ آو سہٕ چھُہ اد نارکی پٲٹھی دوٗر دوٗر تام واتان۔
نہٕ یرٛتھ کاہنہٕ چھُ تٔمِس سٕتی ناو ہیوان۔ نیک نامی یا بد نامی چھ نارکی پٲٹھی
پھہلان تہٕ دوٗر دوٗر تان واتان۔

(۱۲۳۸)

## نوٗن گنڈِنس نہٕ جاے تہٕ نابد پھٔلِس شاے :-

نوٗن کم موٗلُک چیز انہٕ نک نہٕ طاقتھ تہٕ نابد ہیوٗس موٗلہِ لِس چیزس
انہٕ نچ چھےٚ نہٕ کیتھے۔

(۱۲۳۹)

## نارٕ وِزِ کرُوٗر کھنُن :-

مصیبتھ یِنہٕ برٛونہٕ گژھ اِنسان تمہِ کہِ بچاوُک انتِظام کرُن۔ مُصیبتھ ییتھ تمہِ

وِزِ تمیکَ بچاو ژھانڈُن چھُ تِتھےُ یُتھ نارِ وِزِ کرُور ہیمو کھنُن :۔

(۱۲۴۰)

## ناو کیاہ چھےُ لوٗرِ دوٚیپس بُتھِ پیٹھےَ چھےُ لشپن :۔

بدصورت زنانہِ وُن زِمےٚ چھُ ناو نوٗرِ ۔ لوکو کوٗرُس طنز زِ بُتھ پیٹھےَ چھےُ نوٗر لشپان ۔ یمیلِ کانہہ ناکارِ اِنسان پننیِ بڑائی ونِہ یا کانہہ بزدلِ اِنسان پننیِ بہودُری تھیکہ تیلِ چھےِ یہ کتھ لوان ونہٕ نہٕ ۔

(۱۲۴۱)

## ناگ ہوکھن نہٕ ہینٛز گرٛزن :۔

یہ مُحاورِ چھُ لل دیدِ ہُندِ واکہ منٛز آمُت کرُنہٕ ۔ واکھ چھُ ہیتھ پاٹھۍ

(۱۲۴۲)

## ناگ ہوکھن نہٕ ہینٛز گرٛزن
## سٕتیلِ مالہِ آسی وانٛز راج

مطلب یمیلِ اِنسانو بدلہ یٕنٛزی کرُن حکوٗمت تیلہ بنن امیر غریب تہٕ موموٗلی اِنسان یُدٛی ہیمنو ۔ یٕنٛزِ مطلب چھُ نِم اِنسان یمن نہٕ لوکن ہُند کانہہ خیال آسہِ صرف آسیکھ پانسے آرام تہٕ فایدِ وانٛتناو پیٛچ کل ۔

(۱۲۴۳)

## نابرِ پھوٗل اٗسس مثنر ہھوٗن :-

کٲلِتھ اپز ووہ میہ دِنی تہٕ خوش تھوٗن ۔

(۱۲۴۴)

## نبس نہٕ بب ونٗ :-

کاہتہٕ پالس برابر مانٗ ۔ کٲلِتھ بروہٕ کنہِ نہٕ کلہِ ینمراوٗن ۔

(۱۲۴۵)

## نرِ پان ونڈیوٚ وٲرِولیوٚ۔ بہٕ کیہو دِمہٕ یوٚ مالِنیو :-

کھانڈر کرِتھ پتھ کوٗر ہِنٗ سوٗرے وٲرِوین آیہ تن تھاواں تہٕ پتہٕ کُنٗ پھسنہِ کینہہ روزاں یہ زنٗ سوٗ مالِنین دِیہٕ ۔

(۱۲۴۶)

## نہٕ خر رٲضی نہٕ خر وول :-

خرس لۆدکھ زِیادٕ بوٚر نتہٕ پھٔ سہٕ ناراض ۔ خروالس دِژِکھ مزوٗری کم تہٕ پھٔ سہٕ تہٕ رٲضی ۔ ییبلہِ نہٕ کُنہِ کامہِ پیٹھ کٲہنہٕ تہٕ خوش آسہ تیلہِ پتھ یہ کتھ یواں ونہٕ ۔

۱۲۴۷

## نہ چھُہ رادِ واتان تہٕ نہٕ ہٗونٛزٕ :-

راد گبہِ لمبائی تہٕ ہوٗنزٕ گو یوٗرٕڑائی ۔ گوٚو کُیُر چھُہ تیٚتھ لُس نہٕ کُنہِ انٛدٕ چھُہ یوان برابر ۔ مطلب آمدنی چھ تیٚژکم زِ کُنہِ یِھٕنہٕ یواں برابری ۔

۱۲۴۸

## نارِ مُلی آسُن :-

کانٛہہ چیٖز سیٹھا دٕروگ آسُن :-

۱۲۴۹

## نٛمس پیٹھٕ نہٕ نوٗن دِیُن :-

سخ کنجوٗس آسُن نمس پیٹھٕ کوٚتاہ نوٗن واتِہ تہٕ تتھ کیا قیمتھ آسہِ یُسہٕ نتہِ یییس نہٕ دِلس ووٚشِر ۔

۱۲۵۰

## نال بدلاوُن :-

پنٛنہِ اصوٗل بدلاوٕنی، اکھ جماعتھ تراوٕنہِ تہٕ بییس منٛز شامِل گژھُن ۔

(۱۲۵۱)

نالی کیا باسہِ بییس کھِین باسیم مۍ پالنس :-
پلوگرٕھن تم لاگنہٕ یِم لوکن خوش ییٚن کھیٚن گۄو تہٕ جان یہ پالنس خوش بییہِ ۔

(۱۲۵۲)

نارس گُلزار گرٕھُن :-
کانٛسہ کاہنٛہ مُصیبتھ ییٚتھ یِنُن تہٕ تمہِ منٛز تیتھ کاہنٛہ فائدٕ نیرُن ییمِک نہٕ لس
وہم وگمان آسہٕ ہے ۔

(۱۲۵۳)

نوٗش نہٕ زامتُر بینونُے تہٕ ہرکار گرِچھُ الونُے :-
نوٗش تہٕ چھِ بینہٕ تہٕ زامترٕ تہِ چھُ پینُن ، مگر سیٖلہِ یِم گرٕ الوکھ یِم چھِ گرِ کین سرٕ
وٲقف گرٕھان تہٕ لوکن لٔنش تِم آسر باوان ۔

(۱۲۵۴)

نیٖمنہِ کرٕمنٛہِ پکُن :-
سیود ساد پآٹھی پکُن ۔

(۱۲۵۵)

## نہٕ سوٗد نہٕ نہٕ سواد :-

بیٚلِہ نہٕ کٔنہِ کارس منٛز کاہٕنہٕ فایدٕ بییہِ بلکہ نوقصانے گژھِہ تیٚلہ چھہ یہ کتھ یوان ورتاونہٕ ۔ یانے یہ کٲم کرنس منٛز نہٕ چھُہ کاہٕنہٕ فایدٕ نہٕ نہٕ چھُہ کاہٕنہٕ مزٕہ ۔

(۱۲۵۶)

## نارس ہُر دِنٕ :-

کُنہ کتھِ سٟتی فساد جھگڑٕ بییہِ بڑراوُن ۔

(۱۲۵۷)

## نمن مأنٛز کمن کیشر :-

بیٚلِہ نہٕ بنُن کاہٕنہٕ آسی جیٚمح توٗلبصوٗرتی یا دولتھ کٔمنٛدِ خاطرِ چھےٚ ۔

(۱۲۵۸)

## نیٚٹُ وُٹھ نیٚرُن :-

نیٚنٛہی ذمہٕ وآرے ٹالِتھ نیٚبر نیٚرُن ۔

( )

(۱۲۵۹)

## نیکو نیک کر بد لبہِ پانَے :-

اِنسانس پزِ نیکی کرٕنۍ ۔ بدی کرن وٲلِس میلِہ بدی ہُنٛد سزا پانے ۔

(۱۲۶۰)

## نارِ ہُتھ زالنُ :-

کٲنٛسہ بُزرگس بروٗنٛہہ کنہ تہِ ونُن ییٚنہٕ شوٗبہِ ۔

(۱۲۶۱)

## نیبر نُندٕ بون تہٕ أندرٕ زھوژٕ کوٚن :-

نیبرِ کنۍ آسہِ کٲنٛہہ سونٛدر تہٕ اوٚر دوٚر باسان مگر أندرٕ آسِس کمزوٗری بیماری ۔ تیلہِ چھ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ ۔

(۱۲۶۲)

## لوٗ کتھ لوٗن دوہن :-

کٲنٛسہ ہنٛزٕ نیک نٲمی یا بدنٲمی چھ لوٗکن کینٛژن دوہن یاد روزان نہٕ ہیتہٕ چھِ وقتس سیتۍ سیتۍ مُشتھ گژھان ۔

۱۲۶۳

**نازٕ کوٚکِل :-**

سوٗ زنانہٕ یوسہ سیٹھا ناز نخرٕ آسہ کران ۔

۱۲۶۴

**نیشوٗل وزوٗل بوزنہٕ یُن :-**

کمزوٗرۍ کِنۍ یا گیوٗرینہٕ کِنۍ اُچھِن گاش سوتُن ۔

۱۲۶۵

**ناوٕ بدلی گژھنۍ :-**

کُنہِ تہِ مامٕلس منٛز اکۍ ہنٛدِ بدلہٕ بێیِس شُد ناوِنُن ۔ ادلہ بدل ناوگژھُن ۔

۱۲۶۶

**نارس وٚوٚٹھ لاینۍ :-**

کُنہِ غٔرٕس منٛز ہیٚنۍ پان ترٛاوُن ۔

(۱۲۶۷)

## ناہِ ڈراو سوٗن آسُن :-

کھوٹ سوٗن چھ نارس منٛز تراوِتھ پاسہٕ یوان بناونہٕ - تکیازِ انھہٕ چھُ کھوٚٹیر الگ یوان کرنہٕ - لیُس اِنسان مصیبتو منٛز نیرِتھ تجربہٕ کارتہٕ گاٹُل آسہٕ بنیوٚمُت - لس چھ ناہِ ڈراو سوٗن وناں -

(۱۲۶۸)

## لوٗن نابدٕ نہٕ تیل ٹلِہ گرٛھُن :-

لوٗن تیٛتھ ڈروگ گرٛھُن یِتھ نابدٕ چھُ آساں - کھیتھ تیل ٹلِہ تیلہ کہ نیرکہٕ میلُن - مطلب چھُ زندگی ہنٛزِ ضرٛوری یاتھ ڈروگ تہٕ نایاب گرٛھنی -

(۱۲۶۹)

## ناہٕ گنڈٕ روزُن :-

پانہٕ وأنی سیٛدھا سُمت آسُن -

(۱۲۷۰)

## نالس تھف ژھننی :-

کأنٛسہٕ لیٚش جھگڑ کرِتھ زبردستی کانٛہہ چیٖز حأصِل کرنٕچ کوٗشِش کرٕنۍ -

(۱۲۷۱)

**نال وٕلُن :-**
کاٗنٛسہ نِش کماہٕنہٕ چیٖز حاصِل کرنہٕ باپتھ پٔرٛتھ وِزِ پتہٕ روزُن ۔

(۱۲۷۲)

**نٮ۪دآدِس دوگنہٕ دیار :-**
غریبس بیلہِ مُصیبتھ ییِہ تس چھ دوگنہٕ پاٗنٛسہٕ ہیوان ترچاوٕنۍ ۔

(۱۲۷۳)

**ناٗلی نال آسُن :-**
پٔرٛتھ وِزِ بِلکُل ستہٕ ستہٕ آسُن ۔

(۱۲۷۴)

**نامہٕ پیغام کرُن :-**
شیچھی خبر سوزٕنۍ ۔ چیٹھی یا خط لیکھُن ۔



(۱۲۷۵)

## نوش لوِنہٕ ھارنہٕ کھور تل مارِنوس ہشونڈ :-

نوشہِ چھنہٕ ڈبل پانٛسہٕ قیمتہٕ تہٕ کھورن تل کیا چھُس کُٹھ قوربان کرُن۔
اکِس نالایق اِنسانَس بیہُٹھ پانٛسہِ خرچ کرُن چھُ بے فایدٕ۔

(۱۲۷۶)

## نم تہٕ ماز آسن :-

دۄن اِنسانن ہُنٛد پانہٕ وانٛنی سیٹھاہ نزدیک آسُن یتھٕ زن نم تہٕ ماز
نزدیک آسان چھُ

(۱۲۷۷)

## لوٚنہٕ پھوٚل گرٛھُن :-

سیٹھا یکھ گرٛھُن۔

(۱۲۷۸)

## ناو نیرُن :-

کُنہِ جان کِتھہِ کِنہٕ موشور سپدُن۔



(۱۲۷۹)

نگرِ نیرِتھ پتہٕ پان ڈرٛینٛٹھن :-

پننِہ شُہرٕ منٛزٕ ژلِتھ پنُن پان خراب کرُن -

(۱۲۸۰)

نہٕ زٲلۍوس نہٕ پیاٚلۍوس ناحقے روٗڈُس ہُری رازن :-

ہُرِچھ وَنان وتھرِلِس یتھ ییٚتھ لوٗس لوان چھُ شُرہیتھ بیٚیہاونہٕ - لیس نہٕ بنٛن کانٛہہ شُرآسِہ تہٕ لوٗکہٕ ہنٛدی شُری پینس رٕچھِنہٕ سہ چھُ یژھ کتھ وَنان -

(۱۲۸۱)

لٕستہِ سیوٗدُے پکُن :-

دُچھُن کھووُرٕ نہٕ ڈٕلُن سِنزٕ وتھ یِختیار کرٕنۍ -

(۱۲۸۲)

نارِ گژھِہ ووٚتھ ژٕھنٛنۍ :-

نارس ووٚتھ ژٕھنٛنۍ - نارِ گژھِہ ووٚتھ ژٕھنٛنۍ یا نارِ کوٚنٛڈِ ووٚتھ ژٕھنٛنۍ چھُ کٕنۍ مطلب زِ خطرس منٛز پان ژٕھنُن -

(۱۲۸۳)

## نازن خریدار پیوٚن :-

کامٲنہ کوٚرِ تیتھُ خانہٕ داربنُن لیُس تٔمِس سیٹھا قدٕر آسہِ کران یا تٔمِس نازنازٕ لی ووٚل میلنُ

(۱۲۸۴)

## نارٕ وُزمل آسنہٕ :-

ییلہِ کانٛہہ زنانہٕ سیٹھا جوان سوندر تہٕ چمکہٕ وٕنۍ آسہِ تمِس چھِ نارٕ وُزملہٕ وَنان ۔

(۱۲۸۵)

## لوٗنہٕ گرُی تہٕ تیلہٕ تلاو ھاوٕنۍ :-

کانٛہہ کٲنٛسہِ نِش پننُ مطلب حاصِل کرنہٕ باپتھ چھُ تٔمِس باوان زِ گرِین لدِتھ سوٗزے نوٗنٛ تہٕ تیتھی تلاو کرے پیش یمن منٛز تیل چھُ بٔریتھ ۔

(۱۲۸۶)

## لنس رٹان تہٕ وگوٗ ژٹان :-

یپاٰری چھُ لنس رٹِتھ پرٛانا یام تہٕ بیادتھ کران تہٕ ہُپاٰری چھُ لوٗکن دوکھ دِوان ۔

( )

(۱۲۸۷)

## نارو ہینو بُتھ کرُن :-

کرُودِ یانے غصہٕ سیتھ کانٛسہِ ہُنٛد بُتھ ووزُل نار ہیو گژھُن ۔

(۱۲۸۸)

## نس تالہِ کھسنۍ :-

غُصہٕ کھسُن ۔ ناراض گژھُن ۔

(۱۲۸۹)

## نار ژاپُن :-

سیٹھا غُصہٕ کھسُن مگر برداش کرِتھ ژھوپہٕ کرٕنۍ ۔

(۱۲۹۰)

## نیٖٹھتہِ بدس روزِ بلا :-

یمِس نیٖٹھتھ خراب آسہِ تمِس پٔھ خراب دوہ وُچھنۍ پیوان ۔



(۱۲۹۱)

## نیببرِم وناں اُنڈرِمین گاش کرآو :-

لیُس کیُنہِ کارس منتر لگتھ آسہِ سُے چھُ تمہ کارس مُتلق نمن پٔرزٕتھاں یموٗ نہٕ بٔتھِ سہ کار آسہِ وچھمتے ۔

(۱۲۹۲)

## لوٗش آیہ ریتہِ زن آس ییتہِ :-

لوٗش آیہ ریتہِ مالِنہِ پیہٕھ ۔ اتھ ریتس زن دراو نہٕ کینہہ زن چھُ باسان سوٗ آس ییتہِ ۔ کانہہ زیوٹھ مُدتھ نہٕ لغٕرِ تلے اُنَن ۔

(۱۲۹۳)

## لوٗنہٕ دجہِ لگنہِ :-

دِلس تیتھٕ دٔکھ گرٛشھٕن زن یتہٕ زخمن آسہِ لوٗن پیوٗمت ۔

(۱۲۹۴)

## ناس ژراس کھیوٗن :-

تہِ کھیوٗن یہ نہٕ پالس وَیہ وُن آسہ ۔ ناپٔرہیزی کرٕنہٕ ۔

(۱۲۹۵)

## لٔستہٕ رز کرٕنۍ :-

گرُس گاوٕ یا وٚنٹُس چھِ لٔستہٕ رز کران تہٕ تھف کرِتھ یوٚت پٔژھو بلوٚت بکہٕ ناوٕکھ ۔ بیبیلہٕ کالہٕ انسان کاںٔشہٕ پننہٕ مرضی مطابق یہ خوش ییہٕس تہٕ تٔی کرناوِ تیٚلہٕ چھِ لس متعلق یہ یوان ونہٕ ہٕ زِ آمِس چھَن لٔستہٕ رز کرٕمژٕ ۔

(۱۲۹۶)

## نٔٹس چھُ آخر مل ساران :-

دپان بیتھ پاٹھی چھُ آبہ نٔٹس مل جمع گژھان تِتھے پاٹھی چھُ انسانہٕ سٕندِس جسمس منٛزٕ تہٕ علاظت جمع گژھان تہٕ تمہٕ کنہٕ چھُس کُنہٕ وِزِ دوٕد کران ۔ بیٚیلہٕ کاںٔشہٕ دوٕد کرِ تیٚلہٕ چھِ یہ کتھ یوان ونہٕ ہٕ ۔

(۱۲۹۷)

## نیچو چھے نیچو نیترس تام
## کوٚر چھے سارِہے وآلِسہٕ آسان ۔

نیچو چھُ توٚت تام نیچو کارکران یوٚت تام تمِس نینہٕ کرو ۔ مگر کوٚرِ چھُ مالِس ماجہٕ ہُشہٕ لول تہٕ ماے توٚت تام روزان یوٚت تام تمِ زِندٕ روزان چھِ ۔

(۱۲۹۸)

## لُوٗ سُنٛدرٲوُن :-

لِوٗ سِر کَمٲنٛہٕ کٲم بییہِ شوٗرٕ کَرٕنۍ۔

(۱۲۹۹)

## نَقدٕ نَرٲوِتھ نفیبتس تھف کَرٕنۍ :-

اَگر کٲنٛہہ وِزِ نقدٕ ڈیار بنن تِم رلِوٹھ نہٕ یہ خیال کَرِتھ زِ نفیبتس ما آسیم اَمہِ کھوتہٕ زیادٕ لیکھِتھ چھے تیژھہ غلطی لیس زن حرف بیکل کرِ۔

(۱۳۰۰)

## نابر کٲنہہ بیٛٹھ کھور بیۍلِہ روزان
## دِل دیماغ چھُنہٕ سوٗر روزان۔

بیۍلِہ کَمٲنٛہٕ سیٹھا دولتھ یا تھوٚد عوٚہدٕ چھُ حٲصِل سپدان تِمس چھُ تکبر کٲنٛہہ دِل تہٕ بدلان نہٕ دیماغ تہٕ

(۱۳۰۱)

## ننہِ ووڑِ کٲنٛہہ ژنجہِ :-

ننگےٚ کلس کٲنٛہہ نُقصان کَرٕنۍ مطلب یمس نہٕ بچاو بابتھ کَمٲنٛہٕ سامانہٕ آسہ تِمسی پیٹھ حملہِ کرُن۔

(۱۳۰۲)

## نوٗن گنٛڈنس پٔنۍ سوٗرٕ ہتھ آسنۍ :۔

ژھینہِ مٕنٛزٕ دِیہِ مٕنٛزٕ نَتہِ ہیکہِ نوٗنہٕ پھوٚل اِنسان آسانی سان گنٛڈِتھ۔ مطلب زِ گرس مٕنٛز پھٔس پٔنۍ ژھینہِ مٕنٛزِ دِیہِ ژٕٹ نَتہِ یِتھ مٕنٛز نوٗنہٕ پھوٚل ہیکہِ ہے گنٛڈِتھ۔

(۱۳۰۳)

## نوشہِ ہُنٛد سسہٕ ژٕرکھ ہٕشہِ ہُنٛد سیٚنُ اکھ :۔

نوش چھِ مالِنہٕ پیٹھٕ سبزی ترکھا انان تہٕ ہٕش چھِ ہمسایَن بأگرأوِتھ تتھ اکھ سیٚنُ کرٲن۔

(۱۳۰۴)

## نوش کوٗر پالنس ژوٚٹ میٚیٹ گامس :۔

ییٚلہِ کوٗر مالِنہٕ پیٹھٕ وأرِیوٕ چھِ یوان سوٚ چھِ پالنس سٕتؠ ژوٚچہِ بیترِ انان۔ نوش چھِ روزان وأرِوٕ مگر تمہِ سنٛزِ اتہِ مٕنٛزٕ ژوٚچہِ چھےٚ گامس یوان بأگراونہٕ۔ مطلب نوش کوٗر گیہِ گرِ والِنۍ گامہٕ والِنۍ چھُ صرف اتھٕ سٕتؠ غرض کہ اگر تمہِ نفسس ژوٚچہِ رٔژھایا بٔتہٕ میوٚنڈا لارِیوٕ۔

(۱۳۰۴)

نیمھِہ نُنِس آسہ ہے پالنس تام واوے کرہے نہ زاہِہ۔

اگرہ نیمھِہ نُنِس پالنس تام آسہ ہے سُہ دِیہ ہے نہ واوس پکنے زاہِہ۔ یِھُ نہ ہُمتس ہترہے لگہ ہے۔

(۱۳۰۵)

نُنہ وآری ناوِگُن :۔

خاہ مخواہ بدنام گژھُن۔

(۱۳۰۶)

لشہ کھسُن :۔

تکبُر گژھُن۔

(۱۳۰۷)

لستہ ہنز جاے آسنہ :۔

سُہ اِنسان آسُن یمس زن کلہ ہمیشہ یژھ شوُبہ کرُن۔



(۱۳۰۸)

## ننگس ننھدر پڑنگس پیھٹ :-

آسن وأليس چھ ہنز پریشانی آسان تہ رالتس چھس نہ ننھدر یوان ۔ یس نہ کہیں آسہِ سُہ چھُ بے فکرِ پاٹھی ننھدراہ کران ۔

(۱۳۰۹)

## نۆش لۆکن کوٗر لۆکن ہنز لۆکن ہنگہ دگ :-

کمی تام کوٗر کوٗر کھانڈر کمی تام اُنی نۆش لۆکن چھ ہنگہ منگہ پریشانی زِ کوٗر کرتہ چھ نوشِہ کیا اوٗن ۔ سال رکیتھ اوس بیتر ۔

(۱۳۱۰)

## نۆٹ اے گرۆژ لوتہ کیتھہ موژ ۔ انیٹ اے گرۆژ نتھ کیا موژ ۔

نٹس چھُ اسان سیٹھا پولی منزالہ ڈٲلہ گرتھنہ ستی اگرۆسِتھ تہ پییں لوتہ روزنس منز کیتھہ ۔ انیٹ چھُ لوکٹ بانہ تمہِ منز اگر پولی وسِتھ پییہِ تتھ منز روز نہ کہیں ۔ دولتھ مندس اگر کیتھہ روپیہ راون تہ لوتہ بچس کیتھہ مگر غریبس اگر راوِ نہ لس کیا بچہ تہ کیاز تمس چھُ آسان ٹھلیے کمی ۔



(۱۳۱۱)

ناس ثراس وَنُن :-

یوسہٕ کتھ نہٕ شوٗبہِ سہٕ کتھ وَنِنۍ -

# و

(۱۳۱۲)

## وانہِ مٔلُس نےٚ چھےٚ وُٹھس تہِ چھےٚ نا :-

اگر پانَس نِش چھےٚ نہٕ کیٚنٛہہ منگٕن وٲلِس دِنہٕ خٲطرٕ کم سے کم موٚدُرٕ زبان تہٕ کرٕ استعمال۔

(۱۳۱۳)

## وآنٹِس کھیہ زِ کیٚنٛہہ ژھوٚژِس کیا کھینٕ :-

وونٹ ڈُون گوو شہ ڈُون ییتھ نہٕ سائلم گوٚژ ہیکہ نیٚرِتھ گوٚجہِ پھٕٹرٕ ٹُکرٕ ٹُکرٕ پییٚوان

کُرنِی تہٖ ادے انھہِ ببیہِ کیہنہ ۔ ژھوژس ڈولِس چھے نہٖ گوجی اُنڈرٕ آسان ۔ امیُک مطلب چھُ زِ رٕور زار کرِتھ ہیکو کنجوٗسس کیہنہ ہیتھ مگر اگر سُہ ژھوٚژ آسیہ گوٚو یمِس آسہِ نہٖ کہین تہٖ یُمس نِش کیا لارِ ۔

(۱۳۱۴)

## وانہِ سمکھے نہٖ تہٖ گراکہٖ میلے نہٖ :۔

ییٚلِہ نہٖ کانٛسہٕ دُبارٕ سمکھنچ کانٛہہ ووٚمید آسہِ تیلِہ چھِ یہ کہتھ لوان ونہٕ نہٖ ۔ زِ وانٛس سمکھہِ نہٖ گراکھ ۔ تہٖ گراکس نہٖ ووٚنی ۔

(۱۳۱۵)

## وُنہِ چھس اُچھہٖ ییٚنۍ :۔

ییٚلِہ کانٛسہٕ متلق یہ باوُن آسہِ زِ سُہ چھُ سیٚٹھا لوکُٹ تہٖ ناتجربہٕ کار ۔ تیلِہ چھِ یہ کہتھ لوان ورتاونہٕ زِ سُہ چھُ تیتھُ لوکُٹ زِ اُچھ چھس وُنہِ ییٚنۍ ۔

(۱۳۱۶)

## وَنہٕ چھِنِ یارٕبن دیہ مُشُد سگ :۔

نبگلس مُنز چھُنہٕ کانٛہہ یارٕبن سگ دِنہِ گژھان ۔ قدرتھے چھ یُمن سگہٕ ناوان نہٖ

ٹُڈراوان ۔ییس نہٕ کاہنہٕ انسان رٕچھن وول آسہِ تس چھُ پانہٕ تھوٕرتھٕ یوان رٕچھنہٕ۔

(۱۳۱۷)

## وولِس ہٕنی گرٕکِتھ گرٕتھٕ لی ووہٕ نم تی کوٗرُم :-

کٔمِس تام پرٕژھکھ زِ اٗمِس گرٕگرٕ ژکھ کھس وٲلِس اِنسانس ہٕتی کِتھ پٲٹھۍ گرٕتھ ژٔے گرٕ بار تم ووہٕ نکھ زِ بی ٹمتی ووہٕ نم نتہٕ تی کوٗرُم ژکھ کھسنک دٔیت مس نہٕ موقے ۔

(۱۳۱۸)

## واو ڈلِنشِتھ ناو ژراوِنۍ :-

ییٚلِہ کانہہٕ کاٗم شوٗروٗ کرنہٕ باپتھ مُناسِب حالات ین یُوزنہٕ تیٚلہِ گژھِ سو کاٗم شوٗروٗ کرٕنۍ ۔

(۱۳۱۹)

## واسہٕ کاکنی گاسہٕ ناوٕ دکہٕ دی دی پکہٕ ناو :-

ییٚلِہ نہٕ کانہہٕ کاٗم جان پٲٹھۍ آسہِ یکان پتہٕ تتھ پکناوتہٕ باپتھ آسہِ بار بار نوٚو طرِیقہٕ ییوان سوٗنچنہٕ تیٚلہِ چھُ تتھ مُتلق یہ طنز اِیوان ونہٕ نہٕ ۔

(۱۳۲۰)

## وُرُن وُچھتھ کھۄر واہراوُن :-

اگر وُرُن آسہٕ ژھۄٹ تہٕ کھۄر واہراوو زیٛٹھۍ تہٕ کھۄر گژھن ننگہٕ۔ مطلب چھُ زِ آمدنی مطابِق گژھِ خرچ ییُن کرنہٕ۔ آمدنی آسِہ کم خرچ کرو زیادٕ تہٕ اِنسان گژھ ننگہٕ۔

(۱۳۲۱)

## وۄزلِہ پاٚرِ ژۄپ کرُن :-

ژۄنٹِس چھُ اکھ طرف وۄزُل تہٕ اکھ طرف نیٖوُل آسان۔ خود غرض اِنسان چھُ اتھ وۄزلِہ طرفہٕ ژۄپ کرِتھ لِوان کُنِہ کارٕ بارس منٛز یِمِس حصہٕ زیادٕ فاٚیدٕ دنہٕ وول آسِہ تہٕ کاہِنہٕ شریک ژھنِہ تھتھ تہٕ سیٖدِ چھ یہ کتھ یوان ونہٕ زِ اَمۍ کوٚر وۄزلِہ پاٚرِ ژۄپ۔

(۱۳۲۲)

## واجِہ سان اتھ پیٚھٹھ تھوُن :-

یِزِ تہٕ سان پھکِس پیٚھٹھ اتھ تھوِتھ تسلی دِیُن زِ چاٚنی کاٚم کرٕ بہٕ۔ مگر پتہٕ نہٕ کیٛنہہ کرُن۔

(۱۳۲۳)

## وُوٹھن اینمہٕ منٛھُن :-

سیٹھا غریب آسُن بتہٕ بدلہٕ اینمہٕ چوٗن۔ سُہ تہٕ تیتھہٕ کم آسُن یُس صرف ووٹھن منٛھنہٕ پیٚیہٕ۔

(۱۳۲۴)

## وونٛٹن کھیٚیہٕ کیٚتس دوٗن دِنٛکھ پھُسہہٕ :-

گوناہ کوٗرکمی تام تہٕ سزا میٚوٗل کس تام۔

(۱۳۲۵)

## والہٕ والہٕ کھوسہٕ گژھُن :-

دارِ ہیٚنٛدی ساٗرے وال پھوٗہنی گوو لفظی مانہٕ تہٕ ڈیٚپہٕ گوو اکہٕ اکہٕ روٗپیہ خرچ کرِتھ ساٗرے وولتھ ختم کرنٕی یاتے موٗکہٕ لنٕی۔

(۱۳۲۶)

## والنجہٕ داٗدِس روہنہٕ ژٕلوٗٹ :-

پنٕہنی آسہٕ کماٗلتھ واٗلنج وزان تہٕ بیٚاکھ کرِہ یس کیتھ تمہٕ وِزِ چھُ یہ کیتھ یواں وتہٕ نہٕ۔

( )

(۱۳۲۷)

## وَن وَن کرنہٕ سیتی چھُ کوہ تہٕ نشان :-

بار بار کانٛسہ وَنہٕ نہٕ تمیک چھُ فوٗرٕ ژر پیٚیلہِ اکس بیِیہ ہشِدِ ذرِٕی یہ کا ہُنہٕ کتھ تِمس اثر گژھان ۔

(۱۳۲۸)

## وقتہٕ وقتے چھِ گُل پھوٗلان :-

بیوٗن بیوٗن پوشِ چھِ ہینہٕ لِس اَلگ اَلگ وقتس پیٹھ پھولان ۔ یتھے پأٹھۍ چھِ پرٕتھ کانٛہہ کأم مناسب وخ ییٚنس پیٹھ پوٗرٕ سپدان ۔

(۱۳۲۹)

## وٕنن والہِ ژرے نے عقل چھے بوٗزن والہِ ژرے نہٕ چھے نا :-

اگر نہٕ وٕنن وألِس وُنن تنگہِ بوٗزن والِس گژھِ تیٖژھ عقل آسنۍ یتھ تِمہ کتھ ہُنٛد پوٗرٕ مانے کرِٹ ۔

(۱۳۳۰)

## وُنہِ کیا ناو گیا نیپرتھ :-

ناو چھے گاٹھس پیٹھ سوارٕ بن کیتھہ کال پرٛاران تہٕ اِدبِیران ۔ یمس ژٔیر گژھ تس

تس چھےنہ ناو اتھہِ لگان ، امہِ محاورُک مطلب چھُ زِ کانٛہہ کام کرنس گوو نہ تیٚوت ژٕ بر گیہہ ڈُنہٕ چھہ ناو بٔٹس پیٚھ ۔ یا نتے کانٛہہ کام کرنس بانبہرنہٕ آسنۍ۔

(۱۳۳۱)

## وِچھہِ وِچھہِ دینۍ :۔

سینس اتھو سیتی ٹاس لایِتھ ماتم کرُن ۔

(۱۳۳۲)

## واقف نان گوو دُشمنِ جان :۔

یُس سائنس روزگارکس رازس واقف آسہ سُہ گژھہِ بیٚنُن دُشمن ماننُ ۔ سُہ ہیکہِ کُنہِ وِزِ اسہِ نوقصان واتہٕ ناوِتھ :۔

(۱۳۳۳)

## وایِتھ روٗپے :۔

پرانہِ وقتہٕ آسی روٗپیہ بیٚنٛوٹھہٕ سیتی ٹاس کرِتھ ہیوٚرکُن لایان تتھ آس اکھ آواز یاد گژھان ۔ یوسہٕ کھوٹ روٗپے آسہٕ ہے تتھ آس نہٕ آواز یادٕ گژھان ۔ اتھ آسی ونان روٗپے وایِنۍ ۔ وایِتھ روٗپے گیہِ باضابطہٕ چیزٕ پرکھاوِتھ رٹنُ ۔

(۱۳۳۴)

## والہٕ ژھاے آسنۍ :-

اکِہ وأرۍنج ژھاے کأٹزا ییبنہٕ تالِس منٛز یہ چھہ یتھٕ پأٹھۍ استعمال کران زِ یمِس چھہ ٹیأٹھۍ والہٕ ژھاے یانے یمِس چھہ میون تیتھےٚ لحاظ یا توٚف یوٚت وارِیچ ژھاے چھِہ آسان یانے موموٗلی تہٕ سیٹھاہ کم۔ لحاظ یا تھوٚتھ آسُن۔

(۱۳۳۵)

## وأنِس چھہ گراکھ وہرۍ :-

دُکاندار زانہٕ گرٲکس جان پأٹھۍ۔ ییٚلِہ یہ وٕنُن آسِہ زِ یہ زانِن کانٛہہ انسان پوٚرٕ پأٹھۍ تیٚلِہ چھُہ یہ محاورٕ لوان ونہٕ ینہٕ :-

(۱۳۳۶)

## وٕنہٕ پٔیری میٚنِنۍ :-

اتھ چھہ زٕ مانے اکھ کأنٛسِہ ہندِس انتظارس منٛز بے قرار روزُن۔ دویم مانے چھُس کأنٛسِہ آنچھن آنچھن حساب ہیون۔ وٕنہٕ پوٚدگیہ سوٚ وتھ یوٚسہ صرف اکِس انسانس پکنہٕ خأطرٕ کافی آسہ۔ ییٚلِہ کأنٛہہ نیتہٕ لاگِتھ سوٚ تہٕ مینہٕ تیٚلِہ چھہ یہ کتھ لوان وٕنہٕ ینہٕ۔

(۱۳۳۷)

## وتھ اے راوِ تہٕ دہ ھاون
## کتھ اے راوِ تہٕ ھاوِ کُس -

اگر کاہٕنۍ ونہٕ راوِ تہٕ پٔرتھ کاہٕنۍ ھاویس سیزِ وتھ۔ اگر پانہٕ وٲنۍ اِتفاق راوِ تہٕ کاہٕنۍ ہیکہِ نہٕ مدتھ کٔرِتھ -

(۱۳۳۸)

## وُکر والِنۍ :-

کاہٕنۍ شرمندٕ تہٕ بے یزتھ کرُن -

(۱۳۳۹)

## وُثرِ تہٕ وازس دزِ تہٕ وازس :-

اگر ہٕتِس سِنِس وُثرُن کھسِہ یا دزِ تمیک ذِمہ وار چھُ وازٕ۔ تمِس پیِہ نۆقصان پوٗرٕ کرُن۔ ییٚلہِ کمٲنۍ یہ وننُ آسہِ کُنہٕ کامہِ ہٕنٛز ذِمہٕ وٲری چھےٚ تہٕ منٛ پیٚہٕٹھ یہ چھِ ییٚیِس پیٚہٕٹھ تہٕ نۆقصانُک ذِمہٕ وار چھُ سُے تمہِ وِزِ چھُ یہ محاورٕ لوان ورتاونہٕ۔

(۱۳۴۰)

## وآلِنجہ آمہ تاوِ لگُن :۔

نارِ سیتی وآلِنجہِ تشرِ لگُن ۔ دِلس کاآلِشہ ہشُرِ ناکارِ کنھہِ سیتی دوکھ گژھُن ۔

(۱۳۴۱)

## ووپنِ یژُن :۔

دِلک نہ مانُن ۔ لیپشد یژُن ۔ کانہہ چیز کاآلِشہ دِلس ہنیم انکار کرُن ۔

(۱۳۴۲)

## وآلِنج ووہنی :۔

دِلس منز سخت گرمی پادٕ گژھنی کاآلِشہ ہشُر سخت ناراضگی گژھنی ۔

(۱۳۴۳)

## ورزٕن واو بیوٗن :۔

لاچار سپدُن ۔ سیٹھا غریب گژھُن ۔

(۱۳۴۴)

## وِنہ ہم انِہ تہٕ ونے کانہِ :۔

یینِلہِ ژٕ مئیانہ خامی ہنز پام مے دِکھ بہٕ تہِ دِمے چانٕی خامی بدِ کرِتھ ژےٚ پام

(۱۳۴۵)

## واو پیٖوٚن :-

غریبی تہٕ نہٕ آسُن گژھُن ۔ غُربتس منٛز گرفتار گژھُن ۔

(۱۳۴۶)

## واوِ ناو آسٕنۍ :-

سیٹھا غریبی آسٕنۍ ۔ کنگال گژھُن ۔

(۱۳۴۷)

## واوِ حالِ لگُن :-

تھٕ جایہِ روزُن یتہِ پرتھ وِزِ تیز ہوا آسہِ پکان ۔

(۱۳۴۸)

## واوس چھا زاہ گینٛجہِ گژھان :-

ییٚتھہٕ پآٹھۍ نہٕ گُنہارس گوٚہنٕ گژھن تھٕ تھےٚ پآٹھۍ کیتہٕ ہیکہِ کانٛہہ ہواہس گیڈٕ گنٛڈِتھ ۔ مطلب چھُہ زِ یم اِنسان بیٚیوٚن بیٚیوٚن اُصوٗل تہٕ خیال آسن تھوان تِہنٛدُ یکجا گژھُن چھُہ تیتھےٚ ناممکِن ییٚتھہٕ واوس گیڈٕ کرٕنۍ چھےٚ ۔

(۱۳۴۹)

## وڑوی وڑوی پآزار دینٕ :-

پٲنس منٛز وڑنأوِتھ پآزار چھہٕ نرم گژھان ۔ پآزار دینٕ گوو بے یزتھ کرُن ۔ گو نرم نرم کیتھ وُنتھ کانٛہہ بے یزتھ کرُن ۔

(۱۳۵۰)

## وو سہ ڈرُوس آسنٕ :-

کُنہِ جایہ پڑھتھ کانٛہہ بِینہِ کامہِ منٛز حدٕ کھوتہٕ زِیادٕ مشغوٗل آسُن تہٕ اوٗر اُسُن ۔

(۱۳۵۱)

## وڑوُن ہھوُن :-

کانٛہہ معاملہ بلکُل الونٛد ہھوُن ۔

(۱۳۵۲)

## وٗدلو نہٕ دیُن :-

کلہٕ نہٕ کاُلنہِ ہھوُد تلنہِ دیُن ۔ کاُلنہ ہُنٛد حوصلہ کم کرُن ۔

(۱۳۵۳)

وتن بتہ آسُن :-

پڑھتھ کُنہ جایہ روزگار میسر آسُن -

(۱۳۵۴)

وانٹہ نہ پھیرُن :-

کاہنہ چیز کانسہ دِنچ مرضی نہ آسنی -

(۱۳۵۵)

وتھِیو کو ہٹیو بہیو کو ہٹیو کھیو شکار ماز
وتھِیو نہ تے بہیو نہ تے کھیو بِنُن ماز

یُس کاہنہ کام کار کرِ تس چھُ جان جان کھین یانے حسبِ منشا کھین کھیوُن کیت میلان - یُس نہ اور یوُر کرِتھ مینتھ کرِ تس چھُ ہیوان بِنہ نے ماز کھیوُن تہِ ڈیپھ گوو نہ کرن وألس چھُ رنگہ رنگہ یزرا واتان -

(۱۳۵۶)

وونٹ بُڈلو تہ مُنھر توگُس نہ کرُن :-

کم عقل اِنسان اگر عمر کنی بُڈِ تہِ مگر مومُولی کام تہِ پھس نہ تسگان کرِنی -

۱۳۵۷

دوستس دوہ دیُن :-

بے گاٹرِ نِکھ والِنۍ۔ دوستس نِش دوہس گژھُن مگر کانٛہہ کام نہٕ کرٕنۍ۔

۱۳۵۸

وہتھ نالہٕ رٹُنۍ :-

سیٹھا مشکل کام اتھس منز رٹُنۍ۔

۱۳۵۹

ونہانہٕ ون چھُم دوٗرِ۔ گیوٗ نانہٕ گیوٗ کھیوٗم برارِ :-

ییٚلہِ کانٛہہ اِنسان نہٕ تگنہٕ موجوب بہانہٕ سازی چھُ کران تیلہِ چھُ تمس طنزاً یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ۔

۱۳۶۰

دوسہٕ راتھ گژھنۍ :-

راتس نہٕ کُنہِ رنگہٕ نِندٕر ینۍ۔

(۱۳۶۱)

## وۄنہٕ مٕتھ ہیٚنو آسُن :-

دپان وۄنہٕ مٕتھ ناوُک چھُ کٔشیرِ منٛز کُس تام راز اوسمت تِمس ونٕہ ہے۔ یوٚر کانٛہہ کھتھ تور اوس بُتھ کھینہٕ وۄتھان۔ یوٚرچ کتھ آسس نہٕ فکری تران۔ یس ینامہٕ شوٚبہِ ہے تس اوس سزا دِوان۔ یُس اِنسان از تہٕ کم فہم تہٕ بُتھی پھیرُ چھُ آسان تِمِس چھِ ونان زِ وۄنہٕ مٕتھ ہیٚنو چھُ۔

(۱۳۶۲)

## ونیو مے سلٕے بوٗز تھم نہٕ ملٕے، وۄنۍ وُچھتہٕ ویھرِ نہٕ لیے کینٛز :-

مےٚ سمجاوِ لوکھ وقتس پیٹھ مگر تٕمے بوٗزتھ نہٕ کیٛنٛہہ وۄنۍ چھُے نہٕ لیشنہٕ منٛز کانٛہہ فائدہ۔ تِمِنے پٲٹھی بیتھ پٲٹھی ویھرِ نہٕ لیہ اُمٛشری کیٛنٛہہ بییہِ نہٕ بوٗزنہٕ۔

(۱۳۶۴)

## والہٕ بُتھِس تالہٕ رز :-

سۄنہٕ وس چھُنہٕ بدصورت بُتھِس شوٗبان۔

(۱۳۶۵)

## وُڑھس لاگِتھ پُڑِھس :-

ڈیپھ گوورگہ ونُ ۔ ونُن پھُس آسان پُڑھِس کُن مگر ونان چھِ وُڑھِس کُن ۔

(۱۳۶۶)

## وہ تل بجُہِ گڑھنہ :-

بار بار پاٹھِس مُنز گڑھن تہٕ ہیوٚر کھسُن ۔ وہ تلُن تہٕ لوٚٹنُ ۔ گراہ وہ میلہ نہٕ گراہ ناوہ میدی گڑھنی ۔

(۱۳۶۷)

## واو کرُن :-

جل جل ژلُن ۔ ناز برداری کرٕنۍ ۔ زیادے پھن یزتھ کرُن ۔

(۱۳۶۸)

## ونُن سیٹھا رٕنُ کم :-

ییلہِ کاہنہ زیوِ سیتی سیٹھا آسہِ ونان تہٕ اتھہ سیتی آسہِ نہٕ کاہنہ کأم کران ۔ تیلہِ چھُ تس متعلق یہ یوان ونہٕ نہٕ ۔

(۱۳۶۹)

## ڈُمر پُئندی کرڑ :-

سأرسے ڈآلِشہ تسکلیف واتہ ناوُن ـ

(۱۳۷۰)

## ڈاُنگجو نار ہلو ہیسری ہئن ولو :-

یُس کماُلِشہ ہنڈِس گرس مشنر کرایہ دِھتہ یا کرایہ وڑاۓ بِھہتہ آیہ لتس یہ ڈانگیج وناں۔
لوکو دو بیہس اٹھ مکانس ہیئوتنے نار ڈانگیج ڈو بینکھ مکانہ ڈالِس وینو۔
مطاب گوو ز ڈانگجِس پھہنہ تمہِ مکانچ کماہشہ پڑے آسان. بہتہ مشنر سہ روزاں پھُ۔

(۱۳۷۱)

## ڈُمر نشراں لاُنشر پتہ بیہاں ہنڈرس :-

کمزور انساں پھُ کیہنہ کال نُشرہتہ تہ پکیتھِ ریزِ کھہ کماواں مگر آخر پھُ زناں ہندہ؟
یاُٹھی یتھر بھہتہ تہ ہنبڈر گُتیتھ روزی کماواں ۔

(۱۳۷۲)

## ڈاُلِنجہ پل تھووُن :-

دِلس بُنھہ کُنہ ڈکھِ تھوونی۔ ہیمہتہ قایم تھونی۔

(۱۳۷۳)

ؤنِھتھ نہٕ کار بہِتھ نہٕ کٕہب :-

یہ چھُہ لتس زنانہِ مُتلق یوان ونہٕ یوسہٕ ؤنِھتھ نھقود تہٕ کرِ گرِچ کاٗم کار تہٕ
ہیٚبلِہ پیٚھتر بیہہ تہٕ کرِ کٕہب یانے ہینڈرِ کتِہ کاہٕنہ ہیٚنز وونہِ یا سوٗءِ بیستر -

(۱۳۷۴)

وٚۄتھن وادِیُن :-

پلورِ پاٹھی تباہ گژھنک وق وانتُن

(۱۳۷۵)

وولنس یُن :-

سیٹھا نوش گژھتھ اُسن تہٕ گِندُن -

(۱۳۷۶)

وٕلہٕ بیٚہو نکھہٕ شِکس لدس نٲل ڈکھہٕ :-

غریب بٕہیہِ غریبس لِسٕتی - تکیہ بدلہٕ چھہٕ تم مٲل ڈکھِ ہُوان -

(۱۳۷۷)

وٕ ہتھو نکا کام کرنیٚک چھُس نہٕ ہیکہ ما -

وٕ ہتھو لکا بتہٕ کھیہ ڈٕول میثون کتہٕ چھُہ -

یُس کامہ ژورآسہِ سُہ چھُ کام کرنہٕ لِتشہٕ بچینہٕ خاطرٕ کاٹھہ تتہ کاٹھہ ہیتھ ہیوان - ییٚلہِ بتہٕ کھینہٕ بایتھ ولوٕس نہٕ جل چھُ ینٕ بوڈ بانہٕ ژھانڈان -

(۱۳۷۸)

وٕنہٕ وسنٕ :-

عقل جواب دیتہٕ ـ شرم نہٕ حیاہٕ روزن -

# د

(۱۳۷۹)

## نٲژنرو ہیٚچھ زال تہٕ گاڑو ہیٚچھہٕ ووٚٹہٕ :-

لوٗکن پھساونکی طریقہٕ، ہیٚچھی پھساوُن والیو تہٕ لوٗکو ہیٚچھی پننہٕ بچاونکی طریقہٕ۔

(۱۳۸۰)

## ہٕش اُتھزے نوٚش تھزے دیگ ڈزے والہٕ کُس :-

ہٕش دیان بہٕ چھس زِیٹھ نوٚش سوٚنچان بہٕ چھس مٲلِک یہ دیان ہیوٚ کرِ کٲم ہیوٚ دیان یہ کرِ۔ تہٕ کٲم نہٕ کران کاہنہٕ۔ یوٚت تام یتھنرِ مان مٲنٛی دالس پیٹھ دیگ چھہٕ دزان۔

(۱۳۸۱)

ھارِ وُونھٹھ نتہٕ ھار نہٕ کُنی :- یا۔
ھارِ کھار نتہٕ ھار نہٕ کُنی :-
تہٕ ڈیپھ گوو، پانسنُک اکال آسُن۔ پانشہٕ موہ بسر نہٕ آسُن۔

(۱۳۸۲)

ہرمتہٕ ژُلی تن بوٗج متہٕ گٔلی تن :-
اگر بوے لڑائے روزِ کران مگر زِند گژھِ روزُن۔

(۱۳۸۳)

ھٲلِبن بانن وُکرِی بھٹان ہیوٚن ہلوی سمکھان :-
اگر ہوٚل بانہٕ آسہِ تیتہٕ چھُ ہوٚلے بھٹانہٕ ٹھیک بیہان۔ یُس یمہٕ قسمُک اِنسان آسہِ تس چھُ تمی قسمُک ساتھی بنان۔

(۱۳۸۴)

ہیٚڈُن گیلُن پانس میلُن :-
یُس بیین ہیڈِ یا گیلِہ تس چھُ قدرتہٕ تیتھُے کران زِ لوکھ چھِ تس پیتہٕ ہیڈان تہٕ گیلان۔

(١٣٨٥)

## ہُسی بُڈ گاسہٕ گہڈ بٔنگہٕ دیلہِ واہڑ :-

ہٕتیٖس گرٛٹہِ منوٲرے گاسہٕ آسُن اکھ گہڈ دِنہٕ سٟتی کیا تسلے یسیٖہِ لَس۔
سیٖیلہِ کٲنٛسہ بڑ بُڈِس کم کینٛژہا کھیوٚن دِموتمہِ وزِ چھِ یہ کھیتہِ ونان زِ یتھ
پاٮ۪ٹھی بنگہٕ دیلہِ سٟتی واہڑ ہیکہِ نہٕ لگِتھ تھتھی پاٮ۪ٹھی یہ کم غذا کیا دیہ أمنٕہِ
بجہ بُڈ لسانے

(١٣٨٦)

## ہمقہ کھین نہٕ اکھ آرام برابر :-

ہتہِ قسمہٕ کھین کھینہٕ سٟتی چُھنہٕ جسم تیتُھ تازٕ گرٛٹھان یُتھ اکھ آرام کرنہٕ سٟتی
گرٛٹھان چھُ۔

(١٣٨٧)

## ہیٚور نے پلے ژٕنگے زٕلے :-

اگر نہٕ تیوٚت طاقت ورچھُس زِ چاٮ۪نس بٕھقِس یا کلس تام وانہٕ مگر کم بے کم کرے
ژٕنگہٕ زخمی۔ اگر نہٕ زیادٕ تہٕ کم نوقصان ہیکے کٔرِتھ۔ بانے اگر نہٕ بوشے توتہِ
نٲلی تہِ ژراوتھ نہٕ کینٛہہ۔

(١٣٨٨)

## ہنر ہنر پونٛ چھہٕ ین :-

سیٹھاہ ہیو جایو یتھہٕ تجرُبہٕ حاصِل کرِتھ ینُ ۔

(۱۳۸۹)

## ہتہٕ موٚر حکیم آسُن :-

سیٹھاہ تجرُبہ کار حکیم آسن ۔ حکیم مانُن چھہ غلط یلاج کران ہتھ لفراز تام مورمت اد چھہٕ اَمِس تجرُبہٕ گومُت زِ درُست یلاج کیا چھُ ۔

(۱۳۹۰)

## ھالو چھہ نامران مگر دانیس داہ کرِتھ :-

ہالو فوج بیپلہٕ یوان چھُ تم چھہ دانیکی کھھن ہندی کھاہ تباہ کران تہ پتہٕ چھہ آخر مران ۔ ہتھنِد مرنگ پھُتِہ زمینداس کاہہ فایدِ یوان ۔ یہ گوو دُشمن مرِتھ مگر اسہ تباہ کرِتھ ۔

(۱۳۹۱)

## ہوٚد گوٚو تہٕ کُنُے میوٚنڈ :-

اگر اکِسے مینڈِس کھینہٕ واَلِس سیوٚن یوشہِ نہٕ سُہ چھُ دیان زِ ہوٚدُے بتہٕ کھیوم ۔ اگر ہتہ لِٹہٕ کانٛشہٕ ملِتھ کرو یا آرام دِمو تہِ اکِہ لِٹہ ہیکوس نہٕ ادِتھ سُہ چھُ دیان زِ زانٛہہ کوٚرُم نہٕ ملِتھ ۔

(۱۳۹۲)

## ہلتہٕ ہوٗنہِ کھیتہٕ میاںٛنۍ زنگ :-

ہوٗلِس یورِ گژھن زنگ ہیتھ نہِ مے ہیتہٕ اتھ ژوٗپ کالِشہ ہنٛدِس جھگڑس
شنز زورہٕ زنگ ژہنٛنہٕ بیتھ زن پالس ٹلی تکلیف واتہِ ۔

(۱۳۹۳)

## ھا یُتھ کرِہے ژوٚپہٕ مکراوٗٹ کتہٕ اتہٕ :-

اگر اکس کم عقل انسانس تہٕ سوٗرِے ساماہ بروٚنٛہہ کنہِ تھوٚو سہٕ تہٕ ہیکہِ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ
کام کرِتھ ۔

(۱۳۹۴)

## ہانگلو کریو شپہٕ ستہٕ واو لفہک چھہٕ تسلے گاٹہٕ مو پاو :-

یہ چھہٕ تمس انسانس متلق یوان ونہٕ نہٕ یمہٕ ہنٛز کامہٕ ستہٕ کنہِ فائیدٕ چ و دہ میداسہ نہٕ
ٹلی کہ نوقصان سیدِ نک آسہ پوٗرٕ یقین ۔

(۱۳۹۵)

## ہرکر ہرکر ہُر وِزِ سوٗر کر :-

اگر لڑاٹی پیپہٕ کرِنٛ ستیلہِ گژھ تمہٕ وِزِ ہیمتس تہٕ طاقتس کام ہینہٕ

(۱۳۹۶)

## ہوٗنۍ کھسِیہ لٔبتہٕ کھلر تہٕ لٔبتہٕ کھلِر کھیو ہوٗن :-

کاْنٛسہٕ ہندۍ نہٕ دُشمن ییٚلہِ پانہٕ وٲنۍ جھگڑٕ کٔرِتھ تباہ گژھن تیٚلہِ چھُو سُہ یہ کِتھ

ونان زِ نہٕ روٗد ہوٗن تہٕ نہٕ روٗز لٔبتہٕ

(۱۳۹۷)

## ہوٗنۍ لوٚٹ لٔزوکھ کنڈ پٔلس تۄرِ ڈراو تِتھُے :-

ہوٗنِس چھِ لوٚٹ ہوٗل آسان۔ سیٚود کرنہٕ باپتھ لٔزوکھ کنڈ پٔلس مگر ییٚلہِ کوٚڈکھ سُہ

دراو تورٕ تہِ ہوٗلُے۔ اگر بد خصلتھ اِنسانس سُدھارنچ کٲژاہ تہِ کوٚشِش کرو مگر تِمس

چھِنہٕ پننۍ خصلتھ ژالنہٕ تہِ بدلان۔

(۱۳۹۸)

## ہُرۍ سپہ مُٹ گژھنۍ :-

ییٚتھ مچھِ مُشر ہُرۍ۔ سپہ یوان بناونہٕ چھُ سُو چھِ سپہٹا بُڈ آسان ییٚلہِ کاْنٛہہ

اِنسان سپہٹا ویٚوٚہٹ گژھان یا زِیادٕ ورم چھُس کھسان تیٚلہِ چھِ کٔنس تعلُق یہ

یوان ونہٕ زِ تِمس چھِ ہُرۍ سپہ مُٹ گٲمژ۔

(۱۳۹۹)

ہوٗر کاو گرٛھُن :-

کاو چھہٕ آسان کرٛہنۍ اگر یمن منٛزٕ کانٛسہ چھِٹُل رنٛگ آسہ سہٕ چھُہ سارِوے نِشہ بدٕرُون تہٕ اوٗنگجِہ سیٛتۍ نٲوُن لایق بنان ۔ بییٚلِہ کانٛہہ اِنسان باقے انسانن منٛزٕ کنہِ کمی یا خرٲبی کِنۍ بیوٚن چھُہ لگان تس چھِہ ہوٗر کاو ونان ۔

(۱۴۰۰)

ہُنٛد ہوٗنۍ کھیومُت :-

بییٚلِہ کانٛہہ ہنہِ رنٛگہ پریشان آسہ تیٚلِہ چھِہ یہ کتھ تس متعلق ییوان ونہٕ نہٕ ۔

(۱۴۰۱)

ہُردوٗ لانتھہ ہشی :-

بییٚلِہ زٕ چیز بروٗنٛہہ کِنہِ آسن مگر دوٚنوَے آسن نہٕ قبوٗل کرنٕ لایق تیٚلہ چھِہ یہ کتھ ییوان ونہٕ نہٕ ۔

(۱۴۰۲)

ہوٗنۍ چھہٕ وَوران کارخانہٕ چھُہ پکان :-

لوٗکھ چھِہ کرٛکہٕ ناد کران تہٕ کرِتن ۔ سانٛنۍ کام پکنس گژھِ نہٕ کانٛہہ فرق ۔

(۱۴۰۳)

## ہوٚتہٕ متِس بگاڑ کرُن :-

ہوٚتہ متِس چیزَس بگاڑ کرنہٕ سِتۍ چھُ تیٚلۍ خراب گژھان تہٕ سُہ چیز چھُنہٕ استمال کرنَس لایق بنان ۔ اگر کانٛہہ نالایق اِنسانَس کانٛہہ تارِیف کرِ تیٚلہٕ تہٕ چھِ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ ۔

(۱۴۰۴)

## ہوٗنِس ہوٗنگُن چھلُن :-

ہوٗنِس زن چھلو ہوٗنٛڈ سُہ کیا مشکوٗر روزِ تہٕ کیا شرٛوژِ ، اکِس کمینہٕ اِنسانَس کرِ تو سیٹھا خدمتھ سُہ روزِ نہٕ زانٛہہ احسان مند ۔

(۱۴۰۵)

## ہاآر کھیوان گنڈ کاآر ٹھوٗکِتھ تھٔنسر :-

ہاآر چھِ کھیوان گنٛدگی مگر کاآر چھِ تھٔنسر تھوٗوِتھ پننۍ شان ہاوان ۔ کانٛہہ اِنسان یُس ناجایز طریقو کِنۍ ریٚزکھ کماوِتھ آسِہ کھیوان تہٕ کلہ تھوٗوِتھ آسہ شان ہاوان تَس مُتلق چھِ یہ یوان ونہٕ نہٕ ۔

(۱۴۰۶)

ہیبنہٕ آس ہتہٕ مےٚ ہنہٕ راہ گیہٕ کارس کرِ کیا :-

ہیبنہٕ یُن گوپھُن ، راہ اُسُن گوخطا آسُن ۔ بییٚلہِ کاہۄ بے گوناہ کُنہِ جھگڑس مشٔز پھبہِ ہتیلہِ چھُ سُہ یہ کتھ وَنان ۔

(۱۴۰۷)

ہے زُوٕ رۄچھکھ کَنٛگ سوٚن زٲن ۔ ہے زۄٚو ترۄکھ ژٔٹھ ہتہٕ گن زٲن ۔

قیمتی چیز کٕرِ پٲٹھی چھُ اِنسان ینَن جِسم رچھان اُچھِ پھٕس موت یوان ہتہٕ ترٕٹہ میتہٕ کُلیکی پٲٹھی چھُ پیچھر بیوان ۔

(۱۴۰۸)

ہاپیچھ یارِز آسنہٕ :-

بے وقوفہٕ سنٛز دوستی چھِ زُووٕک خطرٕ ۔ ہاپتس اوس یار شوٗنگتھ تمِس بیہٕہ کلس پیٹھ ژپھ ۔ چھٕپھِ مارنہٕ باپیچھ دٲنیت تمی اکھ بوڈ ٕ پل تمِس دٲرِتھ یارس پیٹھ کلس پل ہتہٕ مۄد ۔ ہاپیچھ یار اگر زٲن ماے ہتہٕ ہاوِ تتھ مشٔز تہِ چھُ زُووٕک خطرٕ آسان ۔

(۱۴۰۹)

ہأنٛھ کیا زانہٕ پوٚترے دۄد گأنٛٹھ کیا زانہِ ہۄنکُ ماتے :-

یس نہٕ کینٛہہ زہتوی لس کتہِ چھہ شُری ہشنر دگ گأنٛٹھ یوٚ سہ زن باقے جانورن ہندی پوٚتی ہینوان تہٕ کھیوان چھے سوٚ کتہِ زانہِ ہوٚل ہوٚل کرنگُ مانہِ - یتھے پأٹھی یمی نہٕ پانہٕ کانٛہہ تکلیف آسہ وُچھمُت تمس کتہِ ترِ فکرِ زبییہ سُند تکلیف کیا گوو -

۱۴۱۰

ھُوٚلی مازس واتِل وازِ :-

بیٚیلِہ کینٛہہ بدخصلتہ اِنسان کُنہٕ گندِ کامہِ للہٕ کھول آسن کران تیٚیلِہ چھِ یہ کتھ یوان ونہٕ۔

۱۴۱۱

ھالِ پربتس پوٚلی وُزنُ تہٕ ملٔن وُڈُر دانہِ لوٚوُن :-

نہٕ چھُ ممکنُ زِ پربتس پیٹھ وُزِ پوٚلی تہٕ نہٕ چھُ ممکن ملٔن وُڈُر بنہِ دانہٕ تہِ کیازِ تتہِ چھُنہٕ پوٚلی موٚلیس بیٚیلِہ کانٛہہ کتھ ناممکن آسہ تیٚیلِہ چھِ یہِ کتھ یوان ونہٕ -

۱۴۱۲

ہرو پوٚزھ چھُے کھیاوی زین چاوی زین پُٹری زہ لس نہٕ زانٛہہ -

مأنگس آو پوٚزھ تہٕ لوکرس وۄنُن زِ کھیاوِ زین چاوِ زین ہنہٕ نکار اُمِشُند مانکھ

پٔژی زٕلیس نہٕ زالہٕنہٕ پیٚھ زٕ مطاب تھوان۔ دوٚیم مطاب پیٚھ ییتہٕ اُمس پٔژ کہ
اگر کاہنہٕ چیز منگی ییتبار گٔژ زٕلس نہٕ کینہہ۔

(۱۴۱۳)

## ہلوٚٹ وٕوچھنے کھش کرُن :-

سبہٕٹہٕ بے رحمی سان کاہنہٕ مارُن۔ بلا وجہ کانٛسہ پیٚٹھ ظلُم کرُن۔

(۱۴۱۴)

## ھاوُن نہٕ کھیاوُن نہٕ کینہہ :-

کاہنہٕ باوِتہٕ ھاوِ زمہٕ چھُم یہ چیز، کاہنہٕ اگر منگیس تہٕ دِیس نہٕ کینہہ۔

(۱۴۱۵)

## ھاوُن گوٚو ٹیاوُن نہٕ کھٹن گوٚو رٹُن :-

یُس بنُن چیز لوکن ھاوِلس چھُ سُہ کاہنہٕ نہٕ کاہنہٕ ہیٚتھ ژلان۔ یُس کھٹِتھ
تھوِلس چھُ پانہٕ سیٚے لنِش روزان۔

(۱۴۱۶)

## ہیوٚت کمی نہٕ دِیُت کمی :-

نہٕ چھُ کانٛہہ ہینہٕ وولُے تہٕ نہٕ کانٛہہ دِنہٕ وولُے یا تے کانٛہہ ژھُنہٕ بٔرژھن وولے ۔ یہ خوش پیپہٕ نہٕ کرو ۔

(۱۴۱۷)

## ھرکٔرِتھ نیرُن :-

یکدم کُنہِ جایہ پیٹھٕ واپس نیرُن ۔

(۱۴۱۸)

## ھاکھ بتہٕ کھینہ وآلۍ :-

یِمن پأٹھی پنُن گذارٕ کرن وآلۍ ۔ اوسوٗدٕ حال ۔

(۱۴۱۹)

## ھاپھ وآلنہٕ آسنۍ :-

تیتھ دوٗرٕ دِل آسُن یتھ پیٹھ نہٕ کُنہِ خطرُک اثرٕ گژھِ ۔

(۱۴۲۰)

ہنئر پینئر روزُن :-

سادگی ہنئر ترقی سان زِندگی گذارِنی۔ ڈنجہِ روزُن۔

(۱۴۲۱)

ھرِ پھرِ نہٖ زباہٕ کھسُن :-

کاہٕنسہٕ ہنئر زندگی منئر تیتھ کینژھا سپدُن یُتھ زن لوکھ تمِس متلق کتھہ کرن۔

(۱۴۲۲)

ھاہٕ ہینی :-

مُوزُوری دِنہٕ روستے کانہٕسہٕ کام ہینی۔ بیگاری ہینی۔

(۱۴۲۳)

ھنھ ساتھ منگہٕ نک نہٕ اکھ ساتھ بوٗزنک

ہیٚلِہ بگوالس ہتہٕ لِٹہٕ کینہہ منگو اکہِ نتہٕ اکہِ لِٹہٕ بوٗزِ سہ نہٕ ھاجتھ رواٹی کرِ۔

(۱۴۲۴)

ہٹی کِنی دیُن نہٕ لٹی کِنی ہیوٗن :-

کانہٕسہٕ جان یا ہٹی کھیاوُن چاوُن بہتہٕ تمِس نیتر کام ہینی یتھ تمِس سُہ کھیٚن چیٚن منٛز گژھہِ۔

۱۴۲۵

## ہٹر ہٹر پھیرُن :-

جایہ جایہ پھیرُن ۔ آوارہ گردی کرٕنۍ ۔

۱۴۲۶

## ہوٗس ہیتراوُن :-

ہوٗس رٔچھن چھُ سیٹھا مُشکِل ۔ تُمِس گرتھِ سیٹھا کھیٚن ہیٚن آسُن ۔ کٔمی اگر گرٕ ہیٚن تہٕ کرٕوٕد یا نے غُصہٕ چھُ کران ۔ بیٚیلِہ کاہنہٕ تیتھ اِنسان ہیمیہٕ ہیتراوُن یا رٔچھن یمٕنٕدی سیٹھا ضروٗریات آسن تہٕ کٔمی گرٕھنس ہیٚتھ آسِہ غُصہٕ کران تُمِس چھ وَنان زِ ہوٗس چھُ ہیتراوُن ۔

۱۴۲۷

## ہوٗنگنہِ میٹھی نہٕ ہڈِہ کھٔش :-

اکِہ طرفہٕ چھُم ہاوان لول تہٕ ماے بُتھِس کران ماہ نہٕ میٹھی دوٚیمہِ طرفہٕ چھُم ہٹِس کھٔش کرِتھ مارُن یژھان ۔

۱۴۲۸

## ھنھٕ لۄرِ تالوجنگہٕ وِزِ پٕہ اکھ :-

گرس منٛز چھِم ھنھٕ ہتھیار مگر جنگ کرنہٕ وِزِ چھم پہٕ اکھ تہٕ اتھس منٛز لوان۔
ھنھٕ رِشتہٕ دار چھِم مگر مُصیبتہٕ وِزِ چھم پہٕ اکھ تہٕ برو ہٕش کُنُ پکان۔

(۱۴۲۹)

## ھاپتھ نارٕی کھُسن تہٕ سو نٛدرِ نارٕی وسُن :-

غلط وتھ رٹِتھ پنُن زُو تہِ ژٔٹُن تہٕ وق تہٕ برباد کرُن۔

(۱۴۳۰)

## ھاپتھ اشُد لگُن :-

گامن منٛز چھِ لوکھ ونان زِ ھاپتھُ چھُ کیاہ تام اشُد جنگلس منٛز کھوان۔ یمہِ سِتہِ سُہ وُنڈی وُنڈس چھُ شونگان تہٕ کینٛہہ کھینٛچ تہٕ چھُس نہٕ فِکرٕ رِتھ باسان۔
خبریہ چھا پوزتہِ کینٛہہ اپِز۔ مگر یُس اِنسان شونگتھے روزِ یا ہنٛدِر موٚت آسہِ لسَن چھِ وپان زِ اُمِس چھُ ھاپتھ اشُد لونگمُت۔

(۱۴۳۱)

## ھاہ داپِچ رپہہ آسنہٕ :-

برؤہنہ کالہِ اوس ھاہ دان آسان تتھٕ اُسی ھاہ کول نہٕ ونان تتھٕ
منز آسہٕ ژرہِ ژراوہٕ یِوان نہٕ تیُو لنگُل بناوتھ تتھ پیٹھ کیھٕ رننہٕ یِوان۔
اِمچ ریہہٕ اُس نہٕ ینبر ینبران۔ اُندرِ اوس وُہان نہٕ ینبری اوس نہٕ بورنہٕ یِوان۔
ہیٖنلہِ کاٗلِشہٕ اُندری سخ عفنہٕ آسہٕ نہٕ ینبری دِیہِ نہٕ پاس تیٚلہِ چھ وتان ژاٗمِس
چھےٚ ھاہ داپنی ریہہ۔

(۱۴۳۲)

ہنارِ پوش وٕ قدم کریزھِ پوش تاٗفی کیا کرِ ازلس بب
نہٕ ماٗج :-

اولادس پھٔ کُس تام وٕ قدم نہٕ کُس تام چھُس تاٗفی مول ماٗج کیا کرہٕ س۔ سُہ کیتہٕ ہیکہِ
نمشُد نصیبہ بدلیتھ۔

(۱۴۳۳)

ہینگو کِنز دوٕد دیُن :-

بروہنہٕ اوس یمو ہینگو ہتی مےٚ پیٹھ حملہ کران۔ دوٕنی ہیلہِ لپپا گو۔ بہٕ چھُس نمتدِ ہن
ہینگن پینس کاٗم ہیوان۔ گو یا سُہ چھُ مے ہنگو کِنز دوٕد دِوان۔

(۱۴۳۴)

### ھلِہ تہٕ شُراکھ نہٕ بلہِ نہٕ شُراکھ :-

پٔرِتھ صوٗرتس منٛز بیٚلہِ یا نہٕ سہ تکلیف آسہِ واتان تیٚلہِ چھہٕ یہ کتھ یوان وَننہٕ

(۱۴۳۵)

### ہیٚر تراوس کاچہِ وٹھ نہٕ بوٗنہٕ گژھس نہٕ بٹھ :-

یہ چھُ تتھ غریب گرس متعلق یوان وَننہٕ یِتھ منٛز نہٕ کُہیں تہٕ سامانہٕ یا گروٹھ آسہِ۔ اگر کاچہِ وٹھ تہِ دِموس دأرِتھ گُنہٕ سیتی لگِتھ گژھِنہٕ تتہِ بٹھ۔

(۱۴۳۶)

### ہشہِ ہشٕرِ یأ تٕر دوہ لوٗشہِ ہشٕرِ یأ تٕر دوہ :-

کیٛنہہ کال چھہٕ ہش گرس منٛز حُکم چلاوان۔ سو چھہٕ بُڈان تہٕ گرگ یِحتیاریٚھ لوٗشہِ ہِنٛدِس اتھس منٛز یوان۔

(۱۴۳۷)

### ہیٚے زر یہ خوش چھُے نہٕ کر :-

بیٚلہِ انسانس دولتھ آسہِ نہٕ تیٚلہِ یہ دِل یژھس تہٕ ہیکہِ کرِتھ۔
یانے یٔرِتھ کانٛہہ ارمان ہیکہ یأنٛسہ سیتی پٔرِتھ۔

(۱۴۳۸)

ھُٹ گرٕھنۍ جان مُٹ نہٕ کینٛہہ :-

اِنسانس کیُت چھُ نیکُ روزُن جان نہٕ ویوٚٹھ گرٕھُن ناکار۔ نیکُ انسان چھُ ویٹھِس اِنسان ہنٛدِ کھوتہ ھِت منٛدتہٕ آسان تہٕ لوٚت تہٕ ۔

(۱۴۳۹)

ھارِ ھارِ چھِ ڈیار سمان :-

بٲلِشہٕ بٲلِشہٕ بچٲوِتھ سوٚمبراونہٕ سیتۍ چھِ دولتھ جما گرٕھان ۔

(۱۴۴۰)

ہوٗتھ ژٕھن بلاے ییتھ ژٕھن پیوٗنچا :-

ییہِ کٲلِشہٕ ہُشدمہ کرٕ خیال مِرف بوز میثوٗن تہٕ میثوٗن ھاجتھ کرٕ

(۱۴۴۱)

ہوٗگاڑِ خاطرٕ ژوٚتُرماس ژھیٹہٕ راوُن :-

ژوٚن رہتن درِ فاقہٕ تہٕ ہوٚگاڑٕ وُچھِتھ تمبلِہ تہٕ ژھیٹہٕ راوِ فاقہٕ ہوٚگاڑٕ کھینہٕ بابتھ ۔ مطلب اکہٕ موٗمولی چیٖزٕ خاطرٕ ژٕھنہٕ بینۍ عبادتھ کولِہ ۔

(۱۹۹۲)

## ھیٚوٕر بوٚن گرٛھن :-

جان تہٕ ناکارٕ سپدُن ۔ ترقی کرٕنۍ تہٕ زوال یُن ۔ کُنہِ وِزِ چھُ یہ مرنہ باپتھ تہٕ ورتاونہٕ یوان مثالے اگر لس ہیٚوٕر بوٚن گرٛزھِ اَسی کیا کرو ۔ یا نے اگر سُہ میرٕ تہٕ اَسی کیا کرو ۔

(۱۹۹۳)

## ھوٗل تُلُن :-

سیٹھا شوٗرٕ تہٕ کرکہٕ ناد تُلُن ۔

(۱۹۹۴)

## ے

(۱۹۹۵)

### یوٚت تام پوز پزِ توٚت تام عالم دُزِ :-

یوٚت تام پزر لوٚن نیرِ توٚت تام آسہِ سیٹھا خرآبی گآمٕژ -

(۱۹۹۶)

### لیس وُژھ تٔرٕ ہتی کھیپہِ لوٚکہٕ ہٕشر لرٕ :-

لیُس زوردار آسہِ سُہ چھُ لڑایہِ کرِتھ لوٚکہٕ ہُشد جاداد تھپہِ لوان - یانے طاقت ور چھُ کمزورس پیٹھ زوراور روزان ، غاٗلب روزان -

(۱۹۹۷)

### یہ گوٚو کوٗکرِ ہن موٗختہ چھکُن :-

کوٗکرٕ ہیکہِ نہٕ موٗختہ کھیتھ امہِ کِنہٕ چھُ ہٕتہندِ خاطرٕ سُہ فوٚضوٗل - تیتھے پاٹھی کم عقل اِنسانن سُہ گاٗنڈٕ جار ونُن لیُس نہٕ تمن فِکری ترٕ گوٚو کوکرِ ہن موٗختہ چھکنس برابر -

(۱۹۹۸)

### لیُس نہٕ لیس زانہٕ سُہ کیا تس مانہِ :-

بیٚیلہِ نہٕ کانہٕ کانٕہِ نہ بڑس تھٕہنِس زانِے - سُہ کیا قدٕر کرِ تس نہٕ سُہ کوٗسہ کیتھ مانہٕ ہٕتمشز -

(۱۴۹۹)

## یارس مآج موٗ یہ لوکہ ساسا یار موٗد تہٕ کُنہ نہٕ کاہنہ :

بیٚیلہِ یارس مآج مِرِ سآرِے چھ یارِ ہنٛدِ لِحاظہٕ تٔمِسٕنٛدِس جنازس سٟتؠ لیکھان ۔ بیٚیلہِ یار مِرِ ستیلہِ کس بُتھ ہاونہٕ تہٕ تآزِیتھ کرنہٕ گژھن لور ۔

(۱۵۰۰)

## یانٛ زاو تانٛ ووٗت کانٛی بیٚیھ :۔

بیٚیلہِ کانٛہہ اِنسان لوکہ چارٕ سے منٛز سیٚٹھا زیاد ترقی کرِ ستیلہِ چھُ تس متُلق یوان یہ کتھ ونہٕ نہٕ ۔ یہ چھ یوان یرژھِ ہشدی پٲٹھی تہٕ ورتاونہٕ تہٕ یرژھ ہٕنٛد جواب چھُ دِہ ۔

(۱۵۰۱)

## یُسے زہر کھییہ سُے مرِ :۔

یمیسے خطا آسہِ تٔسے میلہِ سزا ۔

(۱۵۰۲)

## یُس یُس دارِ سہ لسِ ہورِ نا ہکے وورِ گوناہ گار :۔

یُس یمشنرِ ہوٗلی ہتھ آسہ سُہ چھُ تٔمِس نکھہ والان دُھین وآلِس چھُنہٕ نوش یوان تہٕ وورِ وورِ کران چھُ ٹلی گوناہ گار بنان ۔

(۱۵۰۳)

## لُس بیمِشُد گرٕ زاو سُہ ژھَشنٕر ماجہِ زاو :-

بیٔلِہ کاہہٕ اِنسان وۆبر گرس منٛزٕ اژِہ ژھَس بیٛزٕ ژھَیہ گرٕکی باآژ ہیٛنٛنی بیینہِ نٕہ باآے مائنٛز -

(۱۵۰۴)

## لبس بہٕ زاس تس بہٕ لُوٗہھ لُس مےٚ زاو پُسے مےٚ لُوٗہھ -

بہٕ ژھُس پینہٕ تِس ماٚلِس ماجہِ لُوٗہھ مگر مےٚ ژھُ سُے لُوٗہھ لُس مےٚ زاو - یا تے لُس مےٚ بنُن اولاد ژھُ -

(۱۵۰۵)

## لُس لُشُد تہٕ سُے لَشُد :-

اولاد دِیہ بینہٕ لسے ماٚلِس ماجہِ یانے یمِن زامُت آسہ سوکھ تہٕ آرام - ثباکھ ژھَتِنس کوٗتاہ تِمس کُن دیہ نہٕ کاہہٕ دیان یتھُے بوڈ گرٕ تھِ -

(۱۵۰۶)

## یہٕ گیبہ آمِن پینن گشٕڑٕ گنٛڑ :-

اوم پنٕ پھٕ سیٹھاہ کمزور آسان گنڈ کرنہٕ وِزِ پھُ جلد ژھینان ۔ ییلہِ کانٛہہ کور
گوبرس کھانٛدر کِتھ کتھ پِھ یوان ییلہِ پھ ویان زِ آمین بنن پھکھ گنٛڈ گنٛڈ۔
نہ پھیہہ خبر زِ گنڈ گرٛ ھیا کِنہ پنٕ ژھینہٕ ۔

(۱۵۰۷)

یمیٚ ہیوٚت نہ سہ ہیوٚت یمیٚ ژرٛوٚو تمیٚ پرٛوو :۔

یمیٚ کانٛہہ ہنٛر ذمہٕ واری یا کانٛہہ ہنٛر تکلیف نم پانس پیٹھ ہیوٚت تمِس پھُ
سیٹھا تکلیف پانس ییوان تُلَن یمیٚ نہ ہیوٚت تہٕ سہ پھُ آرام کران ۔

(۱۵۰۸)

یم گیہِ ہواہس مُشتہٕ ھاوِنۍ :۔

دُشمن ییرِتھ پتہٕ لوٚکن داب وننۍ زِ یہ کرِہس نہ ہہ کرِہس گوو ہواہس
مُشتہٕ ھاوِنس برابر ۔ ییتھ نہ کانٛہہ مطلب ییر ۔

(۱۵۰۹)

یاتے پنہٕ پکے ناتے ٹکے :۔

کُنہٕ وِزِ پکی نہ کوتاہ روز نہ کرِتس ، کُنہٕ وِزِ تلِہ پانے دو ۔ کُنہٕ وِزِ لاگہ پنہٕ کُنہٕ

اتھے نہٕ کُنہِ دِزِ کرِ سبھٲ کٲم یانٕے پننہِ مرضی ہُندِ مطابق اُس ۔

(۱۵۱۰)

## لوٗنت تاف لوٗت شوٗہُل :۔

امیری نہٕ غریبی چھِ تایہٕ نہٕ شہجارٕ کی پاٹھۍ اکھ اکِس پتہٕ آسان ۔ ازلیُس غریب چھُ سُہ چھُ یِگاہ امیرنہٕ بنان ازیُک امیر ہیکہِ یِگاہ لاچار تہٕ پیٚدٕ تھ ۔

(۱۵۱۱)

## لیُس کھنہِ بییِس گنٛگ تَس گژھِ پننۍ زنٛگ :۔

لیُس بییِس مارنہٕ خاطرٕ کھوڑ کھنہِ سُہ چھُ آخر یانٕے تتھ منٛزٕ پیوان نہٕ پانسے تکلیف واتناوان ۔

(۱۵۱۲)

## بینِلہِ آسہِ طالع گاو زیلِو گرٕ۔ نتہٕ نٕے املس ییٖیہِ ماکھرٕ :۔

اگر رُت قسمتھ آسہِ نہٕ گاو زیلِو گرٕ بچھیر یانٕے ناممکن چیز بنہِ ممکن نتہٕ اگر بدٕ قسمتی آسہِ نہٕ سینز کیتھ تہٕ چھُ کھرِ یوان ۔

(۱۵۱۳)

یہ دُنیا میوٚٹھ سُہ کٔمی ڈیوٚنٹھ :-

کیٛتہٕ لوٗکھ چھہٕ سونٛچان زِ مرنہٕ پتہٕ یتھ دُنی یاہس گژھن چھہٕ سُہ کٔمی وُچھ از تام
جنت تہٕ جہنم کُس چھہٕ آمُت وُچھتھ ۔ اسہِ برٕ یتھی دُنی یاہس یوٚرٕ یٲتھی عزتن
تہٕ عأش کرٕنی ۔

(۱۵۱۴)

یتیمس چھہٕ ژرٛنجہٕن وٕری بن لار :-

یمس بچس لوٚکہٕ پانٛہ ماج موٗل مرِمتس چھُہٕ ژرٛنجہٕن وری ین تام آرام
تہٕ سکوٗن حأصل سپدان ۔

(۱۵۱۵)

یمی یتھ گُر کل تہٕ کھٔر سُہ تتھ شہر وأتتھ ییو :-

یُس یمہِ چیز چ کل تہٕ کوشش کرِمتس چھُہ سُہ چیز حأصل سپدان ۔

(۱۵۱۶)

بیٚلہِ کِن تیٚلہِ نہٕ سوٗن :-

بیٚلہِ قوٚ درتھ کِن دیہِ تہٕ تیٚلہِ بنہِ نہٕ اتھ سوٗن لاگُن کیٛتُت ۔ سوٗن بنہِ تمہِ وِزِ

ییٚلِہ یِہٕ تیتھ لاگنس کیٚت کٕن آسہ یہ چھُ تمہِ وِزِ لیوان وِنہٕ یِہٕ یمہِ وِزِ کاہِنہٕ
چیز بنہِ مگر سہ استمال کرنک کاہِنہٕ موقہ آسہ یِہٕ۔

(۱۵۱۷)

لیُس یُتھ وُوِ سہ یتیُتھ لونہِ :۔
کاہِنہٕ ڈُوِ پوش تہٕ پوشے کرِ حاصِل لیُس کُنڈی ڈُوِ سہ پڑاوِ کُنڈی فیصلے۔
لیُس رٕژ کام کرِلس میلہِ رُتے پھل۔ ناکارٕ کامہِ ہُنٛد پھل چھُ ناکارے آسان۔

(۱۵۱۸)

لوٚت تام یہٕ بدٕ ہُنٛد یُتھ وُچھہِ، توٚت تام کیتہ زانہِ نیکہ ہُنٛد قدٕر
ییلہِ اِنسانس خراب اِنسانہٕ ہُنٛد تجربہٕ چھُ سپدان تیلہِ چھُ جان اِنسانہٕ ہُنٛد
قدٕر تہٕ قیمتھ زانان۔

(۱۵۱۹)

یہ وُچھکھ ژٕ آنہٕ منٛزی تہٕ وُچھہِ یہ دوسہ منٛزی :۔
ینینہِ مقلہِ ہندی تالیف کرنہٕ وِزِ چھُ کاہِنہٕ ونان ژٕ یہ ییس شیشہٕ منٛزی
ییمیٚہِ بُوژنہٕ تہٕ چھُس یہٕ میثرٕ وِ دیوارٕ منٛز یانے دوسہِ منٛز ہکان وُچھتھ۔

(۱۵۲۰)

**یمس چھےٚ نہٕ خبر یِمن کُس۔ کوٗرِ وٲلس نہٕ خبر دِمن کس :-**

مۆت ییٚلِہ کانٛسہِ یوان سُہ چھُنہٕ زانان یہ بوان چھا، شُر چھا کِنہٕ بوڈ چھُ۔
کورِ وول ییٚلِہ کُنہٕ گرس کوٗر دِوان چھُ تس چھنہٕ خبر آسان زِ یِنہٕ کیٛتھۍ ینزن
یِمہٕ، کورِ سوکھ دِنہٕ ما کِنہٕ دوکھ۔

(۱۵۲۱)

**لیس آسہِ وِچھس کُلفُ سُہ یکہِ لِچھس دکہٕ دِتھ :-**

لیَس پینہٕ لِتس دِلس پیٹھ قوٗلوٗ آسہِ سُہ یُکی تن لِچھ لوٗکہٕ منٛزی تسَ لگہِ نہٕ کانٛہہ داغ۔

(۱۵۲۲)

**ییٚتھ نہٕ شہرس گرٛزھن آسہِ تمہِ شہرُک ناوے کیا :-**

لُس چیٖز نہٕ اسہِ کُنہٕ لگی، تیٚمیُک وٲقفیت حٲصل کرُن چھنہٕ ضروٗری۔

(۱۵۲۳)

**یہ گیہ ہیتہٕ ہوٗری :-**

لیس دار وتس چھُ دِیُن لیُس دارِ تس چھُ ہیوٗن۔ انتھ ہیکو واس دار زِ تہٕ وُنہِتھ۔
کانٛسہِ کانٛہہ چیٖز ہیتھ چھُ تس نکھ تہٕ والُن آسان۔

(۱۵۲۴)

## بڈ وتہٕ بیٚھ ٹھۄاوُن :-

یہٕ سونچنہٕ ورٲے زِ یہٕ چیٖز چھا کھیوٚن کیٚت جان کِنہٕ نہٕ ۔ مے وِیا کھنہٕ نہٕ ۔
یہٕ بۄرونٛہٕ پیٚیس تہٕ کھیوٚن گو ویڈ وتہٕ بیٚھ ٹھۄاوُن ۔

(۱۵۲۵)

## لیٚس نٕنہٕ وٲری ناو ژراو سُہ ژھٕنِتھ ہَنٛتھ پُلہٲری نٕنہٕ وٲری ناو ژرِہ لیٚسّ یہٕ زراہِہٕ :-

لیُس اکِہ لٹہِ بدنام گوٚو سُہ کری تن بدنامی دوٗر کرنٕچ پٮ٘ہٕ کٲژاہ تہٕ کوشِش سُہ چھس نہٕ کیٚہہ تہٕ ژلان ۔

(۱۵۲۶)

## لیُس بلہِ سُہ فنا :-

لیُس بییٚن کُہنٛت ناکارٕ آسہٕ سونچان یہٕ کران تمِس چھُ قوٚدرتھ پانے فنا کران ۔

(۱۵۲۷)

## یہٕ پییِر وینِہ تہٕ گرٛٹھِہ کرُن ۔ یہٕ سُہ کرِ تہٕ گرٛٹھِہ یہٕ کرُن :-

یہ پیپر نصیحت کرِتھ تالیم دِیہِ تہٕ پیٹھ گژھِ عمل کرُن۔ اگر تمِس پالنس کانہہ خامی آسہِ سو گژھِ نہٕ پانہٕ ناوُن۔

(۱۵۲۸)

یمہٕ وُرِ نہٕ آسہٕ ہوزے :۔

نۆ ملس چھُ یوان وُگرٕ ہیٚو بناونہٕ تہٕ چھ تیل، نون، مصالحہ، ڈوٗنۍ گوجہِ یا چربی دار ماز لوان سیتۍ تراونہٕ تہٕ چھِ وُر وناں۔ ہوزے آسنۍ گۆو نہ چھُس گوجہِ نہٕ نہٕ ماز۔ بییلہِ کانہہ کوشِش بۆڈ کھسہٕ نہٕ تیلہِ چھُ تہٕ کامہِ مُتلق یہ لوان ونہٕ نہٕ۔

(۱۵۲۹)

بکرُ مأرِتھ اتھن پھکھ :۔

ییٚلہِ کانہہ کأم کرنہٕ پتہ بجائے فایدٕ نقصان گژھِ تیلہِ چھ یہ کتھ لوان ونہٕ نہٕ۔

(۱۵۳۰)

یُن گژھِ رازٕ تیٚز کھیٚون گژھِ سال ہوہوُر گرِ چھُنہٕ ماتا مال :۔

ییٚلہِ کانہہ ہوہوُر گژھِ سُہ گژھِ شاہانہٕ پۆشاکھ ژھنِتھ گژھُن۔ نہٕ سال کھیٚون

مگر تتہِ گژھِ نہٕ زیادٕ کالس روزُن تکیازِ سُہ چھُنہٕ لَس ماتامال ۔

(۱۵۳۱)

## لیس نہٕ پوٗرِ سُہ اژیا ژوٗرِ :-

لیَس نہ قسمتس پوٗرِ سُہ بچور کیا کرِ ژوٗر تہِ ما ینٕر لیس کرِنٕ ۔

(۱۵۳۲)

## یمی ہوو نہٕ تمی نیوو ، یمی کھوٚٹ نہٕ تمی روٚٹ :-

یُس ییٚنہٕ دولتھ لوٗکن ھاوِ سُہ چھُ تمن اتھی سوٗ نیاوِ ناوان یُس کھٹیتھ تھوِ
تس چھِ پانس نِش روزان ۔

(۱۵۳۳)

## یُڈ کھوتہٕ چھُ کوٚٹھ دوٗر :-

یڈ تہٕ کوٹھ چھِ اکی جسمکی حصہ مگر یڈ ہشہٕ چھُ کوٚٹھِ کہ کھوتہٕ پرٕتھ وِزِ خیال
روزان ۔ بینس تہٕ باے ہنٕدِس شُرِس منٕز تہِ چھُ کُنے خوٗن تہٕ کُنے خاندان ۔
مگر پنُن شُر چھُ باپوٗتھر ہنٕد کھوتہٕ زیادٕ نزدیک باسان ۔

(۱۵۳۴)

یہ نہٕ پنٕنہٕ بنٕنہٕ گژھِ نہٕ گژھِ لوٗکہٕ ہنٛدِ ونٕنہٕ :-

پنٕنہٕ نہٕ مُصیبتہٕ ستیٖ چھُنہٕ دِلس تیٖتھٕ تکلیف گژھان۔ یوٗت زن لوٗکہٕ ہنٛزِ وکھو نہٕ پامو ستیٖ گژھان چھُ۔

(۱۵۳۵)

لیشٕنزٕ رے کوٚکر تشنٛدِ سے مٔرِس، لیشٕنزٕ رے کانٛگر تشنٛدٕ سے پھُٹرِس۔

اگر کانٛسہٕ جان چیٖز آسہِ نمیک فایدٕ نہٕ چھُس پانسے۔ اگر کانٛہہ ناکارٕ چیٖز آسِس نمیک نوٗقصان تہِ چھُس پانسے۔

(۱۵۳۶)

لیس کوٗرِ کھانٛدر سُہ کوٗر لوٗبرن ماہرازٕ پھیٖرن پوٗبرن ستیٖ۔

یمس کوٗرِ کھانٛدر کرُن چھُ لیندِ پاپتھ سارے انتظام کرنس ستیٖ چھُ لگیٖ۔ سُہ چھکھ سوٗز مٔژ بوٗٹھ پانٕے لوٗبر سوٗمبراو تہِ تہٕ مہارازٕ چھُ پارن ستیٖ پھیٖران یمس یہ اہمیتھ شوٗبہِ ئمتس سُہ دِ موٗنہٕ تیٖلہِ چھُ یہ کیتھ لوان ونٕنہٕ۔

( )

(۱۵۳٦)

زِیُہ کیا حانِہ مُن طے کوٚزتھ :-

کیا زن حاتمہٕ سُند ہیو بوڈ کارنامہٕ کوٚزتھُ، یا نے یہ چھہِ ہوٗموٗلی کام -

(۱۵۳۷)

لیُس یہ کرنہِ آو تس نہٕ چھُہ کرُن :-

لیُس یتھ دُنیا ہس منٛزیوان چھہٕ تس چھُہ اولے تقدیرس لیکھتھ آسان زِ تس کیا چھُہ یتہِ کرُن ۔ نہٕ سُہ چھُہ تی کران -

(۱۵۳۸)

یتہِ زنانہِ مالیُن تتہٕ مردس مرگذار :-

یتہ زنانہِ مالیُن آسہِ تہٕ زنانہٕ مالِنہٕ آسہ مرد چھُہ یِژھان بار بار توٗر گژھُن -

(۱۵۳۹)

یتھے ہیو گژھُن :-

ناراضگی گژھنی -

(۱۵۴۰)

## یس خۄدا رٲضؠ تس کُس دیہ بٲزی :-

یمِس خۄدا میٖہربان آسہِ تمِس ہیٚکہِ نہٕ کانٛہہ دۄکھ دِتھ۔

(۱۵۴۱)

## یُس کرِ حرکتھ تس بُڈ برکتھ :-

یُس میہنتھ کرِ تمِس چھُ پرتھ کیٛنٛہہ چیٖز وٲترِ آسان۔

(۱۵۴۲)

## یہ گامس حال آسہِ تہٕ مامہ ہٕشرِ وٕزھرِ نہٕ :-

اگر گام سورُے خۄشحال آسہِ تہٕ اتھ مٔنٛز رۄزن وٲلی تہِ آسن سٲری لوکھ بڈٕ خۄشحال۔ اگر گام پریشان آسہِ تہٕ گاہکی سٲری رۄزن وٲلی آسن پریشان۔

(۱۵۴۳)

## یہ گۄو بوٗڈُن گرٕھُن سوٗت کھینہِ :-

بوٗڈُن چھِ لداخس تہِ وناں یتہِ بوٗڈٕ رۄزان آسی تتہِ آسی بروٗنٛہہ کالہِ لوٗکھ صرف سوٗت کھیوان۔ توٗت وانٛنُن اوس سیٛٹھا مُشکل تہٕ سیٛٹھا کال اوس لگان پکان پکان توٗرُ واتنس۔ اگر کانٛہہ سیٛٹھا موٗمولی چیٖز حٲصِل کرنہٕ باپتھ دوٗر گژھِتھ سیٛٹھا تکلیف تُلہِ تیٚلہِ چھِ یہ کتھ یوان ونہٕ نہٕ۔

۱۵۴۴

## یا اللہ سوزتم پھالُٹون وادا :-

بیٚلِہ کاہنہٕ اِنسان کاٚلِنہٕ ہنٛز خواہ مخواہ پریشانی ہیییہِ تیلِہ چھُ تس یوان
یہ کتھ ونہٕ نہٕ -

۱۵۴۵

## بیتھ نہٕ پوٚشی تتھ نہٕ دوٚش :-

کُنہِ چیٖزس پرہیز کرن وألِس بیٚلِہ نہٕ کُنہِ وِز پرہیز کرنک طاقتے روٗزِ تہٕ تس
پییہِ پرہیز پھُٹراوُن تتھ چھُس نہٕ کینٛہہ گوناہ - مجبوری چھنہٕ گوناہ تہٕ ثواب یا
حلہال نہٕ حرام مانن -

۱۵۴۶

## یہ یِژھ پرس نہٕ پننہٕ لِنس گرس

یہ اِنسان کاٚلِنہٕ وہ پرس کیٚت یِژھان آسہ تہٕ چھُ تس پننہٕ لِنس گرس وااتان -
رُت یِژھ تہٕ رُتےٚ واتہ تس ناکارہٕ یژھہِ ناکارے لبہِ -



(۱۵۴۷)

## لُس پٕنہٕ بالنس لارِ سُہ کیا لارِ پالنس :-

بیٚلہِ دوٗد توٚن آسہِ نمیکُ مایہ چھُنہٕ بالنس تہِ لاران ڈیان یتھ دوٗد چنہٕ سیتہِ کیا فأیدٕ واتہِ جسمس :

(۱۵۴۸)

## یٔڑھِ یا ریٔڑھِ کرُن گرٔڑھِ :-

یٔڑھ گیہِ ینٛہنی مرضی تہٕ ریٔڑھ گیہِ لوٗکہٕ ہُنٛد ہیڈُن ۔ اِنسانس پزِ کأم کرٕنی ادٕ یا ینٛہنہِ مرضی سیتہٕ یا لوٗکہ ہنٛدِ ہیڈٕ نہٕ کہِ خوفہٕ سیتی کری تن

(۱۵۴۹)

## اُیٔڑ گوٚو میٚٹر :-

لُس چیز زِیادٕ میقدارس یا زِیادٕ تیدادس منٛز آسہِ تتھ چھُنہٕ کانٛہہ قیمتھ روزان ۔ سُہ چھُ میٹرِ ہنٛدی پأٹھی ڈولان ۔

(۱۵۵۰)

## یِی کرِ گاٹُلُ تی کرِ بیتقل بازرس کھل اُبلی کرِتھ :-

بیکل نتہٕ چھُ تی کران یہ گاٹُل کرِ۔ مگر کرِنہٕ بروٚنہہٕ چھُ بیتھِل نہ فرف سیٹھا وق ضایہ کران بلکہ چھُ باقے لوٗکن تہٕ پریشان کران ۔

(۱۵۵۱)

ییٚلِہ سُہ دِیہ تیٚلِہ کُس نیٚیہِ۔ ییٚلِہ سُہ نیٚیہِ تیٚلِہ کُس دِیہِ۔
ییٚلِہ کاںٔنہٕ خودا دِیہ تیٚلِہ کُس ہیکہِ تمہٕ کمی کٔرِتھ اگرسے نیٚمس تہٕ کاہنہٕ انسان ہیکِہس نہٕ رفاقتھ کٔرِتھ ۔

(۱۵۵۲)

ییمنہٕ مہارینِہ نہٕ کتہٕ ڈُنی کاسہِ :-
یُس چیزنہٕ اُسی مہارینِہ ہیکو دِتھ سُہ کتہٕ دِموٗتمِس یمِس مس آسہ کاسنہٕ آمُت ۔ یانے موٚنڈ آسہِ گاٹہٕ بقول ساقی مرحوم اُسی پرانہِ زمانہٕ موٚنڈ گرٕھتہٕ وِزِ زنانہِ مس کاسان توے اُسی موٚنڈِ ڈُنی کاس ونان ۔

(۱۵۵۴)

یُلہٕ منٛزرے چھُ سوٗرے نیرن :-
ییٚلِہ اِنسان کِھینس چینس منٛزرفتہٕ سب کفایت کرِنہٕ تیٚلِہ چھُ پاںٔنہٕ بچان

یمہ ستی چھُ باقے چیز ہیکان اِنسان اَنِتھ :-

۱۵۵۴

لیس نہٕ کانہہ تس چھُ خُداہ :-

لیس نہٕ دُنیٚ یا ہس منٛز کانہہ مددگار آسہِ تس چھُ خُدا مدتھ کران -

۱۵۵۵

لیس گاوِ دوِد چیتہٕ زِ تس چھُ گوٗہ نہٕ پیوان تلُن :-

یمِس اِنسانس فائدٕ کھیمو تمسندی چھ ناز نخرٕہ تہٕ پیوان ژالنی -

۱۵۵۶

بیزٕنچ ھارا بے یزتی ہنٛز کھارا :-

اگر یٚزٕ نہٕ سان اکُے پاٹشہ میلہ سُہ چھُ تمہِ کھاٗرٕ کھوتہٕ زیادٕ لیُس بے یزتی سان پیٚیہِ دِنہٕ -

۱۵۵۷

یہ چھا وگوٗو وٹھہ نِنُ :-

وگوٗو ہکو ژٕیس منٛز وٹھہ تہٕ نِنہٕ مگر ہیٚبلہِ مکانٕچ یا یِتھے کُنہ جاداد چ کتھ آیہِ

تھو چھہٕ وناں زِ یہ ما چھُ وگُو ییتھ زن کاہنہٕ ژِ ہلس منٛز وٕتھ نیٖیہٕ۔

۱۵۵۸

## یسٕے رُچھم تسی نش رچھتم خودایو :-

یُس رٕچھمُت آسہِ اگر تسی نٔنیتھ بدلہِ تہٕ ہتھی پھیرُ گژھہِ سُہ چھُ سارِوٕے کھوتہٕ بوٚڈ دُشمن بناں تِکیازِ سُہ چھُ ساہنِ کمزوٚرین تہٕ رازن واقف آساں۔

۱۵۵۹

## یہ زال وُچھان نہٕ اگر گاڑ ھانٛز وُچھہٕ نہٕ پان مارِ :-

زال چھُ دریاوس منٛز قسمہٕ قسمہٕ گاڑ بیتر وچھان مگر گانٛز چھُ بس تیتے ہیکان وُچھتھ یہ زال واپس کھارِ۔ یہ کٔنہ سرِکس واقف کارس خبر چھہٕ آسان اگر غارواقفس تہٕ خبر لگہِ نہٕ پریشان گژھہِ۔

۱۵۶۰

## یہ بیاکھ کرِنہٕ وہرس نہٕ کرِ یہٕ پہرس :-

یہ چھُ کانہہ پینٛنی قابلیتھ ہاونہٕ وِزِ وناں زِ بیتھ کامہِ بیاکھ ڈری لاگہِ سُو موکلاوِ یہٕ اکِس پہرس منٛز۔



۱۵۶۱

## یہ بۄد گر کرِ وٕہرس مُنافق کرِ پھرس :-

بۄدگرس بیہِس یِزاہ واتناوُنس مَنز اگرِ سہرتہٕ بۄد گرٕی کرٕی وٕری لگہ مگر مُنافقت کرن وألِس لگہ سُو کأم کرُنس حرف اکھ پھر ۔

۱۵۶۲

## لُسِے ناوِ زوٗد کرن سُۓ ونن ناوٕ چھ پھٹن :-

لُسِ ہِنہٕ اتھ کاہنہٕ تبأہی آسہٕ کران سُۓ چھُ کرکہٕ دِوان زِ ہے تبأہی چھِ گژھان ۔

۱۵۶۳

## ہینہرِ کتہٕ وِزٕ کرِنٕ :-

لوکہٕ ہُنُد پھب یا ہیر کتھ پأٹھہٕ زیٖسنُن تہٕ گُذارٕ کرُن ۔

۱۵۶۴

## یٖیِنہٕ نہٕ کُنہِ وونُن نہٕ کُنہِ گژِ گز یٖیِشرو :-

نہٕ چھُ یِینہِ کیُت پنٕ تہٕ نہٕ وٕونہٕ لس کیُت کاہنہٕ چیٖز آسی چھ سوٗنچان زِ گژِ گز

سینز ثراوو۔ یہ گوّو فوضول وق نہِ فایہ کرُن نہ دہسماع نہِ ۔

(۱۵۶۵)

## لوٗلِیس شوٗپ ڈکھ :۔

لوٗپ گوّو سہلاب، شوٗپ کیا ہیکہِ سہلابہ کیس پائس پیھڈ رٹِھ، اکھ لو کٹ تدبیر چھنہٕ بڑِس مصیبتس رُکاوِتھ ہیکان ۔

(۱۵۶۶)

## یمس دی نہٕ زوٗو :۔

یہ چھُ سیٹھا کنجوٗس انسانس متعلق یوان ونہٕ نہٕ۔ زِ سُہ چھُنہٕ کانٛسہ دِوان کینٛہہ۔ اگر موٗت نہ یہ لیس تس نہٕ کرِ زوو دِنس انکار۔

(۱۵۶۷)

## یاجہِ ژابینز :۔

اُس مُتراوِتھ زوٗرِ زوٗرِ بے مطاب کتھ کرنہِ ۔



(۱۵۶۹)

## یاژلُن یاژالُن :-

یا تہٕ چھُ جان ناکارٕ برداشت کرُن نتہٕ چھِ سُہ جاے ترٲوِتھ کُن ژلُن :-



